# کٲشرِس منٛز تحقیق

{انہار : 2005ء}

کٲشُر ڈِپارٹمنٹ

یونیورسٹی آف کشمیر، حضرت بل، سرینگر

# کأشرِس مَتنَس تحقیق

انہار

۲۰۰۵ء

گوڈنیک ایڈیشن ۲۰۰۵ء

کتابت:۔ مِعرُاج ترُکوی

پریس:۔

سرورق:۔ سمیٖر

ناشر:۔ کأشرُ ڈِپارٹمینٹ، یوٗنیورسِٹی آف کشمیر حضرتبَل سرینگر ۱۹۰۰۰۶

فون:۔ ۲۴۲۰۰۷۸

# ترتیب

# پیش لفظ

کاشرِس منز چھُ ووٚنۍ ادبی تہٕ لِسانی تحقیق کیٚثر جہت تہٕ باگہِ بوٚ رُت۔ اَتھ منز چھُ سارِوے کھوتہٕ اہم دیُت تِمن باشعور قلمکارن ہُند یِمو نہایت عرق ریزی تہٕ جاں فشانی سان کاشرِ ادبُک گُپتھ گوشہِ بدِ کڈی تہٕ از چھِ أسی اعتمادٕ سان کاشُر ادب پوسٹ گریجویٹ تہٕ انڈر گریجوٹ سطحن پیٹھ نوِ زمانہٕ کِنہِ طالبِ علمن درساً پرنأوِتھ ہیکان۔ یِہ چھُ تِہنزی کامہِ ہُند نتیجہ زِ از چھُ اسہِ کاشرِ پننہٕ زبانہِ ہندِس وُسعتس پیٹھ تہٕ اتھ منز ادبی تہٕ علمی سرمایس پیٹھ ناز۔ کاشُر ڈیپارٹمنٹ چھُ تِمن سارِنے محققن مبارک کران۔

زبان تہٕ ادب یِیلہِ یونیورسٹی سطحس پیٹھ نصابس منز اکہِ مضمونہٕ رنگی شأمِل چھُ سپدان، تحقیقی کامہِ ہندِ باپت چھُ کینژن عالمی معیارن ہُند خیال تھاوُن لأزمی بنان۔ امہِ علاوٕ چھِ یونیورسٹی منز وار یاہ ریسرچ سکالر تحقیقی کامہِ ستی آوٕری سپدان یِم اَتھ شعبس منز ایم فِل تہٕ پی ایچ ڈی ڈِگریہِ حاصِل چھِ کران۔ یِمن سکالرن ہندِ خاطرٕ چھُ تِژھن رہنما کتابن ہُند ضرورت یِمن منز تحقیقی کامہِ ہندی قاعدٕ تہٕ اصول دِتھ آسن۔ یِم قاعدٕ تہٕ اصول چھِ عالمی سطحس پیٹھ وضع کرنہٕ آمتی تہٕ لأزمی قرار دِنہٕ آمتی۔ سانین محققن ہندِ باپت تہِ چھُ یِہند احترام کرُن لأزمی بنان۔ یِہ ضرورت مدِ نظر تھأوِتھ کوٚر راسہِ پِتی مہٕ وٕرییہِ اکھ سِہ روزٕ سیمنار منعقد۔ یتھ منز تحقیق کِس فنس متعلق تہٕ کاشرِس لسأنی / ادبی تحقیقس متعلق وار یاہ مقالہٕ پیش کرنہٕ آے تہٕ تِمن

پٔتھ سپُد مفصل بحث۔ سیٚمنارس منز پیش کرنہٕ آمتٮ۪ن مقالن ہُند اکھ انتخاب چھےٚ أسی **انہار** کِس یَتھ خاص شُمارس منز پرن والیٚن برونٹھ کنہٕ تراوان۔ توقع چھےٚ زِ یم مقالہٕ روزَن سانیٚن نوٚین محققن رہنمائی کران تہٕ بیٚیہٕ دِن یم تمن مزید تحقیق کرنٕک حوصلہٕ۔

تحقیقس منز چھنہٕ کانٛسہِ ہنز کانہہ تہِ رائے حرفِ آخر۔ بلکہِ چھےٚ سُہ تحقیق کارگر تہٕ مفید زانہٕ یوان یُس مسلن پٔتھ نوِ اندازٕ تہٕ نوِ انمانہٕ سوچنٕک وُتش دِیہِ۔

کأشُر ڈِپارٹمنٹ چھےٚ تمن سارنٕے محققن ہُند وژھِ وأنجہِ شکریہ ادا کران یم **انہار** باپت لیکھان چھِ۔

**شفیع شوق**

پروفیسر، ہیڈ آف دی ڈِپارٹمنٹ

اول مارچ، 2005ء

مرغوب بانہالی

# جوّمی صوبچہ کاشُر زبانۍ تہٕ کاشرِس ادبس پیٹھ تحقیق

## اکھ تعارُف اکھ تجزیہ

خواتین و حضرات! أزِ کہِ سیمنارہٕ یا پتھ یُس موضوع مےٚ دِتہٕ آمُت چھُ، تتھ پیٹھ
اظہارِ خیال کرنہٕ برونٛہہ چھُم امہِ رنگہٕ پیشگی حرفِ معذرت زِ یوٚ پیٹھ انِنک ضرورت
باسان زِ مےٚ پیٚیہِ تواریخی تناظُرس CHRONOLOGICAL ORDER ملحوظ تھاوُنہٕ
رنگہٕ یہِ مقالہٕ پیٚشنوے تہٕ ورو کتابو منز بوٚشہِ باوٕژ یاد کرِ خیرٕ ستی شروع کرُن، یُستہٕ یِمہِ
اعترافس زِ یوٚدوے سرکردہ برطانوی محقق جارج ابراہم گریرسن تہٕ ڈاکٹر سِدھیشور
ورماہن بوٚ پیشرو زباندانو جوٚمی صوبس منز۔ کاشُر زبان وادبک سارِوے کھوتہٕ اہم تہٕ
بوڈ مرکز یعنے ڈوڈہ ضِلعہ سُلہٕ گرٕ اکھ لِسٲنی بہشت یا واریاہ بولہِ تہٕ زبانہٕ بولنہٕ یِنہٕ وول
اکھ سورگ قرار چھُ دِتمُت آسان تو تہٕ چھُنہٕ اتھ ضلعس منز۔ روزن وٲلِس یا جوٚمہٕ کِین
شبہٕ ونی ضلعن ہندِ پہاڑی علاقن احاطہٕ کرن وٲلِس پیر پنٛژال بیلٹس منز۔ روزن
وٲلِس کاٗنسہِ کاشرِس قلمکارس متعلق ۱۹۶۰ء یِس تام تحقیقی یا تنقیدی اہمیتُک اکھ
صفحہٕ تہٕ لیکھنہٕ آسان آمُت۔ گویا رنگہٕ نظرانداز کرنہٕ آمژ پچھ یدِ بن انسانن
پیٹھ مشتمل جوٚمہِ چہٕ کاشرِ آبادی ہندِس نمائندگی نماتھ رسا جاودانی یِس پیٹھ آدو گوڈنیک

صفحہ سنہ ۱۹۶۱ عیسوی یس منز لیکھنہ سٔتہ اٲمنہ دِس نیرنگِ غزل ناوٕکِس اوٚلین کاشرِس
مجموعہ کلامس سُتھ بطور اکھ دیباچہ یُس کاشرِس شٲرِس اوٚلین گوڈ بَرن والین منز شامل
امین کامل صٲبن لیوٚکھمُت اوس ۔ اگرچہ یِمہ کال گژھتھ جوٚمہ کِس رسالہ کامگار ہوٚن
زٔٹھِن کاشرِ ادیبن پیٹھ ناقدانہ یا محققانہ آیہ کینہہ لیکھنس سُتھ محمد یوسف ٹینگ
صٲبن خاص یوٗل بوٚر ٹیمیک آیہ تہنز۔ راتش ناوچ کتاب تہ ہوان چھپے ۔ تاہم روٗد
بحیثیت مجموعی سنہ ۱۹۶۱ عیسوی پتہ کُس اَکِس ڈٔلس دوران تہ جوٚمہ کِس شین ضلعن منز ۔
یِسن والین کاشرِ ادیبن تہ شاعرن متعلق سنجید یا ٹھٹھ کینہہ لیکھنہ پیتہ زٕنگی اکھ جمود طاری۔
البتہ بنیہ میانی نسوہجرت میانہ ذاتی خوش بختی علاوٕ ہمہ بانن منز تحقیقی طور متعارف
گژھنہ زٕنگی جوٚمہ کِس سارِنے کاشرِ قلمکارن کرتہ اکھ ٹاکار خوش نصیبی یتھ تحت
مئے واریاہن رشتہ دارن ہنز نۍون کل متساوِتھ کنوٚہ شتھ گنشتھس دوران
دروجرس تہ اسرافس منز ہیتہ آمتس شہر سرینگرس منز رہایش پذیر یس پِیٚنک فاصلہ
کوٚر سُتہ تَتی ٹایہ پیٹھ ٹنل ٹاپ تام کِس بیشتر کاشرِ علاقن پیٹھ مشتمل موجودٕ تحصیل
رام بن تہ تحصیل بانہال پیچ سٹھے کامیاب تہ مقبول تحصیل ایجوکیشن آفیسری کشمیر
یونیورسٹی ہنز فارسی لیکچراری پیٹھ چھیپہ ڈُنگ عملی مرز ہوان اکھ بوڈ عیال میٹھ
منتقل گژھنہ زٕنگی ۔ یوٗت وآتھ روٗدی مئے دریپیش مشکلات دوران کینژن
راچھدرن پُترِ متین بنیپن یا غنی، وِیروارن، مکانہ تہ باقی زمین جایدادن
ہندی یا ٹھ جوٚمی صوبکِ تم ہتہ بُدی پرخلوص قدردان تہ علم وادبکی شیدائی تہ وزر
وِزرٔتس یہوان یم کاشر تہ اُردو شاعری پرٔتھ پرٔتھ تمن اسلافن ہندی یا ٹھ
یوٗل براں آسی ۔ یم گذشتہ ژورن صدی ین دوران کشیر منز بیا کاستین جبرو

استحصالن بیٚیہ دژاگن تہٕ واراگن زیرِ اثر کشیر تراوِتھ اور ژلِتھ اتی بسکین بننس پیٚھ
مجبور گامتی آسی تہٕ یمن ستی پننہٕ ابتدائی زندگی ہندی ترٕہ دوہ یہ ترٕہ صبر آزماؤری
گذارنس دوران تُرتہٕ کیشر ہندین ہم بانن ژُکی در بنیمتین زٹھین ہنز۔ بُلند بانگ
سوخین ترایہٕ کُن مُخاطب سپدِتھ ییتھی ہوی نغمہ بارسس انان اوٚسُس زِ

نظاراہ بہار دوٚدنس میانس تہٕ کرٕی زِ ہے
پوشن کوٚنڈے ہنیمتِس ہلمس تہٕ بٕری زِ ہے
تعشوق چوٚنے روٚچھ مےٚ کمن سنگلاخن منز
تکلیف کرِتھ سام ہیٚیتہ یوکن تہٕ ترٕی زِ ہے (پرتوستان صفحہ)

جوٚمی صوبہٕ کین شین ضلعن حصہ آمت اوگر تھوگر کاشر زبانی منز۔ گٕژھتھ شوٚدِس تہٕ شہلس
لفظن لِلہ کھوٚل کران ییتہٕ مےٚ تخلیقی سطحس پیٹھ کاشر ادبچ اکھ روشن میل کنی بنیچ سعادت
لبن واجینی "پرتوستان" ہش کتاب وُلی وُلی شایع کرِتھ ہیچ تہٕ ماجہ زیوٚ ہند نم زژل
سرمایہ ستی پرٕوٕہ زنگی ییتہٕ مےٚ ترجمہ کِس سطحس پیٹھ نوشیروانِ عادل تہٕ خلیفہ ہارون
رشید ہندین دربارن گاش بخشن واجینی تاتہ اکھیا ایک نادِر قدیم کاشر کتاب
کلیلہ و دمن ناوِ عالمی شہرت لبنہ ییتہٕ کاشرِس منز۔ شن ہتن صفحن پیٹھ منتقل کر الحمدُللہ
تتہٕ ہیوٚکُس بہ تحقیقی سطحس پیٹھ تہٕ گوڈ انوار پیر پانژال بالہ اپارِ جوٚمی صوبس منز۔ بسن واجین
لُچھ بدین کاشرین بھاین تہٕ بیٚنین ہند حوالہ سنجید تحقیقس پیٹھ مبنی ژور خاص کتابہ تہٕ
دوہ یَو باوقار ادبی اِدارو ذٔسی شایع کرناوِتھ مےٚ ییتہٕ یمو شاعر تہٕ ادیب دوستو جوٚمی صوبہٕ
کین مختلف علاقن منز۔ موجود کاشر زبانی ہنزٕن کشتواڑی، پوگلی تہٕ سراجی ہشن قدیم کیو
اہم بولین پیٹھ یا اَتہٕ کین کاشرین ادیبین ہندس دِتس پیٹھ سنجید تحقیق بروہ ہنہ پکناوِچ

کوشش کر تمن ہنزن کامن ہند حوالہ تحقیقکی مسایل تہ اِمکانات نشاندہی منز اَتھ
بروتھ کرِ۔ یمن ژورن کتابن ہُند مختصر تعارُف ییتھی صفحس پیٹھ ختم کرنچ کوشش
جومہ جومہ کین سارنے کاشرِ ہندس تہذیبی میراثس پیٹھ اکھا اہم ریفرنس بُک بننک
درجہ لبن واجینی میانی گوڈنچ کتاب اَس دون ہتن تریہن صفحن پیٹھ مشتمل "سو کیشر
یالہ اپارِ" ناوچ بیسک بُک یوسہ بحیثیت اکھ یونیورسٹی پبلی کیشن KASHMIR
ACROSS PIR PANCHAL عنوانس تحت ۱۹۷۶ء پیٹھ دفتری خط وکتابتس
منز روزنہ پتہ ۱۹۸۹ء یس منز چھاپ سپدتھ ییچ تہ کیازِ مئے اَس امہ کرِ سروے
ہیچ بُنیاد سو تشویش بناؤمژ یوسہ یمہ صدی ہندس شیمس ڈہلس دوران ڈوگری
بولہ ہُند باڈو برٛوٚراوری بڈاون وابوستہ فیصد کاشر آبادی پیٹھ مشتمل ڈوڈہ
ضلع اکِ وِشال ہماچل پردیشک لجہ کچم حصہ بناونک انتظامی سنز کرنچ تجویز بوزتھ اَتہ کس
دانشور طبقس حصہ اوس آمت۔ امہ اہم کتابہ علاوہ سپز مئے آبائی وطنچ حق ادائی
زنگی جومہ کین ترین پہلہ پایہ کاشرین قلمکارن پیٹھ ترے مقبول سپدن وآلی مونوگراف
ساہتیہ اکیڈمی ہندس سطحس پیٹھ چھاپ کرناونچ سعادتمندی تہ حاصل۔ یمن ترین
قلمکارن ہند حوالہ اَس دراصل ع گفتہ آید در حدیث دیگراں۔ آیہ ڈوڈہ ضلعہ کین
ترین اہم تہذیبی مرکزن یا تحصیلن منز۔ کاشرین ہُند زہن سہن گاشراونچ منہ کامن
شامل۔ امہ لحاظ اوس اکس ہتس شتھن صفحن پیٹھ مشتمل مونوگراف بھدرواہ کس
رساجاودانی یس پیٹھ دویم کشتواڑ کس خواجہ غلام رسول کامگارس پیٹھ یُس اکس
ہتس ژورن صفحن پیٹھ مشتمل اوس تہ تریم مونوگراف اوس بانہال کس عبدالرحیم
اعمی اسس پیٹھ یُس اکس ہتس دہ یہ ترہن صفحن پیٹھ مشتمل چھُ۔ جومہ کس کاشرس

ستی براہِ راست تعلق تھوٚن والیو مبنی پرٚ تحقیق میانہٕ یمو پانژھ ہتھ زٕ دیہ شیٹھو
صفحو علاوٕ روٗدی میانی مختلف مقالہٕ جوٚمس منٛز تا حال زِندٕ کاشُر بولن پیٹھ اِظہار
تہٕ شیراز، ہوٚن رسالن منٛز تہٕ چھپیان بلکہ ہیٚچ میانی کوٚر کاشرس منٛز ایم فِل کرن
واجنٛی گوڈنیچ لڑکی آسنکہ حیثیتہٕ مُنیرہ فاطمہ تہِ صفحہٕ ہتھ جوراہ سنجید تحقیقہٕ زٕ نگی تیار کرِتھ
یا ایم اے کشمیری تہٕ ایم فِل ڈسرٹیشنو زٕ نگی تیار کرِتھ۔ گوڈنیچ ڈسرٹیشنہٕ منٛز۔ کوٚر تمہٕ باہہالہٕ
تہٕ سرینگرکِس کاشرس الب و لہجس منٛز پھیر فرق بدٕ تہٕ دوٚیمس منٛز کوٚرُن یوگلی بولی سارٕوے
کھوتہٕ پرانی کاشر بولی آسنُک دعوی پیش۔ تسٕندِس اتھ تحقیقس دوران تِیہِ سیدرام پکٕ ہکی
پروفیسر پیٹراِی ہُک تہٕ میسور کِس سینٹرل انسٹی ٹیوٹ آف انڈین لنگویجز کی ڈایریکٹر
پروفیسر اوم کول تہٕ جوٚمہ جنٛ کاشرن بولن پیٹھ تحقیقس پرٚ زر کرنس کُن متوجہ۔ تمہٕ
پتہٕ کٔہ کال گژھتھ سپٕز تہندِس مُشترکہ تحقیقس پیٹھ اکس ہتس دوٚ ستھن صفحن پیٹھ مشتمل
سوٚ کتاب ۱۹۸۴ عیسوی یس دوران دِلہ پیٹھ شایع یتھ ASPECTS OF KASHMIRI
LINGUISTICS ناو چھُ۔ امہ پوٚز مذکورٕ بولن متعلق براہِ راست کتھ کرن واجنہٕ تہنز دوٚیمہ
کتابہٕ مُندٕ تہٕ چھُ وُنہٕ انتظار ے۔ البتہٕ جوٚمہ جہ کاشر آبادی متعلق شُن ہتن شوٚنز پنچ صفحن
پیٹھ مشتمل اسیر کشتواڑی ہٕنز تصویر ڈوڈہ، ناوچہ کتابہٕ ہندس تسلسُل منٛز۔ بیٚین اہم تہٕ
دلچسپ کتابن منٛز کتھ کرتہٕ برونٹھ چھِم ضمناً یتھ کتھ کُن اشارٕ کرُن ضروری باسان زِ یتہٕ
کشمیر یونیورسٹی ہندِس ہسٹری شعبس تہٕ سوشیالوجی شعبس کشیر اندر چکدور، مغل دور،
افغان دور، سِکھ دور تہٕ ڈوگر دورِ حکومتہٕ دوران کشیر منٛز نازل گامتین آسمانی تہٕ
زمینی عذابن ہندس تناظرس منٛز۔ کشیر ترٲوِتھ جوٚمہ کِس علاقن منٛز پناہ گژھن گژھنچ داستان
خونچکان ازکل سرحدا پور ترومن وارِیاہن سلسلن پتہٕ رلونی مواد یہم کرِتھ ہیکہ تہٕ ہیکہ

لِسانیاتہٕ کس شعبس تہٕ ورُلہٕ، بڈگامہٕ یاشپئیہٕ بیٚیٹھ پٔرٛوٗنرٛتھ، رازویرِ تہٕ گُلاب گڈٗثری مٕتین خاندانن بیٚیہ ضلع اسلام آباد کیٚو مختلف علاقو بیٚیٹھ ضلع ڈوڈہ کیٚن مختلف تحصیلن بیٚکہ ہماچل پردیشہٕ کیٚن تیساتہٕ چمبہ تحصیلن کُن ژٕلنس بیٚیٹھ مجبوٗر گٔمتین کاشرٕ ن خاندانن ہِندِ کاشرٕ لفظ رُاشک تہٕ لب ولہجک مقامی بولین زیرِ اثر بدلنک مواد تہٕ وارِیاہ مُفید ثابت سپُدتھ۔ بلکہ گرٕتھ کشمیر یونیورسٹی ہِندِس کاشرِس شعبس تہٕ اُردوٗ شعبس تہٕ یہ بوزنٕتھ غارتس ضرورٕ ووٗتش لگِن زِ راُوی متین بنی اسرائیل قبیلن ہِندی یاٹھی جوٚمرِ چہ گرم پیٹھ اَندر مختلف ثقافتی یلغارن منز۔ ہیٚنہ آمتین کاشرٕ ن قبیلن متعلق لِسانی کیو ادبی تحقیقس پوٚچھر دِنہ باپتھ کُس اہم رول پرٕ تِمن پانس منٛز زانِن خاص کٔرِتھ پرٕدُنرٕتھ بیٚیٹھ ہماچل پردیش تام شمال بیٚیٹھ جنوب کُن یا مغربہ بیٚیٹھ مشرق کُن پھلنہٕ زیٛٹھس پیٚرِ پیٚیٚرٕ ال بلٹس منز۔ یَسِ والین کاشرٕ ن متعلق جموں یونیورسٹی منز سپُزمرٕ تحقیقی کامہٕ ہِندِ حوالہ۔ یہ گرٕ صرف اکھ زِ مثالہٕ ہیٚش۔ جموں یونیورسٹی منز یرٕ کال تام بحیثیتِ اکھ قابل رہبرٕ ادارٕ تہٕ سربراہ شعبۂ اُردو کام کرن وٲلی پروفیسر ظہورالدین کٔری گرٕام بیلی یِتِ، گرٕ یر سٔتی تہٕ ییرٕاہی ہکِتی یاٹھی اکھ غار کاشرٕ آسنہٕ باوجوٗد تِہنا جوٚمہٕ کیٚن کاشرٕ ن شاعرن ہِندِ ن کارنامن تہٕ شخصیژن متعلق سنجید تحقیقی کامن بسیار جہت پرٕ ژرٕ کرنکی وارِیاہ رِتی اقدام ہِنٛزِ شعبس منز۔ رسا جاودانی میموریل ادبی سوسایٹی ہِندِ اشتراکہٕ سٔتی یِنہٕ ظہور صابن گٔیِژ ہِندِ ن مرزا عارف، میر غلام رسول نازکی تہٕ حکیم منظور ہوٚین اہم کاشرٕ ن شاعرن ہِندِ س اعزازس منز۔ شاندار تقریبن ہِندِ سرٕ تھہنہ۔ جیاتی منز۔ کرنک سلسلہٕ جوٚمہٕ کیٚن رسا جاودانی، غلام نبی گونی، مرغوب بانہالی، نشاط کشتواڑی، تنویر بھدرواہی تہٕ شہباز راز ویری ہوٚین قلمکارن بیٚیٹھ تقریبہٕ منعقد کرٕ نس تام پھلو تہٕ کرنووٗن یمو علاوٕ عشرت کاشمیری، پُشکر ناتھ، کرن کشمیری ہوٚین وارِیاہن جوٚمس منز۔ رہایش پذیر گٔمتین

کٲشرِ ادبٕچ پیٹھ ایم فِل سطحُک تحقیق تہٕ۔ یُس کشمیر یوٗنیورسٹی منز کینژ وانِ فوسان پی ایچ ڈی سطحِکس تحقیقس پرٕتھ رنگہٕ بکار لگِتھ ہیکہِ۔ یِموٗدہٕ یُواہم تہٕ روایت ساز کوٗشِشو علاوٕ کٔر پروفیسر ظہور الدّینن یِمہٕ "DEVELOPMENT OF URDU LANGUAGE AND LITERATURE IN JAMMU REGION" ناوٕچ تھَہ ڈی لِٹ تھیسِسہٕ منز۔ تہٕ جوٚمہِ کِس تھٕتھِن وارِہن سرکردٕ کٲشرِ قلمکارن ہندی کیٚنہہ خدمات رٕتی پاٹھی تشاندہی منز اَتھ کوٗشِشہِ یِم بیک وقت اُردوٗوس تہٕ کٲشرِس منز طبع آزمٲیی کران چھِ۔ جوٚمی کِس اُردو شعبس منز چھِنے موجوٗدٕ سربراہ پروفیسر خورشید احمد اکاشر نوٗش بٕتھ یعنی موجوٗدٕ ایس ایس پی کریم ڈاکٹر عبدالعزیز خانن رفیقہِ حیات بٕتھ اَتھ ربوٲتیس پوٚچھر دِنٕچ سودِلہٕ کوٗشش کران — خاص کٔرِتھ چھِ اَتھ شعبس سٕتی وابستہٕ ڈاکٹر شہاب عنایت ملک، ڈاکٹر ضیاء الدّین تہٕ ڈاکٹر نصرت چودھری تہٕ جوٚمہِ کِس کٲشرِ ادبٕچ پیٹھ تحقیقی کام برونہہ پکناونس منز۔ کافی حوصلہ افزٲیی کران۔ اَمہِ قسمچہِ کامہِ پوٚچھر دِوان میانِس اُردوٗ کامِن ہندِ حوالہٕ یُس تحقیقی مقالہ اَتہٕ بوژوا کشتواڑکی شبیر احمد بٹن مکمل کوٚرمُت چھُ تہٕ تھَہ نِگرٲنی کرنُک اعزاز چھُ ڈاکٹر ضیاء الدّینس حٲصِل۔ ذٲتی سطحس پیٹھ چھِ یِموٚ تریٚیو یوٗنیورسٹی نِش وکھوٗ تہٕ کیٚہیا زیادٕ سنجید تحقیقی کام ڈاکٹر اسداللہ وانی صابن انجام دِژمُت۔ حضرت شیخ العالمس پیٹھ اوٚلین کتاب لیکھنہٕ علاوٕ چھِ وانی صابن کٲشرِ زبٲنی ہندِن قدیم ڈایلیکٹن پیٹھ خاص کٔرِتھ کشتواڑی تہٕ سِراَزی ہِشن بولین پیٹھ تہٕ زِ سنجید مقالہٕ تحریر کٔرِمتی یِمو منز کیٚنہہ "اَنہار" اندر تہٕ چھپے متی چھِ۔ موجوٗدٕ جوٚمی صوبہٕ کِس زِٹھِس کٲشرِ شاعرن منز چھُ بشیر بھدرواہی صابُن ناو تہٕ بحیثیت اکھ محقق سُلہِ گرِ شامل گوٚمُت یِلہٕ تِموٚ ۱۹۷۲ عیسوی ہس منز۔ تقریبن ہتھو اَدس ہتس صفحس پیٹھ مشتمل ڈوڈہ ضلعکی کٲشرِ لُکہٕ باتھ یکجا کٔرِتھ ریاستی کلچرل اکیڈمی اَتھ چھاپ کرناوی، مگر

پَر رچھُ یہِ زیُورِ جوٗمی صوبہٕ کِس موجوٗدٕ کاشُرِ ادیبن منٛز یُس اِمتیاز منشوٗرٕ باہنالی صابن
تہٕ آسیر کشتواڑی صابن تحقیقی مواد بہم کرنہٕ رنٛز پرٛوۄسہٕ چھُ تِہندِ سارِنٕے کاشرِ ہیٚن کاشرِ
ادیبن کیٚت قابلِ فخر تہٕ قابلِ تقلید۔ وِزِ وِزِ جان تحقیقی تہٕ تنقیدی اہمیتکی مقالہٕ تحریر کرنہٕ
علاوٕ چھےٚ منشوٗرٕ باہنالی سٲرِن کامن منٛز تسنٛز۔ سارِوٕے کھوتہٕ قابلِ ذکر تہٕ قابلِ قدر
سوٚ کتاب یَتھ ناو چھُ "جوٗمی صوبس منٛز کاشُر زبان وادبُک توارِیخ"۔ ترٛن ہتن ترٛیُہن صفحن
پیٹھ مشتمل یہِ لِسانی تہٕ ادبی اہمیتہٕ واجیٚنی کتاب چھےٚ۔ سنہٕ ۲۰۰۱ عیسوی منٛز ساہتیہ اکادمی
خاص اہتمامہٕ سان چھاپ کرٕمٕژ۔ امہٕ برونٛٹھ ۱۲ وَرِی چھاپ گامٕژ میانہٕ "کشیر بالہٕ
اَپار" ناوچ کتابہٕ یتہٕ منظرِ عامس پیٹھ آمٕژ یہِ جان ضخیم کتاب چھےٚ ہمکالِہ سنجید تسلسل
بیٚیہ توسیع رنٛگہٕ تہٕ جوٗمہٕ چہ کاشُر زبٲنی تہٕ کاشرس ادبس پیٹھ تحقیقک شوق تھاوَن والیٚن
کرِ ژپرِتھ لحاظہٕ مُفید باسان۔ یکیازِ اتھ منٛز چھُ گزشتہٕ دون ڈیٚہلین منٛز بارسس
آمتین وارِہین نوین کاشرِن شاعرَن ہُند تعارُف تہٕ شامِل کرنہٕ آمُت بلکہ یمن جوان
ہُند منےٚ صرف ناوٕے یوت اوس ہیو تمُت تِہند شخصی تعارُف تہٕ نمونہٕ کلام بیتر تہٕ
چھُ کافی تفصیلہٕ سان پیش کرنہٕ آمُت۔ خاص کرِتھ چھُ سرحدِ اپور ترِتھ کاشریک تعشوق
رَچھَن والیٚن کیٚنژن تحسین جعفری تہٕ طاؤس باہنالی ہوین بُزرگ شاعرَن متعلق تہٕ مزید
مواد حاصِل کرنہٕ آمُت۔ یتھے پأٹھی چھُ ہیمال ناگرائے ہش مشہور مثنوی لیکھن وٲلس
ولی اللہ متو ہندِس مورٕرشِد سُند ناو ظریف خان بجایہٕ ظریف شاہ آسنس پیٹھ تہٕ
اطمینان بخش مُحققانہٕ بحث کرنہٕ آمُت۔ اتھ کتابہٕ منٛز چھُ سہٕ دلچسپ بحث صفحہٕ ۷۳
تا صفحہٕ ۷۷ پٔرِتھ مُصنفس پیٹھ بیٚیہ ہَن اعتماد گژھان۔ یہِ پیٹھ یمن ژوٗرٕ ہتن ۵۰۰ لوکچن
بجن کتابن یہِ کتاب تیار کرنہٕ باپتھ مطالعہٕ کرنہٕ چھُ آمُت تمن ہندی حوالہٕ تہٕ چھِ

بڈ ادبی دیانتہٕ سان پیش کرنہٕ آمتی۔

منشورٕ صایبس لرٕ یورٕ جومٕ صوبجہِ کاشرٕ زبانٕی تہٕ کاشرس ادبس پیٹھ قابلِ قدر تحقیقی مواد بہم کرن وول جوانسال ادیب چھ مُتس گونٕ شہ سخ وٕری اسیر کشتواڑی صاب۔ یوٚدوے تسنٕز تحقیقی کامہِ ہند حاوی موضوع صِرف ڈوڈہ ضلعہٕ چین ادبی شخصیژن کاشرِ بولن تہٕ ثقافتی تجاین ہنز اہمیت روشن تر بناونہٕ یاپٹھ مُشخص باسان چھُ تاہم چھُ باڈوٚکنی تُسند تحقیقس تہٕ تبصرس پیٹھ مبنی شایع شُد مواد بلہِ سارنے ادبین ہند چھاپ کرٕ مُتہِ مجموٗعی مواد کھوتہٕ زیادٕ صفحن پیٹھ مُشتمل۔ امیک بیشتر حِصہ چھُ اُردوٗ تہٕ انگریزی ہِشن زبانن منز چھاپ سپدمُت۔ اسیر صابنہِ تقریباً ساسن صفحن پیٹھ مُشتمل کامہِ ہند وُنِ تام چھاپ سپد مُت حِصہ چھُ زیرِ طباعت ضخیم انگریزی کتابہ بروٚنٹھے یمن ژورن عنوانن تحت یرن والین تام ووتمُت۔ نمبرٕ ا اسرارِ فریدیہ نمبرٕ ۲ تصویرِ ضلع ڈوڈہ ۳ ضلع ڈوڈہ کی ادبی و ثقافتی تاریخ اور نمبرٕ ۴ ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت۔

اسرارِ فریدیہ ناوچہِ کتابہِ ہند تحقیقی تہٕ عقیدتی مواد چھُ ڈوڈہ ضلعس منز اسلام کس ترویج و اشاعتس قبولِ عام تہٕ وُسعت بخشن وألس دوستِ خُدا حضرت شاہ فریدالدین بغدادیؒ سُند تہٕ تہند ین روٗحانی کمالات والین شاہ اسرارالدینؒ تہٕ شاہ اخیارالدینؒ ناوکین فرزندن متعلق۔ یِلہ زن "تصویرِ ضلع ڈوڈہ" ناوٕچ ضخیم کتاب چھپنے ژٕن تھٕسن پیٹھ مشتمل امیک اکھ حِصہ چھُ اُردوٗ انگریزی تہٕ اکھ صرف تصویرٕ لی سوٗنٕز ل یا فوٹو سکشن معروف صحافی شری آر کے بھارتی چھُ امکِ مواد چ اہمیت اُکی سے اُردوٗ پیراگرافس منز یتھٕ پاٹھی دأیران۔ "اِس ضخیم کتاب کی خصوصیت یہ ہے کہ اِس میں پوٗرے علاقے کی تاریخ، جغرافیہ، پہاڑوں اور ندی نالوں، قابلِ دید جگہوں، چراگاہوں

معدنی دولت، بود و باش، خوراک، فصلوں، حیوانوں، جنگلی جانوروں، چشموں، ذرایع آبپاشی، قصبوں، دیہاتوں، نسلوں، قبیلوں، ذاتوں، زبانوں، بولیوں، مذہبوں آستانوں، مندروں، مسجدوں، دستکاریوں، رسل و رسایل کے ذریعوں اور اقتصادی حالات وغیرہ پر مُفید واقفیت درج کی گئی ہے"۔ امہِ لحاظہٕ چھےٚ ستنمن کتابن ہند حوالہٕ تیار کرنہٕ آمژ یہ کتاب عشرت کشمیری ہند تاریخ کشتواڑک اکھ نفیس تسلسُل بیٛیہٕ توسیع باسان۔ تہٕ اسیر صابنہٕ کوششہ اسٕتی بارسس آمژ "ضلع ڈوڈہ کی ادبی و ثقافتی تاریخ"، ناوچہِ کتابہِ ہند عکس جمیل چھُ اتھ کتابہِ منز تہٕ نظر یوان۔ البتہٕ یوسہٕ ژورم کتاب کُنی نوشتہٕ ژدیہٕ تاجہن صفحن پیٹھ مشتمل چھےٚ "ضلع ڈوڈہ کی ادبی شناخت" ناوچہِ اتھ اہم کتابہِ منز چھُ کاشر زبانی تہٕ ادبس ستی براہِ راست تعلق تھاون والین ترٛیہ شیٚتھن قلمکارن ہند بھرپور تعارُف نمونہٕ کلام دِتھ پیش کرنہٕ آمُت۔

چلنت کلچرل فورم کشتواڑکہِ طرفہٕ تحقیقی اہمیتہٕ واجنۍ سو کتاب شایع کرنس منز تہٕ چھُ ولی محمد اسیر کشتواڑی سُند حصہٕ بیٚیو کھوتہٕ زیادٕ باسان یوسہٕ مشہور موسیقار تہٕ شاعر غلام نبی ڈولوال المعروف جانباز کشتواڑی صابنہٕ وفاتہٕ پتہٕ "بس اُفق تام" تقریباً ڈاین ہتن صفحن پیٹھ شایع کرنہٕ آیہِ۔ مختلف تنظیمو طرفہٕ صوبائی سطحس پیٹھ ژساون کامگار کشتواڑی، خواجہ غلام رسول آزاد، اوم مہتہ، عبدالرحیم اعما، عبدالغنی گونی، مولانا عطاء اللہ سہروردی تہٕ وفا بھدرواہی ہنٛز ادبی تہٕ سیاسی شخصیژن پیٹھ ورزن کڈنہٕ آمتین خصوصی نمبرن تہٕ چھےٚ پنٕنۍ تحقیقی اہمیت۔ کٲشر آبادی والہٕ ڈوڈہ ضلعکہِ حوالہٕ کر بہٕ ییٚمہٕ ژورن پانژن خصوصی شمارن ہند ناو ہیٚنس پیٹھے اکتفا۔ نتہٕ ہیکہِ یہٕ مقالہٕ زیچھرُک شکار سپدِتھ۔

یِموٗ غٲر سرکٲری ادبی تنظیمو تہٕ انجمنو کٲشُر بوٗلن والین علاقن ہنز نفیس ترجمٲنی کرنہٕ علاوٕ کٲشرِن ادیبن تہٕ شاعرن متعلق موٗلُل ریکارڈ محفوظ تھوٗنچ بیٚیہ تھدرِن کارنامن تہٕ شخصیژن ہنز یٲری زان پٲدٕ کرنٕچ ذمہٕ وٲری تہٕ بجن وخوبی انجام دِژ تمن منز۔ چھُ گیٹ وے آف کشمیر ناوٕ زانہٕ ینہٕ وٲلس بانہال علاقس اکھ اِمتیاز حاصل زِ اتھ منز قایم "کٲشُر ادبی مرکز بانہال" تہٕ پیر پانژال ادبی فورمن" لٕب پوٗر حوٗصلہ منز۔ سارنے برونٹھ پنٕنہِ ترجمٲن رسالہ کٲشرِ پاٹھ چھاپ کرنٕچ سعادت۔ مثالہٕ پاٹھی دِژایہٕ وُنیٚستام کٲشُر ادبی مرکزکِہ "گولاب" رِسالکی ترٕنے خصوٗصی نمبر منشوٗر چھِنہٕ اِدارٕکس منز۔ ۱ غمِ رِسالت نمبر ۲ احمد عبدالرحیم نمبر ۳ گاشرِ نمبر تہٕ کلچرل فورمن تہٕ کڈ۔ "ینہٕ آبشار" ناوِ رِسالکی زٕ خصوٗصی نمبر غلام نبی ظاہر فس ادارٕکس منز۔ البتہٕ جوٗمس منز کٲشرِ خدمژ باپتھ وقف رِسالہٕ انجمن کشتواڑ۔ رِسالہٕ بزم بھدرواہ تہٕ رسالہٕ کہکشان بھدرواہ بیٚیہ شہر آشوب رسالہٕ بھدرواہ چھ بالترتیب اسیر کشتواڑی تہٕ رِندبھدرواہی ہند قابل اِدارتچ آیئنہٕ دٲری کرنہٕ علاوٕ انجمن فریدیہ کشتواڑ بیٚیہ بزم اقبال بھدرواہ کہ منزکہ امارچ نشاندہی تہٕ کران۔ البتہٕ چھ ہٕ اَتھ مُفید رلوٲنیس وُنہٕ رسا جاوِدانی میموریل لٹریری سوسایٹی جموں، فریدیہ بزم ادب ڈوڈہ تہٕ کٲشُر مرکز بہروٹ راجوری ہِشہٕ ادبی تنظیمہٕ بالترتیب ڈاکٹر شہاب عنایت ملک مشتاق فریدی، سعداللہ شاد فرید آبادی تہٕ شہباز راجوری ہِوین محنت پسند قلمکارن ہنز سرپرستی حاصل آسنہٕ باوجوٗد خاطرِ خواہ آبیٲری کرِتھ۔ ضلع ادھمپورکین گوٗل گلاب گڈھ تہٕ بسنت گڈھ ہوٗن کٲشر آبادی والین تہٕ ضلع کٹھوعہ کین بسوہلی تہٕ بڈو بلاور ہوٗن کٲشر آبادی والین علاقن منز۔ تہٕ بلکہ ہماچل پردیشہٕ کین تیسا تہٕ چمبہ تحصیلن منز واقع کٲشر بولن والین علاقن اندر تہٕ چھنہٕ ادبی انجمن سازی ہند رجحان گنُن ہیوٗ تمُت ییتھ کُن ہمسایہ علاقن ہندین حساس کٲشرین ادیبن حوصلہ افزا

زوٚیہ زیادٕ فعال بناوُن پٮ۪ٹھ۔ تہٕ یِمَن سارِنے علاقن ہندِ ن تحقیقن ووستادن پننین ادبی تقریبین منٛز اَنِتھ کاشُر لیکھہ پٕرُن ہندِس سلسلس وسیع بناوُن پٮ۪ٹھ۔ یِمہٕ چہٕ عمل آوری ہندِ سرکٲری حکمس تحت جوٚمکِہ ڈایریکٹر سکولز محمد سعید خان صابن ذٲتی دلچسپی سان پرنسپل سٹیٹ انسٹی ٹیوٹ آف ایجوکیشن آر ایل گپتاہس یہ باند باند کوٚرزِ سہٕ دِتِن پروفیسر مرغوب بانہالس زیٚرِ سرپرستی تحت سرگرم عمل زوٗرِ ن کاشرِ ن ریسورس پرسنن پوٚرٕ تعاوُن۔ چنانچہ اَسہٕ کرِ ۲۰۰۲ ہس وٕرِ یس دوران جوٚمہٕ کِکس سارِنے ضلعن ہندی ۶۳۸ ٹیچر کاشر لیکھہ پٕرُن منٛز ٹرینڈ۔ مٔتے چھہ پانس نش تمن ہندی ناو تہٕ ایڈریس درج تھاوِ متی۔ مٔتے ستی سرگرم ترٕے ریسورس پرسن آسی منشور بانہالی پرتھوی ناتھ کول سائل تہٕ پیارے ہتاش۔

یہ زمینی پٮ۪ٹھ رِچھ بجاے خوٚدستھاہ اُمید افزا بہ سان زِ رنگہٕ رنگہٕ پریشان گٲمژ کٲشر تراوِتھ جوٚمہٕ ضلعہٕ کِکین مختلف علاقن منٛز رہایش پذیر گٲمتی کٲشری بٕہ قلمکار تہٕ چھہ اَتہٕ حق المقدور ماجہ زیٚوِ ہنٛز خدمت جاری تھٲوِتھ پننہٕ ثقافتی شعورٕ زندٕ آسنُک ثبوت بَرابَر دِوان۔ تِم چھِنہٕ نہٕ صرف شدید تہذیبی تہٕ لسانی یلغارن تَن دِتھ سوٚرگواسی موتی لال ساقی، چمن لال چمن تہٕ بنسی نِردوش زِ ربوایتھ رٔچھان بلکہ چھہ ارجن دیو مجبور، مکھن لال صراف، کاشی ناتھ باغوان تنہٕ راول، پیارے ہتاش، کنول سوپوری تہٕ سومناتھ ویر ہوٚن زِ ہٹین ہندی پاٹھی گرشمہٕ کرائن منٛز تخلیقی امار بروٚنٹھ پکناوِ ہ۔ علاوٕ موہن لال آش ہ تہٕ ڈاکٹر رتن لال تلاشی ہوٚن پوختہٕ کارن ہندی پاٹھی تحقیقس کیو تنقیدس تہٕ باگہٕ بوٚرُت گوڈ بِران۔ یہ مقالہٕ انداتاوٕ زِنگی کرِ بہٕ یِمو دوٚیو قلمکارو منٛز تہٕ صرف اَکِس منٛز اہم تحقیقی کامہٕ ہند مختصر تعارف تہٕ تجزیہ پیش کرنس پیٹھ اکتفا یِنِنے بہٕ کرٕ پوٚنس فقط موہن لال آش صابنہٕ تمہٕ ثقافتی تواریخ کِتھ یوٚس تمو اکس ہتس ارو نزِہن صفحن پیٹھ انگریزی پاٹھی ۱۹۹۱ ہس عیسوی یس منٛز چھاپ کوٚرتھ

کلچرل ہسٹری آف ڈوڈہ ناوچھُ۔ حضرت شیخ العالمؒ سند آبائی وٗطنٕچ جغرافیائی، توٲریخی، تہذیبی، سماجی تہٕ معاشی زندگی سیٹھاہ اختصارس ساں معنہٕ ساوی آیہٕ پیش کرنہٕ علاوہ چھُ اتھ کتابہٕ منز۔ جومہ کین پندہن اہم کاشرٕن ادیبٕن ہند سیٹھاہ تٕہ یون تعارُف تہٕ پیش کرنہٕ آمُت۔ ورگہ پاٹھی چھُ اتھ کتابہٕ منز۔ پریتھ حساس تہٕ جان کاشرس دانشورس ند ماجہٕ زیوٕ نِسبت اکھ شوٗد تہٕ شوٗرٕ جذبہٕ غالب ہندن ہوٗن لفظن منز۔ وۅتلاونہٕ آمُت زٕ یینہٕ زنہٕ چھ تم اکہ اکہ ماجہٕ زیوٕ کُن وۅنان ؎

گو میں رہا رہینِ ستم ہای روزگار\
لیکن ترے خیال سے غافل نہیں رہا



# سانہِ ادبی تواریخکر رآوی متی

# گوشہٕ

ناجی منور

اکھ عنوانس پیٹھ لیکھنہٕ ورِ چھ لیکھن والِس لازمی سوچُن زِ پنُن ادبی تواریخ کتہِ پیٹھہٕ کرِ پیٹھ کرُو شروع ۔ اگر اسی پورِ پاٹھی زانِ دِ موٗ لیکھتھ ادب چھُنہٕ ترے ژور ستھ ورِی یرِ وہ کنہِ صورتس منز نظری گژھان ۔ تمہ برونٹھم سوٗرے ادب چھ اُنکونہٕ انداز حسابے اسہِ تام ووتمُت یتھ شقہ شہادمیسر چھے سیدان ۔ نہ زَن گوٗ لل دیدیا نُند ریوش (حضرت شیخ العالم) ہنز شاعری چھنہٕ اسہِ تام تہند پنہٕ زمانہٕ پیٹھ موجود بلکہ تمن دوشونی گوٗ نماتن ہند پیمہ عالمہ گژھتہ پتہ دوٗ یہ ترپیہ متیہ وٗہری لیکھنہٕ تہ نقل کرنہٕ آمژ ۔ یتھ اسی یہ وٗنتھ قبول چھ کران زِ ترےٗ ہتھ وری برونٹھ یموٗ سوٗ شاعری نقل آسہِ کرمژ تموٗ تہ آسہ کنہ بیاضہِ پیٹھے یعنی پیچھمنز شکلہِ وُچھتھ یا زبانی بوزِتھے درج کرمژ ۔ یوس اسی وُنی کینہ کنہ شکہ روٗستے تسلیم چھ کران ۔ یمن دون گوٗ نماتن برونٹھ چھ چھر اکینہ شعرتہ جُملہ یا لفظ اَسہِ تام واتی متی تمتہ چھ تتھے پاٹھی نقل در نقل ۔

کٲشرِ منز کمہ زمانہٕ پیٹھ آسہِ لیکھُن شروع گومُت ، تتھ متعلق چھ اسی وُنہ محض قیاس کران تہ پیٚلہِ تحریر شروع گومُت آسہِ سہٕ آسہ ہے کٲشرِ زبانہٕ خاطرے شروع گومُت چھ اکھ بوڈ سوال ۔ فی الحال چھنے اَسہِ پرٚتھ خبر زِ کٲشر زبان چھنے پتھ کالہِ شاردا رسم خطس

منز لیکھنہٕ یوان اُسمُت۔ یہ خط اوس سنسکرت زبانہٕ ہند بأپتھ تہٕ یتہٕ ورتاوس
اوسمُت۔ یتھ جایہ یہ کتھ لیکھٕنۍ گژھہِ تہٕ یتھ زِ کأشرۍ پٕرٕ تہٕ لُکھ چھِ دُیے پرٕ زبانن یتہٕ
لل کھوٚل کران روٗدی ہمتی، یہ کرٕ تہٕ بأپتھ آسہٕ تمن کینہہ مجبوری یہ تکیازِ ووٚپرٕ حکمرانن خوش
کرنہٕ خاطرٕ اوس تمن یہ کرُن ضروری۔ امہِ ورأے ہیکہن تہٕ دفترن تہٕ دربارن منز تمِ
جاے لبتھ۔ ووں گوو گامن گٹھن منز۔ اگر کاتہہ کاتہہ پرٕنس کُن مأیل گیو وُسہٕ اوس بلکہ
کأشرس یعنے یتہٕ ماجہِ زیوٚ منز تہٕ لیکھان مگر تہندین لیکھنہٕ متین مُسودن آسہٕ یتہٕ کِس
پرٕہ متس طبقس منز زیادٕ اہمیت توے اسہ یتھی مُسودٕ ضایہ گژھان۔ اگر کُنہ جایہ کاتہہ
مُسودٕ شاردا رسم خطک اَتھ آو تہٕ سُہ واتنو انگریز شوقہٕ وألیو یاتہٕ یوٗرپ چین لائبریرین
منز تہٕ کھیوٚو یتہٕ المارن منز۔ کاغذ اُتھر۔ بہسلزن یم قلمی نُسخہٕ شاردا
رسم خطس منز لندن سأری تموٚ منز چھِ کیہنہ نوم یہ

1. Amarakosha with Kashmiri explanation :No.791
2. Kashmiri Kosha :No. 791
3. Krishnavatara, Saheb Koul :No. 792
4. Janama Charita with another poem : No.793
5. Bana Sur Vadha :No.793
6. Rama Avtara :No.799
7. Lal Vakh :No.800
8.Vamik Uzra , Saifud Din :No.804
9. Sheereen Khusrow, Mahmood Gami :No. 806
10. A Collection of Kashmiri Songs :No. 815

سیف الدین تاربلی، محمود گامی تہٕ کاشرِن باقتن ہنز۔ سوٚمبرن شاردا خطس منز۔ بہلر صابس بیٹھہٕ چھ بیوٚن اہمیت تھاوان۔ یمہ نُسخو منز چھ یِتہٕ لل واکھ تہٕ کرشنہٕ اوتار ژیرت گریرسن ایڈِٹ کرِتھ رایل ایشاٹک سوسایٹی ہندٕ طرفہٕ شایع کرمِژ۔ بہلر صاب چھ کُینژ ہندِن قلمی نسخن ہُند تفصیلی جایزٕ ہیتھ یوٚتس لیکھان

The oldest poet, one of whose composition
has survived is Ratnakara... who obtained
undr Avantivarmana ( 855 -884 A.D

رتناکرس ہنز کام تہٕ چھے سنسکرت زبانہ منز۔ لیکھتھ تہٕ شتی کنٹھس بروٚنہہ چھُنہٕ کانسہٕ کاشر زبانی ہندِس لیکھن والی سُند کانہہ نُسخہٕ بدس آمُت۔ تمہ زمانک یُس تہٕ تحریر کُنہٕ جایہ موجوٗد چھُ سُہ چھ کُینژ ہندِس بیٹھس رسمہ خط شارداہس منز۔ لیکھتھ۔ شاردا رسمہ خط چھُ یِتہٕ سکن تہٕ باقتے لِکھارن منز۔ تہٕ ورتاوس اد سمُت۔ شاید چھُ عبدالاحد آزادس یہ وَنُنہٕ وزِ بُل چھک گومُت ز ۱۸۷۴ء منز۔ چھ جی بہلرن لوہورکس عجایب گرس منز دیدرانہ ہند اکھ کُتبہٕ (لیکھتھ تختہٕ) وُچھمُت یُس کاشری یاٹھی لیکھتھ اوس۔ اکھ کتبس متعلق چھ جی بہلر سندی لفظ:۔

The Sarda characters now in use appear the
first on the coins of Avantivarmana (855-84).
The older coins of Toramana and
Perversena show Gupta characters. They
recur also in all Kashmiri inscriptions which

**have been found. The oldest among which probably the fragment of the time of Dedarani (980-1000A.D.) preserved in Lahore museum . (p.31)**

صاف چھُ ظاہر زِ شاردا کریکٹر مطلب چھُنہٕ کاشُر زبان بلکہ محض کیٚشرِ ہٕندٕ رسم خط
تہٕ بہلر صابن چھُنہٕ یتہٕ داواکورمُت زِ تِمٕ چھُ یہ کُتبہٕ پانہٕ وُچھمُت۔
شاردا رسمہٕ خطس منز یوٚدوے اَسہِ کاشرِ زبانہِ ہُند ادب یِڈس مِقدارس منز
دستیاب گژھہِ تہٕ مگر قدامتہٕ لحاظٕ چھُنہٕ کاشرِ زبانہِ ہُند لیکھتھ ادب ترےٚ ژور ہتھ وٕری
پرون میلان۔ لیکھتھ کاشُر زبان سوٗ للہ واکھن ہٕندس صورتس منز آسی تَن یا شیخہٕ شرکین
چھِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ترےٚ ہتھ وٕری برونٹھ بیٹھ کین قلمی نُسخن منز موجود۔ للہ واکھ تہٕ
شیخہٕ شرُکی چھِ اَسہِ تام نستعلیق تہٕ نسخ خطس منز تِمن ریشی نامن ہٕندٕ ذریعہِ واتی متی یِم
گوڈٕ بیٹھے فارسی زبانی منز لیکھنہٕ آے۔ باقے زبانن ہندی پاٹھی چھُنہٕ کاشرین شاعرن
ہٕنز تذکرٕ کتابہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ اگر کانسہِ شاعرُن ذکر کُنہٕ شایہ کرنہٕ آمُت تہٕ چھُ سُہ چھُ
تِسُند روٗحانی کمال ہاونہٕ سٟیبہٕ کرنہٕ آمُت نہٕ زِ شاعر آسنہٕ کِنہِ۔ کاشرِ تواریخ دان تہٕ
ریشی نامہٕ لیکھن والی مثالے سعد اللہ سعادت، خواجہ اعظم دیدہ مری یا بابہ کمال بیترِ
چھِ امی آیہ سانین شاعرن ہُند ذکر کران۔

محیُ الدین مسکین سرایہ بلی چھُ گوڈنیُک کاشُر تواریخ دان یمی شاید پانہٕ کاشُر

شاعر آسہٕ کٔن کأشر زبانہِ ہندین شاعرن ہیسہٕ پأٹھی پننس "تواریخ کبیرس" منٛز جاے پھٕچھے درٕژمٕژ۔ اَسہِ چھُ گوڈنچہِ لٕڑِ فاخر میر عبداللہ، محمود گامی، سیف الدین تاربلی تہٕ بیٚیہِ کینٛژن کأشر زبانہِ ہندین شاعرن ہند حال اَتھی تواریخس منٛز میلان یمن چھ اشاعر آسنہٕ کٔنہِ اہمیت چھےٚ۔ عبدالاحد آزادن چھُ "کشمیری زبان اور شاعری" لیکھنہٕ وِزِ اَمی کتابہِ ہند استفادٕ کٔرتھ شاعرن ہند حال لیوٚکھمُت۔ ظاہر چھُ زِ کٔنہِ زبانہِ ہند ابتدأیی تواریخ لیکھنہٕ خأطرٕ یِیہِ نہٕ یُت محدوٗد تہٕ موختصر مواد دستیاب آسہِ اَتھ منٛز کِتیاہ گوشہٕ روٗزِن تمیٚن پیٹھٕ نہٕ زاہ گاش تہٕ بیٚیہِ۔ وونی گوو یِیہِ اَسہِ اَز تِتھی دستیاب موادس دلہ جارہٕ سام ہیوان چھ، تم کتھ تہٕ چھ بروٚنٹھ کُن یِوان یمن کُن تہٕ اَز تام کانٛہہ ستیومُت چھُ آسان مثلن اَسہِ آسہِ تم ساری شُرکی کیو واکھ حضرت شیخس یا لل ماجہِ کُن منسوٗب کران یم قلمی مسودن منٛز درج آسہِ یِیہِ زِ تمہِ دورکی بیٚیہِ تہٕ کٔتی شاعر ہیکن یِد کڈتھ۔ یتھ

اَتھن ہا ہیتھ وُٹھن پھیشُن کنن لگان بٔتن واو

اَسہِ تہٕ درایاے یپنہٕ ڈیشہ۔ دلو یِیٚتہٕ تیرے رٔیشن ناو

یِیٚتہٕ اَسِ کتھو تہٕ کِہ نِشن رٔیشن کیاہ تام ڈیشُن آو

یِتھ ہیوٗ شُرک تہٕ ادس کلام "شیخ العالم" منٛز۔ درج کرنہٕ یِوان یِیہِ زِن یہِ زأنہٕ شاہ صاین لدا خس منٛز کتھ تام جایہِ ووٚنمُت چھُ۔ یا امہِ دورکس کلامس مزید دل چھل دِنہٕ سٕتی چھ یمن گوٚنماتن ہنٛز۔ زندگی ہنٛدی کِتیاہ گٹہٕ کوٚن گاشس داربنان تہٕ تہنٛد نوٚو کلام بروٚنٹھ کُن یِوان۔ حضرت شیخ العالمن ہنٛد یہِ واکھ چھا ازکل کأنسہِ نظرِ تل یمہِ سٕتی تہنٛز زندگی ہنٛدی تہٕ سوچکی کٔتی پہلو نٔنی نیرن۔ یتھ

ہار تہٕ روٗدھ نہٕ نار نہٕ یاں نہٕ

کارن یٔہتس گرٕدھ موجلے

بوٚمہ رێنشی آباد گُھن تہٕ گارن ... اُتی ژھارن اُتی ژھارن بو

کُڈج ڈج چھێنبن ہارن ... دہ ہے دیُت تارن جواب تہٕ
ڈہ ہے پرونامک کارن ... اتی ژھارن اُتی ژھارن بو

اَتہٕ ہیوٚر روزِہا یہارن ... وُچھان پھل کیاہ بو یہ
بوٚ یِکھ تہٕ ہاکھ وانگن وارن ... اُتی ژھارن اُتی ژھارن بو

تَتہٕ ہیوٚر روزِہا سنگارن ... کرہا سر پھن گگرن بے
تگہٕ نَم کوٚ یکہٕ نم ہنگارن ... اُتی ژھارن اُتی ژھارن بو

تہٕ ساد سُست تُندسترٕ رٕدٕ امی طریقہٕ صاحبس کاران ۔ عبدالاحد آزادس اگر زندگیہ یاوری کرِمژٕ آسہا، تمۍ آسہا یِرٕ تہٕ پاٹھۍ کاشُر زبانۍ ہندِ موٚل تہٕ متلع سانہٕ خاطرٕ شیٖر تِھ سمبالِتھ تھوٚومُت ۔ یِنہٕ موختصر زندگی منٛز یِیمہٕ آیہٕ تمۍ کاشُر زبانۍ ہندس خزانس موٚل اَنکہٕ وَن کرٕنی ہٕرایہٕ کاشُر زبان آسہا کتہٕ کور برونٛہہ پکمژٕ ۔ تمِس بروٚنٛہہ کنہٕ اَس مولانا شبلی سنٛز "شعرالعجم" (فارسی شاعری ہند تواریخ) اکھ ماڈل ۔ مگر یِتھ پاٹھۍ مولانا شبلی یَس بروٚنٛہہ فارسی زبانۍ تہٕ ادبکۍ واراہ تذکرٕ لیکھہٕ آسۍ آمتۍ، تَتہٕ کوٚر آزادن کاشُر خاطرٕ یِتھ تذکرٕ لیکھنُک ڈُسلایہٕ ۔ منے چھُہٕ یاد زِ مولانا شبلی ین یا یِنہٕ کانسہ چھا کُنہٕ جایہٕ یِیمہٕ کِتھہٕ ہُند ذکر کوٚرمُت زِ فارسی شاعرن ہُند اکھ تذکرٕ چھُ نعمانی خاندان کۍ اَکۍ فرد ابوالمکارم نعمانی ین تہٕ کرتام لیوٚکھمُت یُس مولانا شبلی نعمانی یَس بروٚنٛہہ کنہٕ ضرور آسُن گژھِہے ۔ آزادس

ییوٚ وٕنۍ تذکرٕ مکمل کرنہٕ خاطرٕ تمہٕ وقتہٕ کُس سرسری چھاپی موادس تہٕ سیٹھاہ قلیل قلمی تحریرن پیٹھ ینۍ مواد جمع کرٕن۔ تس بروٚنٹھ کنہٕ اوس مسامایینز کَن ؤریٚن منز چھپومُت ادب یتھ منز مو مختصر اخبأری جایزٕ تہٕ آسی۔ اوٚتام اوس چھاپ خانَن کیٚنژ منز کاڈکوڈ یمہٕ کہٕ برکتہٕ کأشُر شأعری ہندی کینہہ نوٗ یہٕ وٕنی حصہٕ عام لُوکن تام واتی متی آسی۔ مثالے لل دیدِ تہٕ شیخ نُندرٕ ریشی سُند کلام آسی عام لُوکھ چشمن متھان۔ رسل میرنی محمود گامی ینۍ تہٕ کیٚنٛہن شأعرن ہندی لولہٕ باتھ آسی چھاپی صورتس منز۔ کأشرۍ شوقہٕ متۍ لُکھ ہیتھ گیوان۔ چھاپ خانُک سارِوے کھوتہٕ بوڑ دیُت چھُ کأشرِ زبأنۍ زیہٕ وأرِ لیکھتھ کأشرین گرٕن منز عام لُوکھ آسی وونی پننی زبأنی منز۔ مثنوی یہٕ پرٛان یمن منز۔ لولہٕ مثنوی یہٕ تہٕ جنگ نامہٕ دوشوے شأمل آسہٕ نہٕ۔ اوس اوٚتام زبأنی بوزٕن تہٕ باوُن یوان۔ مگر یہٕ سورُے سُد أنۍ کھلہٕ پأٹھۍ یتھ منز نہٕ کانہہ تحقیقی ذمہٕ دأری کأنسہٕ پیٹھ آس۔ چھُ عبدالاحد آزاد کیٚنٛتس کرٕ احاطہٕ۔

عبدالاحد آزادس پیٹھ ازتام قریب شیٹھن ؤریٚن منز یوٚک کأشُر ادب تہٕ خاص کر ادبی تحقیق وارِیاہ بروٚنٛہہ، قریب سارنے وَیدیٚن شأعرَن ہندِ کلامکی کُلیات آیہٕ بروٚنٹھ کُن تہٕ تِہندِ ن زندگأنی ینۍ ہندی کیٚنٛہہ گۆڈ گوشہٕ آیہٕ کأشراونہٕ۔ وُنہٕ تہٕ چھُ وقتہٕ وقتہٕ نوٚو نوٚو کنتھ تہٕ شأعرن ہُند کلام بروٚنٹھ کُن یوان مگر توتہٕ چھُ کیٚنٛہہ راز وُنہٕ پردن تھایہٕ گُٹھ۔ حضرت شیخ العالمسٕ یہٕ تیٚس زیوٚٹھ کال ادبی توأریخس منز خاموش چھُ تتھ أنزٕ منز گرٕ ہنہٕ خاطرٕ چھے وارِیاہ محنت کرنٕچ ضرورتھ۔ کینہہ ناو تہٕ تِہندکلام چھُ بلضے بروٚنٹھ کُن یوان مثالے زأنہٕ شاہ صأبنۍ شُرکی، شام ماجہٕ ہُندمرثیہ شیخ العالمسٕ پیٹھ۔ تم وارِیاہ مکالمہٕ شُرکی یم حضرت شخصسٕ کُن منسوب چھ سیٚدی متۍ ماچھ یموے تہٕ یتھی ؤے شیخ

ہند بو عقیدت مند و وُنی ہتی؟ یِہ چھ یِم لیکھنہٕ آمتۍ تہٕ رِیٛشی نامن منز۔ درج بیدی منٛز
یِم شعر کی تہٕ چھ اکہِ طرفہٕ شاعری ہندی شوٗبہ دار نموٗنہٕ تہٕ یِموے ستی چھ اَمہِ زمانہٕ کین حالاتن
تہٕ رِیٖتن ہندِس وۄتھ تِس بہنٛس متعلق کتھ تہٕ نیران۔ بنان چھُ اَمہِ زمانہٕ کین بٔیین رِیشین
ہند کلام تہٕ مانیرنوٗن۔

حضرت شیخ العالم رح ہندِ یمہ عالمہٕ نیرنہٕ پتہٕ چھ کاشرِس منز مرثیایی ادب تہٕ پھانچھلیو۔
شمس الدین عراقی ہستہِ یورِ یِہ ستی چھُ کشیرِ منز مرثیہ کرنُک رِواج تہٕ اہل تشیع
منز عام گومُت تہٕ اَتھ ادبس چھ اکھ شِقہٕ رِوایت اَتی بیٹھتے منز۔ مگر وُنِس تام ہیوٚک نہٕ
یہ ادب یِزتہٕ پاٹھی کاشرِس ادبی تو اَرٕ کِنِس منز جاے رٹتھ۔ ژِک دورس تام واتان واتان
ادس کاشُر مرثیہ پوٚرِ پاٹھی جہار کرتھ۔ توکِنی چھُ یِہ وَنُن غلط زِ حضرت شیخس رح پتہٕ حبہ خوتوٗنہ تام
قریبن ڈوڈس ہتس وٕرِیس روز کاشرِ شاعری ہنز وبتھ شونگتھ۔ اَزتہٕ چھ اَتھ دورس
متعلق کاشرِ شاعری ہندی نوٚی نوٚی ناو بروٗنٹھ کُن یوان۔ یِمو دے کانہہ باگہِ بُرُز شخصیت
آیہ تہٕ وُنِس تام بدِ کڈنہٕ مگر واکھن تہٕ شرکین ہنز۔ ورِس صورژ آیہ بدِ کڈنہٕ ۔ کلامُک صحیح متن
بروٗنٹھ کُن یِتھے چھُ انسان کُنہٕ بٔیِس واتان

دُنیہچہ پرِتھ کُنہٕ زبانہٕ منز تہٕ چھ کانہہ کانہہ دور تیٚتھ آسان یُس سوٗنہٕ ہرُی اَچھرن
منز لیکھن لایق آسہ۔ کاشرِ ادبہ خاطرِ تہٕ ادس بڈشاہی دور تہٕ ژِک دور تیٚتھی۔ کشیری
دورس منز چھے زبانہِ برٕ ادبی شخصیژ لل دید تہٕ نُند ریوٚش تھبکہٕ۔ لایق تہٕ ژِک دورس
منز چھے یانہٕ ملکائی حبہ خوتوٗن ہِژھے شخصیت تہٕ پلتی اہم تہٕ غار اہم شخصیژ چھے یمے
ہندس شہلس تل شہ نوان روزان۔ حبہ خوتوٗنہ یِتہٕ تہٕ آے تمہ سندی سے تقلیدس منز
واریاہ شاعر بارس مگر تہند سبتھاہ قلیل کلام چھُ زمانہٕ کیو حادثاتو آسہِ تام واتنہ مُت۔

اَتی پیٹھ چھ ووٚنی اَسہِ کاشُر شاعری منٛز نٔوی نٔوی ناو تہٕ اَتھ یوان۔ خواجہ حبیب اللہ
نوشہری اوس فارسی یس برٛونٛہہ کاشُر گوٚنماتھ آسی تھے، مگر بابا نصیب الدّین غازی رح
(یمن ہُند معروف ریشی نامہ ولیوٚد چھُ) تہٕ چھِ کاشرِ ن شاعرن ہندِس فہرستس منٛز شامل
سپدان۔ تِموٚ چھےٚ حضرت شیخ العالم رح سٕنزِ زندگی متعلق منظوم کتھ لیچھمٕژ۔ مثلے

کیموٚ ہکِس شیخ نوٗرالدّینس     رسولﷺ یوٗرُن اسینس تام
کنڈلہ جماتھا ڈیٹھمن اَتھی     اُسی کیاہ دمہٕ ہو چھیٚتی ہو
وڑِتھ ژھٔہتھ نِتھ پیٚنی کھٔنی     نیک نام شیخ نوٗرالدّینُن ہو

یِتھے پأٹھی چھ بابا داوٗد خاکی صٲبن تہٕ کینہہ کاشُر منظوم کتھ پتہٕ کُن ترٛاومٕژ اَتھ دورس
منٛز چھُ فارسی یس منٛز لیکھن والیو با کمال شاعرو کاشرِس منٛز تہٕ کینہہ نہٕ کینہہ لیکھتھ
پتھ کُن ترووُمت۔ یہ کلام تہٕ چھُ منٛز ہمٔنزی نوٚن نیران۔ حبی یس علاوٕ چھُ مُلا طاہر غنی
سُند کاشُر کلام تہٕ اَتھ آمُت۔ زمانہٕ گُزرنس سٟتی سٟتی نیرن بٔلیہ تہٕ کِتھی گٔیِ گوشہ نشی۔
یِتھ پأٹھی وَنہٕ چھُ یوان زِلل دیدیُس فخری کیو فنی تھٔز رلوٚب مُت چھُ۔
ہیکہ ہے نہٕ ہنگہ منگے بُنیاد رٔدس اَستھ تمِس برونٛہہ آسہِ ہے کیتیو گوٚنماتو یہ بُنیاد بناوٕمٕژ
تہٕ واریاہ کلام ووٚنمُت یِتھے پأٹھی وَنو اُسی یہ کتھ تہٕ زِ محموٗد گامی ین یُس ژٔلہِ پھیر کاشرِ
زبأنی کورتہٕ یوتاہ نِچھر کھُج دیُت سُہ ہیکہ ہے نہٕ ہنگہ منگے سپدِتھ۔ تمِس برونٛہہ اَسِس
یہ وُسعت میر عبداللہ ہن دِنچ کوشش کرمٕژ۔ میر عبداللہ ہن کورٕ دیتی کیو صوفیانہ
مثنوی یہ لیکھنک آغاز۔ تمہِ اَتی شاعری ہندی نوی نوی صنف برونٛہہ کُن تہٕ دِنی ادب
عام لوکن تام واتناونچ کرٕنٛ برپور کوشش۔ محموٗدس برونٛہہ یمہ بابا کمالن لولہ
وٕژن لیکھی تِمَن منٛز چھ معراج نامہ ہس طویل نظمہ تہٕ۔ یِتھے پأٹھی آیہ کاشُر غزل لیکھنہٕ

کوٚشِشہٕ تہٕ کٔرٕ، سعداللہ سعادتَن تہٕ فاحرن پکھی گوٚڈنچہ لٕٹہِ تمہِ غزل یِموِستۍ غزلکٕ فارم تہٕ ہیٔیت کأشرِس منز تہٕ رأیج گوو۔ امہِ پتہٕ تہٕ یوٚت یوٚت مٲلاسن جأری روُز نوٚنوٚ کھتہِ پٔن بروٚنہہٕ کُن تہٕ سانہِ ادبی میرأثکس تمن گوٚشن بٔنیہِ گاشِر۔ یمن کُن تہٕ وُنِستامٕ کانٕسہِ ظوٚنہٕ چھُ گوٚمُت۔



ارجن دیو مجبور

# أرِ نِمال

وَژُن چھُ کاشرِس شاہرادبس منز اکھ اہم صِنف۔ یہ فارم چھےٚ یاداشتس منز جاے رٹہٕ وِنی تہٕ سازن بیٛٹھ کھسہٕ وِنی تہٕ اَوے چھےٚ یہ صِنف سانیٚن شاعرن ہُند کلامہٕ سازتدرو ڈسی محفوظ تھوٚنس منز مددگار رُوزمُت۔

ہندوستٲنی زبانن منز چھُ بہٕیِمہٕ صدی منز کنڑ بھاشاہس منز وَژُن جان پاٹھی پرزناونہٕ آمُت۔ کنڑ بکھتی شاعری منز چھِ دوٚیو ہتو شاعرو منز وُہ زنانہٕ شاعر آسمژ۔ یوٚدوے وَژُن لفظُک لُغتی معنہِ "وَنہٕ یہِ" کرنہٕ آمُت چھُ۔ مشہور کنڑ شاعر الماچھُ وَنان:-

اگر تہٕ ہیٚنُو پان یرِ زٕنوو وون
یہ سورُے چھُ "انم" یعنے حتمی بنان
اگر تہٕ ہیٚنُو ہیٚنُو ذات مشراوِو
تہٕند سورُے چھُ "مایا" بنان

سُہ چھُ برو ہہٕ کنہِ وَنان زِ ہیٚنُو پان زانُن تسکھتی یہ چھُ وَژُن گاشراوان۔ وَژُن بحیثیت شاہرِ ذاتھ چھُ شاستری تہٕ رُوحانی کتابو بیٛون۔ یہ چھےٚ اکھ باضابطہٕ جدوجہد یوسہ زبان، تجربہ، الفاظ تہٕ رٕژ عملہِ میٛل چھےٚ کران۔ وَژُن چھُ سو لفظ وَرتَن یوسہ کانسہِ ہندیو لفظو تہٕ عملہِ ڈسی، اندرونی وُجھس کُن نِوان چھےٚ۔

یہ کتھ چھےٚ دلچسپ زِ یوٚدوٚے وٚژن لفظ اَسہِ ل واکھن منز۔ میلان چھ اَمالیوٚرٕ وٚژن شاعری چھےٚ کاشر زبانی منز۔ باضابطہٕ پاٹھۍ شرٛاہِم صدی پیٹھ شروٗع گژھان۔ یہ تہٕ چھ مُننس لایق زِ وٚژن شاعری چھےٚ سانِس ادبس منز۔ لوٚکس ہُنٛس تہٕ عشقس سٕتۍ وابستہٕ۔ حبہٕ خوتون چھےٚ سو گوڈنچ شاعرٕ یمہٕ سانہٕ شاعری منز۔ وٚژن رَتھ کھور۔

حال حالے چھاپ گامٕژ پروفیسر ٹی۔ این۔ کول سٕنٛز "اے ہسٹری آف کشمیری لٹریچر" کتابہِ منز چھےٚ وٚژنہٕ وَکھنہٕ یتھ پاٹھۍ کرنہٕ آمٕژ:۔

وٚژن چھ اکھ موخصر نظم یوٚسہٕ دٕ یو مصرعو سٕتۍ شروٗع چھ گژھان۔ گوڈنچہِ سطرِ چھےٚ ہُرٕ وَنان تہٕ دوٚیم گیٚیہ وَکھنہٕ۔ اَتھ چھنہٕ بندن ہُند تعداد ہیوٚ آسان۔ یمن چھ گوڈنکس تہٕ ترٛیمس مصرس ہیوٚ قافیہٕ آسان۔ پرتھ کانٛہہ بند چھ ژورِ مِصرٕ سٕتۍ یتھ وَکھتے چھ وَنان پوٗرٕ گژھان۔ شروٗع کِن مصرعن چھ اَندرٕونی تہٕ درمیانی وزن تہٕ آسان (صفہٕ ۴۰)

کامِل صابن دِژ حبہٕ خوتونہٕ ناوی کتاب ۱۹۹۵ عیسوی منز۔ ترتیب تہٕ کینژ وٚہرِ چھپیٖیہ یہ جموں کشمیر کلچرل اکاڈمی ڈسٕ تہٕ واژ بازرس منز۔ اَتھ کتابہِ منز چھ کامِل صابن وونمُت زِ حبہٕ خاتونہٕ آس تہٕ اَرِنہٕ مال آیہٕ تھرٕ تہٕ" اَمالیوٚزامی کتابہِ ہندِس صفہ ۶۹ تھس پیٹھ چھ فاضل مُصنف وَنان زِ:۔

"میانین خیالن سٕتۍ ہیکہِ اختلاف آسِتھ مگر تمیک معنے گوو تہٕ خیال گژھن دوٚراونٕ (تہند مطلب چھ گژھن نہٕ دوٚراونہٕ یِنۍ) تہٕ چھ کتابتس منز۔ بیوٚمُت۔ ہرگاہ ادبس اندر یہ تہج ورتاونہٕ ییہِ سو ہیکہِ نہٕ برونہہ کنہہ تہٕ تحقیق چہ کولہٕ گژھن رٲسی"۔

کامِل صابنِس اَتھی جذبس تحت کرٕمتے اَرِنہٕ مالہِ پیٹھ کینہہ تحقیقی کام یوٚسہ ییمہِ مقالچ موضوٗع چھ۔

میأنی گوڈنٛج کوشش رُوز زِ مےٚ گوٚژھ اَردا ہمہِ صدری ہندِ آخری حصُک ریونیو رکاڈ دسیاب سپدُن ۔ کیٚتژ تِتھٕ دوٗر آسنہٕ موکھ آس یہ کام میانہٕ باپتھ سیٹھاہ مُشکل۔ اما پوز اَتھ کامہِ کوٚر مےٚ ریٹائرڈ ہائی کورٹ جج جناب گردھاری لال رینہٕ تہٕ عبدالرشید شال صأبن یم محکمہٕ تعلیمکی ریٹائرڈ آفیسر چھِ تہٕ میأنی گرٕ دوس چھِ، اتھ رۆٹ ۔ تِموٕ دیاوٕ ناوٕ ریکارڈس ژھانڈ ۔ اَتھ لوٚگ برابر اکھ ہفتہٕ اما پوٚز پتھأن دوٗرک ریونیو ریکاڈ یتھ منز أری نہٕ مالہِ منز باھوانی داس کاچرو سٕہنز مشلِ حقیقت آسہٕ ہے سپدِ نہٕ یدس ۔ باسان چھُ پتھأن دورس منز ظُلم وسختی موکھ اوس نہٕ یمن کاہن کُن توجہ دِنہٕ یوان ۔

امہِ پتہٕ لیکھِ مےٚ مرحوم نشاط انصأری صأبنس قریبی فرزند ضمیر انصاری صأبس کینہہ خط یمن منز مےٚ تس پیٚہالن گرٕ ژھتھ أری نہٕ مالہِ متعلق بے پاہ گرُن اوٚن ۔ تِمو لیکھ مےٚ ژور پانژھ خط ۔ یہ کرٕ تِمو منز صرف اکھ خط پیش :۔

”أری نہٕ مالہِ متعلق کینہہ حاصل کرنہٕ موکھ گوس بہ اوتر پیٚہالن ۔ تتہٕ سمکھ مےٚ اکھ شیتہٕ وُہر بڈ ، ناو چھُس علی محمد بٹ یا یک ، تسُند گف چھُ زِ ۱۹۴۷ءیس منز آسی اَتہٕ ز اوسود پنڈت روزان ، اَکِس اوس ناو سہز رام کول تہٕ بیٚیس لسہٕ رام رازدان تہٕ أری نہٕ مال آس سہز رام کولنہٕ خاندانٕچ کوٗر ۔ امہِ علاوٕ وُچھ مےٚ اَتہٕ پتہٕ مجلس منز تیٚمچ حالتھ از سیٹھاہ خراب چھنےٚ اکھ بڑنہٕ کُل ۔ اَتہٕ دوٚن مےٚ سارۍ ے زِ یہ بن چھُ أری نہٕ مالہِ کُن منسوٗب ۔“ ـــــــــــ مورخہ ۲۷، اگست ۲۰۰۲ء ۔ تابعدار: ضمیر انصاری

مےٚ اَنہٕ نوٕ امہِ برنگ فوٹو بذریعہ مہاراج کرشن بھٹ اسسٹنٹ سپرانٹنڈنٹ ڈاک خانہ جات بارہمولہ ۔ دسی تہٕ پتہٕ سوٗزٕ امی برنگ فوٹو ضمیر انصاری ین تہٕ ۔ ہرگاہ أری نہٕ مال پیٚہالنٕچ آسہٕ ہے نہٕ تکھ کتھ پأٹھی کرہن اَکس کُلس أری نہٕ مالہِ کُن منسوٗب ۔ اَتھ منز

چھِنہٕ کانٛہہ شک زِ یہِ بٔڈن چھِنہٕ زیادٕ پرون باسان مگر اگر اٲری نہٕ مال اَمہِ کاچ آسہِ ہے
نہٕ لُکن کتہٕ آسہِ ہے قریب زِ سٕہتھ وٕری ہِیہ تہٕ اُمی سُند ناویاد۔
اَتھ سِلسِلس منٛز چھِہ تحقیقی کام وُنہِ جاری۔ یہتر چھُ گوڈ دِموٗ کامِل صأبنِن تمن
سوالن جواب یِم تمو اٲری نہٕ مالہِ متعلق تُلِمتی چھِہ۔

# کامِل صأبنٕ سوال تہٕ تہُند جواب

س:۔ حقیقت پھِٹے یہِ زِ اٲری نہٕ مال ناوچ چھِنہٕ ژکہِ کانٛہہ کأشر گو نماتھ آسمت۔

ج:۔ یِتھ مقالس منٛز چھُ کلامک اندرونی متن گواہی دِوان زِ یہِ پھِٹے اَکِس مظلوم
گو نماژ پیٹھ زیادتی۔

س:۔ صرف ژور باتھ چھِہ اُمس مژھ تھٔونہٕ آہتی۔

ج:۔ یِتھ مقالس منٛز چھِہ اٲری نہٕ مالہِ ہندی ۳۶ وٲژن درج، یِم سانیو بٔہلہِ پایہِ ادبی مورخو،
محققو تہٕ اُدیبو پننین تحریرن منٛز پیش چھِہ کٔرِ متی۔ یِم وٲژن چھِہ اٲری نہٕ مالہِ ہنزِ
زندگی ہٕندی واقعاتھ گاشراوان۔

س:۔ کینژو بُزرگ سازندرو وٕژن زِ یہِ ناد گو وتمن ریڈیو سٹیشن بتنہٕ پتے کٔسن۔

ج:۔ " افغان دور میں پنڈت بھوانی داس کاچرو اور اُن کی اہلیہ اٲری نہٕ مال،
جو کشمیری کی مشہور شاعرہ بھی تھیں، صوفیانہ موسیقی کے بے حد دِلدادہ تھے۔
اِس بات کی شہادت مِلتی ہے کہ دونوں خود صوفیانہ موسیقی کی اچھی خاصی

واقفیت رکھتے تھے اِس وقت بھی اُر ی نہ مال کے گیت جو مختلف مقاموں میں بندے ہیں، اساتذہ بڑے اہتمام سے گاتے ہیں۔ دو رویہ، سہ تال، ڈیکہ اور چپ انداز تال میں اُر ی نہ مال کے کئی گانے صوفیانہ موسیقی کی محفلوں میں سُننے کو ملتے ہیں۔

مضمون "صوفیانہ موسیقی کی ترویج میں کشمیری پنڈتوں کا حصہ۔ شیرازہ۔ صوفیانہ موسیقی اور کشمیر ۱۹۹۷ء (کلچرل اکاڈمی)

مضمون نگار: پنڈت شمبھو ناتھ سوپوری

ترجمہ:۔ افغان دورس منز آسی پنڈت بھوانی داس کاچرو تہٕ تہندٕ اہلیہ اُری نہٕ مال یوسہٕ مشہور کاشُر شاعر، صوفیانہٕ موسیقی ہندی سیٹھاہ دِلداہ آس۔ اَمہٕ کتھہٕ ہنز شہادت چھےٚ میلان زِ دوشوے آسی یانہٕ صوفیانہٕ موسیقی ہنز خاص واقفیت تھاوان۔ اَزتہٕ چھِ اُری نہٕ مالہٕ ہندی گیت یم مختلف مقامن منز گنڈنہٕ چھِ آمتی، ووستاد سیٹھاہ اہتمامہٕ سان گیوان۔ دورویہ، سہ تال، ڈیکہ تہٕ چپ انداز تالہٕ منز چھِ اُری نہٕ مالہٕ ہندی کتی باتھ صوفیانہٕ موسیقی ہنزن محفلَن منز گیونہٕ یوان۔

کوشُر شیراز خاص نمبر۔ شمبھو ناتھ سوپوری

مرحوم شمبھو ناتھ سوپوری چھِ پانہٕ سنگیت کار آسی متی تہٕ شہرت یافتہٕ سنطور نواز بھجن سوپوری چھِ تہندی فرزند ارجمند۔

س:۔ اوتار کرشن رہبر چھُ ونان زِ "اُری نہٕ مال روز عوامی سہارس پیٹھے زِندٕ۔"

یہ عوام چھُ خیالی تہٕ سہارٕ فرضی۔

ج:۔ عوامس چھُ کنہٕ زبانی ہُند خالق، راچھدر تہٕ حظ ننن وول آسان۔ ساننی وارِیاہ بڈی شاعر ہیند ذکر بُتھ بیہ چھ اَسہٕ تام عام لُکن ہندی ڈسی واتی متی، لکہٕ ادب بیتر تہٕ چھُ لُکن ہندی ڈسی وٚری یہ وادن زِند روزان۔

س:۔ بیرل کاچرو چھُنہٕ اُمی سُند ناو پینس تواریخس منز درج کران۔

ج:۔ ساننی مورخ آسی عام طور راژن ہنز دلیل لیکھان۔ ہٕل دِیدِ ہُند ناو چھا سیدِ سیوٚد کُنہِ پرانس فارسی تواریخس منز میلان؟

س:۔ اُمی سنز گوڈنیچ ذکر چھےٚ سری پرتاپ کالج میگزینس (۱۹۳۶ء سلور جبلی نمبرس) منز میلان؟

ج:۔ بیلہِ اٚری نہٕ مال آس تیلی آدُسلہِ یاژ یری اُمی سنز ذکر کرنہٕ۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ چھنہٕ یتھی ناو ٹھرنہٕ یوان۔

س:۔ ۱۹۳۱ءیس اندر رسیدٕ "بہارِ گلشنِ کشمیر"، تاوی کشیرِ ہندین فارسی شاعرن ہُند اکھ تذکرٕ دون جلدن اندر شایع۔ اَتھ منز اگر ہٕل دیدٕ تہٕ رو یہ یوانی تہٕ شامل چھ اٚری نہٕ مال کیازِ چھنہٕ؟

ج:۔ یہ چھنہٕ ضروری زِ اکس فارسی تذکرس منز آسہِ سارِنے کاشرِ شاعرن ہند ذکر۔

س:۔ اختر محی الدین صابُن خط کاملِ صابنہٕ ناو:۔

"مےٚ چھُ کنہٕ ساعتہٕ شک گژھان زِ یوانی داس کاچرو سنز آشنیٚ اَساہ تہٕ شاعر یوٚدوے اَس تمِس اوسا اٚری نہٕ مال ناو"۔

ج:۔ تسکن پیٹھ چھنہٕ کانہہ تحقیق پکان۔ تحقیق چھُ دلیل منگان۔ شک گژھنہٕ پتہٕ گوٚژھ دلیلو

سٕنٛز ثابت کرنہٕ یِن ہٕ گےٚ یِہ کتھاہ ۔ یِتھٕ چھُہ اختر صابس یِہ شک" کِنہٕ ساعتہٕ" گرٛھان گو و
شک چھُنہٕ مکمّل ۔

س :۔ "خواتینِ کشمیر" کِتابہِ منٛز کیاز چھُنہٕ اَرِنہِ مال ناو درج ؟

ج :۔ محمدالدین فوق صابن چھُنہٕ کرٛشن کاشرِ بِن، نٔژن وانجنین بو مُدّر زنانن ہٕ اہم
خوتونن ہٕند ذِکر کوٚرمُت ۔ اَرِنہِ مالہٕ ہٕندِ ترٔزن کوٚرُن نہٕ ہٕ یِہ کیاہ گو و۔ تٔہنْدی
ذرایع ما آسہٕ ہٕن ساری ہےٚ وِحاطہٕ کرٔن وٲلی ؟

س :۔ شری جیالال کول چھُ اَرِنہِ مالہ رانی ناو دِوان، سو اَس ہٕ کانٛسہٕ راجس باگیہٕ
آہمژ ۔ غریب یِنہٕ تام چھُ اَز کل ہٕ یِتھِن توشن "رانی" ناو تھوان ۔ یِہ ناو چھُ عزتچ نِشانی ۔
لوٚعن معنہٕ چھُس الگ ۔

س :۔ "اَرِنہِ رنگ گوم شراون ہیےٚ"

ج :۔ اتھ سوالس چھُ یُتھ تفصیلہٕ سان جواب دِنہٕ آمُت ، جیہٕ خوتونہٕ چھُنہٕ تہندین
باتن لیکھت دیتمُت ، تیلہٕ چھےٚ ناتہٕ تٔہندی لولہٕ باتھ ۔ اَرِنہِ مالہٕ ہٕندِن لولہٕ وژنن
ہنٛز اندرونی شہادت چھےٚ تِہنٛز ۔ دوکھہٕ لد زندگی ہٕندی حالات یِدکڑان ۔

س :۔ شوہر پرٛاوُن ۔۔۔۔۔

ج :۔ اَرِنہِ مال چھےٚ زبٲنی زبٲنی لُکن تام واتمژ ۔ زیٛتھ وٚری یہ رو تھہٕ لیکھنہٕ
آمتی وژن اَز تام گبوہٕ نیٛ چھیناہ شوہر ۔ میڈیاکتہٕ چھُ ییٚمن کتھن زیادہ نشان ۔
اَزچ کتھ چھےٚ الگ ۔ پرٛانہِ زمانہٕ آسی لُکھ لل دید تام ید ردِ و نان ۔ وونمُت
چھُس ناہ

گال گنڈی نم بول پڈی نم ڈیٚپی نم تی لیس یِہ روٚتے

سہز کُسمو پۆز کرٕی نم        بہٕ آملانی تہٕ کس کیاہ موٗشرے

س   پلہالن مالیُن چھُیے

ج   یہٕ چھُ سارِوے تسلیم کورمُت ۔ اَتھ اَنکار کرُن چھُ نا انصافی۔

س   موسیقی منز چھُنہٕ پلہالن درج۔

ج   کلامہٕ تہٕ چھُ۔

س   "سنطور ساز" ہُنوو اَرِنہٕ مالِہ

ج   مےٚ تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ صابٕت یا ٹھۆس اَتھ کتھہِ ستۍ اتفاق۔

س   ممکن چھ بھوانی داسن ما آسہِ ہے بیاکھ کھاندر کورمُت۔

ج   یہٕ کتھ تہٕ چھےٚ ثبوت منگان

س   حبہٕ خوتوٗن آس تہٕ اَرِنہٕ مال آیہٕ تھٕرتہٕ

ج   یہٕ مقالہٕ چھُ یہٕ سوال دلیلو ستۍ رد کران۔

س   "ہن ہن چھم لولہٕ چانہٕ بڑتھ۔ زولہٕ چھم نو سوندرے سوندرے" چھُنہٕ اَرِنہٕ مالہٕ ہُند بلکہ چھُ یہٕ محموٗد گامی سُند۔

ج   یہٕ وژُن چھُ اَرِنہٕ مالہٕ ہُندُے۔ مےٚ چھُ محموٗد گامی سُنز کلیات (مصنف ناجی منوّر) وَرقہٕ ورقہٕ مگر تتھ منز چھُنہٕ یہٕ یَتھ کُنہِ درج۔

س   اَرِنہٕ رنگ گوم شرٛاون ہیے

ج   محموٗد گامی ہنٛدِس غزلس منز چھُ اَتھ باتس ۱۲ شعر درج۔ یِیلہٕ زن اَرِنہٕ مالہٕ ہنٛدِس باتس منز ۵ وژن چھہِ۔ کلامہٕ اور لیور رل گرتھ چھُنہٕ تو کتھاہ کینہہ۔
محموٗد گامی ین لفظہٕ دوژ چھُ فارسی بڑتھ۔ یِجرتہٕ چھس اکثر فارسی۔ تمی چھِہ واریاہ

فارسی کلامہٕ تہٕ لیوکھمُت ۔ تتھ مقابلہٕ چھ اُری تہٕ مالہٕ ہندی وژَن کھیٖنٛھ کاشرِ تہٕ اتھ منز چھ
کیہہ ہندی لفظہٕ کاشراوتہٕ آمتہٕ مثالہٕ پأٹھۍ :۔

تراہن (خوف) پیو پی (پریمی یا عاشق) زیواداں (زندگی ہند خارات) اُن (یتہٕ)
درشُن (مُلاقات)

پریتہٕ شکَن (بالَن ہنز شیلہٕ) اَرُد مُتےٚ :۔ یہٕ لفظ چھُ یوان یتھ وژنس منز

قند ناید اَرُد مُتےٚ — پھند کرِتھ ژولُم کوتےٚ
خَنہٕ کرِ تم نوکن تھیےٚ — کَرِیےٚ درشُن دِیےٚ

یتہٕ کھاندرن منز چھ اُری کِس دمس تام ونگیس پیٹھ مہرِیہٕ مہارازس ناید آیہٕ وان
قند چھُ تومل ٹاکس پیٹھ تھوٚنہٕ یوان ۔ آلوی ژانگہٕ چھ تھالس منز ژالِتھ دو شونی آلوتہٕ
یوان ۔ قند ناید اَرُد مُتےٚ گوو اُری تہٕ مال چھ وَنان زِ " اَسہِ دوشونی اوس ونگیس پیٹھ
قندہٕ ناید پوزا کرِتھ آلوتہٕ کھیاوتہٕ اَمُت ۔ یہ کرِتھ تہٕ کورُتھ ژٕنہ متےٚ پھند تہٕ
ژولُکھ ۔ کُنَن تھی کرِ ہتھَم خَنہ دوٹی کرِدِکھ درشُن ؟ ۔

اتھ مقابلہٕ محمود گامی نس شعرس منز چھُ عاشق پننس معشوقس وَنان :۔

تَس جاہلس تُند خوی یہ ہے — مشتاق گیہ سس رو یہ ہے
ئِچ سس بہٕ تتھ پوت ژھاے — غم چھم یوری یہ نا یے

(محمود گامی کُلیات صفہ ۱۳۱)

" اُری تہٕ رنگ گوم شراوُن ہیے " یُس محمود گامی یَس کُن منسوب کرنہٕ آمُت چھُ ۔
ٹیمیک گوڈُت چھُ :۔

اُری تہٕ رنگ گوم شراوُن ہیے — کَرِیےٚ درشُن دِیےٚ

موکھ ہووتم برُقعہ ٹلی　　چھوکھ دِتھ یار ژۄلُم ژھلی

محمودٕس ارمان چھُیے کرِیِیے درشُن دِیے

محمودُن یہ بأتھ چھُ عاشق معشوقس کُن وَنان ۔ اماپوز اَرِیہ مالہِ ہند وژُن چھُ تہندِس لأنِس کُن یُس یتہٕ پأٹھی چھُ :-

اَرِیہ رنگ گوم شراوَن ہیے　　کرِیِیے درشُن دِیے
شامہ سوندری پامن لأجِس　　آمہ تاوو گوتاہ گاجِس
تامہ پأنام تَس کُس نیِیے　　کرِیِیے درشُن دِیے

"کأشرِ شأعری"
ترتیب مرحوم حاجنی صأب )
چھاپ ساہتیہ اکاڈمی صفحہ ۳۲

اَتھ بأتس منز چھُ یہ وژُن تہٕ قأبلِ توجہ :-

مُشرأوِتھ نیوُم کمہ سونے
یہ تہٕ مأرس جنیٖل کھونے
گوم ترأوِتھ رچِن بیٖیے
کرِیِیے درشُن دِیے

مطلب چھُ زِ "میون اوش نیوٗ کمہٕ تام سونہٕ مُشرأوِتھ ۔ یہ تہٕ پأرہٕ ہٕنیہ کھوتہٕ جنیٖل (انز۔ برِش ) تہٕ کرن سوسون تولوٗ ۔ میون لون گوو مے ترأوِتھ پرزن ستے ۔ اماوو نی کرٕ بیہ تہٕ دِیہ درشُن ۔

عبدالاحد آزاد چھ واضح پأٹھی وَنان زأری ِ مالہ چھ مالینک ناو ہی مال اوسمُت ہ وأری ویک چھس أری ِ مال ۔ تمی ناوُک ذکر چھ تہندین کینژن وژنن منز۔ تاکار پأٹھی نظرِ گرتھان جنگل ہ وَن چھ پلہالن علاقس گیر کرِتھ توے چھنے سو وارہا کارِ وَنان ہ

سو ہ ہی پھوٗ جکھے وَنَن کریڈِ زالن
پُشتو وأ جکھے پوشہ مالن کرِتھ
گُل گرتھن بَرتے کریڈس ماہ زالن
پلہ ہالن مالیُن چھے

کأمل صأبن چھ "پُشتو" لفظس بدلہ "پوٗش" لیوٗکھمُت یمیک مطلب حیوان گوو۔ ممکن چھ یہ ما آسہ کتابچ غلطی۔ پُشتو گوو سُہ شخص یُس پوش کنان یا پوشن ہُند کارِ بار کران چھُ۔ یتھ وَژنس منز چھ صاف پأٹھی تہند مالینک ناو ہ پلہالن یِتہ سو زایہ ہاوِتھ ہ بادِتھ یتھ انکار کرنس کاہ گنجایش چھنہ ۔

أری ِ مالہ متعلق یُمواد یوٗ ازتام لیوٗکھمُت چھ ہ أمہِ س کلامس وکھنے یا انگریزی جامہ وولمُت چھ تہندی ناو چھ :۔

۱۔ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی صأب (کأشر شأعری۔ چھاپ ساہتیہ اکادمی نوٗدلی

۲۔ شری ٹی۔ این کول مصنف جرنلسٹ اسسٹنٹ ایڈیٹر ٹائمز آف انڈیا

(GEMS OF KASHMIRI LITERATURE

NEW DELHI)

۳۔ عبدالاحد آزاد (کشمیری زبان اور شاعری) ۔ کلچرل اکاڈمی سرینگر

۴۔ پروفیسر جے۔ ایل۔ کول (سٹڈیز ان کشمیری اینڈ کشمیری لرکس)

۵۔ شری اوتار کرشن رہبر (کاشر ادبک تواریخ)

۶۔ پروفیسر ٹی، این رینہ (اے ہسٹری آف کشمیری لٹریچر چھاپ ساہتیہ اکاڈمی ۲۰۰۰ عیسوی)

۷۔ آنند کول (مُصنف دکشمیری پنڈٹ)

۸۔ جناب مُحمدّ یوسف ٹینگ (فٹ نوٹ کشمیری زبان اور شاعری)

۹۔ سید رسول پوشپُر (رشحاتِ ایام چھاپ ۲۰۰۰ عیسوی)

۱۰۔ مرحوم شری بشمبر ناتھ کول (ایڈیٹر نیوز سیکشن آل انڈیا ریڈیو (کشمیری یُونٹ) رسالہ پمپوش نئی دہلی ۱۹۵۷ء

۱۱۔ شری موتی لال ساقی (صوفی شاعری جلد اول)

۱۲۔ شری چمن لال چمن تہٕ جناب بشیر اختر (اوحال نامہٕ مرتبہ کشمیری ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی)

۱۳۔ وائس آف کشمیر (چیف ایڈیٹر جناب غلام نبی خیال) شن وژنَن ہُند انگریزی ترجمہٕ تہٕ مو خصر نوٹ امالیوٗز ترجمہٕ کارسُند ناو چھُنہٕ دِتھ۔

۱۴۔ شری ٹی این کول (جمز آف کشمیری لٹریچر س منز۔ واریاہن وژنَن ہُند انگریزی ترجمہٕ)

۱۵۔ ریڈیو کشمیر سرینگر (کلام اَرنی مال گلوکارہ کیلاش مہرا) پیام صُبح پروگرام

۱۶۔ صوفیانہ موسیقی اور (خصوصی نمبر شیرازہ اُردو، کلچرل اکاڈمی)

۱۷۔ امہِ علاوٕ چھِ بییہِ کیتیٖو ادیبو اَرنیٖ مالہِ متعلق تیٖمبن مضموٗنن منز۔ ذکر کوٗرمُت یِمَن منز۔ پروفیسر مرغوب بانہالی، جناب تاجی مُنور، شری شبن کشن، ڈاکٹر منظور فاضلی مرحوم نشاط انصاری، شری پریم ناتھ بزازس ہوی محقق ناوہنٛس لایق چھِ۔

کامِل صاب چھِ وَنان زِ ژورے وَژن چھِ اَرنی مالہِ کُن منسوٗب کرِتھ ٹکو پھرِ دِتہٕ۔

حقیقت چھےٚ یہ زِلل دیدا آسے تَن یا حیہ خوتوٗن اُری نہٕ مال آسے تَن یا حال حلٕپے نٔنؠ دراہٕ باگوٗن دید - یمَن ہُند کلامہٕ چھُ گوڈٕ زبٲنی زبٲنی تہٕ پتہٕ گیوٗن والیو ڈٕسہٕ اَسہٕ تام واتان - شیخ نورالدین صابُن کلامہٕ تہٕ ووت ریشی ناموٗ ڈٕسہٕ دوٚیہ پتہٕ وہری لیکھن والین تام تہٕ سُہ تہٕ فارسی زبٲنی منز - اگر کامل صاب حیہ خوتوٗنہٕ ہندی وژن قدیم صابہٕ زیوٗ صحیح مانان چھِ تہٕ اُری نہٕ مالہٕ ہندی وژَن یم مختلف ذٔریٚو اَسہٕ تام واتی تم کیاز چھینہٕ اُری نہٕ مالہٕ ہندی - اُری نہٕ مالہٕ ہندی یم وژن ڈُنیگ تام باوثوق ذٔریٚو ڈٕسہٕ مےٚ جمع کٔری تہند تعداد چھُ ۳۶ - یہ تہٕ چھُ مُمکن زِ اُمی سند کلامہٕ آسہٕ رووُمت تہٕ - چنانچہ شری ٹی، این، کول چھِ حیم - آف کشمیری لٹریچر کتابہٕ منز لیکھان :-

دوکاچرو خاندانکی اُکی نمہ تہٕ وُہری ڈٕن ووٚن مےٚ ۱۹۸۷ عیسوی منز۔
اُکس اِنٹروس منز اُری نہٕ آسہٕ پنٕنی وژن پانہٕ تحریر کٔرِتھ تھوٚوی متی، تہند
مرنہٕ پتہٕ آے یم اُہندین واریوٚن دِتہٕ یمو افغان حُکمرانن ہندِ خوفہٕ یم
وارث شاہ نس حِس ژھٔنی۔"

یم وژن ڈُنیگ تام مےٚ ڈٕسہٕ یاب سپٕنی تمن ہنز اندرونی شہادتھ چھےٚ اُری نہٕ مالہٕ ہنٕد مالینیگ پیٚھ النکہٕ مٲری مندِ ماحولک، بھوٲنی داس کاچرو سٕنز شخصیت تہٕ پوشاکک تہٕ سارِوٕے کھوتہٕ اہم دورچہ سماجی پسماندگی تہٕ اُری نہٕ مالہٕ ہنٕد خانہٕ دارس نِشہٕ ژھینہٕ ژھدایہ ہندسہٕ وُن تہٕ دردناک منظر پیش کران۔

اُری نہٕ مالہٕ ہندین وژنن منز چھہِ یارس نِشہٕ جُدٲیی ہنز دگ و وتلان تہٕ پریتھ کانہہ وژن چھُ اکھ شاہ مُرتھ بنتھ اہنز دوکھہٕ لدٕ زندگی ہُندا ٲنہٕ پیش کران - یم وژن چھِ بھوٲنی داس کاچرو سنز بے انصٲفی تہٕ تہندِس پیٚرزن پتہٕ دربدر گرٕ ھنٕز ننگہٕ کران تہٕ ونان یِتھِس

صوٗرتَس منز کُس دِیہِ خوٗبصوٗرت جوانَن یعنے گندرن کھاندر پتہٕ اَمہِ ہیٚبہٕ ستی ماگرٕ ژھن سونٛدر گلِتھ۔

سو چھےٚ وَنان :۔

ویٚسی یے پَرٕتھ نالے تہٕندِ ین قولَن

لولن مُہہ تے پھری تو نے

یِتھ پوٗ سَرٕ ہپے کیٚہنہ نالے کولن

یام پھوٗلی تھَر گُل تام بَرٕ گے

سونٛدر ماگلَن، گندر ماڈولَن

لولن مُہہ تے پھری تو نے

یعنے ہے ویٚسی! تہٕندِ ین وعدن کُس کَرِ پَرٕتھ، سُہ چھُ میانہِ خبر کَمہِ سوٕ نہٕ مُہتھ نیٚمِتھ یِتھ عالمَس پیٚٹھ چھُنہٕ کانٛہہ وَساہ۔ پوشہٕ تھَر چھِ گُل پھولان تہٕ ستی بَرٕ گژھان۔ اگر اَنٛدٕ ڈِکہِ یوٗہے حال رُوٗد خبر چھا سونٛدرٕ ماگرٕ ژھن اَندری گلِتھ تہٕ گندرٕ مارونٛز کھاندر رُوٗستے۔ سمسار چہِ بے ثباتی تہٕ سماج چہِ بے رحمی پیٚٹھ کیاہ ہیٚکہ اَمہِ آنہٕ گٔژ دورِچ اکھ دوکھ لَد زنانہٕ وُنِتھ۔

اَرِ نہٕ مال چھےٚ برہ ماری (مطلب جُدائی) ہنز گو نماتھ۔ تَس چھےٚ مَرنہٕ کِس دَس تام وو میدروزان زِ تَسنٛدٕ خانہٕ دار تِزاو وو پرَن ——— تہٕندِ در شیٚنٛخ خاہش چھس اَندری کوٗران۔ یہ وَژُن چھُ اَمہِ دَگہِ ہنز نیٚنٛ باوتھ :۔

پَدمانہٕ کرٕ یِیم تے

وَدنَس چھُم نہٕ ژھین

اوٚش چھس تراوان ژالے ژالے
مَرٕ کرٕ چھُم ترٲہتھ
لشہٕ نار زاجنس
میوٗلم اوٚش تہٕ اَن

سو چھےٚ وَنان زِ مےٚ ہشہٕ سوندرٕ کرٕ ستایہ یَنٕن لون، بہٕ چھس پرٚاران تہٕ ژالو ژالو اوٚش تراوان ۔ اَمامےٚ کرٕ فسنہٕ یہ بھے (خوف) تمہٕ زاجِس بہٕ لشہٕ نارکی پاٹھی نہٕ وَدان وَدان گوم اوٚشس تہٕ بتس کنےٚ۔ لشہٕ نار، ژالو ژالو اوٚش تراوُن تہٕ بَتس تہٕ اُشس کُن گرٕژھن چھُ وَرٕتنُک وَرتاو تہٕ جُدائی ہنز۔ وگ چھےٚ پرتھ لفظ کِس جگرکھانٹس منز پرٕتھ ۔

اُرینٕہ مالہٕ ہُند وِرہ ۲۹۵ہ (جدائی) چھُ افاقی سو چھےٚ یارس پتھ کُنہٕ غرضہٕ ورٲے سرٕ دَندنس تیار، تَسُند لول چھُ فقط سمرپن ( समर्पण ) یعنے مکمل سپرٕدگی تہٕ بیٚنس ٹاکھٹس زُوجان چھیپہ دِمٕن۔ سو چھےٚ وَنان:۔

ورہٕ کس وِیسیے سو نہٕ چھم گیلن
یِہٕ یارٕ ی تراوُم کرٕ نی کتھ
شیٚنیہ یار آسی تن تو شی تن پرٕزن
تورٕ چھم وو نہٕ سے ستھ
چھم مےٚ لادن اکہٕ لرٕ یہ نا
ہرٕ کے وَندہٕ سے رَتھ
راوِ آدن پادن : ہمہٕ سے
کنہٕ کہو کرٕ نم نتھ

یوّدوَے میون یار یَرزن یَتھ دلیواہ گوو، مگر تَس روزی تَن میانی شے ۔
تَمہ سِتۍ روزِ منے دِلَس سَتھ ۔ کاسَن اکھ لۄٹہ یِیہ ہے سہٕ ، یوہے تمنا چھُم ۔ اگر سہٕ ییِہ ہے
یہ وَندہ ہَس پَتنہٕ ہَٹیک رَتھ ۔ سون آدَن گوٚرٕ ڑھ ہہ راوُن یہ ہیمہ ہَس پادَن ۔ اَما تمۍ
کیا رِ زِکرِس بہ لَتہ ۔

ٹھیٹھ کاشُرِ لفظن منز چھےٚ اَریِ نہِ مال یَنِس لٲنس رَتھ وَندنس تہٕ پادرٕٹس تیار ۔
پادن بیوٚن ، تَنہٕ مُلی نالن پھیرُن ، تندہ تہٕ نابد اَردُن ، پوشن مالہ کرُتہِ ، گوندر بوٚ گوندر بوٚ
ٹاٹھس پوشن لاگن ۔ یہ سورُے چھُ یہ ہِٹ سماجُک ETHOS تہٕ اوَے چھ یِم اَریِ نہِ مالہِ ہند
بوکی ناگہ بُبرِیم وِژن صنفس ہُریہ بخشان چھ ۔ شنوزرہ تہٕ سبز رِیَر رعطا کران چھ ۔ یہ زوٚرٕ دار
وژن کیتھہ پاٹھۍ چھ گگرٲیِن ، وژملن منز تہٕ نینس پریمی یعنے عاشقس ژھاران وُچھو:۔

اَکہٕ گگِہ گگراے
نَبہ مَلہ نار وُژمل دژاے
اَنتَ پی اَنتَ پی !
آنگن سانہ چھےٚ پھوٚجَرٕ ہی
ژُٹھ لاگِس شیرے
اَنتَ پی ۔ اَنتَ پی !

یتھ سارِ ی سے گگنَس چھ گگرٲیو نال ووٚلمُت ، نَبہٕ ڈندی وُچھو نار وُژمل کیتھہ پاٹھۍ
دژایہ نیٚز ۔ میون ٹوٹھ پریمی آتی تون میون پی ۔ سانِس آنگنس چھےٚ ہی پھوٚجَرٕ ، ژُٹھ
لاگہ ہَس شیر ۔ ہے کیٚنہ رنگہ آتی تون سُہ ژھارتھ ۔ سُہ میون پی ۔
گگراین وژملن منز آنگنس منز ہی پوشک تصور چھُ اصلی ہی مال ( اَرِی نہ مالہِ

ہُند مالنِ ناو) تہٕ تہند PSYCHE ہُند تصوُر۔ تس اُندی اُندی
چھےٚ وُزملہٕ تہٕ ترٹہٕ ترشان یمہ دراصل تہند دُدی متہٕ ووتدیچ باوتھ کران چھِ تہٕ تند
لوکٕ ہی پوش چھِ چھوٚلمُت یُس سوتا یتھس شیر لاگہ ہے۔ اگر سُہ ٹوٹھ تس کا تہ اُنہٕ دیہ ہے۔
اُری نہٕ مال چھنہٕ آشا یعنے وومیر۔ ہُند دامن اتھہٕ منز ترٛاوان سو چھےٚ ونان ز

آشاو ہندن ہندِ آشو وے
گٹہٕ منز ہاوتُم گاشو وے
لاسن گومو راشو وے
پراران چھسیو آشو وے
میترن ہُندے پیولاوُوی زے
شترن کرُی زنہٕ ناشو وے

یعنے ژٕ چھکھ آشاوانن ہنز۔ وومید۔ مےٚ ہاو تہٕ یتھ گٹہٕ منز گاش مطلب
یہٕ چھس جُدائی ہندی گٹہٕ کارن ڈیجر چانہٕ مُلاقاتہٕ کہ ژلہ ہے یہ اندھکار میون
ٹوٹھ چھ لاسا (تبت) گومُت خراج اننہٕ، میانہٕ یار یہٕ چھےٚ ژٕ یے انتظارس، یوٚت
ژٕ گومُت چھکھ تتہٕ یناوی زیارہے یار، دشمنن تہٕ کری زنہٕ ناش۔

لگاتار انتظار پتھ چھ اُری نہٕ مال پننس خانہ دارس پراران، تس چھ پے لوگمُت
زِ سُہ چھ لاسا گومُت باج وصول کرنہٕ موکھہٕ۔ سو چھےٚ تس نصیحت کران زِ سُہ بناوِ
تہٕ فقط دوست۔ مگر دشمنن تہٕ کرنہٕ تباہی تہٕ کیازِ آخر چھ دُشمن تہٕ انسان۔ اسہِ
پزِ تہندن بدکارن نفرت کرٕنی نہٕ زِ آدمس یُس وَتہٕ ڈوٚلمُت آسہِ۔

اُری نہٕ مال چھےٚ پرارِی پرارِی آہ وزاری کران تھکان، تس چھ لانی سُند

لول بےٚ وایہ وٲنٛج ژٹان تہٕ اَمہِ دادِ چھےٚ سو کرٛہنان ۔ جایہ جایہ تَس ژھانڈِتھ چھے سو لوسان، شُس گژھان، تَس چھِ ببر تہٕ ہوِس پوشہِ بَدنَس یوٚمبرٕ لوٚٹہ پہ وان تہٕ سو چھےٚ وبداکھ دِوان ۔

کاوٕ رنگ کوٚرتھَم ہاو دیدارو
یارو لول ہو آم چوٚنیے
ژھانڈان لوٚسس گامہٕ شہارو
ڈیٹھم ساری زٔے ہیوٚ تہٕ کانہہ
تہٕ لوٚپھ لایتھَم گُل بوٚمبورو
یارو لول ہو آم چوٚنیے

یار چھُ تَس ژَھل کرٕتھ تراوِتھ گژھان ۔ سو چھےٚ مالیُن ییٚس بیٚٹھ مجبور ۔ ہٕندِس داٚدِس چھُنہٕ کانہہ واتان ۔ نہٕ وارِو تہٕ مالِنہٕ سماج ۔ یہ وژُن وُچھو کوتاہ خوبصورت تہٕ سۄن چھُ :۔

بَرِ یوٚٹھ چھُ مہہ تار راہ کیاہ چھُ پرزَن
دَر نہٕ کرٕ کیاہ لون یِیلہِ ژھلے
کونچہ کرٕ ژھونچہ ژُھنڈتہٕ داد کاژاہ
تہٕ نِشہٕ مارِی زہم مونچہ کرٕتَے

عشقہٕ نار چھُ سیٹھاہ کرٕدُھ آسان ۔ یہ کُس تقصیر کھارٕ پرزَن ۔ مےٚ گو ولون ژَھل کرٕتھ، یہنے دَر برٕ کرٕ، ہیمتھ تھوٚ، اَدِ کیاہ کرٕ ۔ مےٚ ہشِ یچھ پیٚمچ ییٚنہٕ داد کم اَرٕ سرٕ کرٕ ۔ جان

گیوواگرسہ مےٚ اَمہِ کھوتہٕ موٚنڈ کرتھ لاٚیتھ مارِتھ چھےٚ ژھینہٕ ہے۔ یتھ وَژنس منٛز چھےٚ
اَرِیٚہ مال تیٚنس رُحس تہٕ جانس ژھوٹس پیٚٹھ بیمٛ یہٕ داوِ ستی تشبیہہ دِتھ ظالم لارٕنس
کرتھ لاینُک مشوٗرہ دِوان۔ وَژن مُژن ہندی کنٛہ کتھ کرٕوِنی تصویر چھ اَرِیٚہ مالہ
ہندین وینداکھن منٛز لبنہٕ یِوان۔ نرمل روح، بولہٕ وِنی لفظ، بے مثال استعارہٕ، راوٕن
تیوٗل تہٕ سمرپن ( समर्पण ) چھہٕ اَہندین وژنن آفاقی بناوان۔

OUR SWEETEST SONGS ARE THOSE

THAT TELL US OF SADDEST THOUGHTS

تمہٕ باپتھ چھہٕ بہترین آسان یم بے پناہ دوٚکھہٕ لِی خیال باوان چھہٕ۔ اَرِیٚہ مال
روزِ خانہ دارِ ہندِ ڈیٚس نرٲوتھ ژھینہٕ کیٚن دوٚکھس جوانی ڈلنس تام للہِ وان تس روز
وومید قایم تہٕ سو روزِ وکھر وکھر باوژِ ستی روحانی دگ ہمیشہٕ ہمیشہ پان برداش کران
ہٕ ونان ؎

کرُنگن چانی قدم سانہٕ آنگانی
شیر ہمیو وولووولو
بہٕ درائیس دادِ چانےٚ پرَد ژُٹھ
بینیہٕ یِمو وولووولو
بہٕ دوہی مال اَمِسی بال موٗژےِ یس
پوشہ تلو وولووولو

اَرِیٚہ مال چھےٚ یارِ دادِ سماجی پرِ دِژُٹھ نبر تیران، سو چھیہٕ ینُن دود کھٹان
بلکہ چھےٚ بیٚین ہندِ باپتھ زبو دِوان۔ توےٚ چھہٕ ونان اماتہٕ آسیا چانی قدم

پین سائنس آنگنس منز - یہ ہیمہ ہاتم یشر ہیعنے "یہ ہیمہ ہے زٹے پرن" یہ آسس ہمال مگر چانہ دادِ موزٹے ییٚ پوشہِ وٕتھرن ہندِس نکس برابر - یِتھ ووہ لوٗ نہ چھے آدن -

تقرار، بیقراری، وومید تہٕ لفظ کترن چھ یتھین کتھن وژنن منز - ٹاکار پاٹھی اَرِی نہ مالہ ہنز - جدائی ہند دود وونلاوان - اوے چھ باسان زِ یم وبداکھ آسن کنہ نہ کنہ پاٹھی بھوگ آسی داس کاچر وہس تام تیلہِ واتی ہتی ییلہِ سہ پرزن تس چھیکرس تنگ - یتھ پنسن کرنوتن بیپٹھ پچھناوان آسہ ہے -

یتھی تہ یتھی کتھ ورژن چھ اَرِی نہ مالہ بیپٹھ سید ہمتس ظلمس اسہ بروہ ہہ کُن انان تہ دنان یم ورژن چھوزِ تھرنی لائق یینہ یم منشر اویلوکھ - سو چھے ماری منڈی ورژن تخلیق کران ونان ے

شام ہ سوندرے مئے کر یوٗر

روزن دوٗر ییم نا

کاوی دیہم اَرِی نہ نہے ازیہ یار یہ ناوسے

کونگ گستو، ربیٔہ عنبرے سبند زلہ یہ تن ناوسے

ماری منڈیس، ترہنہ زستس پاری لگہ سے یہ ناوسے

ساری تراوتھ تس یہ تہ مجس کیاہ کر وٗلسی بناوسے

میون ٹوٹھ چھ دوٗر روزن کاش سہ ییہ ہے - تلی گاش بھولہ ون آو کاو تہٕ دیتم زت شگون بینہ ٹاو ٹاوستی - شاید ییہ سہ میون یار اَز یہ کر سبند وانہ شروان، کونگ، ناقہ تہ عنبر قلہ تزہ، سہ چھم ماری موند، تس چھنہ کانسہ ہند خوف،

تہندس ناوس لُجس پارِ ی تہٕ ساری ترأوِتھ آیس تسٕ وندتہٕ، مگر ونّسی ییتھ بناوسنٕگارس کیاہ تہند رۄس شوٗب۔

یم ساری باگہٕ ہرٕتی، معنہٕ دار، جگرس کھنجہٕ کرِونی وٲژن چھ تس اُردِ نہٕ مالہٕ ہندی لوٗسہٕ لولہٕ تاوہٕ کُس بازرس منز کُنی ژٕنی دژایہٕ تہٕ رۄژُن کأشر زبأنی ہنٛد دامن نتہٕ گرٕشہٕ ہے تس أندری دٕم۔ یہٕ کتھ چھے ہاوِتھ دِوان زٕ زبان چھے دوٕ کھ لدن مہلاہ لاگان تہٕ اتھ یدلہٕ چھ لولہٕ واکی زبأنی رٔژھتھ کھاران ادبس ووتھبو دِوان۔ پٹھان دورس منز یٚیلہٕ پرتھ طرفہٕ لاقونونیتک بازرگرم اوس، کأنسہٕ ہنز زبأنی تہٕ خیالن کتھ ہیکہٕ ہے قُلف لگِتھ۔ خیال چھُنہٕ کانہہ تہٕ مارتھ ہیکان یم چھ ہمیشہٕ زٕندہ روزان چاہے کانہہ تہٕ صِنف سوٗخن کرِ ی تن یمیٚن اتھ رۄٹ۔ اَسہٕ پزِ اُردِ نہٕ مالہٕ ہٕنٛدِ فخر آسُن زٕ تمہٕ کھأر وژن صنف رٔژھتھ تہٕ گرٕٹہ کارس منز پرزلأون اِنسأنی پریمچ مثأل۔ پریم، محبت عشق یُس لافأنی چھُ تہٕ انسأنی زندگی ہندِس پرٕتھس منز اکھ اہم عُنصر چھُ۔



غلام نبی آتش

# آزادسٕ پیٹھ تحقیق

کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس متعلق چھےٚ شوقہٕ والیو فرہنگی سألانو واراہ کأم کٔرمٕژ۔ کینژَو سألانی سکالرو کٔر شأعری متعلق، کینژو گرامرس متعلق تہٕ کینژو زبأنۍ آگرن متعلق کأم۔ کینژو دیت فوک لورس زول، یہ سورُے کوٚر کھ پننین زبانن منز قلمبند۔ أسی چھےٚ نہٕ ارتہٕ تِمن ہنز کامہِ ہندی حوالہٕ دِنہٕ روٚزس روزان۔ امایوٚز عبدالاحد آزاد چھُ گوڈنیُک پُرخلوص کأشُر سکالر یِمو ہتہٕ بدلو وٚری یو پیٹھ آور واورِ گأمتِس تہٕ اکِہ یُہ پیٹھ بٔنِس یُہ تام زبأنۍ زبأنی چلہٕ وُن روٗدمُت تِس کأشر شأعری ہندس اتھارس وٚن دیتمُت، چھل تہٕ چھأنی دِژ تہٕ سوٚمبرن کٔر۔ ۱۹۳۵ ہٕ پیٹھ ۱۹۴۶ ہٕ تام اوس تِمو کأشرِ زبأنۍ تہٕ کأشرِ شأعری کینٛہ شأعرن متعلق مولہٕ مواد سوٚمبراونچہٕ کامہِ یہٕ ڈٔیِ زتہٕ أندبۆر دیتمُت بلکہ اوسُن وارِہٕ ہِس حدس تام تگ ترتیبچہٕ ہنہٕ داوِ تہٕ تورمُت۔ امہِ صبرہٕ تہٕ بل بتٕر منگن واجنہٕ کامہِ ہند سلسلہٕ تھوو تِمو ۱۹۴۸ ہٕ تام جأری۔ امی وٚرِیہٕ گوو سُہ ۴۵ وٚرِی وأنسہٕ منزٕے یِمہِ عالمہٕ، تِس ندیہٕ تحقیقی کارنامہٕ یُس ریاستی کلچرل اکادمی "کشمیری زبان اور شاعری" ناوِ تریٚن باڈٕ وٕدار جلدن منز شایع کوٚر چھُ اُردو زبأنی منز لیکھنہٕ آمُت۔ آزادنہٕ تحقیقی کامہٕ ہند گوڈنیُک جلد گوو مارچ ۱۹۵۹ ہٕ منز شایع۔

آزادس یتہٕ وَنہٕ نٕگ مطلب گوو "کشمیری زبان اور شاعری" بازیابہٕ کٕرِ دوہ
بیٹھ یوٚر کُن یِم چھِ الہٕ پہٕ ژٕ وُہ یتاجی وٕری، یِمن اٚ وٕرین دوران سپُز۔ وارا تحقیقی کام
یِہِ کامٕ چھےٚ ترِن سوٚبھرِن ہیٚتھ سَیدِیمِ نٕزِ تہٕ پیدان تہٕ، نثری فوک لور، منظوٗم فوک لور
تہٕ باضابطہٕ تخلیقی نثر و نظم۔ ادبی تحقیق کٲری کُن مٲل کرِنس، اَتھ کُن سنجید گی سان سنہٕ کٕن
تہٕ سٕرنٕس سَپدی کیہنہٕ رٲتی محرکات نصیب مثالے عوامس منز۔ لیکھہٕ پرٕ ہند پھالاو، ہٕز
تعلیم حاصل کرن والین ہندس تعدادس اَمنز ہُر، کلچرل اکادمی، کشمیر یونیورسٹی ہند کاشُر
شعبہٕ، محکمہٕ اطلاعاتُک ثقافتی شعبہٕ، ریڈیو کشمیر، ساہتیہ اکادمی تہٕ بییہٕ ہن دوٗردرشن
ہوٚن علمی، ادبی، تمدنی تہٕ ثقافتی ادارن ہُند قیام، یہ سورُے سپُد جمہوری نظام
حکومتکِ بارٕسس یتہٕ ستۍ ممکن۔ اما پوٚز ساہتو کینژ واعلیٰ تعلیم یافتہٕ سکالرو اوس
یاتہٕ یِمن ادارن ہند بارٕسس ینہٕ برونٹھے نتہٕ یِمن ہندس بارٕسس ییِنس ستۍ ستۍ
کاشر زبانی تہٕ ادبکِس بیٚیہ کالس متعلق، اَمہِ جِین وِرثہٕ ین تہٕ ضرورژن متعلق سوچُن ہیوت ہمت
یِمن منز چھِ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی، سورگہٕ واسی پروفیسر پُشپ، پروفیسر تو شہٕ خانی
مرزا عارف، دینا ناتھ نادم بیتر شامل۔ کونگہٕ پوش، مہجورُن کاشُر اخبار گلریز، ہمیوسہ
امر سنگھ کالجُک میگزین پرتاب، وطن، نیب، کلچرل آرگنایزیشنُک کاشُر اخبار تہٕ وارا
رِسالہٕ ہیوٚ زیادٕ واتس ہیٚچہ پراوِتھ، تہٕ روٗدی تحقیقی مقالہٕ چھاپان۔ قلمی نوسخن ہنز
ژھانڈ گے شروٗع، زبانی آو اَتھ باضابطہٕ رسم الخطٕ دِنہٕ، یِتھ پاٹھۍ میوٚل تحقیقس بیٚیہ بیٚیہ
ووتھ بوٚہ تہٕ بل بتھرٕ تہٕ۔ آزادٕ نی تحقیقی کارنامن کوٚرُس ڈوٚکھ عطا، اَتھ
تہٕ ژوٚل زاچھہٕ تہٕ شاپھہٕ، اَمیُک نتیجہ دراو زِ یتہٕ والیو تحقیق کارو ہیوٚت تھٕزرن کُن پِلو
کرُن۔ ازتہٕ چھُ آزادُن تحقیق ساہن محققن بلضے وتہٕ گاش بُنان تہٕ بلضے حوالہٕ

دِنُک واحد مُعتبر ذریعہ۔ حتیٰ کہ تِسندِس تحقیقس منز۔ تہٕ چھ کنٛہہ یاہ ژھر بر ژھر بر تہٕ چھونہٕ موجوٗد۔ پروفیسر محی الدین حاجنی ہٕندی دلچسپ عالمانہٕ تحقیقی مقالہٕ رٔودی تحقیق کارن وۄتہٕ وۄلستس اَتھ نٔس منز۔ برونٛہہ برونٛہہ۔ تِمو کوٚر ادبی تواریخُک خاکہٕ پیش۔ کاشُر شاعری ہنٛز۔ دورٕ بندی کرٕن تِہنٛز۔ تحقیقی کتابہٕ کاشُر شرح کتاب "مقالات" تہٕ کامِہ پھیرِ پھیرِ چھ کاشُر ادبہٕ کِس تحقیقی سفرس منز۔ اہم بڑاون ہنٛز۔ حیثیت تھاوان۔ یِتھے پاٹھی کرِ اَپنی شوقہٕ پنٛنہٕ صلاحیت تہٕ وٕسیلہٕ کامہٕ لاگتھ وارِہو قلمکارو انفرادی طور تحقیقی کام۔

کلچرل اکادمی ہنٛز کام یِتھ پاٹھی باقے ثقافتی شعبن ہند خاطر سۄتھاہ معنہٕ ساو ٹوٗکہٕ تہٕ فایدٕ مند روز، تِتھے پاٹھی رٔود یہ ادارہٕ کاشُر زبانی تہٕ اَدبہٕ کِس تحقیقس ڈکھ رُٹھتھ وۄتھ واشر۔ بخشان گو ڈٕ انوارِ چھاپ امہٕ ادارن آزادٕ نی تحقیقی کام، ستی آسہٕ ناماوار شاعرن ہند کلام ژارے لوکہٕ حن کتابن منز۔ شایع کرتہٕ، اَمہٕ پتہٕ کوٚر امہٕ ادارن کُلیات شایع کرنُک سِلسلہٕ شروٗع، کلیاتن ہنٛز۔ ترتیب کارِی چھنے انتہائی کُڈٕ تحقیقی کام، ژھانڈٕ ژھار دِتھ شاعرٕ ہٕندی حالات تہٕ تِسند کلام سوٚمبراوُن، سوٚمبراوِتھ سۄتن نیرُن، اَدٕ اصل تہٕ فرح بیوٚن ژارُن، اَتہِ چھ تحقیق تہٕ تنقیدٕ لۄر پکان۔ شاید چھُ خالے کانہہ اہم شاعر یسٕند کلیات اَسہٕ دٕستیاب چھنہٕ۔ یِم ساری کُلیات چھ تحقیقی کامہٕ ہنٛز بیش رفتاری ہُندٕے نتیجہ۔ اکادمی ہند اہتمامہٕ شایع سٕپدیمتین کُلیاتن ہُند فہرست چھُ واراہ زیٛوٗٹھ، کیٛنہہ چھ یِم :۔ کُلیات وہاب حاجنی، دیوان وہاب حاجنی، ترتیب: پروفیسر حاجنی ۲، کُلیات اسد پرے، ترتیب: پروفیسر حاجنی ۳، کُلیات مولوی صدیق اللہ حاجنی۔ ترتیب: پروفیسر حاجنی ۴، لل دید، ترتیب: پروفیسر جیالال کول (۵)

کلیاتِ شیخ العالمؒ، ترتیب: موتی لال ساقی ۶، کلیات محمود گامی، ترتیب: ناجی منور ۷، کلیاتِ مقبول شاہ کرالہ واری، ترتیب: محمد یوسف ٹینگ (۸) کلیاتِ مہجور، ترتیب: محمد یوسف ٹینگ ۹، کلیاتِ رسول میر، ترتیب: محمد یوسف ٹینگ ۱۰، کلیاتِ حبہ خاتون ترتیب: محمد امین کامل ۱۱، نورنامہ، ترتیب محمد امین کامل ۱۲، کلیات امیر شاہ کریری ترتیب: منظور ہاشمی (۱۳) کلیاتِ پرمانند، ترتیب: موتی لال ساقی ۱۴، کلیاتِ عبدالاحد آزاد ترتیب: ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو (۱۵) کلیاتِ کرشن جو رازدان، ترتیب: سوم ناتھ ویر ۱۶، کلیات لالہ لچھمن، ترتیب: ارجن دیو مجبور (۱۷) کلیاتِ عبدالاحد نادم، ترتیب: پروفیسر رشید نازکی (۱۸) کلیاتِ عبدالاحد ناظم، ترتیب: پروفیسر غلام محمد شاد ۱۹، کلیاتِ سیف الدین تاربلی ترتیب پروفیسر مشعل سلطانپوری (۲۰) کلیاتِ ثناء اللہ کریری ترتیب: سعدالدین سعدی (۲۱، کلیاتِ وازہ محمود، ترتیب: غلام محمد غمگین (۲۲) کلیات ضمد میر، ترتیب: موتی لال ساقی (۲۳، کلیاتِ عزیز ہجراری، ترتیب سلطان الحق شہیدی (۲۴) کلیاتِ خضر ملک صفائی، ترتیب: ڈاکٹر شاد رمضان تہٕ کلیاتِ عارض ترتیب: غلام نبی گوہر۔ کلچرل اکاڈمی ہندِ اہتمامہ وراۓ تہٕ کرٕی کینٛہہ وشنوقل تحقیق کار و کینہہ ن گو نماتن ہندی کلیات تیار کرِتھ شایع مثلن کلیاتِ میر عبداللہ بیہقی، ترتیب: ناجی منور، کلیاتِ وہاب کھار، ترتیب: ڈاکٹر عزیز آفاق تہٕ محفوظ جان، کلیاتِ احد زرگر، کلیاتِ منشی صفدر، ترتیب: مقبول ساجد، کلیات لسم شاہ، ترتیب: مظفر، دلکش، کلیاتِ حسن مسگر، ترتیب: بشیر اسرار، کلیاتِ رسول میر ترتیب: پروفیسر غلام محمد شاد۔ کلچرل اکاڈمی ہندِ اہتمامہ شایع کرنہٕ آمہٕ تِمن اکثر کلیاتن ہندی سرنامہ چھہ محقق تہٕ ناقد محمد یوسف ٹینگن لیکھی متی، یم ادبی تحقیق کہ سفرکین مختلف

پرٛاوَن بیٚٹھ وَنہٕ گاشِیٚح کام دِوان روزَن۔ تِہندِ عالمانہٕ، مُحققانہٕ تہٕ ناقِدانہٕ مقالَن
منٛز۔ سوٚمبرن تہٕ مثالے مہجوٗر شناسی، تلاش تہٕ راش بیترِ چھِ کٲشُر زبٲنی ہِند تحقیقہٕ تہٕ تنقیدٕ
خٲطرٕ اکھ اَرزٕتھ۔ کُلیاتو علاوٕ تہٕ آے کلچرل اکاڈمی ہِندِ طرفہٕ وارٕ معیٲری تحقیقی کتابہٕ
چھاپنہٕ، سارنے ہُند ناو ہیوٚن چھُ طوالت منگان، تاہم لاج نوموٗ کتابو تحقیق چہ
عمارژ سیر سیرٕ:۔

(۱) کٲشُر نثر، مولف: اوتار کرشن رہبر تہٕ غلام نبی خیال (۲) کٲشرِ صوٗفی شاعر
ترتیب: محمد امین کامل (۳) صوٗفی شاعری، ترتیب: موتی لال ساقی (۴) کٲشرِ اَکن نندٕ ایہ
ترتیب: مُحمّد امین کامل (۵) نوٗرٕ آگُر۔

کلچرل اکاڈمی ووت ڈٕرِیہ وادٕ بیٚٹھ شیرازہٕ تہٕ سون ادب شایع کران، یِمن
منٛز تحقیقی مقالہٕ تہٕ چھپان روٗدی، اکھتے چھ تحقیقی مادانس منٛز۔ کام کرن والین ہِند خٲطرٕ
"شیرازکی" تہٕ "سون ادبُکی" کیہتہٕ خاص نمبر زبردست اہمیت تہٕ افادیت تھاوان، مثلن مہجوٗر
نمبر، لل دید نمبر، شیخ العالم نمبر، لولہٕ مثنوی نمبر، احد زرگر نمبر، جنگ نامہٕ نمبر تہٕ سون ادبُک
زبان تہٕ ادب نمبر۔ آزادس پتہٕ پٮ۪لہٕ ساٲنی ادبی تحقیقن وہراو پرٛوو، ادے ہیوٚک کلچرل
اکاڈمی کٲشرِ انسائیکلوپیڈیاہُک ژوٗرم جلد "زبان تہٕ ادب" نمبر شایع کرِتھ، تہٕ ووٚنی
چھُ امیک پوٗنٛژم جلد "فوک لور" شایع کرنُک ستر سٮ۪دان۔ کلچرل اکاڈمی پتہٕ چھُ
کشمیر یونیورسٹی ہِند کٲشر شعبک نمبر لوان۔

اَمی ادارن پتہٕ نصٲبی ضروٗرژ پوٗرٕ کرنہٕ خٲطرٕ علمی تہٕ ادبی کتابن ہُند اکھ جاندار تہٕ
شاندار اشاعتی پروگرام شروٗع کرِتھ کیہتہٕ تھدِ معیارٕچہ کتابہٕ تیار کرناوِتھ شایع کرِتہٕ۔ کرن
وارٕ سکالرن پادٕ، یِموٚ پتہٕ وارٕ تحقیقی کام تہٕ باکل اُنی۔ ادارکِس اشاعتی پروگرامس منٛز۔

آو تحقیقی کامِن کُن ژوٚر دِیان دِہ۔ کاشُر زبانی منٛز۔ اَس اکہِ باگہِ بُرٛژ تہٕ فایدٕمند ادبی تواریخ
وٕرتھے، گوڈ گوڈ کرناوِ اَمہِ ادارن رِیٚسٔرچ تہٕ ساری رِیٚسٔرچ تہٕ اوحال نامہٕ تہٕ کاشِرِ تمیٖرکی تعمیر کار
ہشہِ تحقیقی کتابہٕ چھاپ، ہیارِ رۄدی اَمہِ کِس "انہار" رسالس منٛز۔ بقدر پاکِ تحقیقی مقالہٕ چھپیٚن
حتیٰ کہِ اَمہِ رسالکی نعت نمبر، گریرسن نمبر، محمود گامی نمبر، فوک لور نمبر، مشرقی جمالیات نمبر، بیتر
چھہِ علمی سوٚتھرس پیٹھ تحقیقکی نوٚی تقاضہٕ نظرِ تَل تھوٚوتھ کاشرس ادبی تحقیقس سام ہیتھ نوٚی
سرحدہ وان۔ اکہ مکمل ادبی تواریخ وٕرتھے دۄر کرنچ کامیاب کوشش تہٕ کرٲمی اِدارن، اَمہِ
بروٚنہہ اوس اوتار کرشن رہبرن کاشُر ادبُک اَڈلیوٚک تواریخ بازرتر وومُت، یُس صِرف
پتھ کالس وحاظ کران اوس، اَمہِ کتابہِ ستی چھنے کاشُر تحقیق نگاری گوڈنیک پرٛاو زیان،
حالانکہ تس چھُ آزادس نِش وارہ اِستفادٕ کرُن بیوٚمُت۔ سٕتی سٕتی چھُ رہبر سُندِ یہ تواریخ
تنقیدکی تقاضہٕ تہٕ پوٗر کران۔ ساہتیہ اکاڈمی ہند طرفہٕ کاشر شاعری تہٕ موتی لال ساقی سٕنز
پانہٕ چھاپہٕ ناونہٕ آمِژ کاشری ہشہِ تحقیقی نوعیتہٕ چہ کتابہٕ تہٕ آسہٕ بازرٕ درامٕژ، یونیورسٹی ہندِ
کاشرِ شعبن یام ناجی منور تہٕ پروفیسر شفیع شوق سٕنز یکہِ وٹہِ ترتیب درٕژمِژ "کاشُر ادبُک
تواریخ" ناوی قابلِ قدر کتاب شایع کرٕ، تہٕ تعلیمہ ہندی درسی ضرورتھ پوٗر کرنس سٕتی سٕتی کوٗرامی
تواریخن کاشُر زبانی تہٕ ادبس اکھ پوشہٕ ون ڈوٚکھ عطا۔ مکمل ادبی تواریخ پیش کرنُک یہ
زُری دار بھیوٚت آو ناجی تہٕ شوق سندی نے ہنگن باگہٕ۔ آزاد تہٕ تحقیقی کارنامہٕ پیتہٕ
چھُ یہ دوٚیم بوٚڈ تحقیقی کارنامہٕ، گوڈنچہ لٹہٕ گے کاشُر زبانی تہٕ ادبکِ دگہٕ دار، رژر کانچھن والی
تہٕ طالب علم ہترٕ تہٕ لرنِش مچھُ زٕ کاشر زبانی تہٕ چھُ کاشری پاٹھی تحریر شدٕ ینُن تواریخ،
یُس ۱۹۷۸، تام تمام قسمہ کہِ سیدِ متہٕ ادبی تحقیقک ہرترتہٕ چھُ تہٕ ناجی منور تہٕ پروفیسر
شوق سندِ ذاتی تحقیقُک، محنتُک تہٕ تحقیقی تہٕ تنقیدی شعورُک نتیجہ تہٕ۔ اتھ تواریخس

منز تہٕ چھہ فاضل مورخن ستی کینژن جاین اختلاف کرنچ گنجایش مگر یہ چھا کینہہ کم اہم کتھ زِ یمہ زبانی ہندی سرونٹی دور راوی متی آسن، یمہ کہ شرحِ رلوایت حال حالے قایم گمتہٕ آسہٕ، تمیک ضابطہٕ بند تواریخ یہ لیکھنہٕ تہٕ سُہ آسہٕ سارنے ونتی ذاتن وِحاطہٕ کران، بییہ چھہ اکھ منز تم واراہ راوی متی شاعر تہٕ گوڈنچہ لٹہ درج کرنہٕ آمتی، یم آزادس بدس آسی تہٕ آمتی بانا وہے بدس آمتی آسس حالات آسس تہٕ بہم سیدی متی ۱۹۷۸ء تام آسی ناجی منور، امین کامل، پروفیسر حاجنی، پروفیسر پُشپ، رسول پونپر، پروفیسر شاد، محمد احسن احسن، غلام نبی خیال، مرحوم مرزا عارف، موتی لال ساقی، غلام نبی آتش، اقبال ناتھ ونتوہ بدری ناتھ کلا تہٕ وارہیو تحقیق کارو ہندی ڈسی واریاہ نوی شاعر دریافت سیدی متی، یم اکھ تواریخس اندر شامل کرنہٕ آے حتیٰ کہ یونیورسٹی ہند طرفہٕ چھاپ سید یمہٕ تہٕ احوال نامہ کیو ترتیب کارو چمن لال چمنن تہٕ بشیر اخترن چھہ احوال نامہ ترتیب دِوان دِوان وارِہیو وشفو باوجود نوی شاعر بد کڈنس منز یتہٕ محنت کرمژ۔ کاشر ادبک تواریخ کہ اہمیتک تہٕ افادیتک اندازہٕ ہیکہ یمہ ستی تہٕ کرتہٕ یتھ زِ امکی ترے ایڈیشن چھہ از تام موکلیا متی۔ چونکہ تحقیق چھہ اکھ گنڈل عمل، اتہٕ چھینہٕ کانہہ کتھ حتمی روزان دوہ گھوتہٕ دوہ چھہ نوی انکشافات سیدان، اوموکھ بییہ ناجی منورس تہٕ پروفیسر شوق صاحبس پریتھ اشاعتہٕ کہ وقتہٕ اکھ تواریخس نو نظر دِنی، امایوز یہند خلوص تہٕ یہند محققانہ دیانتداری چھنے پریتھ کانہہ مشورہ سو وونہ قبول کران۔ کانسہ تہٕ مورخ یا ناقد سند خاطرٕ چھہ بیتین زٹھین یا کنہ ژھین کالہ بابژ متعلق لیکھن ییژ گڈرٕ آسان، امایوز یم دوشوے ادبی مورخ چھہ امہ شمشیر دارِ پیٹھی وارکارٕ تری متی، یہو تہٕ وسفہ چھہ آمتی، رد و قبولک سلسلہ تہٕ چھہ آمنتے، ووں گو وتہند خلوصک چھہ یہ عالم زِ کاشر ادبکہ تواریخکہ

گوڈنکہ جلدکس صفہ نمبر ستہ ترہس پیٹھ چھ تمو دعوی کورمت زِ سُلطان زین العابدین
بڈشاہ اوس کاشرِ پاٹھۍ تہٕ شعر ونان تہٕ کلامہ کہ نمونہ زِ نگ چھکھ اکھ شعر دیتمت، یتھ
متعلق ونہٕ آمت چھ زِ مشہور قصیدہ "ان نلت یا ریح الصباح" چھ بڈشاہن
لیوکھمت تہٕ یہ شعر چھ امہ قصیدک کاشر شعر۔

زاوُیِل کمر، اٲویل بدن، شوقس چمن، ذوقس چھوپن
یادک سبز، راڈک تھر، زفرِشس چھ کنٛ، عرشس چھ تھم

راقم الحروفن پیٹھ اکہ خطہ کہ ذریعہ ڈاکٹر شفیع شوق سند توجہ یتھ نوکتس کُن زِ یم چھ زِ تخلیقہ
اکھ سُہ نعت شریف یُس حضرت امام زین العابدینؓ صاٮ۪بن لیوٚکھمت چھُ، یُس عربی
زبانی ہند نعت چھُ تہٕ اَتھ چھ داہ شعر، دوٚیم تخلیق چھُ سُہ نعتیہ قصیدہ، یتھ ارداہ شعر
چھِ، یم عربی، فارسی، ترکی، ہندوستانی تہٕ کاشر زبانی منز لیکھنہٕ آمتی چھِ، یمیک لیکھن
وول میر سعداللہ سعادت شاہ آبادی چھُ، یُس سنہ ۱۲۰۲ھ منز یمہ عالمہ گومُت چھُ۔
باغِ سُلیمان ناوٕ فارسی تواریخک یہ مورخ کوٚرنا جی مُنورن گوڈنچہ لٹہ کاشر لیکھن والی
سند شاعر ہند حیثیتہ دریافت، اَہندِس اَتھ نعتیہ قصیدس منز چھ ہیر کنہ درج شعر سان
ژور کاشرِ شعر، (تفصیلہ خاطرٕ وُچھو سون ادب ۱۹۹۶ء، ص نمبر ۱۳۳، اکھ نادر نعتِ
شریف) ڈاکٹر شفیع شوق صاٮ۪بن لیوٚکھ در جواب —— "خاص کر تھ چھُ چھوٗن یہ
وُنُن صحی زِ سُہ قصیدہ یُس اَسہٕ بڈشاہ نس ناوس ستی منسوب چھُ کوٚرمُت چھُنہ بڈشاہ
سُند تہٕ شاید میر سعداللہ شاہ آبادی سُند، حالانکہ یہ معاملہ گوٚژھ ناجی صاٮ۪بس ستی ٹٕلُن مگر
مے چھُ ژٕ یِیے ستی اتفاق تکیازِ یم کینہ غزل سعداللہ شاہ آبادی ہندی ناجی صاٮ۪بن ڈٕسہ
دریافت ہیٚدی، تمن ہند اسلوب چھُ ہوبہو تتھے شعرس ستی زِ لان یُس کاشر شعر اکھ

قصیدس منز شامل چھُ، اَتھ پیٹھ لیکھی زِ ضرور تفصیلہٕ سان" (شفیع شوق)

کأشرِ زبانۍ تہٕ ادبکِس تواریخس پٮ۪ٹھ کرن واجِنہٕ اہم تحقیقی کتابہٕ آے حال حالے بازرس منز۔ دوٚ نوے چھپےٚ ساہتیہ اکادمی ہندِ اہتمامہٕ شایع سپدیمٕژ۔ اکھ چھپےٚ منشور بانہالی ہنز "جوٚمی صوبس منز کأشرِ زبانۍ تہٕ ادبٕک تواریخ"۔ اَتھ چھِ ساڑھ ترٕے ہتھ پیٹھی صفہٕ یہ تواریخ چھُ جوٚمی صوبس منز کأشرِ زبانۍ تہٕ ادبکین اہارن گوڈنکہِ پھِر وضاحتہٕ سان پیش کران، اَمہِ سِلسلہ دسلأبی کوشش اَکس پرٛوفیسر مرغوب بانہالی ہنز۔ کٲشُر بالہ اپارٕ منشورنِس اَتھ تواریخس منز چھُ ڈوڈ ہتھ پیٹھی شاعرن ہند تفصیلہٕ سان تہٕ نموٗنہٕ کلام ہیٹھ تذکرٕ سپدمُت۔ دوٚیم کتاب چھپےٚ غلام نبی آتش ہنز۔ "ناوجھُس"۔ کٲشرِن زنانہٕ شاعرن تہٕ قلمکارن ہنز تخلیقہٕ"۔ ڈوڈ ہتھ صفہٕ واجِنۍ یہ اہم کتاب چھپےٚ وُہمہِ صدی عیسوی دوران کأشرِس نثرس تہٕ کأشرِ شاعری دِنہٕ آمتس زنانہٕ لِکھارن تہٕ شاعرن ہندِس کنٹریبوشن ( CONTRIBUTION ) وحاط کران۔ اَتھ منز چھِ درجن واد زنانہٕ شاعرن تہٕ لِکھارن ہندی حالات تہٕ تہندین تخلیقاتن ہندی نموٗنہٕ گوڈنچہِ لٹہٕ دریافت کٔرِتھ شامِل آمتی کرنہٕ۔ ساہتیہ اکادمی لیکھہِ ناوٕ ناوی درجن واد کأشرین شاعرن، اَدیبن تہٕ قلمکارن متعلق مونوگراف، یِمن منز تہندین زندگین تہٕ کارنامن متعلق تحقیقاتی مقالہٕ تہٕ سرنامہٕ درج چھِ۔ اطلاعات محکمہٕ کہِ شعبۂ ثقافت کہِ ذریعہ تہٕ سپنہٕ کأشرِس ادبی تحقیقس ووتھ بوٚ دِنہٕ چہٕ زبر کوشِشہٕ، حتیٰ کہ اَز تہٕ چھُ "آلو" رسالس منز تحقیقی مقالہٕ چھپان روزان، ریڈیو کشیرِن کٔر ہمیشہٕ کأشرِ ثقافتچ ترجمانی اَتہٕ پیٹھ روٗد تحقیقی مضامین نشر سپدان، تحقیقی موضوعن پیٹھ بحث سپدان، توٚہن تہٕ گمنام شاعرن ہند تذکرٕ سپدان بلکہ آیہ اَزتام وارٕیاہن شاعرن تہٕ ادیبن ہنز

زندگی ہٕندۍ کارنامن متعلق تمن ہُندۍ آہتی انٹروِو رکارڈ کرِتھ محفوظ کرنہٕ۔ یِم ہٕنہٕ وۄدنی اَسہٕ درمیان چھِ، اَمہٕ قسمکین محفوظ کرنہٕ آمتین پروگرامن چھِ زبردس تواریخی ہٕنہٕ ثقافتی اہمیت دوٗردرشن ہٕنہٕ چھِ باضے باضے ادبی تحقیقس متعلق پروگرام کران۔

یِتی من ژونتیاجہن وُریَن دوران گےٚ وارہ تحقیق کار یاد، یِہُند دیُت یِتر پاٹھۍ موٗلُل ہٕنہٕ رَچھ کرنَس لایق چھُ، زِ کٹھن منز چھِ پروفیسر محی الدین حاجنی مرحوم، مرحوم مرزا عارف سورگہٕ واسی پروفیسر توشہٕ خانی، سورگہٕ واسی پروفیسر پُشپ، اوتار کرشن رہبر، غلام نبی ناظر، مرحوم اختر محی الدین، علی محمد لون، سورگہٕ واسی موتی لال ساقی، ڈاکٹر امِ مالموہی، پروفیسر رحمٰن راہی، محمد امین کامل، محمد یوسف ٹینگ، پروفیسر رشید نازکی، ناجی منور، غلام نبی خیال، محمد احسن احسنؔ، ارجن دیو مجبور، پروفیسر غلام محمد شادؔ، پروفیسر مشعل سُلطانپوری پروفیسر کاشی ناتھ در، بدری ناتھ کلا، سیّد رسُول پونپر، پروفیسر غلام رسُول ملک شاہد بڈگامی، مرحوم نشاط انصاری، ڈاکٹر مرغوب بانہالی، محمد سُبحان بھگت، بشیر اختر پروفیسر رتن لال شانت ہٕنہٕ اَمہٕ پتہٕ پروفیسر شفیع شوق، غلام نبی آتش، پروفیسر گلشن مجید ڈاکٹر شاد رمضان، مجروح رشید، آفاق عزیز، فاروق فیاض، بشیر بشیر منشور بانہالی، شہزادہ رفیق، رتن لال تلاشی ہٕنہٕ شفیع سمبلی وغاٚرہ۔

کاشرس فوک لورس متعلق ہٕنہٕ گےٚ ژھونڈ ژھار شروع، اَز تام گےٚ کلچرل اکاڈمی ہندِ طرفہٕ کاشرِ لُکہٕ باتن ہٕنز داہ سوٚمبرنہٕ، کاشرِ لُکہٕ کتھن ہند پانژھ مجموعہٕ، کاشرۍ تلمیح، کاشرۍ دپتہٕ، کاشرِ گندن ترایہٕ، کاشر اَکن ترایہٕ چھاپ۔ یونیورسٹی ہندۍ کاشرۍ شُعبن ہٕنہٕ چھوپ اہمارک خاص فوک لور نمبر۔ اَمہٕ علاوہ چھاپہٕ مرحوم پروفیسر حاجنی صاٮ۪بن گاموٗ منز بۍ بھیری ہٕنہٕ لُکہٕ رَس ہِش مولُچہٕ کتابہٕ۔ فوک لورس متعلق چھِ

مختلف رِسالَن منز۔ مقالہ چھپان روزان، فوک لور سوٗمبراونچہٕ تہٕ اکھ تحقیقاتی مطالعہٕ
کرنہٕ چہ گنڈل عملہٕ ہُندُے نتیجہٕ چھُ زِ کلچرل اکاڈمی پتہٕ چھِہ وُنی کینٛہہ کاشُر انسائکلوپیڈیا
جلد پانٛژھ فوک لور عنوانس تحت شایع کرنک سٕتۍ۔ کران تہٕ "آلو" رِسالک یاگہٕ لوٗرت
فوک لور نمبر چھُ جلدے پٔرن والین تام واتن وول۔ یکہٕ ادب سوٗمبراونچہِ کامہِ منز
رٕودی موحوم علی محمد لون، سورگہٕ واسی موتی لال ساقی، ناجی منوّر، غلام نبی آتش، شام لال
پردیشی، سومناتھ سادھو، غلام نبی ناظر، بشیر بدرواہی تہٕ رتن لال جوہر بیتر برٕہ تھٕہ رونہہ
آزادس پتہٕ یوٗدوَے کاشرِ زبانی تہٕ ادبک توارِیخ کاشرِ زبٲنی منزے مرتب سپدِ
بے شُمار راوی متۍ شاعر بدکڈ تہٕ آے کینژن فارسی شاعرن متعلق انکشافات سپدی زِ
تِم اسی کاشری پاٹھی تہٕ شعر لیکھان مثالے ناجی منور تہٕ تحقیقہٕ مطابق غنی کشمیری، میر سعد اللہ
شاہ آبادی بیتر۔ میر عبداللہ بیہقی سُند کاشُر کلیات دژاو بازر، مقبول امرتسری گو دریافت
یتھ متعلق وَنہٕ چھ یوان زِ ناجی منورس نش چھ مقبول امرتسری سُند کلیات ترتیب
دِتھ شایع سپدنس پرٛاران تہٕ پروفیسر غلام محمد شادن تہٕ چھُ تسند کلیات مرتب کوٚرمُت
یُس چھپنے چھُ ستی اکہ راقم الحروفن تہٕ کرٕ از یرہ نہہ پانژھ وری مقبول امرتسری سند کاکھ
درجن باتھ پروفیسر غلام محمد شادس حوالہٕ۔ اکثر شاعرن ہندی کلیات تہٕ آے ترتیب دِنہٕ
یکہٕ ووٚتُر تہٕ آو سوٗمبراونہٕ، تاہم چھُ واریاہ کیہنہ کرِتھ تہٕ واریاہ کیہنہ کرُن بلاقے۔ یلہٕ دیند
ہندِن واکھن تہٕ شیچہٕ شرکین ہندی صحیح متن چھ سرٕ گھر کرنے، وارہین شاعرن ہندی
مرن سنہٕ چھنہٕ شیقہ پاٹھی معلوم۔ زاسن متعلق تہٕ چھُ اختلاف۔ حبہ خوتونہٕ یتھ محمود گامی
یس نام چھُ الہٕ پہٕ دون متن وٕرین ہند زمانہٕ، یوٗدوَے جدید تحقیقن امہٕ دور کی
کیہنہ شاعر نٔی کڈی، یمن شاعرن ہند نیب دیتمٕت اوس، تموٗ منز آے وارہین ہندی

تفصیلی کارنامہ تہٕ حالات بد کٔڈ نہٕ۔ تو تہٕ چھ درجن واد شاعر وُنہٕ تہٕ راوِس تِل یمن ہُند فہرست
آزادن مرتب کورمُت اوس یا تہٕ اُسس نہٕ تہندی حالات بہم سپدی متی تہٕ دِ ژھس نہٕ موقع
فُرصت تِمن متعلق معلومات بہم کرِتھ لیکھِہا تِمن متعلق! اَسی چھ اکو ہمس عیسلے نتیٔ لس منز۔ روزان،
تو تہٕ چھنہٕ راوی متین شاعرن ہندی حالات تہٕ کلام بدس ہیکان انِتھ۔ تحقیقی معاملن متعلق
ہیوکہٕ سنجید بحثس دس وُتھِتھ۔ اَسی چھ باضے بلاضے اکھ اَکس ٹھولہٕ لگان۔ مگر سنجید بحث
کرنہٕ وِزِ چھ کھور ییتھ موران، ییتھ خوتو نہٕ ہندِس کلیاتس اندر اریٚنہٕ مالہٕ ہندِس آسنہ تس
متعلق کریا وامین کامِلن یہ وُنِتھ انکار زاریٚنہٕ مال چھنہٕ اسمہٕ تی بلکہ چھُنے تھر تہٕ آمُت۔
ایماندارانہٕ تحقیق نگاری ہُند تقاضہ اوس زِ ساونی محقق کرِہن پُر خلوص پاٹھ اَتھ معاملس
متعلق بوز شوز شروع، یِتھ زِ کامل صابُن دعوا قبول یِیہ ہا کرنہٕ یا رد، اَما یوز ساتو
تحقیق کارو دیت گوش، وونی چھ تریِیہ ژور وُہری او تر او ترے کامل صابنین تِلی متین
سوالن ارجن دیو مجبورن "اریٚنہٕ مال" ناوی اَکس کتابچس منز جواب دِنیٚ کوشش
کرِمژ تہٕ مُولی کتھ چھُنے ترازتام سپدیمژ تحقیقی کامہٕ گژھِ تنقیدی سام ہینک اکھ سلسلہٕ
شروع سپدُن۔ اَسہ چھنہٕ ازتام لکہٕ شاعری ہنز۔ دور بندی کرِتھ ہیچمژ۔ یُوسہٕ وارا وَق
گُذرِ نہٕ سیٚبہٕ وونی شاید ممکن چھنہٕ۔ اَکہٕ وُنی تہٕ بوز بوزا یہٕ کِتھن تحقیقہٕ بُنیاد بناونک
زمانہٕ مو کلیو۔ وونی چھُ سائینسی بُنیازن پیٹھ تحقیق یا عمل اَنُن، ثبوتن تہٕ حوالن
REFERENCES ہنز۔ ZEROX کاپیہ گژھن دعواہن ڈکھ آسنہ، مایکرو فلمہ تیار
کرنک چھُ زمانہٕ، برز دِیِن، قبر پیرن تہٕ قلمی نوسخن کیٚو پرانین چھاپی کتابن ہندی
فوٹو گژھن تیار کرنہٕ یِنی۔ تحقیق کارن گژھِ شوق، کل، ژور علم مُطالعہٕ گاڑ جار تہٕ سارو
کھوتہٕ منزل وَنہٕ آسُن۔

○

غلام نبی آتش

# کلام مقبول امرتسری

## تبصرہ تہٕ ژُلنے

چھاپ خانہٕ سہٕ لیتھو یا ف سیدنس تام اُس کاشُر شاعری عوامہٕ کس اجتماعی ژٕریہٕ وُترس منز محفوظ سپدتھ اکہٕ بُیہٕ پیٹھ بیٚیس پُیہٕ تام واتان روزان، ؤلکہٕ شاعری ہندی خالق چھِ اکثر آسان، یہِ شاعری ورتاوَنس دوران چھِ عام لوکھ اتھ منز ژٕٹھ واتھ کران روزان تہٕ آخرس پٮ۪ٹھ چھےٚ یہِ اجتماعی زہنچ یادوار بنان، ؤلکہٕ شاعری ہنز عمل پھیٖنے یتھے پاٹھی جاری۔ کاشُر لوکھ ہفتا کالہٕ پیٹھ اُنہٕ رُوس غایلہٕ، وو گیہٕ تہٕ دو لابہٕ وُچھمتِ، ژٕینی متِ تہٕ ژالی متِ، مثالے لوٗٹھ مار، نار، وو باہ، بُنلِ، سہٕلاب، دراگ تہٕ بیگاری۔ یمو غایلوکری خبر کیتیاہ تمدُنی یادگار تباہ تہٕ نابود، بے شمار شعر سرمایہ گو ویموستی ضایہ، ہناہ گو ویمن خواندلوکن ہنز کنجوسی تہٕ لا پرواہی کنہِ تہٕ ازدس، یمو یہِ شعر سرمایہ پیہٕ نے یوت خاطر نقل کرِتھ یا نقل کرناونا وِتھ غلافن ہٕ سوزارن منز قادکرِتھ تھوو تہٕ بیٚیِن تام دیُت ہٮ۪س نہٕ واتہٕ نے! ہتھ ند لوٗ شر لوٗم رِوہٕ تہٕ زُرلوموزس نہٕ تہٕ گو ضایہ۔ تعلیم اُسنہٕ عام، ناخواندا جہلین ہے کاغذ بو دراہ، بیاضاہ، بُرزہٕ تہٕ لماہ اتھہِ لجایہ، بے قدری ہُند اوس یہِ حال زِ یم موہلی تہٕ رچھین لایق چیز آسی ناستہِ کُھرِ تہٕ جِر دِتہٕ نس لاگان، بلکے

آسی یم جیر عوامچہِ لاعلمی سببہٕ سدرٕ کانہِ پاوٕنۍ تہٕ آبہٕ تٕنٹن ہنٛدِس یِشرٕ رٕس لگیتھ ژٕن بنان
یِیہٕ چھُ اکھ المناک صوٗرتحال۔ تاہم یہِ کینہہ شاہ امہِ وَرٕ زٕ وادٕ نسۍ بچوو، سُہ بچوو تمن بےشُمار
شوقہٕ والین کاشرٕن ہنٛدِ سٟتۍ، یِمو منٛز اکثریت ناخوانداٚس تہٕ یمو کاشرٕ ن شاعرن ہُنٛد
کلام یاداشت کِنۍ تہٕ خانَن منٛز رٔچھہٕ تہٕ نوٚن نوٚن یِیَن تام واتنوو۔ بےشُمار شوقین موٗسیقار
نقل نویس، صاحبِ ذوق ذٲلدار، رئیس، مولوی صاحبانٕ تہٕ مُبلغ حضرات تہٕ چھِ کاشرِ
شاعری ہنٛدی ژُرکِ درٕ۔ یِمو بیٛنِس بیٛنِس مرٛ ازس دَرِ یِہٕ وُنی شاعری نقل کٔرٕ، یاد کٔرٕ یا مسودٕ منٛز
محفوٗظ کٔرٕ۔ امہ پوٚز اتھ ساری سے کامہِ منٛز چھُ یِمن لُکن محض بیٛنتہٕ دلچسپی ہنٛد خیال روٗدمُت
چھُل تہٕ چھِہانی دِنٛگ اوسہٕ زمانے، زٕگ تہٕ پرٛوٚن ژارنُک اوسہٕ خیالے اَدے چھُ
خبر کیٛتہٕ ہَن شاعرن ہُنٛد کلام لکہٕ شاعری سٟتۍ رٕل گٔرٕتھ ہیٛتھ روٗدمُت، کلامچ چھِنہٕ کیٛنٛھہ، اَمہٕ
چھ شاعر تام راوی متۍ، شاعر راوٕ تہٕ سٟتۍ چھِ ادبی توارٕخکۍ زیٛٹھۍ دورتاں تنٛز وژھا یِہٕ رٔوٕرتھ۔
امہ پوٚز ادبی تحقیق چُھ اکھ گنٛڈُل عمل، تِیٛھِ تِیٛھِ کٔرنہٕ سٟتۍ، ژھونٛڈ ژھارٕ دِنہٕ سٟتۍ تہٕ تلاشچہٕ نووٕ تہٕ
بدِ کٔڈنہٕ سٟتۍ چھِنہٕ صرف نوِ کیٛنٛھہ برٕونہہ کُن یِوان بلکہ راوی متۍ گوٚنماتھ تام چھِ بازیاف
سٟدان، ادبی تحقیقہٕ تلہٕ کڈنہٕ آمُت کانٛہہ نتیجہ ہیٛکہٕ تہٕ حتمی آسِتھ امہ پوٚز کیٛتھ منٛز چھِیے
کیٛتھ نیران، ہرگاہ سٲنۍ بُزرگ تحقیق کار گوٚش دِتھ تہٕ نیٛبہ ہیٛتھ بیٛٹھۍ متۍ آسہَن، شاید
واتِہ ہے تہٕ وہاب پرٛیٚن، اسد پرٛیٚن تہٕ مولوی صدیق اللہ سُنٛد سالم کلام نہٕ اَسہِ تاں
تہٕ نہٕ یِنہٕ واجہ نیٛن یِیَن تاں، سارِ ترٛیٚیہٕ ہتہٕ وُہری نہٕ صحیح مگر جبہ خوتونہٕ ہُنٛد کلیات کیٛتہٕ وسہٕ
اسماہٕ، مہجوٗرن، رسوٗل میٖرن، مقبوٗل کرالہٕ وارِ سُنٛد، پرمانٛندن تہٕ کرشنہ جو رازدانن کلام
تہٕ مالگہِ ہے واوٕ گلیٚنۍ بُزرگ تہٕ جوان، پرٲنۍ کیتو نوی، سٲنۍ محقق چھِ دِنہٕ یِنہٕ یِتھ کُن بیٛمتِس
شعر سرمایس بدِ کٔڈِتھ محفوٗظ کرنہٕ چہ عملہٕ سٟتۍ آوری، ہرگاہ یہِ عمل تھامہِ گٔژھِ، ہا یہ لدٕ پارن،

تومبہٕ لونگہٕ نن، چھم غلافن تہٕ صندوٗقن منٛز۔ سڑن والین کاغذن ہُندٕ نیال نوم تہٕ میلہٕ تہٕ وُنہٕ چھُ موقعہٕ زِ سرِ نٕے، گامن گُھٹن تہٕ کنجن منٛز۔ دِمو ژھارٕ، بنان چھُ پوٚت ژھارٕ مالبو کیہنہ تہٕ کیہنہ موٗلُل تہٕ۔ بہر حال مُعتبر تحقیق کارن ہندِس فہرستس منٛز چھُ ناجی مُنوّر سُند ناو نمایاں۔ سانٛی اَمی مُعتبرتہٕ محترم ادبی محققن کرٕ اَتھ مٲدانس منٛز تھٔکنٛہٕ لایق کام۔ میر عبداللہ بیہقی ہُندِ کلیاتہٕ پتہٕ چھُ ناجی منوّر، مقبوٗل امرتسری سُند کلام بازٕ ترٛاوان۔

مقبوٗل امرتسری چھُ اکھ تازٕ دریافٕ شاعر، عبدالاحد آزادس تہٕ چھُنہٕ اَمی سُند پےٚ اوسمُت، تذکرٕ نگارو چھُنہٕ تُسند ناوے ہیوٚتمُت، اما پوٚز ساننٛو دوٚیو مُعتبر مُحققو پروفیسر غلام محمّد شاد تہٕ ناجی منوّرن تٕج عیسایے سنہٕ کہ اَٹھمہ دٔہلہٕ بیٹھے کتھ کتھہٕ زِ مقبوٗل امرتسری ناوکس کستام گامٕ کھاتس گمتِس شاعر سُند کلام تہٕ چھُ قلمی نوسخن اندر نظر گژھان یہ کتھ واتٕژ آخر سنجید تحقیق کِس مرحلس تام، دوٚنہٕ وے تیز نظر تحقیق کار لگی اَمِس رٲوی متس گوٚ نماہ تہٕ سُند کلام سوٚمبراوٕنہٕ حتیٰ کہ ناجی منوّرن لیکھی مقبوٗل امرتسرس متعلق کیہنہ موتحصر مضموٗن تہٕ، وُنہٕ اوس نُسہ سانین ادبی حلقن تہٕ کاشرِ ین شرٕ پسندن ولیوٚد گرُشہٕ ژھٕٹے زِ ناجی مُنوّرن کوٚر اکِس اہم کاشرِس شاعر سٕند حیثیتہٕ "کاشرِ ادبُک تواریخ" کِس اکِس بابس اندر شامل۔

پروفیسر شاد صابن کوٚر دعویٰ زِ میٚے نِش چھُ مقبوٗل امرتسری سُند وارہ کلام جمع گومُت، یتھ منٛز مثنوی یوسف زلیخا، ہتھ شتھ غزل، ترٛیہٕ ژیتھہٕ منقبت تہٕ نعت شامل چھِ، تُسند کلیات چھُ میٚے زیرِ ترتیب، یتھ سٟتؠ تسندی مُفصل خاندٲنی حالات تہٕ چھِ تہٕ۔

راقم الحروف تہٕ چھُ واقف زِ پروفیسر غلام محمّد شاد صابس نِش چھُ پزی مقبوٗل امرتسری سُند وارہ کلام، حتیٰ کہ ۱۹۸۶ءکِس وٕندس منٛز۔ کرٕ میٚے تہٕ مقبوٗل امرتسری سٕندی اکھ وہ باتھ شاد صابس اَمہٕ غرضہٕ حوالہٕ زِ نُسہ کرِ تمن زیرِ ترتیب کلیاتِ مقبوٗل امرتسری ہس اندر

شائع زِ یتھ ہمیشہٕ خاطر محفوظ سپدن ۔ مےٚ اوس اُمس مقبولن یہ کلام ۳ جنوری ۱۹۸۴ء
دوہ کُنٛھہٕ ہار علاقہٕ کس نوگام کامس منٛز دستیاب سپدمُت اَتہٕ وُچھ مےٚ پیر نورالدینس نِش
اکھ بیاض ، یتھ منٛز مقبول امرتسری تہٕ محمود گامی سُند کلام درج اوس ۔ بیاضہٕ مُند کاتب
چھُ "محمد یوسف نقشبندی گلزاری ساکن نوگام ابن پیر علی شاہ در دربار درین پیر غلام الدین
سن کتابت ، ۲۷ ماہ ربیع الثانی ۱۲۷۲ھ "۔ پیر علی شاہ اوس اَمہٕ وِزہٕ الہ پلہٕ ڈوڈ ہتہٕ ری
سانِہن یتھ کِن پیچہ متین قلمی نوسخن منٛز چھِ وارِہن مقبولن ہند کلامہٕ لنوُتہٕ میلان
مثالے مقبول کرالہٕ واری ، مقبول امرتسری ، مقبول خاکی ، مقبول ابن پیر غلام محمد شاہ
اکثر باتن چھُ لیکھت مقبول اَوے چھُ یاضے مشکل گرٛژھان وَنن یا دعوی کرُن زِ کُس
باتھ شعر یا ژھُٹ کُس سُند ہیکہٕ آستھ ۔ ادبی تحقیقس منٛز نہٕ چھِ ہیٚنہٕ تھیہ چلان ہتہ نہ اُنی گیلہٕ
ووں گوو کنہٕ کتھہٕ ہندس صحیح آسہٕ نس یا نہٕ آسہٕ نس پیٹھ یام شک گنان چھُ ، تحقیق چھُ نوین
سرحدن ہند پے ہوان ۔ یہ زس تاں واتان یا پرزس تاں واتہٕ نکی امکان بدکہ ڈان
پی کور تحقیقن مقبول امرتسری سیتی تہٕ ۔ ناجی منورن کور تسند کلام شایع ۔ پروفیسر غلام محمد
شاد صابن دوپ زِ مقبول امرتسری چھُ اکھ حقیقت تہٕ راقم الحروفن لیوچ تسند ی
اَلہٕ پلہٕ یاتر تھہ تریہ یا کھ ۔

ناجی منورسنٛز یہ تار تحقیقی کام چھےٚ وارِہوو جھوکنی تعریفن لایق ۔ تمِس یُس کلام
دستیاب سپدِ اُسُہ ترِ دوٚن "کلام مقبول امرتسری" ناوس تحت ۔ اکھ ہتھ تہٕ شتیمتھ صفن
ہنز خوبصورت کتابہٕ ہندس صورتس منٛز گوڈنچہ لٹہٕ بازر ۔ اتھ منٛز چھِ ۲۸ غزل ۱۴ وژن
زِ نعت تہٕ زِ منقبت ، بہلی نامہ تہٕ مثنوی یوسف زلیخا ۔ تمہ چھےٚنہٕ شاید او سببہٕ اتھ کلیات
ناو دیتمت زِ تسند مرید کلامہٕ کہ اَتھ ہیکہ چھِ امکانات ۔ یتیہ چھِ پروفیسر شاد صابس نِش

واریاہ کلام ییمہٕ ورأے زیرِ نظر کتاب کُلیات بنِتھ ہیکہِ ہیے نہٕ ۔ کُلیات کرٕ چھپہٕ نہٕ کرٕتھ
چھپہٕ (خُدا بوزِن جلدٕے چھپن (آمین) مگر مقبول امرتسری ہٕندِ کلامُک بازیافت
کرنٕچ اوٚلیت آیہٕ ناجی مُنورس باگہِ ۔ نہٕ اولیتُک یہِ بھیوت شولہٕ ہمیشہ تسندی سٕے منگس
زندگی نہٕ زمانہٕ کِس گردشس بیٹھ کیٚاہ وساچھ ۔ ناجی مُنورن کوٚر کاٚنسہِ شعرادیٚن بیا کھ
احسان زِ مقبول امرتسری سُند کلام لبِتھ واتنووُن یٔرن والین تام نہٕ زِن چھُ تس نہٕ احسان
زِ مقبولنی حالاتھ، تِہنز زاتھ براتھ آیہٕ نہٕ تس یدس، فقط ناو نہٕ کلام ۔ تسُند کلام ژھارنہٕ
خاطرٕ ییم بیاضہٕ تمی وُچھ خصوصن مہجور سٕنز لایبریری منز بابا عبداللہ ٹینگہ پٕنٕز ہنز بیاض
یوسہٕ ۱۸۵۲-۵۴ عیسوی منز لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ ۔ تمہِ چھےٚ یٔزی قابلِ اعتبار ۔ ناجی مُنور
سُند تحقیق چھُ مقبول امرتسری نِس متعلق یمن کتھن ہنز نشاندہی کران مگر یِمو منز ہیکن
کینہہ کتھہ غلط تہٕ اٚستھ ۔ تسندی حاصل کرٕنی متی نتیجہ چھُ محققن ہٕند توجہ منگان :۔

۱۔ مقبول امرتسری چھُ محمود گامی سُند ہمکال شاعر ۔

۲۔ محی الدین مسکین سرایہ بلی ہنز مثنوی یوسف زلیخا یہِ (چھاپ سنہ ۱۳۲۰ھ)
منز یمس مقبول باباسکن مونگہ ہامہٕ سُند ذکر سببِ تالیف عنوانس تحت کرنہٕ
آمُت چھُ، شاید گرٕتھ سٕے مقبول امرتسری آسُن ۔

۳۔ کیٚنژ دور روزنہٕ کنی چھُ مقبول امرتسری گمنامی ہٕندِس حالس منز ۔ روزان اگر قلمی
نوسخن منز چھُ بلہٕ قے شاعرن ہٕندِس کلامس ستی تسُند کلام نہٕ میلان ۔

۴۔ مقبول امرتسری سُند اسلوب چھُ مقبول کرالہٕ واری سُند اسلوبہٕ نِش بلکل وکھر ۔

۵۔ محمود گامی تہٕ مقبول امرتسری سُند زبانی ورتاو چھُ اکھ اکس نِش یوٚن ۔

۶۔ مقبول امرتسری سٕندی موضوع چھِ تمےٚ ییم باقین ہٕندی چھِ ۔

ازتام چھِنہٕ کانٛسہٕ مثنوی نگارَن یِسلہٕ پاٹھۍ مقبوٗل امرتسری ہٕنٛدِ طریقہٕ مُختلف معنہٕ یِو خاطرٕ پنُن ناو یا تخلص وَرتوومُت۔ مثنوی یوسُف زلیخاہس منٛز چھُ مقبوٗل تخلُص مُختلف معنہٕ یِو خاطرٕ ترٕٛ وَتر اہس پھِر وَرتاونہٕ آمُت۔

مقبوٗل امرتسری ہٕنٛدیُس کلام زیرِ نظر کتابہِ منٛز شامِل کَرنہٕ آمُت چھُ۔ تمہٕ ستۍ چھُ پرٛزٕ پاٹھۍ تمۍ سُند اکھ بیوٗن تہٕ بدٕ وُن ڈِکشن بروٗنہہ کُن یِوان۔ سُہ چھُ اکھ یوٗتہٕ کار غزل گو۔ غزل گوٗئی ہنٛدی کلِہم لوازم چھِ تَس نظرٕ تل رٹہٕدی متۍ۔ وَرتٕن منٛز چھِنہٕ غار ضروری گوٗبۍ فارسی لفظ وَرتاونہٕ آمتۍ۔ کلِہم پاٹھۍ چھُ اَمہٕ ڈِکشنُک پرٛزناوُن نِشانہٕ سلاست تہٕ لوٗتہٕ وٲے لہجہ۔ فارسی لفظن تہٕ ترکیبن ہُند استعمال تہٕ چھُن کانٛہہ شرس منٛزٕ اَس تہٕ لہجس وُرتہٕ آیہٕ کوٗرمُت۔ نموٗنہٕ زٕنگی چھِ کیہنہٕ شعر پیش۔

ژےٚ کس اغیارٕہ سےٚ ستۍ لوٗگُے دِل بےٚ وفا یارےٚ
یہ چانے ویرٕ ہس پیٹھ شیرٕ ہیتھ نمٕ زٕ تھٕرے یوٗمبرو

خامن منٛز کوٗلا جتَس پامن تمۍ سیم اندامَن
کامنہٕ تہٕ تھٕرے زرلف جامن دامَن ترٛے اَستہٕ گوم

ہانٛزلہٕ از وولہٕ سون وولو کرٛون وَندٲیو
کاژہٕ زوٗنہٕ دیُت تھٕم گرون وولو کرٛون وَندٲیو

کتاب ٲسٕہ چھُ باس لگان زِ فاضل مُحقق تہٕ ترتیب کارن چھُ کلام درج کرنہٕ وِز

زبردس احتیاط ورتوو مُت ۔ واراہ بیٚیہ چھِنہٕ مزید چھیل تہٕ چھانٛی دِنہٕ کہ غرضہٕ تراوی متی ہٮ۪کی چھُہ مقبول امرتسری سُنٛد منفرد اسلوب نظرِ تل تھوٚوتھ تہٕ قلمی نوسخن ہُند تقابلی مُطالعہ کٔرِتھ مُنتخب کلامہٕ یوت کتابہِ منٛز شامل کوٚرمُت، صحیح تحقیقُک تقاضہٕ تہٕ اوس یی، تمہٕ زن کیاز کرِہے نہٕ سُہ ژُمصری اکتاہِ چھِنہٕ شعرن ہیٚتھ مُشتمل تَس سُنٛد مناجات یَتھ کتابہِ منٛز۔ درج یمکی سٮ۪تھ شعر یونیورسٹی ہندِ کامرس شعبہ کِس "انہار" ۱۹۹۲ء رسالس منٛز۔ مقبول امرتسری یَس متعلق ہیٚنٛس اَکِس مضمونس منٛز۔ درج آسن کرِی متی۔ یم شعر چھِہ امی مناجاتکی ؎

یوزتم تہٕ وٕنہٕ ہے زار — یا بار الاہی
ژرِ ہے میون وفادار — یا بار الاہی

احتیاط تہٕ چھانٛ بین چھہ ضروری، واراہ باتھ چھِہ تِم یم اَکِس قلمی نوسخس منٛز محمود تہٕ یا محمود گامی سُنٛد ناو درج چھِہ تہٕ بیٚیس نوسخس منٛز بدل کانٛسہ ہندِ ناوٕ مثالے مقبول کرالہٕ وأری، مقبول، ناظم بیتر "مصحف اندرے یوزآلو" وژُن چھُہ مےٚ اکِس نوسخس منٛز محمود گامی سُنٛد ناوٕ نظر گوٚمُت مگر یہ ہے چھُہ ناچی صابس مقبول امرتسری ہند ناو دیا سپُدمُت۔ مےٚ نِش چھہِ وُنہٕ تہٕ مقبول امرتسری سُنٛد ناوٕ کیہتہٕ باتھ، یمن منٛز یہ مٮ۪نہٕ مون باتھ تہٕ شامل چھُہ کاش یہ آسہِ ہا اَتھ کتابہِ منٛز درج سپُدمُت ؎

دلبر یمِس دِل آوُرے — کرجان تمی سُنٛد واورے
یُس گوو شہید کربلا — تَس وُنہٕ یتھ کُن کیا مرے
یُس ہول عشقن سوٚن آ دِلس — دأدِس دواہ تَس کیا کرے
وٕزن کیاہ سہ پوشن کُن دِئے — یُس گُل ہرن پوشے تھرے
سُے زانہِ عشقن آمہ تاو — یُس نار لوٚگ پانَس لرے

| | |
|---|---|
| ییٚس نار دوکانس ہیوٚ تُن | کیاکرِ، دیانارس نرے |
| معشوق ییٚمی سُند ژھایہِ روٗد | تعشوقہِ کٕمی ہندِ حُب برے |
| ٹھٕری کاس ترأوِتھ ژھٔہن خودی | پانے ژٕ پانَس چھُکھ ٹھرے |
| دَردل یئیمس راوُن نشے | دردل شہ کوتاہ دوٗکھ برے |
| مقبوٗلہِ یارس ووٚن دِتو | وُچھیتن شہ ما آسی گرے |

(بیاضِ یوٗسف نقشبندی)

بہرحال چھِ زیرِ نظر کتاب اکھ سرتازٕ ڈألی، کأشرِ شأعری ہندِس سرمایَس منز اکھ موٗلُل ہُر بر تہٕ وُری یہِ وادَن ہندِ میچھنُک نتیجہ۔ یہِ چھےٚ اَوکِنہِ تہٕ اہم زِ مقبوٗل امرتسری ہندِس زادوبوٗمس تہٕ کلامس پیٹھ گرٕتھ ہیوٚ سپُر زوردار بحث شروٗع تہٕ یرٕ زیر نوٚن۔ ووٚمید چھےٚ پروفیسر غلام محمّد شاد صابٕنٕ ترتیب دِنہٕ آمٕژ "کُلیاتِ مقبوٗل امرتسری" مرٕ راوِہرن گنڈٕ کتھَن کَڈٕ واتِش، کلامس ہیٚیہِ سام تہٕ اُمِس اہم شأعرٕ ہندی حالات واتن یرٕن وابس تان تہٕ اَدٕ کرَن نقاد تٔمِس سُندِ تہٕ کلامُک موٗل مرتبہٕ سرکھ۔ تاجی مُنوٗر سُندِ یہِ وَنُن زٕ "فی الحال یہِ کیٚژھاہ اَسہِ وُنیکٕ تام دستیاب سپُد تہٕ چھُ تو ہہٕ بروٚنہہ کنہٕ (۷)۔" چھُ ادبی تحقیق کہ حوالہ بالکل صحیح۔

---

لہ ۱، مرحوم پروفیسر محی الدّین حاجنی تہٕ چھُ وہاب حاجنی ہندِ کلامٕچ ژھانڈ دِس دوران ییتھ اکِ واقعُک ذکر کران لیکھان زِ ــــ" وہاب زٕ رحمتِ حق گرٕتھہٕ پتہٕ ییلہِ اَمی ہندِس گرس سرکارہٕ تہٕ بلی وأرِشن ہندِ زُری یہِ لوٗٹ سپُد اَکِس ہمسائِس آیہِ یہِ کتاب (کارگُذأری) دردست واتناوِن گرٕ ئیہ تہٕ تھاوِن ترلیشہٕ ہُمٕتس ٹھانڈ، یرٕتھ دوہ اوس اَتھ اکھ اکھ ورقا اَدرن تہٕ ژھینان ۔ ہمسایہ اوس یرٕتھ دوہ

اوڈر ورق ژٹھ کتاب ییٚہ ژٹس ییٚٹھ تھاوان، یتہ ییلہ مےٚ بوز تہ یہ کتاب وہاب نس باپتھ سُ اَتھ واپس اَنہ ناوم، اَتھ آیہ کیہنہ ورقے بیچے متی ( تفصیلہ خاطرٕ وُچھو وولرکی مُرٕ، وہاب نمبر ص ۳۶، ۱۹۸۴ء حلقہ ادب سوناواری، حاجن )

۲۔ یم چھِ محض کیہنہ مثالہ، نتہ آے ازتام درجن واد کلیات تہ شعرٕ سوٚمبرتھ شایع کرنہ، یموٚ خاطرٕ سانہو کینہہ یاہ محققو زبردس محنت کرٕ۔

۳۔ وُچھوا نہار، محمود گامی نمبر، ص ۷۹، ۵۲۔

۴۔ پیر محمد یوسف ابن پیر علی شاہ ساکن نوٚگام کرٕالہ پارہ۔ اُمہ اوس یہ کلام دوسرِ علاقہٕ کس درینگامس منز پیر گُلہٕ صابس نِش حاصل کوٚرمُت۔ اکھتےٚ چھُ مےٚ غلطی سیبہ اکِس مضمونس منز لیوٚکھمُت زِ پروفیسر شاد صابن دِتی مےٚ مقبول امرتسری سندی اکھ درجن باتھ۔ یِرُ رِچھ یِہ زِ تس آیہ مےٚ ۲۸ باتھ دِتی متی۔

۵۔ پیر غلام محمد اوس کرٕالہ پار علاقہٕ کس کوٚاری گوم گامس منز روزان۔ اُمہ سنز لیکھمٕژ پانژھ مثنوی یہ چھپے اکِس شخصس نِش مےٚ وُچھمٕژ۔ بلکہ کوٚرم تِمن کھنڈس تہند مطالہ تہ تہ پیر غلام محمدس پتہ تیس۔ ان یمن مثنوین متعلق لیوٚکھم مقالہ تہ، یُس "وتھ آگر" رسالس منز شایع تہ پیٚو۔ یہ چھُ اکھ تازہ دریافت شاعر۔ تسند نیچو مقبول شاہ تہ اوس شاعر اُمس مقبول شاہ تہ کوٚر پیٚتھ نوٚگام کرٕالہ پارکس پیر نورالدینس باگیٚ آمرٕ۔

۶۔ وتھ آگر ۸۰ - ۱۹۸۷ء مراز ادبی سنگم۔

۷۔ کلام مقبول امرتسری تحقیق تہ ترتیب، ناجی منور



شاہد بڈگامی

# کاشرِس مرثیہ اوٚس متعلق تحقیق مسلہ تہٕ امکان

کاشرِ زبانۍ منز گوو مرثیہ نگارۍ ہُند ابتدا اُردو مرثیہ تہٕ انگریزی ELEGY
بارسس ییتہٕ برونٹھہٕ کاشرِ شاعری ہنزٕن دوٚیمین شعرٕ زانٛژن ہندی پاٹھۍ روز کشیر ہندٕ بو
ناسہٕ ترٛاسہٕ حالاتو کنی ہیتہٕ یدِن وٚریِن کاشرِ مرثیہ ادبچ اہمیت تھاویہ۔ برصغیرس منز
گوو حضرت امام حسین علیہ السلامن ہنز ۶۰ ادارۍ ہُند موجودٕ طریقہٕ اٹھمہ صدی ہجری
منز امیر تیمور سنٛد ذریعہ رائج یُس تنیٚس فوجس ستۍ حضرت امام حسین علیہ السلام سنٛدِ
روضہٕ مقدسُک شبیہ کٔرتھ ہنہٕ رنگٕکس مخصوص خمسس منز جایہ جایہ یکہٕ ناوان اوس۔
پوٚز اتھ کتھہِ ستۍ چھِ اکثر مورخن اتفاق زِ برصغیرس منز آس کربلاکین شہیدن ہنز
۶۰ ادارۍ ہندی شروعات ترٛیمہٕ تہٕ ژوٗرمہٕ صدی ہجری منزے سپدیمٕژ۔ امہٕ باوجود
آیہ اُردوٗ مرثیہ نگارۍ ترقی یافتہٕ صورتس منز اَرداہمہٕ صدی عیسوی منزے بروٚنٹھ کُن۔

ابتدائی دورُک اہم اُردوٗ مرثی نگار خلیفہ محمد علی گوو ۱۸۰۰ عیسوی منز۔ یمہٕ
عالمہٕ تہِ منزٕن اُردوٗ مرثین ہندی یم نمونہٕ دستیاب چھِ تم تہٕ چھِ کھڑی بولی منزے
لیکھنہٕ آمتۍ۔ انگریزی زبانۍ منز گوو ELEGY ہُند آغاز ۱۶۳۰ عیسوی منز۔ ملٹن
(MILTON) ہنز مشہوٗر ELEGY - LYCIDAS کہٕ تخلیقہٕ ستۍ۔ یہ کتھ نظر تل
تھاوِتھ چھُ صاف ننان زِ کاشرِ زبانۍ منز اوس مرثی نگارۍ ہُند آغاز یمودہ شُیو

زبانو واریاہ برونٹھ سید یومُت تہٕ اَتھ صنفس آس ۱۷ اہم صدی عیسوی منز وارِیاہ
ترقی دِنہٕ آمژ۔ تواریخی حقایقن ہندس بُنیادس پیٹھ چھُ یِتھ کنہِ ستی اکثر محققن اتفاق
زِکشیر منز گو واقعہ کربلاہک زیاد وسیع تشہیر ۱۳۹۲ عیسوی پیٹھ۔ یہ اوس سُہ زمانہ
ییلہِ حضرت میر سید محمد ہمدانی رح ساداتن ہندا کھ بوڈ قافلہ ہیتھ کشیر منز۔ ووت۔ کشیر
منز اثنا عشری مسلکُک اولین عالم دین حضرت ملا سعید الدین ہمدانی رح تہٕ اوس
حضرت میر محمد ہمدانی رحمۃ اللہ علیہ مس ہم کاب۔ مُلا سعید الدین آو خانقاہِ معلےٰ
سرینگرُک منتظم اعلیٰ مقرر کرنہٕ۔ ملا سعید الدین ہمدانی رح ہن کورُ اَتھی زمانس منز شرعی تبلیغاتن
ہُندِ سلسلہٕ وسیع تہٕ حضرت امام حُسین علیہ السلام ہن ۶۰ ادارٕ گیہٕ اَتھی زمانس منز
رَسہٕ رَسہٕ وُسعت لبان۔ کشیر منز دینِ اسلامکس اولین داعی حضرت سید شرف
الدین بُلبُل شاہ رح سند زمانہٕ یعنے ۱۳۲۰ عیسوی پیٹھ حضرت میر سید محمد ہمدانی رح
سندس دورس یعنے ۱۳۹۲ عیسوی ہس تام ۷۰ وٕرِی ین دوران آس مُسلمانن ہنز
آبادی منز واریاہ ہُر پرسید یومُت۔ حضرت بُلبُل شاہ ہمدان رح میر سید علی ہمدانی رح سندِ
فرزندارجمند حضرت میر محمد ہمدانی رح سندِس دورس تام اوس نہٕ کشیر منز۔ اسلامی تبلیغاتن
منز مسلکی دوہگنیار ورتاونہٕ یوان تہٕ نواسہٕ پیغمبر خدا سید الشہدا حضرت امام حسین علیہ السلام
ہند شہادتُک فلسفہ اوس کشیر منز۔ سارِنے داعیان اسلامن ہندین تبلیغاتن ہُند
اہم حصہٕ۔ تمیک ثبوت چھُ یہ زِ حضرت میر سید علی ہمدانی رحمۃ اللہ علیہ سِن یِم تبرکات
پانس ستی یورٕ آنی تِمن منز۔ آس سرکارِ دوعالم حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن
ہند خمک ستون تہٕ علم شریف شامل۔ یِمے تبرکات آسی خانقاہِ معلیٰ سرینگرس منز
عشرہ محرم الحرام کین دہن حسینی مجلسن منز۔ مُسلمانن ہندِ زیارت خاطرٕ بنرٕ کڈنہٕ

یوان ۔ ظاہر چھ زِ ع۰ ادارٕ ی تہٕ ذکرِ شہادت امام حسین علیہ السلام کی سلسلہ اوس تتھ زمانس منز وارِیاہ وسیع سپد یومُت اوکنہٕ ہیکو کشیرِ منز ع۰ ادارٕ ی ہند ابتدائی دورک تعین اُمے دورِ پیٹھ کرتھ ۔ شبن ہتن ؤریٚن منز یہ کینژھا کاشرِ زبانی منز مرثیہ ہند رنگی لیکھنہٕ آو تتھ پیٹھٕ اسی کاشرِ زبانی ہندین دویمین اصافن ستی موازنہ کرنہٕ یہمو اسہٕ شنہ یہ زٕ کاشرِ مرثیہ ہند ادبی سرمایہ چھ سارِوے صنفو کھوتہٕ زیادٕ ۔ یوٚزا اتھ ادبی خزانس روٗد متہ بدٕ ین ؤرِیٚن ٹھان ۔ اکھ دور اوس سُہ تہٕ یلہٕ ساٖنی پایہٕ کٕڈی محقق کاشرِ مرثیہ شاعری ہندِس کنہٕ صنفس منز شمارے اسی نہٕ کران ۔ اکھ وقت چھ وونی یہ تہٕ زٕ اسہٕ بروٚنٹھ کنہٕ چھ چک دورِ پیٹھ موجوٗد دورس تام تیوٗتاہ موٗل کاشرِ مرثیہ ادب جمع یتھ پیٹھ اسہٕ فخر پرٕ کرٕ ن ۔ تہٕ کیازٕ وونی چھ کاشرِ مرثی ادب کشیر یونیورسٹی ہندِ تعلیمی نصابہ علاوٕ برصغیرِ چین کینژن یونیورسٹین تہٕ دویمین ادارن ہندس اعلیٰ تعلیمی نصابس منز تہٕ شامل کرنہٕ آمُت ۔

یمن منز M.A IN KASHMIRI STUDIES پنجاب یونیورسٹی لاہور پاکستان ، سکینڈری سکوٗل ایجوکیشن کورس پاکستان ، انڈین ایڈمنسٹریٹیو سروسک I.A.S امتحان تہٕ جموں کشمیر پبلک سروس کمیشنک کشمیر ایڈمنسٹریٹیو سروس K.A.S امتحان خاص پاٹھی قابلِ ذکر ۔ یتھ موختصر مقالس منز چھنہٕ کاشرِ مرثی ادبکی بیون بیون پہلو گاشراونی میون مقصد یا موضوع بلکہ یتھ کتھ واش کڈٕ ن زِ کاشرِ زبانی منز چھ مرثیہ ادب پرتھ اعتبار عالمی ادبہٕ کین شعری شہ پارن ستی شمار کرنس لایق ۔ کاشرِس مرثیہ ادبس متعلق ییٚن تحقیق از تام کرنہٕ آو ۔ تتھ یودوے حرف آخرُچ حیثیت حاصل چھنہٕ یوٚزِ بہٕ وَنہٕ یہ کتھ ستھاہ اعتمادٕ سان زِ میانی کتاب کاشرِ مرثی ہند تواریخ چھ کاشرِس مرثیہ ادبس متعلق اوٚلین وسیع تہٕ سائنٹفک تحقیق کرنہٕ خاطرٕ اکھ مضبوط بُنیاد ۔ اتھ بُنیادس پیٹھ ہیکن کاشرِ

کلاسیکی مرثیہ اَدبچ واریاہ رنگہٕ مندورِ تعمیر سپدِتھ تہٕ کیازِ لسانیاتی تجزیہ تہٕ تارٲخی شہادتن ہندِس
بُنیادس پیٹھ چھِ یہ کتھ وونۍ ساری محقق مانان زِ کٲشرِ مرثیہ اَدبُک ڈیٖسلا یہٕ اوس لل دید
تہٕ شیخ العالم ہنٛدِ دورِ پیٹھے سپدیومُت تہٕ پتہٕ مٮ۪ن شین ہتن وُرین دوران یِم مولوی ادب
پارٕ کٲشرِ مرثی نگاری ہندین ژورن دورن یعنے گوڈ کال، وژن کال۔ مقام بند کلاسیکی
مرثیہ نگاری تہٕ حسینی نظمہٕ ادبہٕ کِس موجوٗدہ زمانہٕ یعنے ژوٗرمس دورس تام تخلیق کرنہٕ آے تتھ
پیٹھ اکھ سرسری نظر ترٲوِتھ ہیٚکہٕ وَنتھ چھُ یہ اطمینان۔ سپدان زِ کٲشر مرثیہ ادب چھُ گراں بہا تہٕ
بے مثال۔ یہ صنفِ سخن چھِ سانہِ کٲشرِ شاعری ہندین دٔییمین صنفن ہندِ تمہٕ مواد کھوتہٕ
واریاہ زیادٕ یُس زمانن ہند بوحاری ساتو یہِ اسہِ تام ووت حالانکہ کٲشرس مرثی ادبس
تہٕ ووت ووہ پرٕ حکم الو ڈیٖسی واریاہ دَدارٕ۔ یُوت تام تحقیقُک سوال چھُ اسہِ چھُ یہ تلخ تجربہ
تہٕ گومُت زِ کینہہ محقق چھِ کنہِ بُنیادِ ورٲے فتوٰی دِتھ کٲشر زبانی تہٕ امہِ کِس گراں قدر
ادبس آبیاری کرنہٕ بجایہِ موٗل پرٲٹان۔ امیُک بُنیادی وجہ چھُ مصنوعی عقیدتی
تنگ نظری یا وندہٕ باڑی ہُند تعصب۔ ثبوت چھُ یہ زِ مین کٲشرٕ ن شاعرن
ہندی ناو کتابن تہٕ مضموٗنن منز چِک دورٕ پیٹھ سکھ دورس تام خاص پٲٹھی
۱۵۵۵ عیسوی پیٹھ ۱۷۲۱ عیسوی کِس دورس منز ورِ ورِ ہینہٕ آے یا کتابن منز
تہٕ آے درج کرنہٕ تمن منز چھِ پانژے کٲشری شاعر یعنے حبہٕ خوتون، خواجہ حبیب اللہ
نوشہری، صاحب کول، مرزا اکمل تہٕ روٗپ بھوانی شامل کرنہٕ آمتی ییلہِ زن اتھ دورس
منز ۲۹۰ سرکردٕ کٲشری مرثی نگار ووتھی مت چھِ یہند کلام اَزتہٕ تمام ثبوت ہیٚتھ دستیاب
چھُ۔ عبدالحکیم ساطع، خواجہ حسن بٹ تہٕ ننٛد ڈارُ سندِ کینہہ کلامہ اوس ۱۹۵۰ء منز
لالہ روخ پبلیکیشن کہ ذریعہ چھاپنہٕ آمُت۔ اتھ کلامس منز چھِ مو خصر کٲشر مرثیہ

نہ فارسی پہ کاشُر غزلیات تہِ شامِل ۔ پوز اکثر محقق چھِ یمن برابر نظر انداز کران روزدی متی ۔
یہ چھُ کاشِرِ قومُک اکھ بوڈ المیہ زِ محققن تہٕ لیکھن والین ہُند اکھ طبقہٕ چھُ تارِیخی حقایق پیش
کرنہٕ وِزِ تنگ نظری ورتاوان ۔

اَمِ قسمچہِ مثالہٕ چھِنہٕ صرف کانسہٕ فردِ واحدٕ سِنٛدٕ ذٔسی وِ شخصس یا عمداً تاریخ مسخ کرنُکس
صوٗرتس منز میلان ۔ بلکہِ سرکاری خرچس پیٹھ چلن والین ادارن ہنٛدِ ذریعہِ تہِ چھُ یہِ کامہِ
کرنہٕ یوان ۔ مثالہِ پاٹھی کلچرل اکادمی ہنٛدس تاریخی مقاماتن ہنٛدِس انسائکلوپیڈیاہس
منز چھُ خانقاہ چرارِ شریفس متعلق لیکھنہٕ آمُت زِ تتھ اوس آخری خود مختار کاشُر حکمران
یعقوب شاہ چک سنٛدِ ذریعہِ غلط طرفس کُن محراب بناونہٕ آمُت یس بقولِ کلچرل اکادمی
پَتہٕ مغل دورس منز گمی تام درویشن ہنٛدِ فیکہِ ستی سیوٗد کورٕ یہِ آس صرف کاشرِن مسلکی
بنیادس پیٹھ تقسیم کرنٕچ سوٗن قومی یکُت تہٕ سأنی شناخ تباہ کرنٕچ اکھ سازش یۄس تہٕ ترٛتھو
سازشو ستی ووت سارِوے کھوتہٕ زیادٕ دٔرار کاشُر زبانی تہٕ کاشُرس مرثی ادبس ۔ یہ
سوٗرُے کیہنہٕ آو چک دور ختم گژھنہٕ پتہٕ کاشرِن ہٕنز آزادی راوٕنہٕ پتہٕ وۄپرِ حکمرانن
ESTABLISHMENT کین
ہنٛدِس ڈٔلِس پیٹھ خود کاشرِن ہنٛدِ اتھے کرنہٕ تہِ
اشارن پیٹھ روٗد یہ سلسلہٕ کاشرِ تقسیم کرنہٕ خاطر موجوٗد دورس منز تہِ جاری ۔ اتھ
منز اوس نہٕ عقیدن ہُند کانہہ عمل دخل تہٕ نہٕ کُنہ خاص مکتبہٕ فکرُک ژُک بنیادی
وجہ بلکہ زمانہٕ سازی تہٕ محض استحصال کرنُک سُہ سلسلہٕ یُس ۱۵۸۵ عیسوی پیٹھ موجوٗد
دورس تام ESTABLISHMENT کہ ذریعہِ مختلف صوٗرتن منز جاری روٗد ۔

کاشُرس مرثیہ ادبس پیٹھ تحقیق کرنہٕ وِزِ گژھہ یہ کتھ ہمیشہ نظرِ تل تھاونہٕ یِزِ
زِ کاشُر قومچ شناخ تہٕ یِمہٕ قومچ ماجہ زبان چھِ سیاسی ورِ پھیرن منز ہینہٕ آمژ ۔ کاشرِس

مرثیہ ادبس اگر اَسی فقط عقیدتی بُنیادس پیٹھ تحقیق چہ کھوچ کھارِتھ تنگ داَیرن
منز تھاونچ کوشش کرو تمہ سیتی واتہ کاشر زبانی ہندس اکھ بے مثال سرمایس بیٚیہ ہن
نوقصان ۔ کاشرس مرثیہ ادبس پیٹھ تحقیق کرنکین اِمکاناتن جایز ہینہ ورزِ یِیہ اکھ کتھ
ہمیشہ نظرِ تل تھاونۍ زِ کاشر کلاسیکی مرثی ہند اکثر حصہ چھُ یا تہ ضایع گومُت نتہ چھ
کاغذ کیٚمبو کھیمٕرٕ ن بیاضن منز چھکرادتھ ۔ یہ کیٚنژھاہ چھاپ گوو یا یمہ ہتہ واد مقام
بند کلاسیکی کاشر مرثیہ وُنہ کاشرن حسینی ذاکرن زبانی یاد چھُ تمہ تہ چھ ساسن منز ۔ اگر فقط
سینہ بہ سینہ محفوظ کاشرن مقام بند مرثین ہند سرمایہ ژِژھراونچ کاہہ سنجید کوشش کرنہ
یِیہ تیلہ چھُ ممکن زِ یہ صنف روزِ ییٚنہ والین دورن منز تہ محفوظ ۔ یہ کتھ چھےٚ اہم زِ کاشر
مقام بند مرثی نگاری ہند دور چھُ اکھ حسابہ اند واتان تہ کیازِ ووٕنی چھِ اوٚنگجن پیٹھ گنزرنہ
یِنہ واٲلۍ کینہہ شاعرے مقام بند کاشر مرثیہ تخلیق ہیکان کرِتھ ۔

کاشرس مرثیہ ادبس دریٚیش مسلہ چھ دارِیاہ ۔ سارِوے کھوتہ بوڈ مسلہ چھُ مختلف
مقام بند مرثیہ مضموٗنن ہند تخلیق کار آسنکی مختلف دعویدار تہ یمن ایژن دعوی دارن
ہوا دِتہ واٲلۍ مرثیہ کتابہ چھاپ کرِتھ بازار کرن واٲلۍ کینہہ نفر یمو حکیم عظیم ہوس عظیم کاشرس
مرثی نگارس شریک ٹھہراوِتھ تمُس سند کلیات مشکوک بناونچ کوشش چھےٚ کرمژ ۔ حالانکہ
حکیم عظیم مرحوم سنز مشہور کاشر مقام بند مرثی مضموٗن کتاب چھ عرب، ایران، ہندوستان
تہ پاکستان کین ۶۰ اخانن منز تیٚنہ روزن واٲلۍ کاشری اَزتہ پران ۔ یہ گیہ سوے کاشر
مقام بند مرثیہ مضموٗن کتاب یوس مشہور پنجابی ڈاکٹر نواب امداد علی خان مرحوم کاشر
زبان نہ زانتہ باوجود لاہور کین امام بارن منز پران اوس تہ کشیر ییتھ اوس ییٚتہ کین
بڈبن بڈبن امام بارن منز ۔ اَمہ کِس خاص طرزس منز پران تہ داد حاصل کران ۔

یِہے مرثی یعنے مضمون کتاب اوس تمہٕ علامہ اقبالؒ نہِ بنِنس خاص وزنس تہٕ آہنگس منز بوزنووُمت ۔ علامن اوس کاشُر زبانی ہندِس اَتھ فنس سٹھاہ داد دیتمُت ۔

کاشُر کلاسیکی مرثیہٕ ہُند زِہتھ وٕری پرون موضوٗع سرمایہ زٕژھراوُنہٕ ورٕژھ امہٕ کتھہٕ ہُند خاص خیال تھاوُن وقتُک اکھ اہم تقاضہٕ زِ ناوُنہٕ روٗیہ کماونہٕ خاطرٕ گژھہِ نہٕ مرثی نگارن ہندِس کلامس خیانت کرنہٕ یِن یِمیک خطرٕ اوٚسنہٕ تہٕ چھُ زِ کاشُر بوٗ مرثی نگار وٕچھ اٚکی سے عنوانس پیٹھ مضموٗن گنڈتھ تہٕ اکثر قلمی بیاضن منز چھِنہٕ شاعرن ہُند ناوے درج ۔

کاشُر کلاسیکی مرثی ہند اکھ اہم تہٕ بوٚڑ مسلہٕ چھُ اَمیُک مُنفرد عروضی نظام تمن طالب علمن تہٕ عام پرن والین فکرِ تَرُن یِم اُردو ، فارسی یا عربی عروضی نظام کھوگژو اَتھ مینان چھِ یِمہٕ سِتۍ کاشُر مرثی ہُند عروضی نظام تمن اکھ عجوبہ باسان چھُ ، حالانکہ کاشُر کلاسیکی مرثی چھُ بِنہٕ خاص عروضی نظامس سائنٹفک بنیادس پیٹھ بناونہٕ چھُ آمُت ۔ یہ چھُ چھا کاشُر عروضی نظام تہٕ یہ ہیکہٕ تہٕ دوٚیمین زبانن ہٕنزٕ ن شارٕ دارن ہند عروضی نظامکھوگرٕ و مینہٕ یتھ ۔ مسلہٕ چھُ فقط یُتے زِ کاشُر کلاسیکی مرثی ہُند عروضی نظام گژھہِ طالب علمن تہٕ دوٚیمین خواہش مندن اَمہٕ کین ماہرن ہند ذریعہ فکرِ تارنہٕ یِن ۔ اَمیُک تفصیل چھُ میانہٕ کتابہٕ کاشُر مرثی ہندِس توارٕخس" منز ۔ خاص پاٹھی شامل ۔

کاشرِس مرثیہ ادبس چھُنہٕ دوٚیمین صنفن ہندی پاٹھی قبوٗلِ عامُک کانہہ مسلہٕ ۔ کاشُر کلاسیکی مرثیہٕ چھ کشیر منز حضرت امام حسینؑ علیہ السّلام سٕندرٕ عزاداری ہُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڑ عوامی ذریعہ ۔ یہ چھُ کاشرِن حسینی عقیدتمندن ہندین روٗحن منز محفوظ تہٕ لچھہٕ بدی لُکھ چھِ یِتہٕ ماجہٕ زیوٚ منز کاشُر پاٹھی کربلاکین شہیدن ہول بٕرتھ روٗحانی سکون حاصل کران ۔ کاشُر مرثیہ ادبُک مستقبل چھُ سٹھاہ شاندار ۔ بوٚ دوے کلاسیکی کاشُر مرثی

تخلیق کرنک دٲیرٕ رٕسہٕ رٕسہٕ محدوٗد چھُ سپدان اَما پوٚز سائنس دورس منٛزٕ آو کٲشر
حسینی نظمہِ اَدبک اکھ نوٚو اسلوب بارسس یتھ منٛز جدید کٲشرِ مرثی نگٲری تہٕ کٲشر
مرثی ادبک ژھوٗرِم دورناو چھُ کوٗرمُت ۔ اَمہِ دورچ ساروے کھوتہٕ بٔڈ اہمیت چھےٚ
یہِ زِ ۱۹۴۷ء تہٕ بالخصوص ۱۹۶۰ء پتہٕ ازتام یمہٕ تہٕ نُمایندٕ حسینی نظمہٕ تخلیق کرنہٕ آیہٕ
تمہٕ کرِ سارنہٕ دورکیو بٔڈیو کٲشر بوٚشاعرو تخلیق یمن منٛز پروفیسر رحمان راہی صاٮ۪بس
میرکاروان سنٛز حیثیت حاصل چھےٚ ۔ تہنٛز تازٕ شعرٕ سوٚمبرن "شہ رگ وأیتھ"
چھُ تمیک بوٚڈ ثبوت یتھ منٛز۔ راہی صاٮ۪بنہِ کینہہ حسینی نظمہٕ تہٕ ژھمصرٲے واقعہ کربلاہس
پیٹھ دوٚیمین عالمی زبانن منٛز۔ لیکھنہٕ آمژن حسینی نظمن مقابلہٕ واریاہ تھدِ معیارکین
ادب پارن منٛز۔ شامل کرنس لایق چھُ ۔ کٲشر مرثی ادبہٕ کس ژھوٗرمس دورس منٛز
چھُ نہٕ صرف اکثر سرکردٕ کٲشرِ مسلمان شاعر حضرت امام حسینؑ تہٕ کربلاہکین شہیدن
ہندس موضوعس پیٹھ اعلیٰ ترین حسینی نظمہٕ تخلیق کران بلکہ اتھ کاروانس منٛز چھِ واریاہ
غٲرمسلم کٲشر شاعر تہٕ شامل ۔ یمو تہٕ تزٕ ہن وٚری ین یمہٕ انداز واقعہ کربلاکس عنوانس
تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام سندس ولولہٕ انگیز شہادتس پیٹھ کٲشر زبٲنی منٛز۔ سرکردٕ
سخنورو علاوٕ نوٚیہ ہندیو نوجوان کٲشرِ بوٚشاعرو آزاد تہٕ پابند حسینی نظمہٕ، جدید نوحہ
تہٕ دوٚیمین مقبوٗل فارمن منٛز حسینی مناقب، سلام تہٕ حسینی فنچ تخلیق کرٕ ژ شہ چھُ
یمہٕ کتھِ ہند ثبوت زِ کٲشر مرثی ادب چھُ دوہہ کھوتہٕ دوہہ عروج لبان تہٕ اَمہٕ کہ ترقی
ترویج تہٕ تدوینکی نوٚوی امکانات چھِ روشن سپدان ۔ یتھ کنۍ چھِ کٲشرِ مرثیہ ادبہٕ کین
پرانین خزانن منٛز حسینی نظمہِ ادبس کِس صورتس منٛز برابراضافہٕ سپدان ۔ یہ چھےٚ کٲشر مرثیہ
ادبہٕ کین روحانی عاشقن تہٕ کلہم پأٹھی کٲشر زبٲنی تہٕ ادبہٕ کین پرن دگ دارن ہند خاطرٕ سٹھاہ
اطمینانچ کتھ ۔

رفیق راز

# عربی عروض تہٕ

# کاشُر زبان تہٕ شاعری

شاعری، موسیقی، رقص، مُصوری تہٕ مجسمہ سازی چھ یِم پانٛژھ فنونِ لطیفہٕ یِمن منٛز شُمار سیدان آمتی۔ شاعری چھےٚ یمن پانٛژن منٛز سرس مانٛنہٕ آمژ۔ مجسمہ سازی ہُند تعلق چھُ سیدٕ سیوٚد انسانٕ سنٛزِ بصارژ ستیٚ۔ مصوری ہُند تعلق تہٕ چھُ انسانہٕ سنٛدِس اَتھی حِسس ستیٚ۔ رقصُک تعلق چھُ انسانی بصارٕ علاوٕ انسانہٕ سنٛدِس حِسِ سماعتس ستیٚ تہٕ یِلہٕ زَن موسیقی ہُند تعلق وُٹھ بوٚڑھ پاٹھی انسانہٕ سنٛدِس حِس سماعتس (بوزن حِس) ستیٚ یوت چھُ۔

شاعری چھےٚ پانٛژن فنونِ لطیفہٕ یمن منٛز۔ شایدٕ اوٚکنہِ سرس آمژ مانٛنہٕ تہٕ کیازِ یہِ چھےٚ انسان سنٛدی پانٛژ وے حِس اکَ واُتھ ہیکان۔ یہِ چھُ سُہ فن یتھ منٛز موسیقی تہٕ چھےٚ مُصوری تہٕ مُجسمہ سازی (پیکر تراشی) تہٕ ییٚن کلہٕ کڈان چھےٚ۔ گویا یم اکھ اکھ یا زٕ زٕ خاصیژ باقی ژُون فنن منٛز چھےٚ تمہ چھےٚ ساریٚ شاعری منٛز لبنہٕ یوان۔ امہ لحاظٕ ہرگہ شاعری باقی تمام فنن پیٹھ بالادستی حاصل چھےٚ تعجب چھُنہٕ کینہہ۔

اُرِس ذٕرِس تہٕ صحت مند انسانس چھِ قُدرتن پانٕژ حِس عطا کٔرِمٕتۍ۔ یِمن ہِنٛدٕ
ذریعہٕ سٕہ خٲرِجی دُنیہس سٟتۍ پیوستہٕ چھُ۔ یِتھنہٕ اَندٕ یکھ تہٕ خٲرِجی دُنیُچ زان چھِنے انسانس
یِموے پانٕژ وِحسوٕ سٟتۍ حٲصِل سپدان۔

شاعری چھِنہٕ صرف موسیقی نہٕ چھِنے یہٕ صرف لفظن ہندِس جامس منز خیال۔ مہمل تہٕ
بے معنی لفظن ہرگہہ اکِس خاص ترتیبس منز تانٕتھ کھالنہٕ یِی موسیقی بنیہٕ تھنہٕ مگر شاعری نہٕ
کیہنہٕ۔ ووٚنی ہرگہہ بامعنی لفظن ہندا انبار کٔنہٕ ترتیبہٕ وَرٲے کھالوتو نہٕ بنیہٕ تہٕ شاعری کانہہ
تہٕ کیازِ اتھ لفظ انبارس منز آسہٕ نہٕ متوازن لے تہٕ آہنگ باے خیال تہٕ معنے آسِتن
تہٕ۔ یمہٕ کیتھ مدِنظر تھٲوِتھ ہیکو وَنِتھ زِ یم لفظ کٔنہٕ متوازن لیہٕ تہٕ آہنگس منز تِتھ کٔنہٕ
ترتیب وارگنڈٕ تہٕ آمتۍ آسن زِ معنے گژھِ بوزن والِس پارن والِس کُن بیانگ تمام
حُسن ہیتھ منتقل تم لفظ چھِ شاعری وجودس انان۔ گویا شاعری چھِنہٕ لفظن ہُند انبار
کھالُن نہٕ چھِنے شاعری چھِ امدٕعا یا خیال باوُن تہٕ نہٕ چھِنے شاعری محض لے یا آہنگ بلکہ
چھِنے شاعری لفظن ہنز تِمہٕ اکِھ چھوکہٕ سٟتۍ بارسس یِوان یتھ منز معنے ینُک حُسن تہٕ آسہٕ پُرآہنگ
تہٕ متوازن ترتیب تہٕ آسہٕ تہٕ اختصار تہٕ آسہٕ بیٹھ اگر شاعرس حیرت انگیز۔ اندازِ بیان تہٕ
زندگی ہندی تہہ دار تہٕ پیچیدار تجربہ تہٕ دردس آسن بُرٕ تہٕ اہم شاعری چھِنے تھنہٕ بوان۔

گویا ہیکو وَنِتھ زِ محض عروض ورتاوِتھ لے تہٕ آہنگ ووتہ تلاوِنے یوت چھُنہٕ
GENUINE شاعری ہندی تقاضہٕ پورٕ کران۔ شاعری چھِنے اکھ کُل یتھ منز وارِیاہ
جُزٕ بیک وقت سرگرم کار چھِ روزان تہٕ یتھوے جُزو منز چھُ عروضی یا بنیہٕ کانہہ میٹر نظام
اکھ جُز۔ یکھ ہرگہہ شاعرس زان آسہٕ پُراثر شاعری تخلیق کرنس منز کریس مدد۔ چونکہ پرٕ یتھ
سماجس چھِنے بنی اکھ زبان آسان۔ یِنسو سوچن تراوُ تہٕ باوز تراوُ علاوٕ موسیقی ہنز۔ تراوُ تہٕ آسان

مگر سماجہ یم خصوصیژ چھنے مستقل ارتقا پذیر روزان۔ ردو قبولک عمل چھ نئی باٹھی یا رٔھا یہ ہوٚل روزِتھ جاری روزان۔

سأنی زبان تہ چھِ نہ اَمہ عملہ نِشہِ بچتھ ۔ اتھ سلسلس منز چھے اَکھ مثال یہِ زِ اَسہِ ہِندی زبأنی منز گٔیِ کینہہ لفظ متروک یہِ تہِ کینہہ نٔوی لفظ گٔیِ مقبول۔ اکہ طرفہ ہرگہہ زبان مشرکہ کہ یہ تہ بٔیہ طرفہ گوس وُسجار تہ برزر تہ موسیقی ہنز کینہہ لیہ گٔیِ زمانہ بُرزیہ تہ کینہہ نولیہ تہ طرزٔ گٔیِ داخل یانوٚہن تہ قدیم لین ہنز ملہ مشہ ستی آیہ کینہہ نولیہ بارسس۔

یہ تبدیلی روٗزِ تاریخہ کِس پرتھ دورس منز پرتھ جایہ جأری گژھِ جایہ سوٚت سوٚت تہ گژھِ جایہ تیز۔ ساتہ کٔشیرِ منز چھنے یہ تبدیلی کشیرِ منز اسلام واتنس ستی ٹاکارہ یا ٹھی لبنہ یوان۔

واکھ تہ وژُن چھنے تمہِ زِ شارہ ذاژ یمو تہ واد وٚری ین کو شرشأعرن ہنز مضبوط گرفتی تہ سکیبنجس منز تھو وُمت اوس یمے زِ شارہ ذاژ بٔنیہ کأشرِ ہِندِ اظہارک وٚسیلہ۔ یمے دوٚن شارہ ذاژن منز (واکھن منز کمے تہ وژنس منز زیادہ ہن) گوٚو کأشرِ شأعرن ہُند باوُژِ یل تہ تخلیقی زور فاد۔ فلسفیانہ تجربہ، عشقیہ تہ رومانوی تجربہ عقیدتی تہ صوفیانہ تجربہ کیو مضموٗن آیہ زیادتر یمنے دوٚن شارہ ذاژن منز باوہ تہ۔ اکہ زیچھہ تہ مضبوط ربوایژ ہنز عمارت گٔیِ کھڑا۔ وُہمہ صدی منز گٔیِ وارہ وارہ یمن دوشونی شارہ ذاژن ہنز کشش یہ ڈیپی زِ تہ ختم۔ وُہمہ صدی ہِندِس دوٚیمس نصفس موز یمن شارہ ذاژن احد زرگرس ورأے خالے کانہہ قأبلِ ذکر شأعرن۔

موجودہ دورس منز چھِنہ یم دوشوے شارہ ذاژ ساتہ اظہارک وٚسیلہ بنتھ بنچرہ ودہ گوو تجربہ رنگہ چھ کأشرہ ہ منزی وژن لیکھان۔

کیا وجہ چھُ زِمَن شار ذاتَن اکھ طوٖیل تہٕ مضبوط ربو ایتھ ڈٲکھس آس پیٚتر یہِ ڈیٚپن زِ
تہٕ نابوٗد۔ وجہ چھُ تَمار رٕنجِک جبر تہٕ زمانٕچ تبدیٖلی "یَمیُک مےٚ گوڈے ہیٚرِ کنہِ ذِکر کوٗر۔
ہرگاہ کٲشرِ سٕدا اَہَم صدی منٛزٕ یا اَمہِ برونہہ تہٕ غزلہٕ نٕش زاُنی یا بیٚیہ مثالہٕ
آسہِ تہٕ غنی تہٕ شیخ یعقوب صرفی ہُوی بہلہٕ پایکی فارسی شاعر ماجہِ کشیرِ ہٕندی تہٕ یمی آسی تہٕ کرِتھ تہٕ
موزن تہٕ اکھ شارٕ ذات کٲشرِ یوٚت محمود گامی آو تمی لیٚکھی کیٚہنہ غزل ضرور مگر یِمن باوٕژ بل
تھوٚوُن وٕژنِس آیتن۔ کیازِ؟ جواب چھُیی زِ زمانکی تقاضہٕ تہٕ وقتٕچ منگ آس تہٕ غزلس موافق
تہٕ سازگار۔ یا غزلٕچ تازٕ تازے متعارف سیزم تہٕ شارٕ ذات آس تہٕ مروجہ موسیقی ہنٛزن لہرن
سٟتی پوٚر پوٚر ہم آہنگ یا آس یِہ شارٕ ذاتھ محمودِ تہٕ کھوتہٕ زیادٕ باصلاحیت شاعرٕ سنٛز منگ
کران یوٚس تہٕ رسول میرنہٕ باوجود مکمل پاٹھی پوٚرٕ گیہٕ۔
بہرحال زمانٕچ تہٕ تارٟخچ اُتھل پُتھل چھےٚ بے رحم آسان۔ زمانچ اکھ بے رحمی بیٚیہ بیٹھ
بحث کرُن چھُنہٕ سون موضوع۔ سون موضوع چھُ زمانن دیُت بے شونکی پاٹھی لر بھرُن
تہٕ واکھ تہٕ وژُن ہشہ شارٕ ذاژ گیہٕ گال کھاتس تہٕ غزل تہٕ نظم زٕ تو شارٕ ذاژ تہٕ آیہٕ بارسس۔
نظم آیہٕ انگریزی تہٕ اُردو بیٚیٹھ تہٕ غزل آیہٕ گوڈٕ سیٚدِ سیوٚد فارسی بیٚیٹھ تہٕ پتہٕ اُردو بیٚیٹھ تہٕ۔
نظم آیہٕ انگریزی زبٲنی بیٚیٹھ یتھ فنی تقاضہٕ ہیتھ تیٚمچ پابندی نہ صرف پرٚتھ نظم گو شاعر
چھُ کران بلکہ چھُ نظمِ ہنٛدی فنی تقاضہٕ پوٚرٕ کرنٕچ زوردار وکالت تہٕ کران۔ اوٚت تام گیو و
چلنہٕ۔ یتھے کنۍ آیہٕ غزل بُنیادی عربی بیٚیٹھ فارسی ڈٕسی کشیرِ منٛز تہٕ یتھ فنی تقاضہٕ ہیتھ۔ یتھ کنۍ
نظمِ ہنٛدی فنی تقاضہٕ پوٚرٕ کرنس آسی روادور چھ تتھے کنۍ گژھو آسی غزلکی فنی تقاضہٕ پوٚرٕ کرنکی
روادور تہٕ آسنۍ۔
یہٕ نٕمبو دو یوٚد ہلبو بیٚیٹھ وٕنٛزِ مختلف طرفو کیٚہنہ آدانٕ زٕ کٲشر غزل چھےٚ سہل

انگاری سان یِوان ورتاونہٕ یِمہٕ کِنہِ اٮ۪مِک حُسُن مجروٗح چھُ سپدان۔ یِم آوازٕ آسہٕ منگ کران زِ غزل گرٕژھ ہِ پنٕنہِ تمام نوآزماتھ ہیٚتھ ورتاونہٕ یِنہِ۔ سنہٕ ۱۹۹۳ ہیٚتھ کٔرِ یِمو آوازو تحریکہٕ ہٕنز شکل اختیار۔

نتیجہ دراو یہِ زِ با اثر تہٕ کوہنہٕ مشق شاعرن ہٕنزن غزلن لوگ پھیُر۔ غزلن منز گیہ کیہنہٕ فنی سُقم آشکار تہٕ کینژن مقتدر شاعرن ہٕنز سوٚ سہل انگاری گیہ طشت ازبام یُس تِمو غزل لیکھنہٕ وِزِ روا تھوومُت آس۔ شاعر چھُ آزاد زِ سُہ کٔتھ شارٕ ذاتہٕ منز باوِ پننہِ شارٕ تجربہٕ۔ تمُس ہیٚکہٕ چھنہٕ کانٛہہ جبر۔ یِمو شاعرو موجوٗدٕ دورس منز غزلہِ لیچھ تہٕ یِہنزن غزلن منز بےشمار فنی سُقم لبنہٕ آیہِ۔ تِمو لیچھ غزلہٕ بہ رضا و رغبت۔ تِمَن ہیٚکہٕ اوس نہٕ کانٛہہ جبر تِم اگر یژھہن تہٕ بٔنیہِ کُنہِ شارٕ ذاتہٕ منز ژھانڈنہٕ تاوَن پیٚنہٕ لوس تِمو ہرگاہ غزلہِ لیچھ تہٕ تارکِس جبرس تحت لیچھک تہٕ کیا زِ غزلہِ ہٕنز شارٕ ذات آس مقبوٗلِ عام تہٕ پسند ہٕنز تہٕ شارٕ اظہارس براہ تہٕ آمژ۔ چنانچہ عروضہِ نالکھاری ہٕنز وٕرتھ کٔتھ گوڈٕ زبانی تہٕ پتہٕ تحریری طور تہٕ خلیل ابن احمد سندس ایجاد کرٕنہِ ہیٚتس میٹرٕ نظامس آیہِ کھٹہٕ کرنہٕ۔ تِژواہہ شتہٕ وُہُر آوا مِہ میٹرٕ نظامک کُن ناہنجار قرار دِنہٕ تہٕ کیا زِ امہِ بُنیاد چھنہٕ آوازن ہیٚکہٕ بلکہ اَچھرن ہندِس متحرک تہٕ ساکن آسنس ہیٚکہٕ۔ یِم چھ پتہٕ وَنان زِ یہِ میٹرٕ نظام چھُ مبداری تہٕ انگریزی زبانی تہٕ فرانسیسی زبانی ہندی یا کھٹہٕ چھنہٕ کیفیتی۔ گویا دوٚیمِن لفظن منز چھ ژھان یِم وتنہٕ زِ غزل ہش دل فریب شارٕ ذاتھ ورتاوِ ہُو مگر قاعدٕ ہٕند عروض ترٛاوِتھ لاگھوس انگریزیک ہیوٗ کانٛہہ بےترتیب تہٕ بے قاعدٕ میٹرٕ نظام۔

مےٚ کوٚر گوڈے عرض زِ اہم شاعری چھنہٕ چھر لے تہٕ آہنگ مگر کٔتھ ہیلہِ غزلہِ ہٕنز بندِ عروضک ذکر ووتھ ضروٗر۔ عروض تہٕ غزل چھِ لازم ملزوم۔

سانہٕ عروض کہ اعتبارٕ چھُ پرٛتھ حرف وزنس منٛز شمار سپدان۔ ہرگاہ شعرکس منٛزٕ ییٚس
کانٛہہ ساکن اچھر تہٕ یِیسہ تہٕ چھُ پانس پتہٕ "ینہٕ والہٕ لفظکہ گوڈٕ اچھرٕ سٟتۍ متحرک
بنان۔ عروضس منٛز تہٕ چھےٚ آوازنے اہمیت۔ عروضس چھُ بیک وقت مقدارٕی
تہٕ کیفیتی۔ اَمِ بنیاد تہٕ چھےٚ اَکس لوکچہِ تہٕ اَکس زیٖچھِ آوازِ پیٚٹھ دارتھ۔ لوکچہِ آوازِ
باپتھ چھُ اکھ اچھر استعمال گژھان تہٕ زیٖچھِ آوازِ باپتھ زٕ اچھر۔ مثالہٕ باپتھ نمون
لفظ "ناکارٕ"۔ اَتھ منٛز چھےٚ گوڈٕ نہٕ زیٖچھ آوازٕ (ن + ا) تہٕ (ک + ا)۔ پتہٕ چھےٚ
"رٕ" اکھ لوکٕٹ آواز۔ وۅں ہرگاہ عروضکہ کٕنہٕ افاعیل کِنۍ یہِ لفظ تولون تہٕ کانٛہہ
مشکل چھُنہٕ۔ افاعیلو منٛز نمون اکھ ییٚتھ منٛز گوڈٕ زٕ زیٖچھ آوازٕ آسن تہٕ پتہٕ آسہِ
اکھ لوکٕٹ یا ژھوٚٹ آواز۔ ییٚتھ کِنۍ ہیٚکو وُچھتھ تہٕ لفظ "ناکارٕ" تہٕ "مفعول" چھِ
ہم وزن۔

انگریزی زبٲنی منٛز چھِ آوازن ہِند کھوتہٕ زیادٕ آوازن ہنٛز ادائگی پیٹھ زور۔
ییٚتھ آوازِ پیٚٹھ تاکید یا زور آسہِ تہٕ سوٕ آواز چھِنہٕ آوازاہ سٟتۍ تہٕ وزنس منٛز شمار سپدان۔
گوو اگر کانٛہہ ژھوٚٹ یا زیٖٹھ آواز یا واریاہ ژھوٚچہِ یا زیٖچھ آواز شعرس منٛز کٕنہٕ زور
یا تاکید ورتاوِ نہٕ ییِن تمہ گژھن نہٕ وزنس منٛز شمار۔ اَتھ برعکس چھُ عربی فارسی
اردو تہٕ کاشُر زبٲنی ہنٛد مزاج مختلف۔ کاشرِ لفظن ہنٛد تلفظ چھُ موین۔ تہٕ عروضُک
تعلق تہٕ چھُ لفظن ہنٛدِس تلفظس سٟتۍ۔ لفظس پیٚٹھ تاکید آسِتن یا مہٕ آسِتن امیُک
تلفظ چھُ ڈبجہٕ روزان۔ ہرگاہ کٕنہٕ لفظس پیٚٹھ زیادٕے پہن زور تراوو اَمیُک تلفظ
چھُ تبدیل گژھان یا دۆیمین لفظن منٛز چھُ امیُک وزن تہٕ بدلان۔ مثلاً یہِ لفظ
نی تون "شہل" اَتھ پیٚٹھ ہرگاہ زور تراوِتھ اَمِ شدت آسہِ ظاہر کرنہِ یہِ لفظ

رَٹِہِ شکل ''شھوٗل''۔ یہِ کرنہٕ ستۍ بدلہٕ اَتھ لفظس تلفظہ تہٕ وَزن تہٕ۔ اکھ ژھوٗٹ آواز ''ہ'' بنہٕ زیٚٹھ آواز ''ہو''۔ یہِ لفظ چھُ تاکیدسان شعرس منز استعمال آمُت کرنہٕ یِتھ کٔنۍ۔

یُس اَکھ زِتی بیٚنیَس دِس تہٕ وَنہٕ لۓ

ہےٚ وینسی یہ لولہٕ نار کوہنہٕ ہے شھوٗل

لفظ''شھوٗل''یُس''شھُل''لفظُک بگریومُت یا تبدیل شدہ روٗپ چھُ آو تیٚنس نِوس وزنس منز ورتاونہٕ تہٕ کانہہ پریشانی تہٕ گۓ نہٕ۔ لفظ آو مطلبوٗبہ تاکیدسان تہٕ ورتاونہٕ تہٕ شعر گو ونہٕ وزنہٕ نِش خارِج تہٕ کیہنہٕ۔

کاشرس منز چھُ لفظن ہند تلفظ تہٕ وزن مقرر مگر اُردوٗ زبانی مقابلہٕ چھُ اَتھ منز وارِیاہ لفظ تِتھی یِمَن اکِھوتہٕ زیادٕ تلفظ تہٕ وزن چھِ۔ فہرست ہیٚکہٕ زِیوٗٹھ بنتھ کینژن ہُنٛد کرو اکتفا۔

(لیکھُن ۔ لیکھُن) (اُلکھ ۔ لوٗکھ) کریچھ ۔ کریکھ ۔ سَید ۔ سَین بیر ۔ یِتھی ہوٗ چھِ بے شمار لفظ زبانی منز موجوٗد یِم اَسی مختلف آیہٕ مختلف موقع مجلس تحت ورتاوان چھِ۔

ساٛنی زبان چھےٚ عربی فارسی تہٕ اُردوٗ زبانی ہندی یاٹھی تحرک تہٕ سکوٗن چہ بُنیاد بیٚٹھ کھڑا۔ یٚتہٕ چھےٚ تمی آیہٕ تہٕ منٛتھاونہٕ یِوان تہٕ زَن گو وسون پریتھ لفظ چھُ متحرک تہٕ ساکِن اچھرن ہیٚٹھ مشتمل ''ژل'' ''ژلن'' ''ژ'' گوڈنکس لفظس منز چھُ ''ژ'' اچھر متحرک تہٕ ''ل'' اچھُر ساکِن۔ دوٚیمس لفظس منز چھِ ''ژ'' تہٕ ''ل'' متحرک تہٕ ''ن'' ساکِن ترٛیم لفظ چھُ اَکہٕ حرفی تہٕ متحرک۔ پریتھ کانہہ اچھر چھُ متحرک یتھ پیٚٹھ کنہٕ یا تلہٕ کنہٕ زبر، زیر، پیش آسہٕ یا سانہٕ تم مخصوص آوازٕ یِم ـَ ـِ ـُ علامژن منز ظاہر چھےٚ

گرٕھان ۔ یمَن اچھرَن پیٹھ نہٕ یمِن علامژن ہنٛد بور آسہِ یا یم اچھر یمن نش مجھ آسن تم گٔے
ساکن ۔ وُچھوے تہٕ امہِ لحاظ چھِیہِ کاشرِس تہٕ اُردوٗ فارسی ہِنٛس کانٛہہ فرق ۔ یِلہِ نہٕ تحرک
تہٕ سکونٕچ کہ لحاظ کانٛہہ فرق چھُنہٕ تیٚلہِ گژھہِ تہٕ عروض کاشرین غزلہٕ شعرن پیٹھ لاگو کرنس
پیٹھ تہٕ کانٛہہ اعتراض سپدُن یا کانٛہہ دِقت پیش یِنۍ ۔

یِتھین چھُ اکھ سوال وۄتھان زِ غزل لیکھنہٕ وِز چھِ اَسۍ ردیفُک، قافیُک
خیال تہٕ تھاوان ۔ مطلع تہٕ مقطع لیکھنُک اہتمام تہٕ کران تہٕ موضوٗعی لحاظ غزلچ ریزہ
خیالی تہٕ برداشت کران مگر بس چیز یم ساری چیز رٔٹِھ چھِ کھالان یعنے عروض تہٕ چھِ
مخالفت کران ۔ اَتھ کیا چھُ وجہ ۔ کیا عروض یا وزنس منز غزل لیکھُن چھا پزی مشکل؟
ۄلِو اَتھ ہیموٚ سام ۔

(۱) عربی عروضچ بُنیاد چھےٚ ترین اچھرن (ف ۔ ع ۔ ل) پیٹھ عربی لفظ اَتھٕ ہنٛد
وزن تہٕ چھِ یمَوے ترِٚیو اچھرو ستۍ دریافت یِوان کرنہٕ ۔ عروضٕکۍ رُکُن تہٕ چھِ
یمَوے ترِٚیو اچھرو ستۍ تہٕ بیٚیہِ کیٛنہہ اچھر (الف ۔ ت ۔ س تہٕ ن) مِلاوِتھ
ستۍ بنان ۔

رُکن گٔے تِم مقرر لفظ یِموٚ ستۍ شعر چھُ تولنہٕ یِوان ۔ رُکنن ہنٛد تعداد چھُ اَٹھ ۔
زٕ رُکُن چھِ پانٛژ حرفی مثلاً "فعولن" تہٕ "فاعلن" ہٕ باقے شیٚہ رُکُن چھِ سٔتن
اچھرن پیٹھ مشتمل مثلاً مفاعیلن مفعولات، فاعلاتن، مستفعلن، متفاعلن
تہٕ مفاعلتن ۔ یِمنے رُکنن چھِ جُز تہٕ وَنان ۔ اَسۍ وُتوکھ آسٲنی باپتھ پرماہنٕ ۔
یم اَٹھ پرماہنٕ یا یِموٚ منز کانٛہہ اکھ تہٕ پرماہنٕ ہیکون اَسۍ دُوحرفی تہٕ ترٛےٚ حرفی
جُزن منز تقسیم کٔرِتھ ۔ دُوحرفی جزس ہیکوسبیب ڈُنِتھ تہٕ ترٛےٚ حرفی جُزس

وتد۔ کاشر زبانی ہُند کاہنہ تہٕ برٕکھوتہٕ بوٗڈ لفظ تہٕ میٚکہٕ یمہٕ دۄن جُزن منز تقسیم
گژھتھ۔ لہٰذا چھہٕ اَسہٕ بَینہٕ دۄن جُزن "فاصلہ صغرا" تہٕ فاصلہ کبریٰ ہِنس متعلق کینہہ کرُن
ضرٗوری۔

تیُتھ کاہنہ لفظ یا لفظُک جُز یُس دۄ یا اَچھر وسیٚ بنہٕ گوٚو "سَبَب" اَتھ چھِ زٕ قسم
(۱) سبب ثقیل تہٕ سبب خفیف۔ یتھ گوٚڈنیُک متحرک آسہٕ تہٕ دۄیم اَچھر اُسہٕ ساکن
سُہ گوٚو سبب خفیف۔ مثلاً "کَن" "تَس" "کَس"۔ یمن ترٚیشونی لفظن چھُ گوڈنیُک اَچھر
متحرک تہٕ دۄیم ساکن۔ سبب ثقیل گوٚو سُہ لفظ یا لفظُک جُز یتھ منز دۄشوے اَچھر
متحرک آسن۔ مثلاً کَتہٕ "تَنہٕ" تہٕ "گَرٕ"۔

وتد گوٚو ترٕ حرفی لفظ یا لفظُک جُز۔ اَتھ تہٕ چھِ زٕ قسم۔ اکھ گوٚو وتد مجموع تہٕ
بیاکھ گوٚو وتد مفروق۔ "قلم"۔ "اَثَر" یمن لفظن منز چھِ گوڈنکی زٕ اَچھر متحرک تہٕ تریم اَچھر
ساکن۔ یہ گوٚو وتد مجموع۔ وۄنی توکھ یم لفظ "شام" "کاف"۔ یمن منز چھُ
گوڈنیُک اَچھر متحرک تہٕ باقی زٕ اَچھر ساکن مگر اگر تھی لفظ شعرس منز بِہن تیٚلہٕ
چھُ تریم اَچھر بِیس اَچھرس ستی میلتھ پلنے متحرک بنان۔

متحرک اَچھر کُس گوٚو؟ تہٕ ساکن اَچھر کیتھ وَنو یہ سمجھُن چھُ سٕہل ساسہٕ زبانی منز چھِ
کیہنہ، اَچھر اَدٕری تہٕ کیہنہ اَچھر نٕزٕری۔ یعنے VOWEL تہٕ — CONSON
NANTS — کیہنہ اَدٕری اَچھر چھِ یتھ کٕنٕی :- اَ ۔ اِ ۔ اُ ۔ او ۔ اوٗ ۔ اے ۔ اے ۔ آ ۔ اِ
یمہٕ چھِنے ژھوچہٕ آواز۔ یم چھِ اَدٕری اَچھر یا VOWEL۔ بہتر ژ یتھ آواز تہٕ چھِنے موجود
تِمن چھِ VOWEL وَنان یتھ اَچھرس بیٚٹھ کِنہٕ یا تَلہٕ کنہٕ یم ژھوچہٕ آواز یا بہتر علامت ورتاونہٕ
یِن سُہ اَچھر چھُ متحرک۔ مثلاً۔ اَل۔ کوٚب۔ تر۔ تٕر۔ سوچھ۔ کُٹھ۔ رِکھ۔ بیٚتر۔ بیٚٹھ۔

یِم ساری لفظ چھِ سبب خفیفچ مثالہٕ یعنے گوڈنیُک اَچھرُ متحرک تہٕ دوٚیِم اَچھرُ ساکن۔ گوو ہیکو وَنِتھ زِ یِتھ اَچھرس پیٹھ اَربن اَچھرو منز کینہہ اکھ اَرا چھ تہٕ علامت آسہِ سُہ اَچھرُ چھُ متحرک۔ یِتھ پیٹھ نہٕ کینہہ آسہِ سُہ اَچھرُ گوو ساکن۔ عربی یَس منز چھےٚ یتھن اَچھرن پیٹھ جزم آسان۔ رُکن یا افاعیل یِمن آسہِ برمانہٕ ووٚن گٔےٚ یِم لفظ یم شار تولنہٕ وِزِ برمانن ہنز کٲم دِن۔ یمن برمانن ہندِ تکرارہٕ ستیٚ یُس کانہہ خاص وزن یا دٔگ تہِ تتھ چھِ بحر وَنان۔ مثلاً فعولن فعولن فعولن فعولن۔

خلیل بن احمدن کرےٚ یہ ابتداہس منز صرف پنداہ بحر ایجاد۔ شاعرس چھےٚ نہٕ یمن ہندِ ناو یا تھوڈ ضرورت سُہ تھوٚی تن صرف برمانہٕ یاد۔ ووٚن گوو طالب علمن ہنز دلچسپی باپتھ کَرَو تیتھن یمن پندہن بحرن ہندِ ناو درج :۔

۱۔ طویل ۲، مدید ۳، ربیط ۴، کامل ۵، وافر ۶، ہزج ۷، رجز ۸، رمل ۹، منسرح ۱۰، مضارع ۱۱، سریع (۱۲) خفیف (۱۳) مجتث (۱۴) مقتضب (۱۵) متقارب ۔

خلیل بن احمدس پتہٕ گٔیہ بیٚیہ ژور بحر ایجاد یمن ہندی ناو چھِ ۱، متدارک ۲، جدید ۳، قریب ۴، مشاکل۔

یتھ کنۍ چھُ کُل بحرن ہُند تعداد (۱۹)، کُنوُہ۔ اَتھ منز چھےٚ ستھ بحر یِتھ یمن منز اکی برمانُک تکرار چھُ۔ یمن ستن بحرن چھِ مفرد بحر وَنان۔ باقین بہن بحرن چھِ مرکب بحر وَنان تہٕ کیازِ تمن منز چھُ اکھ کھوتہٕ زیادٕ برمانن ہُند تکرار۔ ستھ مفرد بحر چھےٚ یم :۔

(۱) ہزج :۔ مفاعیلن ۔ مفاعیلن ۔ مفاعیلن ۔ مفاعیلن

(۲) رجز :۔ مستفعلن ۔ مستفعلن ۔ مستفعلن ۔ مستفعلن

۳، رمل = فاعلاتن ـ فاعلاتن ـ فاعلاتن ـ فاعلاتن
۴، کامل = متفاعلن ـ متفاعلن ـ متفاعلن، متفاعلن
۵، وافر = مفاعلتن ـ مفاعلتن ـ مفاعلتن ـ مفاعلتن
۶، متقارب = فعولن ـ فعولن ـ فعولن ـ فعولن
۷، مقدارک = فاعلن ـ فاعلن ـ فاعلن ـ فاعلن

(اکہ مصرعکے پرماتہ)

بہہ مرکب بحر چھے ہیہ :-

۱، منسرح = مستفعلن مفعولاتُ مستفعلن مفعولات
۲، مقتضِب = مفعوٗلاتُ = مستفعلن ـ مفعولات ـ مستفعلن
۳، مفارع = مفاعیلن فاعلاتن مفاعیلن فاعلاتن
۴، مُجتث = مستفعلن فاعلاتن، مستفعلن فاعلاتن
۵، طویل = فعوُلن ـ مفاعیلن ـ فعولن ـ مفاعیلن
۶، مدید = فاعلاتن، فاعلن، فاعلاتن، فاعلن
۷، بسیط = مستعفلن فاعلن، مستعفلن فاعلن
۸، سریع = مستعفلن مفعولات، مستعفلن
۹، خفیف = فاعلاتن مستعفلن فاعلاتن
۱۰، جدید = فاعلاتن، فاعلاتن مس تفعلن
۱۱، قریب = مفاعیلن مفاعیلن فاعلاتن
۱۲، مشاکل = فاعلاتن مفاعیلن مفاعیلن

ہرگاہ ہیر کنہٕ درج کرنہٕ آمژن بحرن ہندِس پرمانن ہنا اوٚر پوٚر کرٕو یا تھوڑا ہیر پھیر کرٕو اکہِ بحرِ منٛز نیر بیا کھ بحر یا اکھ بحر زٕ بٔیس بحرن ہٕنز شکل۔

مثالہٕ پأٹھۍ ہمو بحرِ ہزج یہِ پرمانہٕ "مفاعیلن"

اَتھ منٛز چھُ گوڈٕ وتد مجموع اکھ یعنے "مفا" پتہٕ زٕ سبب خفیف یعنے عی تہٕ لُن۔

ہرگہ اَتھ پرمانس تہٕ اَمہٕ کین جزن اوٚر پوٚر کرٕو یعنے اکھ سبب خفیف "لُن" تھوو گوڈٕ تہٕ پرمانچ صورت بنہِ یہِ :- لُن + مفا + عی۔ یُتھنکہِ لُن مفاعی چُھنہٕ کانہہ مقرر پرمانہٕ اس لئے تُھو مقررہ پرمانو منٛز کُس چھُ لن مفاعی لیٚس برابر۔

فاعلاتن چھُ اَتھ برابر چونکہ فاعلاتن چھُ رمل بحرک وزن اس لئے ہیکو وٕنتھ زِ بحرِ منٛز آو رمل بحر اخذ کرنہٕ اَتھ اوٚر پوٚر یا ہیر پھیر کرنس چھِ عروضی اصطلاحس منٛز "فکِ بحور" وَنان۔

اُتھۍ اصولس تحت ہرگہہ مفا + عی + لُن پرمانکۍ پتم زٕ سبب خفیف یعنے عی + لُن گوڈے تھاوو کھ بیاکھ پرمانہٕ گژھِ حاصل یعنے عی + لُن + مفا۔

بوٚنہٕ کنہِ کرٕو اَسۍ اشارٕ تہٕ علامژ وسیٛتۍ یتھ کتھِ واضح :-

مفاعیلن = مفا + عی + لُن = مفاعیلن = وزن بحرِ ہزج

لن مفاعی = لن + مفا + عی = فاعلاتن = وزن بحر رمل

عی لن مفا = عی + لُن + مفا = مُستفعلن = وزن بحر رجز

زحافات :-

عروضس منٛز یوٚتاہ کھرٕ دار تہٕ بیچیدار یہِ اصول بظاہر باسان چھِ تیوٚتے چھِ یہِ اصول عروضس لچک دار تہٕ بلکہ زبانن کیتھ دٕیہِ وُن بناوان۔ بحرن ہندِن

پرمانہٕ ہندۍ اچھر کم کرٕتی یا بڑٕ اوٚنکس اصوٗلس چھ وَنان زحاف ۔

خلیل بن احمدن ییلہٕ عروٗض ایجاد کوٚر تہٕ تمس بروٚنٹھ کنہٕ آس عربی شاعری تہٕ عربی موسیقی ہنٛز لہر ۔ یہٕ ییلہٕ عربن ہنٛد تسلط ایرانس پیٹھ گوو تہٕ فارسی زبان تہٕ گےٚ عربی زبانۍ تابع ۔ کیٛنہہ عربی بحرٕ آیہٕ ایرانین براہ کیٛنہہ بحرٕ آیہٕ نہٕ فارسی مزاجس براہ ۔ لہٰذا آیہٕ پرمانن منٛز ہیر پھیر کرنٕچ ضروٗرت محسوٗس کرنہٕ ۔ یِتھ کنۍ لوٗگ عربی سالم بحرن زحافات کہٕ " ذریعہٕ ہیر پھیر کرنہٕ کٕنٛن ۔ زحافاتہٕ کہٕ امہٕ ہیر پھیرٕ ستۍ بنیوو عروٗض اکھ سمندر ۔ اردوٗ زبانۍ تہٕ اینٛوو عروٗض تہٕ یمہٕ بحرٕ براہ آیہٕ تم ورتاوٕنہٕ تہٕ زحافات کہٕ ذریعہٕ کرٕتھ نوۍ اوزان تہٕ یادٕ ۔ بحر ہیر پھیرٕچ مثالہٕ بایتھ کافی ۔

گویا خلیل بن احمدن ایجاد کوٚر مٕت عروٗض چھ تیوٗتھ لچک دار تہٕ وۍ یہٕ وٕن نہٕ یتھ مین ساڑن یہن شتن وٕرۍ ین آو تہٕ یہٕ موٗلے رد کرنک خیال کانٛسی نہٕ روٗد یہٕ عظیم شاعری تخلیق گرٕ منٛہنس کٔر ۔ ہر کینہہ تہٕ آسہٕ ہے روٗمی، سعدی، حافظ، خاقانی، فردوسی میر، بیدل، سودا، غالب تہٕ اقبال تہٕ کرٕہے نہٕ اتھی عروٗضس تابع روٗزتھ عظیم شاعری تخلیق ۔

ہر کینہہ کاشُر شاعر یُتھ شہ ہیکہ یہ اصول ورتاوتھ یتنہٕ منہٕ مطابق تہٕ یتنہٕ موسیقی ہندِ مزاجہٕ مطابق نوۍ اوزان دریافت کرٕتھ یا بروٚنٹھے ذٕ دریافت گمژٕتن اوزانن سنہٕ تہٕ وچھ یمو منٛز کُس ہیوٗ وزن چھ سانہٕ موسیقی ہندِ مزاجہٕ مطابق ۔ چنانچہ یمہٕ خاکسارن کرٕ یہ کام یتنہٕ مقدوٗرٕ تہٕ ژین زٕ ژور وزن تم یمن منٛز اردو والین لیکھن سیٹھاہ مشکل گوو مگر مےٚ آیہ لبنہٕ تمہٕ وزن کاشرِ مزاجہٕ مطابق تہٕ مےٚ لیکھۍ یمن وزنن پیٹھ واریاہ غزل ۔ یمن وزنن پیٹھ اوس نہٕ اوٚت تام کانٛسہ منٛز اکھ غزل تہٕ لیکھنہٕ

آمُت ۔ یِمن وزنَن ہنٛز بیٚنیہ بیٚتہٕ تَس ذکر کرٕنی ۔

| اوزان / افاعیل / پرمانہ | شعر |
| --- | --- |
| فاعلاتن، فعِلاتن، فعلاتن فعلاتان | چشمہٕ شولے یہِ دِل آزار ووں دیدار دِ دیدار<br>یُھتہٕ یتھ زوٗنہِ شبَس اَزنہِ لگم نار دِ دیدار |
| مفاعلن فعِلاتن مفاعلن فعِلاتان | ژےٚ چھےٚ کُنٛز تہٕ لَبی کُس ووں جایہ جایہٕ نصف راژ<br>بہٕ چھُس کُنٛہ تہٕ وسکھنہ مےٚ تِش خُدایہِ نصف راژ |
| مفعوٗل فاعلات مفاعیل فاعلن فاعلان | بےٚ چیٚز زن تہٕ تریشہٕ داد دِلَس کُس قراری<br>ژھےٚ تھےٚ تھوٗن یہِ تایہ شبَس مابکاری |
| | صحراوی سرزمینہٕ سمندر وُزسہِ راتھ<br>آبک خیال آو تہٕ آیہٕ بنے یہِ راتھ |
| | نے خاب نے خیال سحر پھوٚل تہٕ درایہِ راتھ<br>میانین اُچھن اندر چھےٚ لبان زن کرایہ راتھ |
| فعلن فعلن فعلن فعلن فع لُہ | لُکھ یوٚد چاین لو تےٚ لو تے کتھ ستھن<br>مغنے کیا گو صحراون منٛز ناگ وُزن |

فعلن فعولن فعلُ فعولن فعلُ فعول نٹ

جنگل یارِ شہتُل بنیہ جانا وارتہ خاب
میون ترتم دار غزل اظہار رتہ خاب

گردِ برزی گوکھ شہسوار مدانو
واتژ قیامت چھُم انتظار مدانو

نوو چھُ توو ے کُس نہ زانہ لانہ لیوکھُن کیا
اَز نہ بگہہ نوو رتہ پرانہ لانہ لیوکھُن کیا

یم کرٕی منے کینژن بحرن زحاف کرِتھ اخذ کرنہ آمتی اوزان ییش۔ یم عروضس منز برونٹھے موجود آسی مگر کاکنسہ اکی کاشرِی شاعرن آسی نہ یم منے برونہہ ورتاوی ہمتی۔ منے ورتاوی یم اوزان گوڈنچہ لٹہ۔ اردو والین باسیو نہ یمن اوزانن ہند آہنگ یتہ موسیقی ہند مزاجہ مطابق مگر منے باسے یہ یم کاشر موسیقی ہند مزاجہ مطابق۔ ثبوت چھُ یہ زِ یمو منز چھنے اکثر غزلہ کامیابی سان گیونہ آمژ تہ مقبول تہ سپدمژ۔

۱۔ مفاعلن فعلاتن مفاعلن فعلاتان

۲۔ مفتعلن فاعلات مفتعلن فع

یمن دون وزنن پیٹھ ییٹھ غالبن اردوس منز اکھ اکھ غزل تہ اقبالن نہ اکھ تہ۔ اوموکھ نہ زِ تمن تگہ سن نہ یم اوزان ورتاوِنی بلکہ اوموکھ زِ اردو موسیقی مزاجس آیہ نہ یم نہ اوزان براہ۔ کاشرس لیہ تہ موسیقی ہندس نظامس منز چھنہ میانی کنی یم نہ اوزان بالکلے وُوہ بر باسان کینہہ۔

مفتعلن مفاعلن مفتعلن مفاعلن

یہ وزن چھُ اقبالن اُردوہس منز کامیابی سان ورتو وُمُت ته باقے اُردو استادو گاہے گاہے۔ وزن کوتاہ ویہ وُن چھُ کاشرس منز اژس اَمیک احساس گو وشاید گو ڈنجہ لکہ مہجورس ته آزادس۔ تموُ لیچھ اَتھ وزنس منز وارِیاہ غزلہ زیٚلہ تم گوٚو ته آیہ گام وشہر دِرایہ ژھِھٹ گرگر آیہ تم غزل گو ته۔ مثالہ چھےٚ وارِیاہ آسی کرو مہجورنہ یتھ غزلہ پیٹھ اکتفا۔

باغ نشاط کے گُلو ناز کراں کراں ووِلو

خندہ کراں کراں ووِلو موخته مراں مراں ووِلو

یہ غزل یِلہ مہجورن لیچھ بازر بیوان بیوانی کرٚ آمہ غزلہ شہر و گام ژھِھٹ۔ تِمہ وقتکیو شاعرو لیچھ اَمہ غزلہ ستی متاثر گژھتھ غزلہ۔ مثالہ پایتھ ــ

عبدالاحد آزاد باغ نسیمہ کے گلو باشہ کراں کراں ووِلو

ساز کراں کراں ووِلو ناز کراں کراں ووِلو

بیٚیہ اَکی عقیدتی شاعرن لیوٚکھ ــ

باغِ یقینہ کے گُلو کُٹی مہ بَراں بَراں ووِلو

یہ وزن اوس ایرانو زحافاتکیو عملو ستی بڑو نہے ڈریافت کوٚرمُت۔ مہجورس تِش واُرِث ییٚے شاید اقبالنہ ڈیسی۔ مگر مہجورنہ موسیقی شناس نظر پرژنوو زِ یہ لے ته آہنگ چھُ کاشر موسیقی ستی واٹھ کھوان اسلئے لیچھن اَتھ وزنس پیٹھ غزل یمہ ستی باقین ته تحریک میچ۔

یِتھے کٔنی کٔری آزادن ته کیٚہ اوزان ڈریاف یمہ نہ کاشرس ستی ہم آہنگ

اُس سے

مفعوٗل، فاعلاتن مفعول فاعلاتن

یِمن اوزانن پیٹھ لیکھی آزادن واریاہ بأتھ۔ یِم موسیقی حلقس تہٕ ادبی حلقس منٛز مقبوٗل گیٖہ۔

سرآلوے بہ یادن پأیس پیتم نگارو
ترٛاوِتھ مےٚ بالہٕ ژوٗلہم تھاوِتھ ستم نگارو

یقین کرِو أسی تمن اوزانن ہنٛز ذکر یم آزاد صأبن میأنی کنٛی گوڈنچ لٹہٕ ورتاوی تہٕ یم چھہ تم اوزان زیٛہتر۔ وزن لیہ کأشر موسیقی ستی پور پأٹھی ہم آہنگ چھےٚ۔ اوٚے کنٛی گےٚ آزادنی یم غزل خاص وعامن منٛز مقبوٗل۔ ہر گہ تہٕ یم غزل یمن وزنہٕ پیٹھ لیکن ڈرِتھ آسہن عوامس تہٕ خواصن گرٛہن تہٕ یم قبوٗل۔

مفعوٗلُ فاعلاتن مفعوٗلُ فاعلاتن

سرآلوے بہ یادن پأیس پیتم نگارو
ترٛاوِتھ مےٚ بالہٕ ژوٗلہم تھاوِتھ ستم نگارو

مستفعلن مستفعلن مستفعلن مستفعلن

اُٹھ ماہ روئیں گنتھ کران چھم زلف پیچاں یکطرف
گیسو پریشاں یکطرف کاکل اویزاں یکطرف

مفتعلن مفاعلن مفتعلن مفاعلن

پیالہٕ دِتم ژٕ ساقیو تازٕ بہ تازٕ نو بہ نو
حال وَنے بہ روبرو تازٕ بہ تازٕ نو بہ نو

بالی شہ ہے چھ بیوفا میون امار کیا کرے
سوہ وُنِس محتبس زور تہٕ زار کیا کرے

فعول فعلن فعول فعلن فعول فعلن فعول فعلن

ہر دِ بہارس تہٕ ماگہ ہارس ہمیشہ نارس چھُ آب دشمن
شریف آسن رذیل آسن چھُ دشمنس کُنیت عذاب دشمن

یا اَتھی وزنس پیٹھ مہجورسنز یہ غزل

نسیمہ بوزم ژٕ بالہ دامنٕ کمند ہیتھ چھکھ شکار ژھاران
بہٕ شوقہ چانے یمنٕ یہ سر ہیتھ شکارِ اندر ترے ہا لالو

مہجورن تہٕ آزادن یُس لیہ وُسجار تہٕ تنوع کاشرِ غزلہِ بخش یمن بروٗنہہ آو نہٕ کانٛسہ شاعر ہندِ ذٔریعہ باعمل ۔ افسوس زِ آزاد گو ۵۴ وری وآنسہ منز ۱۹۴۸ ہَس منز مرتھ ۔ مرگہ تمِس موت فرصت دی ہے ۔ شُکر ہے کاشرِ غزلہِ ہنز ہیٚرِ منز ۔ انقلاب آمیز تُرتُر ۔ آزاد اوس مہجورنی پاٹھی زبانی تہٕ موسیقی ہند نبض شناس ۔ مہجور تہٕ گو وآزادس پتہٕ ژوری وٚہری یتمہ عالمہ ۱۹۵۲ ہس منز ۔ اَمہِ ساعتہٕ آس توٗن لیکھن والین ہنز اکھ جھوکھ تیار گمٕژ یمن منز عارف ، نادم ، فراق ، کامل ، راہی قابلِ ذکر چھِ مگر یوس کام مہجورن تہٕ آزادن غزلہِ ہندس سِلسِلس منز شروع آس کرمٕژ سو آیہ نہٕ بروٗنہہ پکناونہٕ ۔ صرف کرِ امین کامِل غزلہِ مزید وُسعت دِنچ کوشش تہٕ بس ۔ باقی شاعرن آیہ نہٕ یا تہٕ غزل راس تہٕ یا سے یِکھ نظمہِ ہنز صنف زیادٕ پُرکشش ۔ وَنُن چھُم یہ زِ عروض چھُ سمندر یمواکھ منز ۔ وٚوٹھ لاے تم کٔھتی لعل و گوہر ہیتھ ۔ سعدی ، حافظ کٔھتی تم لعل و گوہر ہیتھ یم فارسی منز ازس براہ آیہ ۔ میر کٔھتی میر ۔ سودا تہٕ غالب کٔھتی تم لعل و گوہر ہیتھ یم اُردو منز ازس براہ آیہ ۔ مہجور آزاد تہٕ کٔھتی کیہنہ لعل و گوہر ہیتھ یم کاشرس منز ازس براہ آیہ ۔ مگر سعدی تہٕ حافظس پتہٕ تہٕ رُودی واریاہ فارسی واکی عروضکس سمندرس ڈیگہ دِوان یتھے کٔنہ میرس ، سودا تہٕ غالبس پتہٕ تہٕ رُود

اُردوہس منز۔ یہ سلسلہ جاری مگر کاشرِس منز۔ لوگ اَتھ سلسلس تھک۔ وونیٚ وونیٚ چھ گژھان ۱۹۷۴، یورکُن اَسہِ ڈنگل نظر۔ ضرور تھ چھ تہنٛد حوصلہ بڑاونٕچ،

وَننگ مطلب چھُ یہ زِ عربی عرُوض بنیوو زحافات کیو اصولو ستۍ یتھ لچک دار تہٕ وَیہ وُن زِ فارسی، اُردو، سندھی، پشتو، ترکی، پنجابی سندھی کو شرٕ تہٕ ہندی پاٹھیٚ آیہ اَمہٕ مُطابق کامیاب غزل لیکھنہٕ۔

کنُوہ بُنیادی بحر آسہ ٹھہ تہٕ عربی زبانی ہندِ منز اِز نظرِ تل تھاوِتھ ایجاد کرنہٕ آمتۍ۔ یمو منز اَپناوِ فارسی والیو تمے بحرٕ یم تمن براہ آیہ۔ اُردو والیو تہٕ کوٚرتی۔ فارسی تہٕ اُردو استادو کٔرۍ یموے بُنیادی بحرو منز زحاف کٔرۍ کٔرۍ نوٚۍ نوٚۍ وزن ڈٕریافت یم تمن پتہٕ پتہٕ زبانی ہندِس مزازس راس آیہ۔ یئلہ تمو ہیوٚک یہ کٔرِتھ کاشرۍ اُستاد کیازِ ہێکن پو رتہٕ ہوی کٔرِتھ یہ عرُوض ٹھلے رد کرنس متعلق سوچنہٕ۔

خلیل بن احمد اوس عبقری تہٕ GENIUS یتھے کنٛہ اوس WHEEL مگر ایجاد کرن وول تہٕ GENIUS اَدٕ یمی کوٚر تہٕ تمی۔ یتھ کنٛہ ویلس پیٹھ سون سورے اُزُک سائنسی نظام ڈٕرِتھ چھُ یتھے کنٛہ چھ خلیلِنس عرُوضس پیٹھ لگ بگ سارٕ ہمن شتن وُری ین ہندِ مشرقی شاعر سرمایہ ڈٕرِتھ۔ WHEEL کوٚرتہٕ کانٛسی رد بلکہ آو WHEEL رنگہ رنگہ استعمال کرنہٕ۔ یتھے کنٛہ گوو نہٕ خلیل سندِ عرُوضک بُنیادی تصوُر رد بلکہ اَتھی آیہ مختلف آیہ پاروی کٔرِتھ وُسعت دِنہٕ۔

یُس اکھ اوَنہٕ زِ خلیلُن عرُوض رد کٔرِتھ گژھہ بیاکھ عرُوضی نظام بارسس یُن سُہ گوو WHEEL دُبارٕ ایجاد کرنُک ظون پیون۔ یُس شخص یہ ظون پیٚیہ سُہ چھ شاعری ہندِس فنس تو تن واتاوُن یُتھ ہان پیٚتھ زمانہ WHEEL ایجاد گژھنہٕ برونہٕ اوس۔

بہرحال کُنوہَن بُنیادی بحروٚ دراے ساسہ بدی اوزان زمانوٚ کٔرٕ مزید ساسہ بٔڈی اوزان نیرٕ کٔنجائش چھےٚ وُنہِ ۔ اکہ لٔڈ آو زحاف کرنک اصول تہٕ طریقہٕ سمجھنس منز یٕتہٕ پی نہٕ کانہہ تھوس ۔ عروض دانو تہٕ استادو چھُ پرٕنٛژ زحافس ناو تھوو مُت یِمہ کِنہِ یِم یاد تھاوٕنی مشکل چھِ ۔ مگر شاعرس کیا ضرور تھ چھےٚ زِ سُہ تھوِیم یاد ۔ سُہ تھوِیتن صرف زحاف کرنکی اصول یاد تہٕ یِمیہ اخذ کرِ تہٕ آہتی پرماہ یا افاعیل ۔ زحافات چھِ وُنیک تام یتی کرنہٕ آمتی زِ ہر کُنہ ہمن سارِنی ہٕند وحاطہٕ کرو اکھ ضخیم کتاب بنہٕ ۔ اَسی کروکینژن زحافن ہٕند مُختصر ذکر یُتھ زن عام طالب علمس تہٕ فکر تر زِ زحاف کیا گو وہ تہٕ کِتھہٕ کٔنی چھِ یِواں کرنہٕ ۔

| زحاف | تشریح | وزن پرماہ (بحرِ ہزج) |
|---|---|---|
| خرم | وتد مجموع ہُک گوڈنیک اچھر کراوُن | مفاعیلُن پرمانُک وتد مجموعہ چھُ ”مفا“ اَمیک گوڈنیُک اچھر چھُ ”م“ کراوو باقے روز فاعیلن ۔ فاعیلُن چھُ بروزن مفعولن<br>یتھ رکنس یہ زحاف سپدِ تتھ ونوا خرم |
| کف | رکنک سُتیم اچھر کراوُن | ”مفاعیلُن“ پرمانُک سُتیم اچھر چھُ ن ۔ یہ کراوِنہٕ ستی روز مفاعیل ۔ یتھ پرمانس پیٹھ یہ عمل سپدِ تتھ چھِ ونان مکفوف ۔ |

| زحاف | تشریح | وزن پرمانہ |
|---|---|---|
| حذف | پرمانک آخری سبب خفیف گراوݨ۔ | مفاعیلُن پرمانکُ آخری سبب خفیف چھُ "لن" یێلہ یہِ نڑاوون باقے روزِ مفاعی۔ یہِ چھُ بروزنِ فعولُن۔ |
| قبض | پرمانکُ پونژم ساکن ساکِن اَچھُر گراوُن | "مفاعیلن" پرمانکُ پونژم ساکن اَچھُر چھُ "ی" یہِ گراوٕنہٕ ستیٚ روزِ مفاعلُن۔ اَمہٕ عملہٕ ستیٚ بنیوو یہِ پرمانہٕ مقبوض۔ |

یِم ہاوِی متے بحرِ جس منز ورتاوٕنہٕ یِنہٕ والہِ پرمانہٕ "مفاعیلُن" کی صرف کیہنہ زحافات۔ بحرِ رمل چھِ نے کاشُر شاعرو نِسبتاً زیادٕ خوداعتمادی سان ورتاوِمٕژ۔ ڈلوو ونی کرو امکین زحافاتن ہنا ویژھنے۔ اَمہِ بحرِ ہند بُنیادی پرمانہٕ چھُ "فاعلاتن"

| زحاف | تشریح | وزن / پرمانہ (فاعلاتن) |
|---|---|---|
| خبن | پرمانکہ گوڈنکہ سبب ثقیل ساکِن اَچھُر گراوُن۔ | فاعلاتن پرمانکُ گوڈنیُک سبب ثقیل چھُ "فا" اَمیُک ساکن اَچھُر چھِ الف یہِ گراوٕنہٕ ستیٚ روزِ فعلاتن۔ یتھ پرمانس |

| | | |
|---|---|---|
| | | پیٹھ یہِ عمل سپد تتھ چھِ وَنان مخبون |
| قصر | پرمانکہٕ آخری سبب خفیفُک ساکن اَچھر گراون۔ | "فاعلاتن" پرمانس منز چھُ آخری سبب ثقیل "تن" اَمیُک ساکن "اچھر "ن" یَیلہٕ گراوون باقے روزہِ فاعلات یُس بروزن فاعلان چھُ۔ یتھ پرمانس یہِ زحاف گژھہ تتھ وَنو مقصور۔ |

یتھے پاٹھۍ چھِ ہتہ بدی زحاف ممکن تہٕ ہتہ بدی نۆوۍ نۆوۍ پرمانہٕ تہٕ آہنگ چھِ لبوان دریافت کرنہٕ۔ یتھ کنۍ مےٚ برونٹھے ذکر کوٚر زِ بنیادی کُنوٗہ بحر چھےٚ صرف اَٹھو پرمانو (افاعیل) سۍتۍ ظاہر سپدان۔ یِم اَٹھ پرمانہٕ چھِ "مفاعیلن" "فاعلاتن" "متفاعلن" "فاعلن" "فعولن" "مفاعلتن" "مفعولات" "مستفعلن"۔ یِمنے اَٹھن پرمانن پیٹھ چھِ زحافک عمل سپدان تہٕ یتھ کنۍ چھِ بے شمار نۆوۍ پرمانہٕ حاصل گژھان مثلاً مفتعلن۔ فعلاتن، مفاعیل فعول۔ فعلن ، فاع فع ، مفعولن ، مفاعلن ، فعلات ، فاعلات ، فاعلان ، مفعول مفعولان، فعل بیتر۔ یمو پرمانن ہند تکرار سۍتۍ چھِ نۆوۍ نۆوۍ وزن تہٕ آہنگ بنان۔

**تقطیع** :۔ اَمیُک لغوی معنی چھُ ژٹُن یہِ معنی اکھ طرف ژٹُن وِتھ چھِ اتھ اصطلاحی معنے شعرس میٖنہٕ توٗل کرٕنۍ۔ عروض کیو مقررہ پرمانو سۍتۍ کنہِ شعرُک وزن کرُن گوو "تقطیع" عربی فارسی تہٕ اردو زبانی ہندی پاٹھۍ چھِ کاشرس منز تہِ واریاہ لفظ تتھۍ یمن منز ملفوظی اچھر وعلاوہ مکتوبی اچھر تہٕ چھِ لبنہٕ یوان۔ ملفوظی اچھر گو وُسہ اَچھر یُس پرنس منز یی مگر لیکھنس

۾ بہ ڪين ٿا - ٿيو اُچار جو تقطيع ۾ شمار ڪيا ويندا اُهي اُچار لکڻ ۾ ته ايندا، مگر پڙهڻ ۾ نه ايندا، جيڪي اکر گهڻو ڪري تقطيع ۾ شمار ٿيندا آهن. فارسي زبان ۾ اضافت جو استعمال ڪيو ويندو آهي، جنهن جو اُچار لکجي ٿو، سو ظاهر ڪيو ويندو آهي - پر ڪيترا پڙهندا آهن، جهڙوڪ: "خانہ خراب"، "درد دل"، "نغمهٔ حيات"، "چشمهٔ حيات"، "نور چشم" هر گهڻو ڪري انهن لفظن کي رسم الخط ۾ لکيو ويندو آهي، مگر گهڻو ڪري آواز ظاهر ٿيندو آهي، جو فارسي اضافت انهن لفظن ۾ موجود آهي.

خانہِ خراب - دردِ دل - نغمهٔ حيات، چشمهٔ حيات، نورِ چشم، وغيره

باقي گهڻو ڪري لکڻ ۾ جو ڪيترن فارسي ترڪيبن ۾ تلفظ ۽ وزن تبديل ٿيندا آهن - هر گهڻو ڪري عام فارسي اردو رسم الخط ۾ ترڪيب کي لکيو ويندو آهي، ته شاعري ۾ ترڪيبن جي تلفظ ۾ ورتا ويندا آهن. ضرورت آهي ته فارسي تلفظ کي وزن ۾ شمار ڪيو وڃي، ضرورت آهي ته سنڌي تلفظ کي وزن ۾ شمار ڪيو وڃي.

بهرحال اهڙين فارسي ترڪيبن ۾ گهڻو ڪري فارسي رسم الخط جي حساب سان ظاهر ٿيندا آهن. ٻيو ته ٻه اُچار جي وزن ۾ ملفوظي اُچار، تشديد وارو اُچار مثلاً "محبّت". "محب + بت" ان لفظ ۾ "ب" ٻه ڀيرا استعمال ڪيو ويندو آهي، مگر لکڻ ۾ هڪ آهي. لهذا "ب" لکڻ ۾ هڪ آهي، مگر پڙهڻ ۾ ٻه اُچار "ب" جا ملفوظي اُچار - ٻيو ته مد واري الف يا زير، زبر واري اُچار ملفوظي اُچار - مثلاً آدم =

ا + ا + د + م -

آر = ا + ا + ر

تر = ت + ا + ر

**مڪتوبي اُچار:-** يعني اهڙا اُچار، جيڪي لکڻ ۾ اچن، مگر پڙهڻ ۾ يا وزن ۾ نه شمار ٿين.

مثلاً کریچھ ، کرشر ، شراکھ ، خوش ، خودا ۔ یمن لفظن منز چھ اچھر "ر" باضبط یکھٹی
لیکھتھ مگر یہ گرٕتھنہٕ وزنس منز شمار ۔ خوش ، خودا کوٚر ۔ لفظن ہند واو یہ چھ مکتوبی
اَچھر ۔

فارسی اضافتہٕ ہندس واویُس ہٕ زیٖٹھراوِتھ پَرنہٕ یِی مثلاً روز و شب ۔ زن
و مرد بیترِ یمن ترکیبن منز چھ واو صرف پیش آوازِ دوان ۔ لہٰذا گژھ یِم یہ مکتوبی
اچھر یِتھے کٕنۍ چھ الف وصل یہ مکتوبی الف وصل گوو سُہ الف یتھ بروہہ ساکن
اچھر یِی یہ گرٕتھ تھٕنۍ منز مدغم ۔ مثلاً ؎

"توفیق اگر بنی یہ ترٕن ڈال چھے نماز"

اَتھ مصرعس منز چھ الفس بروہہ "ق" ساکن حرف یِوان یہ الف چھ قافس زبر
ہنز آواز دِتھ تھٕنۍ منز شرپان ۔ نون غنہ یہ چھ لیکھنہٕ یِوان مگر وزنس منز چھنہٕ شُمار
سپدان ۔ صرف سُے نوٗنِ غنہ یِی وزنس منز شمار کرنہٕ یَمیُک اعلان کرنہٕ آسہٕ آمُت ۔

کاشرس منز چھ نوٗنِ غنہ ہُنک اکھ بوٚڈ مسلہ ۔ تِم لفظ یِم مولہٕ تَلہٕ فارسی یا اُردو ہکی
چھ یہ یمن منز نوٗن غنہ چھ ۔ تِمن لفظن ستۍ گرٕتھِ تقطیع دِنہٕ سُے سلوٗک گرٕژھن یُس تِمن تِیکرِ
اُردوٗہس منز گرٕژھان چھُ ۔ مثالہِ پاٹھۍ چھ کہنہ لفظ پیش ۔ آسمان ، لامکان ، داستان
کہکشاں ، بیاں ، جواں ، رواں ، جاں نواز یہ بیٚیہ یِتھی وار یاہ لفظ ۔ یمن سارنۍ
لفظن ہُند نوٗن غنہ چھ مکتوبی یہ وزنس منز گرٕژھِ نہٕ شمار یُن تام یہ شاعر یاہ نوٗنک
اعلان کرِ ۔

پتہ رٕوٗدی خاص کاشرۍ لفظ یمن منز نوٗن چھ آخرس یِوان یہ یُس "نون" آسی نوٗنِ غنہ
مجرا چھ نِوان ۔ مثالہِ پاٹھۍ راوان ، ساوان ، چاوان ، مرٕزان ، زوتان ، تیلان ،

کریشان، پریڈان، پاٚران، سوران، کھوڑان، بوزان، مازان، نزہران، شوران، کوٚران،
ہاوان، پالان، ناپان، پان، جان، زان، وان، پڑان، گان، مان، چھان، دوٗن،
ووٗن، لوٗن، ہوٗن، توٗن، زوٗن، روٗن۔ لفظن ہند فہرست چھُ کافی طویل۔ اُمی کرو
ہیرِ کنہِ درج کرنہٕ آمتین لفظن پیٹھ اکتفا۔ یمن سارِنے لفظن چھُنہٕ نوٗن نوٗن غنہ حیثیت تھاوان۔ بلکہ
اُسی چھِ بولنہٕ ورِ یمن لفظن منز نوٗنک اعلان کران لہٰذا چھنہٕ یم نوٗن قطعن مکتوبی بلکہ گرٛشن یم وزنس منز شمار۔
یِھتے کِنۍ چھِ کینہہ لفظ تِتھۍ یمن منز نوٗن منزس چھُ یِوان تہٕ اُکۍ چھِ سہل انگاری
کِنۍ تِم نوٗن وزنہٕ رِنس مَنجھ تراوان۔ یہ طریقہٕ چھُنہٕ صحیح۔ مثلاً: رنگ، منز، کرنز،
جنگ، جنگل، تیوٗنگل، کوٗنگ، کنگ تہٕ یتھی ہوی بے شمار لفظ یمن لفظن ہند
نوٗن سپدِ وزنس منز شمار۔ نی تون یہ اکھ مصرع ؎

یُس کوٗنڈ سنیوو دیہ ورن سٕے جگر طاز

وزن چھُ

| مفعول | فاعلات | مفاعیلُ | فاعلان |
| --- | --- | --- | --- |
| یُس کوٗنڈ | نیوو دیہ | وَرن سٕے | گر طاز |
| سہ | | ج | |

لفظ کنڈِس منز یُس ن چھُ تہٕ یُس وزنس منز شمار گوٚژھ سپدُن چھُ تراونہٕ آمُت۔ یہ
چھُنہٕ عروض نِشہٕ بے خبری ہنز مثال بلکہ عروضس سٟتۍ سہل انگاری ورتاونٕچ مثال۔ یہ موجود
کاشُر غزلہٕ شاعری چھےٚ یتھو مثالو سٟتۍ بٔرتھ۔
ہرگاہ اُسی اتھ عروضی اصولس پیٹھ اصرار کرَو تہٕ نصف کھوتہٕ زیادٕہ شاعری خاص کر غزلہٕ
شاعری بے وزن قرار دِنہٕ یِمہٕ دِژے یہ وار یاہ لٹہٕ زٕنیون زِ اَتھ متعلق گوٚژھ کانہہ

اصوٗل بناوٕنہٕ یِن ۔

کاشُر زبانی منز چھِ واریاہ لفظ تِتھۍ یِمن "نوٗن" منز بس چھُ یِوان ۔ نموٗنہٕ باپتھ چھِ کیٚہن یِیتیٚن درج کرنہٕ یِوان ۔

کٔژ ، منٛز ، کٔرٛژ ، ژرژ ، سٔژ ، رنگ ، جنگ ، سنگ ، کٔنگ ، ٔبرٛنگ ، پٔرنگ ، شوٗنگ ، منگ ، میٛنگ ، کھنڈ ، ژنڈ ، یٔنڈ ، زٔنڈ ، زٔنگ ، لنگ ، کوٚنڈ ، موٗنڈ ، لوٚنڈ بیترِ ۔

عرٗوضس منز چھِ دۄ یِہہِ قسمکۍ ژٔ حرفی لفظ ۔ اکھ گوو وتد مجموعہ تہٕ بیاکھ گوو وتد مفروق ۔ ہیٚرِ کنہٕ درج کرنہٕ آمتۍ لفظ چھِ وتد مفروق کِس زُمرس منز یِوان ۔ تہٕ کیازِ یِم لفظ چھِ ژٔ حرفی تہٕ گوڈنیُک حرف چھُ متحرک تہٕ باقے زٕ اچھر ساکن ۔ ہرگاہ یِم لفظ شارکِس درمیانس منز یِن تیٚلہِ چھُ تم ساکن اچھر باقٕس ہیٚتہٕ یِنہٕ والیٚن اچھرن سٟتۍ میلِتھ پانے متحرک بنان ۔ ہرگاہ شارکِس اندس پیٹھ یِن تیٚلہِ گژھہِ تہٕ آخری ساکن اچھر وزنس منز شُمار ۔

دۄ ین چھُ مشکل درپیش یِہٕ زِ موجوٗد کاشری شاعر چھِ نہٕ عرٗوض زانٕنہٕ باوجوٗد تہٕ عروٗضک یِہٕ اصوٗل پالان ۔ کیٚہن شاعرو ہیٚوت یِہِ اصوٗل شُٹھکی سان پالُن کیٚہتہٕ چھِ نظرانداز کران ۔

ہے گلو! شوٗنگِتھ مہٕ رۄزِ زواوس کس تامتھ ونان
تمۍ چھُ ممکن داو مابے تاب وُچھمت آسہِ ہَن

کاش منظوٗرن تہٕ یوٚرمُت آسہِ ہا لولُک سبق
کاش وۄ لرِس منز زٕ تہہ مہتاب وُچھمُت آسہِ ہَن

دِلس چھ کُنڈی رَتہٕ بوچھ لول اگر نہ رَتنہٕ ناوِ بچھ
نہ چون زُونہِ کھسُن سو چھ نہ میون شار ونُن

دِل نوان نیو تمُو بہارَن بیٚیہ تہٕ کیٛہنہ
رَنگ رٹاں روٚٹ نیمو گُلالن بیٚیہ تہٕ کیٛہنہ

گوڈنکین دوٚن شارن منز کرِو خط کشید لفظن پیٹھ غور۔ عروضی اصولہ حسابہ چھُ نون آمُت شمارس ینہٕ:۔

| فاعلاتن | فاعلاتن | فاعلاتن | فاعلن |
|---|---|---|---|
| ہے گلو شوٚن | گِتھ مہ روزو | اوس کُس تا | مِتھ و نان |
| تمُو چھُ ممکن | داو ما بے | تاب وُچھمُت | آسہِ ہن |
| کاش منظو | رن تہٕ پوٚرمُت | آسہِ ہے لو | لگ سبق |
| کاش وولرس | منز زِہنہ مہ | تاب وُچھمُت | آسہِ ہَن |

یمن دوشونی شعرن منز چھُ لفظ "شونگنہٕ" تہٕ "منز" یتھ کُنی ورتاوہٕ آمتی زِ یہندی نون غنہ چھِ تقطیع منز شمارس یوان۔ نی تو کھ دوٚ یم زِ شعر:۔

| مفاعلن | فعلاتن | فعلاتن | فعِلُن |
|---|---|---|---|
| دِلس چھ کُنڈی | رَتہٕ بوچھ لو | ل اگر نہٕ رتنہٕ | ناوِ بچھ |
| نہ چون زوٗ | نہ کھسُن سو چھ | نہ میون شا | رونن |

یا یہ شارے

| فاعلاتن | فاعلاتن | فاعلن |
|---|---|---|
| دِل نواں تیوٗ | تمیٔ بہارن | بیٚیے ہٕ کیہتہ |
| رنگ رٹاں روٗٹ | یمیٔ گلاشن | بیٚیے ہٕ کیہتہ |

گوڈنکس شعرس منز چھِ ز لفظ ورتاونہٕ آمتی یمن منز نوٗن غنہ چھُ۔ "کنڈی" ہٕ "رنز" ناو چھ مگر تقطیع منز چھِ پیوان۔ شاعرن چھِنہٕ یِم وزنہٕ کِس شُمارس اَنی متی۔ دوٚیمہِ شعرکس دوٚیمس مصرعس منز "رنگ" لفظس تہٕ چھُنے پہیے باتی گمرٕ۔ رنگ چھُ بروزنِ فع ورتاونہٕ آمت ہرگہہ یوٚہے صوٗرت حال روٗد کاشر شاعری گرٕ چھِ افراتفری ہنز شکار۔

منزس یہٕ والی نوٗن غنہ چھِ کاشرس منز دو یہِ قسمکی۔ قسم نمبر ۱ منز ہنز کنگ، زنگ بیچ، ژنڈ، پینڈ، کنڈ، کنڈی، لنڈ، لنڈی بیتر۔

یہٕ "ن" چھُ لفظس منز متحرک اچھر پتہٕ ساکن بنتھ یِوان تہٕ اَتھ پتی چھُ بیاکھ ساکن اچھر یِوان۔ مثالے

| | متحرک | ساکن | ساکن |
|---|---|---|---|
| منز | م | ن | ز |
| زنگ | ز | ن | گ |

عروضی اصولہ مطابق بیلہ اکس متحرک اچھرس پتی ساکن اچھر یِی۔ یہٕ چھُ سبب خفیف

بنان یعنی متحرک اچھرچ زھوٹ آواز چھہِ ساکن اچھر رلنہٕ ستیٚ اکھ زیٹھ آواز بنان مثلاً م+ن بنہٕ مَن یتہٕ ترییم ساکن اچھر "ز" بنہٕ پانس پتہٕ یِنہٕ وأتِس اچھرس ستیٚ میلتھ متحرک۔

ز لفظ منز = م + ن + ز

زنگ = ز + ن + گ

کروکھ اُسی خود ساختہٕ مصرعن منز تیتھہٕ کنیٚ استعمال زِ یمَن لفظن ہندین اچھرن ہنز صحیح پوزیشن گژھہِ واضح۔

| فاعلاتن | مفاعلن | فعلن |
| --- | --- | --- |
| منز سفرس | زوٗلم مےٚ ترا | وِتھ یار |
| پھیرِتھ آسی | نہ زنگ میأنی | نی بیٚیمِتھ |

یِیھن لفظن ہند کھونکھ "ن" چھُنہٕ کھونکھے یوت روزان بلکہ اکھ ساکن اَچھر بنان۔ یتھی نون وٲلی لفظ ہرگہ شارس منز ورتاوس ین عروضی لحاظ گوٚڈ تِم ستیٚ شایانِ شان سلوٗک یُیدن۔ مگر یِیلہِ اُسی ییٚنس موجوٗد شعر سرمائس نظر چھ تراوان موٗلوی پھٹے گرٕھان۔ اکھ زِ شاعر ترأوِتھ چھُنہٕ کانہہ شاعر یِتھِس نونس کُنہِ قطارس منز تھاوان۔ نونس ستیٚ چھُ تیتھ سلوٗک روا آمُت تھاوینہٕ زن نہٕ اَمیک وجوٗدے چھُ۔ دی تو یمین کیٚنژن مصرعن نظر یتہٕ کنیٚ ژٕ نونس ستیٚ کیا ورتاو چھُ آمُت کرنہٕ۔

سُہ کُکلہٕ اہر اُچھن منز نٕٹاں خدا آسی
دریچہٕ بند کھٕٹس منز کرٕہن کنٛنر ژو پُھتھ

| مفاعلن | فعِلاتن | مفاعلن | فعلن |
| --- | --- | --- | --- |
| سُہ کُکلہٕ اہر | اُچھن منز | نٕٹاں خدا | آسی |
| دریچہٕ بن | د کھٕٹس منز | کرٕہن کنٛنر | ژو پُھتھ |

دوشوٚنی مصرعن منز چھُ لفظ منز استعمال گومُت تہٕ دوشوٚنی مصرعن منز چھُ اَمیُک نون تقطیع منز بیوان۔ یٚیلہِ زن دوٚیمِس مصرعَس منز "منز" لفظس ہم وزن "بند" چھُ تھٚکِنہٕ ورتاونہٕ آمُت زِ "نوٗن" چھُ شمارس اَنہٕ آمُت۔ یہِ کیا وجہ چھُ۔ "بند" "منز" یِمن دون لفظن ہٕند نون چھُ مساوی سلوٗکھ منگ کران۔ بند چھُ فارسی الاصل تہٕ منز چھُ ہرا کوشُر لفظ مگر صوتی حسابہٕ چھِ کُنی تہٕ ہوی۔ عروضکِ میزانہٕ تہٕ چھِ ہیم ہوی۔ تیٚلہِ کوس بے قاعدگی تہٕ افراتفری چھےٚ یہِ۔

یٚیلہِ کُنہِ میٚہ نظامس تا بیا رٕ وُزِتھ شعر لیکھنہٕ تہٕ سُہ میٚہ نظام کرٕ ہشی نظرِ ہم وزن لفظن اَدٕ چاہے تِم فارسی الاصل آسی تن یا کأشرِ لفظک وزن تُہندِ تلفظکہ تہٕ صوتی لحاظ۔ "منز" تہٕ "بند" چھِ دوشوے عروضی لحاظ وند معزدق یعنے تِم ژٕ حرفی الفاظ یِہنٛد گوڈنیُک اَچھر متحرک چھُ بلکے ہُ زمِ متواتر ساکن تہٕ قاعدہ موجوب گرٕ ژھتر ییم ساکن اچھرِ بلنے متحرک۔ یِتھٕ کُنی ہیٚر کنہٕ اَکِس مصرعَس منز "بند" لفظک دال متحرک سیدان چھُ۔ یہِ افراتفری چھِ یا تہٕ عروضہٕ نشہٕ بے خبری ہٕند نتیجہ تہٕ عروضی زاوی جار نظر انداز کرِتھ تِمن سام تہٕ ہینگ

نتیجہ ۔ اَسہِ پزِ زبانٕی ہتہٕ بن زاوی جارن تَسن تہٕ عروض بنہِ زبانٕی زیاد نکھ اُنچہٕ کوشش
تیز کرٕنہٕ ۔

کھونکھ نوٗنُک دوٚیُم قسم چھُ سُہ "نوٗن" یُس ساکن اچھ پیٚہ یی ۔ یا سبب خفیفہ
پیٚہ یی ۔ مثلاً آنگن ، کرٛانکھ ، شانکھ ، ہانٛز یا نٛز ، تانت ، سونٛتھ ، وونت ، ہیٚونت
منٛز ۔ سنٛز ۔ کینٛز ھاہ ۔ فہرست چھُ آنٛتھ روٚس ۔ یمن تہٕ تِھین لفظن منٛز استعمال
گژھن وول چھُ حقیقی معنے یس منٛز کھونکھ نوٗن ۔ یُتھ ہیو نوٗن گژھِ نہٕ وزنس منٛز شمار ۔

روٗد مسلہٕ وونی تمہ نوٗنِ عنہٕ ہُک یُس الفس پیٚہ چھُ یوان ۔ یم چھِ دوٚ یہِ قسمکۍ ۔ اکھ
قسم چھُ تمن لفظن ہندیم خالص فارسی یا اُردو زبانٕی ہندی لفظ چھِ ۔ مثلاً آسمان ، آشیاں
داستاں ، رواں ، گماں ، جواں ، بیاں بیترِ ۔

ہرگاہ یم ہینٛس اصلی تلفظس یعنے اُردو کس تلفظس منٛز ورتاوتہٕ ہن ۔ تیلہٕ ہیکو کھ
اُسی یم تِھے کنٛی ورتاوِتھ یتھ کنٛی اُردو والی ورتاوان چھِ ۔ شاعر س ہیتِن ضرورت پیٚیہ تیتن
کرِ نونُک اعلان تہٕ نوٗن یی وزنس منٛز شمار کرینہٕ ۔ یتن شاعر نونُک اعلان کرِنہٕ
تتبن گژھِ نہٕ نوٗن وزنس منٛز شمار ۔ یہٕ قسم چھُ تمن اُردو تہٕ فارسی لفظن ہندیمن منٛز
نوٗن یا نوٗن عنہٕ الفہٕ پیٚہ تہٕ چھِ یوان ۔ بیاکھ قسم چھُ خالص کاشرین لفظن ہندیمن منٛز تہٕ
چھُ الفہٕ پیٚہ نوٗن یوان ۔ مثلاً کھوان ، ژٕتان ، گندان ، وساں ، ژھاران ، ساوان ،
ژلان ، گلان ، مران ، لیکھان ، ژرژان ، کاران ، ماران ، ساران ، داران ، تاران
زاگان ، وُہان ، پھہان ، ژہان ، جکھان ، پران ، نژان ، سمان ، کھمان ، ژوان
وُزان ، وُشناوان ، ترٛہران ، بہران ، کھوژان ، اسمان بیترِ ۔ فہرست چھِ اَیتہٕ روٚس
یم لفظ چھِ ناگزیر تہٕ شاعر ہیکہٕ نہٕ یمن لفظن نش چشم پوشی کرِتھ ۔ تِھن لفظن منٛز چھُ ناکارٕ

پاٹھی نوٗنگ اعلان سپدان ۔ اَمہِ کاچہِ ہے وُچھوٗ نصف کھوتہٕ زیادٕ غزلہٕ شاعری یی
بے وَزن قرار دِنہٕ ۔ میون مشورٕ چھُ یی زِ اُردوٗ فارسی کِس تقلیدس منٛز گژھہِ شاعرس
اختیار دِنہٕ یُن ازٕ تہِ ییتھِن ییٚزٕ نھِ نوٗنگ کرا اعلان ییتھن ییٚزٕ تھٕ تیتھن گرنہٕ اعلان۔

وونی چھُ تمہِ نوٗنِ غنہٕ ہُنک مسلہٕ یُس اُردوٗ تہٕ فارسی زبانٕ ہندین لفظن منٛز "واو"
پتہٕ چھُ یوان ۔ مثلاً جنوٗن، منوٗن، خوٗں، دروٗں، زبوٗں، مضموٗں، گردوٗں، دِگرگوٗں
بیتر ۔ فہرست ہیکہِ زیوٗٹھ ٹنھتھ ۔ اُردوہس منٛز چھُ شاعر یمن لفظن پننہِ مرضی مطابق وَرتاوان
ییٚزٕ تھ تہٕ نوٗنگ کرا اعلان ییٚزٕ تھ کھیتی کرنہٕ ۔

کاشُر شاعری منٛز تہٕ چھہِ یتھی لفظ وَرتاوہٕ یوان ۔ میون مشورٕ چھُ زِ یم فارسی تہٕ اُردوٗ
لفظ وَرتاونہٕ وِزِ گژھہِ کاشُر شاعر خوٗدموختار آسُن زِ پلٕضے کرِ نوٗنگ اعلان تہٕ پاضے
کرِنہٕ ۔

تی توکھ وونی تم خالص کاشرِ لفظ یمن منٛز واوس پتہٕ "نوٗن" چھُ یوان ۔ دوٗن
ہوٗن، تُریوٗن، میوٗن، ووٗن، توٗن، تروٗن، موٗن، روٗن، ڈوٗن بیتر ۔ فہرست
چھُ زیوٗٹھ مگر اَسی کرو یمنے کینژن لفظن پیٹھ بحث ییمہِ کنہِ چھُ یمن تہٕ یتھین باقی لفظن
منٛز نوٗنگ کارا اعلان سپدان ۔ یتھین لفظن منٛز گژھہِ نوٗن وزنس شمارس منٛز اَنہٕ
یُن تہٕ نوٗن گژھہِ نہٕ بطورِ نوٗنِ غنہٕ ورتاونُک اجازت آسُن ۔ ویسے چھُنہٕ یتھ حماقت
کانسہِ شاعرن وُنیک تام کرمژ تہٕ ۔

وونی چھُ مسلہٕ تمہِ نوٗن غنہٕ ہُنک یُس اُردوٗ تہٕ فارسی یس منٛز "ی" اچھر پتہٕ چھُ
یوان ۔ مثلاً زمین، رنگیں، غمگیں، نمکیں، شاہین، زریں ۔ یمن لفظن متعلق چھُ میون
مشورٕ زِ ہرگاہ یم اصلی تلفظس منٛز ورتاونہٕ یِن نوٗنس یا نوٗن غنہس سٟتیٚ گژھہِ سُے سلوک

رواروزٕن یُس اُردوٕہس منٛز ورتاوٕنہٕ یوان چھُ۔ یعنے ضرورتس تحت نٮ۪تھن یرٛ ھونوٗنک کرٕو اعلان ییٚتھن یرٛ ھو تٮ۪تھن کرٕو نہٕ اعلان۔

ہرگاہ یِتہِ یورٕ ٲسی اَتھ اصوٗلس پٮ۪ٹھ کاربند روزو کٲشرِ شاعری منٛز گژھہ سُہ انتشار تہٕ افراتفری دوٗرِ تیُس نوٗن غنہ کِس سلسلس منٛز۔ لبٕنہٕ چھُ یوان۔ شاعری تہٕ خاص کرٕ عروضس منٛز چھِہٕنہٕ تُھگی جان ہٕتہٕ نہٕ چھِنے بالکل یِلہٕ گی ٹھیک۔ اصوٗل وضع کرِتھ اصوٗلن پٮ۪ٹھ کاربند روزُن چھُ بالغ نظر قومن ہُند وطیر۔

کٲشرِ شاعری منٛز چھِ بٮ۪یہِ تہٕ کیٛہنہٕ عروض مسلہٕ یِم دلیٖو قامت۔ بہارٕن ہندی پاٹھی اَسہِ برونہہ کنہٕ صرف اَوموکھ کھڑا چھِ تہٕ تکیازِ اَسہِ چھُنہٕ یمن مسلن پٮ۪ٹھ از برونہہ سوٗرمت سوچمتے۔ ٲسی چھِنہٕ یمن مسلن دل دِنس متعلق زانہہ تہٕ سنجیدٕ ٲسی ہمتی۔ صرف چھِنے اکھ اَکس شعر پٮ۪ٹھ پامہٕ دِرٕ شہرٕ اکثر زبٲنی زبٲنی۔ بہر حال بیاکھ سنگین مسلہٕ چھُ تلفظُک۔ لفظُک تلفظ چھُ عروضی میٖزٕ نظامہٕ کنہٕ کُنی۔ کٲشرِس منٛز چھِ واریاہ فارسی، عربی تہٕ اُردوٗ لفظ داخل گمتی۔ یِم لفظ چھِ کٲشرِ بو قبوٗل کرِ ہمتی تہٕ یِم لفظ چھِ عام بول چالس منٛز۔ دوہہ دِش پرتھ جایہِ وَرتاونہٕ یوان۔ قبوٗل کرِ نہٕ آمتین لفظن ہُند تلفظ چھُ پور سماج مقرر کران تہٕ سُے تلفظ چھُ معیٲری یوان ماننہٕ۔ شاعر چھُ سماجُک اکھ فرد۔ یہٕ ہٮ۪کہ نہٕ باوُتھ بلہٕ سٕتی لفظن ہُندٕ مروجہ معنے بدلٲوِتھ۔ یہٕ ہٮ۪کہ یمن نوٚو معنہٕ بخشِتھ مگر یمن ہُند تلفظ ہٮ۪کہ نہٕ بدلٲوِتھ۔

نی تو کھ یِم لفظ حسن، عشق، ظلم، اشک، مشک، تخت، سخت، ذکر، فکر، زہر، حرف لفظ، نقش، زلف، حکم، ضرب، کرب تہٕ سر دیٚتر ہٮ۪تہٕ بُدِ لفظ چھِ کٲشرِس منٛز عربی تہٕ فارسی پٮ۪ٹھ آمتی۔ یُس یمن ہُند اصلی تلفظ چھُ تمہٕ کِنہٕ چھِ یِم تہٕ تِتھی ہوی بٮ۪یہ واریاہ لفظ عروض حسابہٕ وتد مفروق کِس زمرس منٛز یوان۔ یعنے گوڈنیُک اَچھُر متحرک

تہٕ بلہٕ تے زٕ حرف متواتر ساکن مگر کاشرس منز داخل گژھنہٕ پتہٕ چھہٕ یہند تلفظ بدلان ۔ تلفظ بدلیوو تہٕ لفظُک وزن تہٕ بدلیو و ۔ یعنے کاشرس منز ہیکن یم وو نی وتد مجموع کس زمرس منز یتھ ۔ یعنے گوڈنکی زٕ اچھر متواتر متحرک تہٕ آخری اچھر ساکن ۔ کیا زبر گیو و ہرگاہ یم لفظ شاعری منز تتھی تلفظس منز ورتاوہٕ ییہن یس تلفظ سماجن مقرر کور مُت چھُ یم چھہٕ گرا فارسی تلفظس منز ورتاوہٕ یوان گرا کاشرس تلفظس منز ۔

حد چھہٕ یہٕ زٕ بامنے چھُ اکہٕ ہے شعرس منز اکے لفظ دون الگ تلفظن منز ورتاوہٕ یوان ۔ امہٕ لحاظہٕ چھُ کاشر شاعری منز انتشار ۔ یہ انتشار چھُنہٕ تیتھ لُسہٕ دور ہیکہٕ گژھتھ ۔ بس کاشرس منز شعر ونہٕ ورزٕ چھُ یمن لفظن ہند کاشر تلفظُک خیال تھاون ووں گو وکنہٕ کنہٕ چھہٕ ہنز کنہٕ درج کرنہٕ آمتی لفظ فارسی اضافت ہنتھ ترکیبن منز استعمال گژھان ۔ تمہٕ ساعتہٕ چھنے وزنہٕ حسابہٕ یہنز نوعیت بدلان مثلاً ضرب شدید ، حسن کلام ، عشق حقیقی لحنت جگر ، کرب وجود ، مُشکِ اذفر ، ظلم وجبر ، زلفِ خمدار ، ذکر الٰہی ، زہرِ قاتل ، حرفِ حق ، " فکرِ شعر " ، روحِ پاک ۔ یم ترکیبہٕ چھنے کاشرس منز مستعمل تیمہٕ ساعتہٕ یم اضافتہٕ سان ورتاوہٕ ین لازمی من کر ورتاوک طریقہٕ یہند تلفظُک تعین ۔

واریاہ کاشری لفظ مثلاً اس ، آس ، آد ، باو ۔ آی ، اوس ، جاٰی ، میاٰنی ، کاٰنی ، یاٰری ، بیتر چھہٕ وتد مفروق کس زمرس منز یوان ۔ یعنے گوڈنیک متحرک تہٕ باقی زٕ متواتر ساکن ۔ یم لفظ چھہٕ کاشر شاعری منز لیسلہٕ ورتاوہٕ یوان ۔ مگر اکثر عروضی اصولن خلاف ورزی کرتھ ۔ یمن لفظن ہند آخری اچھر یس ساکن چھُ چھنہٕ اکثر جاین وزنس منز شمار گژھان ۔ ہرگاہ یم لفظ مصرعس منز س ورتاوہٕ ین تیلہٕ چھُ یمن ہند

شمارٕ عروضی لحاظ کرُن ضروری ۔ ہر گہہ مصرعکس آخرس پیٹھ ین تیلہِ ہے چھ نہٕ تراوو کھ کیہنہٕ پرواے چھُنہٕ ؎

دوٗر رکی پردہٕ تٕھیتنتھ پیٚیے نہٕ وُستھ آو دُنیا
وو گٔژ چاٲنی کاڈ ڈیشتھ کار پٔتی خٔتم

بیاکھ مسلہٕ چھُ تمن لفظن ہند یمن منز بس ساکن" میم" اچھُر پتہٕ متحرک "ب" اچھُر چھُ لوان ۔مثلاً تمبلاوُن ۔ امبہ ۔ تمبلن ، تمبہ ۔ کمبہ بیتر ۔ یمن لفظن ہندی "م" یم نونہٕ آواز چھِ دِوان نہٕ چھ تقطیع ورتہٕ تراونہٕ یوان زن نہٕ یمن اچھرن ہُند وجودے چھُ ۔ الاکہِ یمن میمن یروہہ نہٕ ہٕ وٲلی متحرک اچھر چھِ یہندی مدہٕ سبب خفیف بنان ۔ سبب خفیف چھُ دون اچھرن (متحرک ہٕ ساکن) پیٹھ مشتمل یِیلہِ امہِ کس اکس اچھرس ستی یہ کھلواڑ سپد تیلہِ کُس عروض نہٕ کوس تقطیع ۔

یہ مقالہ اندوانتاونہٕ برونہہ کرو اُسی شرس منز تھکس متعلق پتھ انگریزی پاٹھی PAUSE چھِ وَنان کیہنہ کتھ ۔ اَتھ تھکس متعلق چھِ جناب رحمٰن راہی صاب پننہِ کاشر شاعری نہٕ ورنگ صورتحال" ناوی کتابہِ منز پیتھ کُنہ رقم طراز ۔

"بیاکھ اکھ اصطلاح نہٕ چھُ لایق توجہ یتھ انگریزی پاٹھی PAUSE وَنان چھِ ۔ نہٕ اَسہِ وونس پتی پاٹھی تھک ۔ امیُک نہٕ چھُنہ کلاسکل عربی فارسی عروضس منز کانہہ تصور لبنہ یوان ۔ نہٕ اُسی کاشری نہٕ چھِنہٕ کُنہ شعرس تل کرنہٕ ورنہٕ امیُک کانہہ خیال تھاوان ۔"

تھکُک سیدِ سیوٚد تعلق چھُ شعرکس مفہومس ستی نہٕ زورنس ستی کلامس دوران

یم تھک ین یاناَنتھ مانتھ دِنہٕ ین تموٚستِ بیٚیہِ نہٕ کلامہٕ کِس عروضی وزنَس کانہہ فرق بلکہ بیٚیہِ تمہِ کِس معنےکِس شدتَس پیٹھ فرق۔ عربو دیُت یہِ تصوٗر خلیلس تہٕ بروٚنہہ تہٕ کیازِ کلامس متعلق یوٗ تام حساس آسی شاید ہے آسہِ بیٚیہِ کانہہ زبان بولن وول قوم تیوٗت حساس اَوے اُسی تم پانَس عرب وَنان تہٕ باقی لوکن عجمی یعنے کٕلی۔ قرآن شریف پرناوُن، ہیچھناوُن تہٕ بروٚنہہ یوٗ تاہ رموز اوقافن پیٹھ زور چھُ لوان دِنہٕ تمہِ نکہِ تہٕ چھُ بنان زِ تھکس متعلق کأیتاہ باشعوٗر تہٕ زانٲنی یاب اُسی تم تمہِ سأعتہٕ انگریزی زبان وُنہِ نہٕ مألی ہندِس پیتَس منز آمژ اُس تہٕ نہٕ ماجہِ ہندِس شکمس منز۔ تمہِ ساعتہٕ اوس عربن امیک شعوٗر۔ چنانچہِ خلیل بن احمدن تہٕ تھوو عروضَس منز یمن کتھن ہُند پوٗر پوٗر خیال۔ تمَس پتہٕ تہٕ یم عروض آیہِ تموٚ تہٕ پکنو وِ یہِ تصوٗر بروٚنہہ۔ اَوے کٕرِ چھِنے کمتوٚ ہن بُنیادی بحرن منز کیہتہٕ ترٛٹھ بحر تہٕ یمن شکستہ بحر چھِ وَنان۔ یمن بحرن منز چھُ وقفُک خیال آمُت تھاونہٕ۔



---

۲؎ یم اَوزان چھِ بحرِ متقارب منز اخذ کرنہٕ آمتی۔ یمَن وَزنَن منز چھِ تیتھی امکانات تہٕ تِژ گنجأیش زِ ہتہٕ بدی شار آہنگ ممکن یمو منز تیر تھ۔ مے خاکسارن چھِ امہِ غزلکی پرمانہٕ ژھوٚر اَدِ مکھ زیٹھر اُوِتھ بے شمار غزلہٕ لیچھمٕژ۔ پربتھ غزلُک آہنگ چھُ نوٚو باسان۔

عزیز حاجنی

# کأشرِس منز مذھبی نثر

# اکھ تحقیقی جائزٕ

دَپان بڈشاہی دور اوس علم وادبکہِ حوالہٕ تہٕ کشیرِ ہند تأریخُک سونہأری دور تہٕ شیری ورچھ لیکھان "بادشہس اَس پرٛتھ زِ پرٛچھ کأنسہِ پرٛزٕ ترٛشھِ زبأنی منز ہدایت دِیُن یوسہٕ زبان سُہ زانان آسہِ۔ اَمہِ کنِہ کرنو وُنمۍ سنسکرت مقأمی زبان ہٕ تہٕ فارسی زانَن والین عالمن اَتھ مختلف الہامی کتابَن ہُند ترجمہٕ" چونکہ اَسہِ تام چھُنہٕ اَمہِ نوعیتُک کانہہ مسُود یا نوسخہٕ وونمُت اَدِکنِہ چھ اَتھ پیٹھ بحث کرُن ٹٲلِی۔ شہمیری دورٕ پتہٕ چھُ ژکَن ہُند دور کشیرِ ہند تأریخُک اہم تہٕ پُرآشوب دور مانہٕ یوان۔ دَپان اَتھ دورس منز اوس مُلا احمد مہرمنِ قرآن مجیدُک کأشر ترجمہٕ کوٚرمُت مگر تہٕ چھُنہٕ ڈسی یاب سپدمُت اَتھ دورس دوران رٔودیتہٕ شیعہ مسلکُک لول یا لا مرثیہ گوئی لوٚب کأفی وُسجار۔ کأشر ادبُک تواریخ مرتب کرَن وألی ناجی منور تہٕ شفیع شوق چھِ یمِنے مرثین کأشرِ نثرکی پرأنی تہٕ اوکین نمونہٕ مانان۔ اکِہ کلاسیکی مرثی ہُند اکھ بند مثالہِ ژنگی پیش کرِتھ پتہٕ چھ فاضل ادبی مورخ لیکھان "یم چھِ پرٛتھ قاعدکِنہ نثری جُملہٕ تہٕ روَن والین ہنز نیازمندی تہٕ جاںنثاری چھِنے یمَن منز جذبأتی شدت یا دگران یوسہٕ مخصوص آیہٕ تِمَن منز ظأہر اَس سپدان۔"

مرثی ہندِس تارٟخِس تہٕ فنس پیٹھ سٟنٛز تہٕ گٔنز نظر تھاوَن وٲلۍ اکثر مُحقق تہٕ نقاد چھ اَتھ برعکس سونچان ۔ نشاط انصاری چھ مرثی ہندِس تارٟخِس تہٕ فنس متعلق لیکھنہٕ آمژ ”کاشُر مرثی“ ناوِچہ بَتنہٕ کتابہِ اَندر کلاسیکی مرثی پیٹھ کُتھ کرتہٕ وِزِ اتھ اندر موجوٗد اکہِ ضابطہٕ بند عروضی نظامٕچ نشاندہی کران ۔ ”کربلا کین شہیدن مُتعلق یِم تہٕ کاشُر مرثی شٲہمیری دورٕ پیٹھ ڈوگرٕ مہاراج پرتاپ سِنٛگھنس دورس تام یِسلہٕ پاٹھۍ تخلیق چھِے کرنہٕ آمژٕ یِمن ہُنز ہیٔت چھِے فارسی تہٕ عربی شاعری ہنز ۔ مرثی نِگاری ہندِ فارمہِ نِشہٕ بالکل منفرد ۔ مرثِین ہندِس اتھ وافر تہٕ مخصوص حصس چھ کلاسیکی مرثی وَنان ۔ یِمن مرثین ہندِ عروضی نظامُک یوٗتام تعلق چھُ سُہ چھ انتہائی پیچیدہ تہٕ تہٕ اکہِ خاص کاچہٕ ہُندٕ تہٕ کیازِ اَکِس کلاسیکی مرثی اندر چھ اَمکی پانژھ حصہٕ حمد، نعت، مدح، معجِ تہٕ درد ۔ یِمن ہِکوٗ اَسی اکہِ مرثی ہندۍ اجزاۓ ترکیبی تہٕ وَنِتھ ۔ یِمن اجزاۓ ترکیبَن اَندر چھُ پانژھ قسمہٕ عروضی نظام آسُن دعوی کرنہٕ یوان مثلن مضموٗن کتابُک حمد چھیرِ ہُندٕ برخواست ع

یا اللہ کرِ تم فضلا کرِ واحمد چ بہ کتاب

تہٕ امیک دُنبالہٕ ——— ع

تھاوتم قبوٗل ہُدیہ شُکر ہمہٕ تعلیما

نعت چھیرِ ہُند گوڈنیُک برخواست

کوٗرُتھ خاتم رسالہٕ رسالت مُرسلن انتخاب

اَمکی دُنبالہٕ ۔ کتاب خانہٕ قُدرت تس بو تسلیما “

منظوٗر ہاشمی تہٕ چھُ بَتنہٕ ”حُسیات“ ناوچہ کتابہ اندر تمہ ہِین اَمی قسمکین خیالَن ہُنز باوتھ کران ۔ یِتھ پاٹھۍ چھ اول الذکر ادبی موٗرخن ہُند یہِ دعوی رد سپدان

زِ کأشُر کلاسیکی مرثی چھے نثرِ تہٕ نظم۔ تاہم چھے مرثی ہندِس توارخس تہٕ ارتقاہس پیٹھ موجوٗد دورِس اندر "کأشُر مرثی"، تہٕ "حُسینیات" کِتابو علاوہ بیہ زاہم کتابہ یعنی شاہد بڈگامی سنز "کأشِر مرثی ہُند تواریخ" تہٕ انیس کاظمی سنز "کأشر مرثی نگأری" منظرِ عامس پیٹھ آمژ۔ یِموٗ ژوشوے کتابہ ہیکو کھ اُسی مذہبی نثرکِس زمرس منز تہٕ اُنِتھ۔

کأشر زبأنی ہندِ مذہبی نثرُک واریاہ پژون، بوڈ بارِ تہٕ اہم حصہ چھُ تم وعظ تہٕ خُطبہ یِم سأنی بہلہِ پایہٕ دینی عالم مبلغ ہٕ امام کأشرِس منز لیکھنہٕ بیتہٕ پیش کران اُسی۔ امہِ قسمکو واریاہ تھکنی لایق مسوّد چھِ میر واعظ منز لچہٕ لائبریری منز محفوظ۔ ہینے کریہ کوشش یِموٗ منز کینہہ نموٗنہٕ حاصل کرنچ مگر گو دِ نہٕ ممکن۔

کأشر زبأنی منز چھُ مذہبی نثرُ نگہ چھأپی صوٗرتس منز ڈِسی یاب سپدمُت اوّلین نموٗنہٕ بائبلہٕ ہند ترجمہ یُس گوڈ ۱۹۲۱ءیس اندر شاردا پی تہٕ امہِ پتہٕ ۱۸۸۴ءیس منز فارسی خطس منز شایع سپُدمُت چھُ۔ امہِ پتہٕ آو اولڈ ٹیسٹامنٹُک ترجمہ تہٕ برٹش بائبل سوسأٹی ہندِ انتظامہ کرناونہٕ تہٕ لدھیانہٕ پیٹھ آیہ یِم دوشوے حصہ ۱۸۹۹ءیس منز یکوٹہ شایع کرنہٕ۔ امہِ ترجمہ منز کریہ اکھ اقتباس مثالہٕ نگہ پیش

"تو پتہٕ آو یسوع رُوحکہ قوتہٕ ستی بیابانس اندر نیہ، یتہٕ شیطانن تس آزماوِ تہٕ یِلہٕ ژ تجہن راژن تہٕ ژ تجہن دوہن روز تھاوِتھ موکلیوو آخرِ گژھس بوچھ تہٕ آزماوَن والی دوَپ تس نِش یتھ، تس ژ ہے خُدایہ سُند فرزند چھکھ ژ دَپھ یِمہ کنہ بنن ژوچہٕ"۔ کچھے کال برونہہ چھُ اقبال فہیم صابن "انجیلہٕ شریفُک" ترجمہ کأشرِس منز کورمُت یُس شایع تہٕ سپدمُت چھُ۔

وُہمہ صدی ہندِس آغازس منز آیہ آغا سید محمد موسوی بڈگامی سنز شعیہ مسلکن

فقہی مسلن متعلق لیکھنہٕ آمژ "کأشر کتاب" شایع کرٕتھ۔ یہ کتاب چھےٚ دۄن جلدن
منز چھاپ۔ محمد نورالدین قاری کاشمیری سُنز "کأشر مسلہ کتاب" تہِ چھےٚ کأشر مذہبی ادبکہ
حوالہٕ اکھ اہم کتاب یوسہٕ اکہِ وقتہٕ کشیر ہندس پرتھ گامس تہٕ بستی اندر پرنہٕ یوان اوس۔
اتھ کتابہٕ منز چھہ عباداتن تہٕ نکاح، قربأنی تہٕ طلاق بیتر باقی معاملاتن متعلق عام فہم
زبأنی منز کتھ ونہٕ آمژ۔ مثلن سجدس متعلق مسلہ "اگر کانہہ صرف ڈیکسے پیٹھ سجدہ دیہ۔
نس کیہنہ زمینس پیٹھ تھاوِ نہٕ۔ نماز وسیس نکھہ۔ لیکن اگر صرف نستے تھاوِ۔ ڈیکہ کیہنہ تھاوِنہٕ
تیلہٕ تہٕ کیہنہ۔ البتہٕ درحالتِ مجبوری وسیس نکھہ"

کأشر زبأنی منز قرآن شریفک ترجمہ تہٕ تفسیر چھُ سانہٕ نثری ادبک اکھ قابلِ
فخر انہار۔ اتھ سلسلس منز چھُ چھاپ سید یمیتُو نسخو منز گوڈنیک میرواعظ مولوی
یحیٰی صأبُن عمہ سپارہ ہند کأشر ترجمہ۔ دیان اسلامیہ ہائی سکولکہ اکہِ ریٹائرڈ ہیڈماسٹر
غلام محی الدین خان نہال پوریٚن اوس سارے سے قرآن مجیدس کأشری پاٹھی ترجمہ
کورمُت یمہ چھپنہٕ بدس یتھ ہیوکُٹ۔ دیان مشہور دینی عالم تہٕ ادیب غلام محمد حنفی
سوپوریٚن تہٕ اوس قرآن مجیدس کأشری پاٹھی ترجمہ کورمُت۔

میرواعظ مولانا یوسف شاہ صأبُن چھپیو وگوڈنیتھ عمہ سپارہ ہند ترجمہ تہٕ
تفسیر تہٕ امہ پتہٕ آو سارے سے قرآن شریفس کرتہ آمُت یُہند ترجمہ تہٕ تفسیر "بیان القرآن"
ناوٚ دۄن جلدن منز منظر عامس پیٹھ ییٚس واریاہن گرن منز پیٚتر شہر تہٕ شوقہ
سان پرنہٕ یوان چھُ۔ مولانا احمد شاہ جامعی ین تہٕ چھُ قرآن مجیدکس اکس حصس ترجمہ

کوٚرمُت یُس شایع تہٕ سپُد مُت چھُ۔ مولانا انور شوپیانی ییٚن تہٕ چھُ "سورۂ یوسفس کاشرِس نثرس منٛز تفسیر کوٚرمُت۔ امہٕ علاوٕ چھےٚ علی شاہ ہرل، مولوی عبدالغنی شوپیانی محی الدین مسکین سریہ بلٕی تہٕ مفتی ضیاء الحق کریری ہندٕ ترجمن ہنٛز ژرینہٕ ڈٲنی تہٕ میلان مگر یم ترجمہٕ چھینہٕ ڈسیاب سپدی متی۔ ابوحسن وفائی ہنٛز دینی مسلن پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ "شرحِ محمدیؐ" تہٕ چھےٚ سانہٕ نثری ادبُک موٗلُل سرمایہ۔

ریاستی کلچرل اکیڈمی ہندِ طرفہٕ سپُد سنہ ۱۹۸۴ ییٚس منٛز مولانا ابوالکلام آزادُن "سورۂ فاتحہ" تفسیرُک کاشُر ترجمہٕ "امّ القرآن" ناوٕ شایع۔ ترجمہٕ کار چھُ محمدؐ عبداللہ شیدا۔ یہ ترجمہٕ تہٕ تفسیر چھُ سیٹھاہ بارِیک بینی تہٕ احتیاطہٕ سان کرنہٕ آمُت۔ زبان چھےٚ ترسیلی تہٕ موجِ۔ اکھ نوکٕٹ مثال "ربوبیۃ تہٕ رحمتہٕ پتہٕ یمہٕ صفتُک ذکر کرنہٕ آمُت چھُ، سہٕ چھُ عدالت تمہٕ خاطر چھُ "مٰلِكِ یَوْمِ الدِّیْنِ" ونہٕ آمُت"۔ کلچرل اکیڈمی ہندی طرفہٕ آو اکی ورِ "حدیث شریف" ناوچہٕ کتابہٕ اندر کیژن منتخب حدیث شریفن ہند ترجمہٕ شایع کرنہٕ۔ ترجمہٕ کار چھُ محمد عبداللہ طاری۔ امی ادارن چھوپ زین العابدین رہنما ہنٛز "پیامبر" کتابہِ ہُند کاشُر ترجمہٕ ترٛین جلدن منٛز۔ یہ ترجمہٕ چھُ حیات النبیؐ ناوٕ ڈاکٹر شمس الدین احمدن کوٚرمُت۔

مولانا قاسم شاہ بُخاری

ییٚن تہٕ چھُ کُہنہ وری برونٛہہ قرآن مجیدس کاشرِ پاٹھٕ ترجمہٕ کوٚرمُت۔ غلام نبی ناظر صابن

تہٕ پھِر قرآن مجیدُک ترجمہ تہٕ تفسیر اُردو زبانی پیٹھ کاشُرس منز۔ یہ آو جماعتِ احمدیہ کہ طرفہٕ شایع کرنہٕ۔ عباس تابش صابن چھُ کربلاہک واقعہ کاشرس نثرس منز لیوکھمت یُس کاشرِ مذہبی نثرِ منز اَکھ بۆڈ بَرتَر کران چھُ۔

ریاستی کلچرل اکیڈمی ہندی طرفہٕ آو "رُوحانی فلسفہٕ" شایع کرنہٕ۔ تقریباً سو آدن دون ہتن صفن پیٹھ مشتمل امین کامل سنز اَکھ کتابہ اندر چھے ویدانت، ترکہِ ساسترِ تہٕ اسلامی تصوفس عالمانہٕ اندازس وۄتھے کرنہٕ آمژ۔ اکیڈمی طرفہٕ چھُ ازکل مولانا شبلی سنز "الفاروق" کتابہ ہند سیف الدین قاری صابُن کوٚرمُت کاشُر ترجمہ اشاعتی مرحلومنز گُذران۔

کشمیر یونیورسٹی ہند کاشُر شعبکہ طرفہٕ تہٕ آیہ مذہبی نثر کِس زُمرس منز۔ یِمہٕ واجنہِ کتابہ شایع کرنہٕ یِمن منز پروفیسر رشید نازکی سنز "مذہبی رہنما" تہٕ بدری ناتھ کلا سنز "کاشُر شیومت" خاص پاٹھی قابلِ ذکر چھے۔ بوزوے تہٕ نازکی صابنہٕ "ریشیت" تہٕ "سانی ریشی" تہٕ چھے اُکھی زُمرس منز یوان۔

غارسرکاری ادبی انجمنن ہندِ طرفہٕ تہٕ چھے اَکھ سلسلس منز۔ کم کاسہ کام سپزمژ۔ حلقۂ ادب سوناواری حاجنین چھوپ ۱۹۸۲ ہس منز "ولرکی لَر" کتابی سلسلک پندراہ صدی ہجری نمبر۔ قریب دون ژہتھ صفن پیٹھ مشتمل اَکھ سالنامس منز چھ ہجرت اسلامی کلینڈرُک کُن، قرآن مجید تدوین پیٹھ چھپتس تام مُسلمانن ہندی سائنسی ایجادات کشیر منز اسلامک آغاز، کاشر زبانی اسلامک قیمت بتر عنوانن پیٹھ بھتکی لایق نثر پارہ شامل۔

کالجن تہٕ ہایر سکنڈری سکولن منز یم ہتہٕ وادمیگزین پرتھ وری یہ چھپان چھ تمن منز تہٕ چھ نونہال لکھارن ہندی مذہبی موضوعاتن پیٹھ لیکھنہٕ آمتی درجنہ واد نثری نمونہ شامل آسان۔

ہرگاہ اَسی نَم دِتھ سونچو۪ہ سَنو تخلیقی باوٕژھ زَن اندر تہٕ چھُ مذہبی تہٕ دھارمِک ادب موجوٗد تہٕ زَن گوو کاشُر زبانۍ منٛز گوڈنیُک ڈراما "ستح کہوٹ" یُس نند لال کولن ییوکھ تہٕ چھُ دھارمِک ڈٲلیہِ پیٹھٕ ڈُرِتھ۔ یِتھے پاٹھۍ چھِ تاراچند بسملن "راز ہریش تٔندرٕ نی دلیل" تہٕ ڈرامہ کِس فارمس منٛز اَنِچھمُت۔ یِتہٕ چھُ وَنُن یِوان زِ دُرسکی سوٗتہٕ راز دانن چھُ مہابھارتُک مکمل ترجمہٕ کاشرِس نثرس منٛز کورمُت مگر یہ چھُنہٕ وُنِستام چھاپ سپُدمُت۔

امین کامل صابن لیچھ "بہا اللہ تہٕ نوٚو زمانہٕ" ناوٕ کتاب کاشرِ پاٹھۍ۔



علی محمد نشترؔ

# کاشرس ادبی تحقیقس منز
# یوٗرپی محققن ہند دیُت

اگرچہ کاشر زبانی منز لیکھنہ آمُت ادب سیٹھاہ پرٛون چھُ اوسمُت، مگر امہ تام یہ ہن و وتمت چھُ، تہ چھُ مسامسا اکھ ساس ؤری پرٛون۔ مثلن سنگرہ شلوک چھم سمپرٛدای یا چھم ید۔ عالمن ہندِ وَنُن چھُ کہ یم شلوک یا ید چھ سجید تہ عالمانہ شاعری ہندی نمونہ۔ مگر اتھ کر لوٗر تہ امہ سیٹھاہ پرٛانی لکھ لیہ ہنز یوسہ شاعری وجوٗدس آمژ آسہے، تمہ چھنہ کانہہ واقفیت۔ تکیازِ یوٗرپی عالمن تہ محققن ہند یوٗر ینہ برونہہ اوس نہ تیٚکُ تحقیقی تہ تنقیدی شعوٗر خوفتہ۔

کٔشیر۔ یوٗرپی حکمرانی تحت یتھ کتیاہ سیاسی تہ سماجی مسلہ گےٚ پاد تہ کتیاہ مسلہ گےٚ حل۔ سُہ چھُنہ سون موضوع۔ مگر اکھ اہم پیٚش رفت سپٕز یہ کہ یوٗرپی محققو تہ سالانہو کوٚر یتہ اکھ سائنسی مزاج تہ علمی تہ تنقیدی شعوٗر پاد کرنس منز بُنیادی رول ادا۔

ییٚتہ سیاسی منظر نامس پیٹھ کنوہمہ صدی ہندہ برصغیرس ووت بختاوار روٗد تہ، تتہ روٗد یہ دور باقے زبانن ہنٛدِ کاشر خاطرتہ بہترٕ یوٗزتہ خوش آیند۔ اتھی زمانس منز واتی یوٗرپکی وار یاہ سالانی سرکاری اہلکار، محقق تہ زبان دان کٔشیر۔ یمن منز وٕنہ بہن اوس

مِشنری یو ییٚتہٕ عیسائے مذہب متعارف کرنُک تہٕ پھہلاونُک سنز۔ تہٕ گوٚرمُت مِشنری یو ییٚتہٕ عیسائے مذہب پھہلاونکی منصوبہٕ ترتیب دِتی تہٕ کرٕکھ عام لُوکن منز۔ لیکھ پرٕ ہنز شوٗدبوٗد دوٗہ تلاونٕچ مخلص کوٗشش تہٕ۔ مِشنری سکوٗل تہٕ مِشنری ہسپتال (مِشن ہسپتال) چھ اَمہِ رنگہٕ تہٕ تواریخی اہمیتکی کہتہٕ۔ مِشنری ہٕنگی سنجیدگی سان کاشُر زبانی ہنٛدِس مُطالعس تہٕ تحقیقس کُن۔ سر مارک آرل سِٹائن چھُ لیکھان کہٕ ڈاکٹر فرینس بُرنیر چھُ گوڈنیُک یوٗرپی باشندٕ یُس ۱۶۶۴ءَس منز کٔشیر ووت تہٕ دیان تمی چھُ فرانسیسی زبانی منز مختلف تحریرو ذریعہٕ یوٗرپ کٔشیر متعلق زانی یاب کرنُک دُسلاب گوٚرمُت۔ مَلک حیدر ژوڈُری ہنٛدٕ "تاریخ کٔشیر"[1] ہٕنٛک ترجمہٕ تہٕ چھُ برنیرن فرانسیسی یَس منز گوٚرمُت۔ دوٗیمہٕ طرفہٕ چھُ پروفیسر حاجنی رقمطراز۔

"گوڈنیُکھ میجر آر۔ سی لیچن ۱۸۴۴ عیسوی یَس منز کاشُر زبانی ہنٛد انگریزی پاٹھی اکھ ژھوٚٹ گرامر تہٕ ییٚتہٕ ایل۔ بی۔ باورنگ صٲحبن تہٕ فریڈرک ڈریوُن کاشُرن لفظن ہنٛدِس وُسہٕ جارس پیٹھ ۱۸۶۶ عیسوی یَس تام اُکھی رسالس (رائل ایشیاٹک سوسائٹی ہنٛدِس رسالس) اندر کیہنہٕ جان مضموٗن۔ اَمہِ سلسلک انٛد ووت مسٹر ٹی۔ آر۔ ویڈ صٲحبنٕس گرامرس تام یُس تمو ۱۸۸۵ عیسوی یَس منز لندنہٕ چھپیوو"[2]

حقیقت چھےٚ یہِ کہٕ یوٗرپی محقق ٲسی ہٕندٕ پاٹھی کُنوہمہٕ صدی منزے کاشُر زبانی ہنٛدِس ادبس تہٕ لِسانیاتس سنہٕ۔ ایسٹ انڈیا کمپنی قایم سپدنس سٟتی پھہلاو انگریزو

---

۱۔ اَمہِ ناوٕ بیاکھ تواریخ چھُ خلیل مرجان پوٗرِین لیوکھمُت (بحوالہ "سون ادب کٔشیر نمبر ص ۳۶۶)

۲۔ کاشرِ نثرچ کتاب ص ۹۔

دۆر دراز علاقن تام لنگ لنٛجہٕ۔ عیسائے مشنری یوٚہرٕ راوٕ بٕنہٕ سرگرمیہِ تہٕ عیسائے
پادرٕن پیوٚ خیال بائبلہٕ مختلف زبانن منٛز ترجمہٕ کرنُک۔ چنانچہ آو ۱۸۲۱ عیسوی ییٚس
منٛز انجیلہٕ ہُند اکھ حصہٕ کاشرِس ترٛس منٛز بھرنہٕ۔ یہ چھُ ترٛس منٛز۔ گوڈنیُک نموٗنہٕ۔

ہِنٹن نوولزن اوس اکھ جرمن پادری یُس سِند توجہ سارٕوے بروٚنہہ کاشرِس لُکہٕ ادبس
کُن پھیوٚر۔ اَمِکہٕ شوقہٕ پھیوٚر سُہ جایہ جایہ تہٕ کرِن وارِیاہ کاشرٕ لُکہٕ دلیلہٕ، کہاوتہٕ تہٕ محاورٕ
جمع۔ ۱۸۸۵ عیسوی ییٚس منٛز چھپاو نوولز صٲحبن کاشرِن محاورن تہٕ کہاوتن ہُنٛد مشتمل
گوڈنچ کتاب "ڈکشنری آف کشمیری پراوربس اینڈ سے ینگس" اَتھ کتابہِ منٛز چھُ بقول پروفیسر
حاجنی اَکے عاب زِرف دار لیکھان پھُھ کہاوتن، محاورن، ضرب المثلن تہٕ
تلمیحن کُنی گیندٕ گمٕتہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ چھپاو ہنٹن نوولزن کاشرِ زبانی متعلق بیاکھ کتاب "فوک
ٹیلز آف کشمیر" ۱۸۹۳ عیسوی ییٚس منٛز لندنہٕ پیٹھ۔ "فوک ٹیلز آف کشمیر"س منٛز چھے
ژہاٹھ کاشرٕ لُکہٕ دلیلہٕ شامل۔ یِمہٕ دلیلہٕ یوٚز نوولزن سرینگرہ تہٕ اَندٕ ہِکی کینٛہہ لُکن نِشہٕ۔
پرتھ دلیلہِ پتہٕ کرہٕ چھُ راوی سُند ناو تہٕ درج۔ یِمن راوِین نِشہٕ یِمہٕ ڈلیلہٕ نوولزن یوٚزِتھ
قلمبند کرِ، تِمن منٛز چھے باہ دلیلہٕ کمی تام "شوبالو" ناوی دلیلہٕ گرٕ بیان کرمژٕ۔ ترٛوہن
دلیلن ہُنٛد راوی چھُ مکند رام باپو، پانٛژن ہُنٛد آنند کول، پانٛژن ہُنٛد قادر ناوِد، دون ہُنٛد
شیر سنگھ ناوی گور تہٕ باقے دلیلن ہِنٛدی متفرقہٕ راوی شامل۔ نوولزن چھُ یِمن دلیلن ہُنٛد
فوک مزاز برقرار تھونُک پوٚر پور خیال تھوٚومُت۔ اَتھ برعکس چھے کلچرل اکادمی ہُنٛد
طرفہٕ چھپے مژن لُکہٕ کتھن کرژن جاین لُکہٕ اظہار تہٕ مزاز ڈالنچ شعوری کوشش تہٕ پیٚرٕ منٛز۔
سر جارج ابراہم گریرسن چھُ فوک ٹیلز آف کشمیر ناوی اَتھ سومبرنہٕ متعلق لیکھان :-

AN EXCELLENT COLLECTION OF KASHMIRI FOLK TALES

IN ENGLISH HAS BEEN COLLECTED BY REW-HINTON KNOWLES AND PUBLISHED UNDER THE TITTLE OF "FOLK TALES OF KASHMIR"

نوولزن لیچھ بیاکھ کتاب کشمیری رڈلز (KASHMIRI RIDDLES)
دیان فوک ٹیلز آف کشمیری ہس چھ زٕ ایڈیشن دژٲمتی۔

کٲشرِس ادبی سرمایَس سام ہیٚنٛس تہٕ اَمیُک موٗل سرکھر کرنَس چھ یوٗرپی عالِموے دَس تلمُت۔ اَسہِ پیٚٹھ چھ یہِ یوٗرپیک سُہ احسان یُس تہٕ زانہہ مٔشرُن پَزِ۔ تکیازِ کٲشُر ادب بیلہِ یوٗرپی مُحقِقو ژھونڈ تہٕ موٗلہِ وِتھ رٔژھ وو ساٚنِین تمہِ وقتکین ادیبن تہٕ محقِقن ژول احساسِ کمتری ہند ہِشر تہٕ لگی پیٚنِنہ مادری زبان لولہِ للہِ ونہٕ:۔

"یتھ کنہِ ہیکہِ نہٕ کانہہ اِنکار کٔرِتھ زِ یرٔشھو عالمانہٕ کتابو سیٚتِ سپُد کٲشرِ زبٲنی ہُند فنی مُطالعہ شروٗع۔ یُس ہمیشہ پرِتھ کٲنسہِ تحقیق کرَن والِس بکار ییہِ"[1]

کٲشرِ زبٲنی ہُند بحث گوٚو تمہِ وِز بِدار ییلہِ بہلہِ پایہِ لِسٲنی مٲہِر تہٕ بُلند پایُک مُحقِق سر جارج ابراہم گریرسن ۱۸۷۳ عیسوی یَس کیُت ہندوستان وُٹ "لِنگوسٹک سروے آف انڈیا ہُک"[2] سربراہ مقرر سَپدِتھ یوسہِ بے مثال تہٕ اَنتھک کام تمی سرانجام دِژ، سُہ ہیٚکہے نہٕ شاید بییہ کانہہ عالِم دِتھ۔ کٲشرِس متعلق چھ گریرسنَن کینژن انفرادی مقالَن علاوٕ سیٚٹھے اہم کتابہٕ تہٕ مرتب کرٚمژٕ۔ "لِنگوسٹک سروے آف انڈیا" کِس اَٹھمِس جلدس منز تہٕ چھُ تمی کٲشرِ زبٲنی پیٚٹھ مفصل پٲٹھی لیو کھمُت۔ گریرسنَن چھاپ۔ (۳۲-۱۹۱۶) ایرِس تام)

---

[1] کٲشر ترٛیچ کتاب صٓا ۱ - [2] یہ سروے آیہِ وِیانا اورنٹیل کانگریس (۱۸۸۶ء) کہ اکہِ قرارداد مطابق شروٗع کرنہٕ۔

ژون جلدن پیٹھ مشتمل A DICTIONARY OF KASHMIRI LANUAGE —
سنہ ۱۸۹۸ عیسوی یس منز۔ اوس تمہ پنڈت ایشر کول سند گرام "کشمیر شبدامرت" ایڈٹ کرتھ
انگریزیس منز گوڈے چھوپمُت ۔ "سٹنڈارڈ مینول آف کشمیری لنگویج" تاوی اہم کتابہ
ہُند گوڈنیک جلد چھوپُن سنہ ۱۹۱۱ عیسوی یس تہ دوٚیم جلد سنہ ۱۹۲۷ عیسوی یس کیٚت ۔
لل دیدِ پیٹھ تحقیقس دِس تلنکُ شرف تہ چھُ گریرسن سے ۔ سنہ ۱۹۲۰ عیسوی یس
منز چھاپ تمہ للہ ہندن واکھن ہنز کتاب "للہ واکیانی" لندنہ ۔ اَتھ کامہ اندبوٚر دنس
منز چھُ گریرسنس دھرم داس درویشس علاوہ بھاسکر راز دانن تہ اَتھ شہلوومُت ۔
مُکند رام شاسترین تہ چھُس واریاہ مدد کوٚرمُت ۔ اَتھ کتابہِ منز چھُ اَکِس نوٹس منز
درج زِ :-

"..... SIR GEORGE GRIERSON ASKED HIS FRIENDS AND FORMER ASSISTANT MOHA-MOHOPADYA PANDITH MUKUND RAM SHASFRI, TO OBTAIN FOR HIM A GOOD COPY OF LALLA VAKYANI, AS THESE VERSES OF LALLA'S ARE COMMONLY CALLED BY PANDITS. AFTER MUCH SEARCH, HE WAS UNABLE TO FIND SATISFACTORY MANUSCRIPT. BUT FINALLY HE CAME IN TOUCH WITH A VERY OLD BRAHMAN NAMED DHARMA DASS DARVISH

OF THE VILLAGE GUSH. JUST AS THE PROFESSIONAL STORY LETTER .... HE MADE IT HIS BUSINESS FOR THE BENIFIT OF PIOUSLY DISPOSED TO RECITE LALLAS SONGS AS HE HAD RECEIVED THEM BY FAIMILY TRADITION."

جارج گرئیرسنن چھےٚ اَمہِ علاوٕ بیٚیہِ تہِ کینہہ کتابہٕ مرتب کرِمژ۔ پرٛکاش رام کُرِیگامیُن "رامایَن" تہٕ "کرشنہٕ اوتار چرِت" تہٕ کرشن جوٗ راز دانہٕ "شو پرٛنے" تہٕ چھےٚ گرئیرسنتے ترتیب دِژمژ۔ "شِتی کنٹھنٕس" "مہانےپرٛکاشس" تہٕ چھےٚ گوڈنیتھ گرئیرسنتے تحقیق کرِتھ سام ہیٚژمژ۔ اَمہِ علاوٕ لیکھی اُمی کاشُرِس ادبس تہٕ تمدنَس متعلق انفرادی مضموٗن تہٕ یِمہٕ کولکتہٕ تہٕ ممبی پیٚٹھ وقتہٕ وقتہٕ شایع سپدان رُودی [۱]

اَمہِ پتہٕ چھُ بیاکھ اکھ بہلہِ پایہِ یورپی محقق تہٕ زبان دان فوری طور ذہنَس منز یوان۔ مطلب سر مارک ارل سٹاین۔ سِٹاین اوس ہنگری مُند اکھ تھوٚد دانشور یُس آثار قدیمہ تہٕ لِسانیاتس منز خاص سَندٕ تہٕ تجربہٕ حاصل اُسی۔ سنہ ۱۸۸۸ عیسوی پیٚٹھ سنہ ۱۸۹۹ عیسوی دوران رُود سُہ لاہور اہم سرکاری عہدن پیٚٹھ فائز۔ روزِنس لرِ لوٚر

---

۱۔ گرئیرسنٕنی خلوٗصہٕ منٛز تحقیق دیت لکھارٕن وُتُش۔ کیٚنہہ لِکھارِ سپدِ لسانیاتس کُن متوجہ۔ یہِ نہج دِوٕ تلیٖیہِ تیٚژ کہِ سنہ ۱۹۸۷ عیسوی یَس کیٚژ کَوٚر یونیورسٹی ہند شعبہ کشیرِن منٛزُن سالانہٕ سیمنار، گرئیرسنَن دیت مشخص کرنس پیٚٹھ وقف۔ اَتھ سیمنارس منز آے گرئیرسنس تحقیقَس پیٚٹھ کیٚنہہ مقالہٕ پرنہٕ، یِمن پیٚٹھ کافی شاندار بحث ومباحثہٕ سپُد۔

راج ترنگنی ہند حوالہ کشیر منز تحقیقس ستی آور۔ چھیکرس سپُد سہٕ "راج ترنگنی" ہند عالمانہ
شرح لیکھنس منز کامیاب۔ یہ شرح لیکھنس دوران یُس تحقیق تہٕ مطالعہ سٹاینن کور
تمیک بالواسطہ فائدٕ تور کاشرس علم و ادبس تہٕ۔ ییٚتہٕ کس توارِخس تہٕ تہذیب و تمدنس متعلق
کورمُت تسُند تحقیق چھُ ازتہٕ وِتہٕ ہاوُک (ییٚنہٕ والین طالب علمن تہٕ محققن باپتھ)۔
سٹاینن یُس شرح دار ترجمہ راج ترنگنی انگریزیس منز کور تمہ ستی سپُد بیرونی دُنیا کشیر
ہندِ پتھکالہ، تہذیب و تمدنہٕ تہٕ علم و ادبہٕ نشہٕ تہٕ کُنہ حدس تام زانی یاب۔
یہ کتھ چھےٚ یاد تھاونی لایق زِ انگریزٕ آیہ نہٕ ییٚتکی سیٚد سیوٚد حاکم مگر انتظامی
لوہ لنگرس منز اوس تمن دسرس۔ ہیارٕ ییلہ کینہہ بہلہ پایہ یوٚرپی عالم تہٕ محقق تہٕ
کشیر وآتی تہٕ ییٚتہٕ وُچھکھ کلاسکی تہٕ لکہ ادبچ قیمتی خزانہٕ اتہٕ گٔنڈتھ سپیہ منز۔ یکیارٕ مقامی طورٕ
آس اور کُن بوہ دے تہٕ نہٕ آس تمن مقامی حکمرانن ہنز حوصلہ افزائی۔ ارداہمہ صدی
ہندِ آخری وری تہٕ کُنوہمہ صدی ہندِ ابتدائی وری آیہ یوٚرپس منز سائنسی ایجادات
تہٕ علمچن مختلف شعبن مثلن آثار قدیمہ، توارِخ تہٕ زبان دانی ہیر علومن منز۔ نوین
معلوماتن ہندِ وری۔ کلکتہ ہس اندر رایل ایشیاٹک سوسائٹی تہٕ پتہٕ فورٹ ولیم کالج
قائم سپدنہٕ ستی لوگ ہندوستانی زبانن تہٕ ادبس ستی ستی کاشرس ادبس تہٕ ژھانڈنہٕ۔ انگریز محققو
ہتی تحقیقی مقالہٕ چھاپی۔ آرل سٹاینن کر راج ترنگنی ہند ترجمہ پتہٕ کاشرس لکہ ادبس پیٹھ تہٕ
جان کام۔ تمی چھاپہ "حاتم ٹیلز" ییٚمی زِ سوٚمبرٲو پنڈت گوبند کول ہندِ اتھٕ واسہ ستی۔
جارج ابراہم گریرسن کور سٹاینس یہ کتاب چھپاونس منز کافی مدد۔ حتیٰ کہ پروفیسر رتن
لال شانت صابنہٕ کتھہٕ مطابق چھُ گریرسن تہٕ یہ کتاب ترتیب دِنک حصہ ادا کورمُت
(بحوالہ شرح کتاب صـ ۱۹) یِمو کوشش ستی پیو ولیکھن تہٕ پیٹھ اثر تہٕ مقامی لکھارن

تہِ گنٔے پہ کل :۔

" امیک نتیجہ دراو یہ زبانۍ وارِہن ادبن گیہ اوکُن کل تہٕ ۱۹۳۲ عیسوی ئس منز۔ لیچھ پنڈت آنند کول بامزین کاشرِ محاورن تہٕ پرٛژن ستۍ والبستہ کینہہ بوکچہ موکچہ کتابہ یمہ چھاپ سَپدیم نہٕ چھنے۔ "[1]

۱۸۸۷ عیسوی ئس منز۔ ووت جرمنی ہُند اکھ بوٚڈ بار عالِم پروفیسر جارج بُہلر کشیر۔ سُہ اوس سنسکرتکی مسودٕ ژھانڈان، تہٕ تمۍ سوٚمبرٲوۍ یتہٕ نوشتہٕ مُسودٕ۔ تہٕ چھیکرس کوٚرُن مشہور" رپورٹ" مرتب۔ پروفیسر بہلر سُند اکھ اہم قول چھُ کہ :۔

IT MAY BE SAID THAT OF THE RAJATANGANI IS IMPORTANT FOR THE POLITICAL HISTORY OF ANCIENT KASHMIR, THE NILAMATA IS AS IMPORTANT FOR THE CULTURAL HISTORY OF THE COUNTORY.

(REPORT ON TOUR IN SEARCH OF SANSKRIT MANUSCRIPTS 1877. PROF. BUHLER

مرحوم عبدالاحد آزاد چھُ پروفیسر بہلر سندِس رپورٹکس پس منظرس منز کتھ کران لیکھان :۔

" بہلر صاحب اپنی رپورٹ میں لکھتے ہیں کہ انھوں نے لاہور کے عجائب گھر میں ۱۸۷۷ء میں ایک پتھر کا کتبہ دیکھا تھا۔ جو کشمیری زبان میں لکھا ہوا تھا۔ یہ کتبہ دیدہ رانی حکمران کشمیر کے عہدِ حکومت (۱۰۰۳ - ۹۰۸ء) میں لکھا گیا تھا۔ "[2]

---

[1] کاشرِ نثرکی تعمیر کار۔ مشعل سلطانپوری [2] کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد ۱ صفحہ ۱۸ (۱۹۵۹ء)

بہرن چھُ کأشُر زبأنؠ مُتعلق یُتھ ہیوٚاہم انکشاف اوسمُت کوٚرمُت مگر بد قسمتی کنہِ چھِنہٕ وُنیکتام کأشرِ محقِقن سنجیدگی سان اور کُن توجہ کوٚرمُت زِ ملکی تہٕ غار ملکی میوزیمن منز موجوٗد قدیم کتبن تہٕ نسخن متعلق حوالن ہندِس صحتس پیٹھ ییِٚیہ ہے کھلہٕ پأٹھؠ رلہٕ زتی کرنہٕ۔

بہھکر ہندِس اَتھ رپورٹس منز چھُ کأشرِ زبأنؠ ہندِس آگُرس تہٕ نسبی رشتس متعلق یُتھ ہیوٚ دلچسپ بیان:۔

" KASHMIRI.... A PRAKRAT..... ONE OF THE DIALEETS OUT OF WHICH THE CLASSICAL SANSKRIT WAS FORMED. IT DIFFERS HOWEVER VERY CONSIDERABLY FROM ITS INDIAN SISTER LANGUAGES. NEAREST TO IT COMES SINDHI IT (KASHMIRI) HAS THE GREATEST IMPORTANCE FOR THE COMPARATIVE GRAMMAR OF INDIAN VERA'ACULERS BECAUSE IT SO CLEARLY REVEALS THE MANNER IN WHICH THE NEW CASES OF THE DECLENSION HAS BEEN FORMED."

کارل فریڈرچ برکھارڈ اوس جرمنی ہُند اکھ لسانی ماہر تہٕ دانشور۔ تمی لیکھی ۱۸۸۷ سنہ عیسوی پیٹھ ۱۸۸۹ سنہ عیسوی یَس تام جرمن زبأنؠ منز کأشرِ زبأنؠ متعلق کینہہ جان

مضامین ۔مثلن "DAS VERBUW DER KACMIRI SPRACHE"

"KONIGLICHEN MONIGLICHEN BAJERICHEN AKADEMIC

ہتہ DIA NOMINA DER KACMIRI SPRACHE میتر مضمون ۔یمن

منز کشیرتہ کاشرس متعلق کیہتہ زانکاری دِنہ آس آمژ ۔خاصکر فعلس تہ اسمس متعلق

زانکاری ۔

کارل فریڈرچ برکھارڈن بوڈ کارنامہ چھ یہ زِ تمی پھر محمود گامی ین مشہور مثنوی

"یوسف زلیخا" جرمنی ییس منز ۔تہ چھاپن امیک ترجمہ ییتھ سنہ ۱۸۹۰ عیسوی ییس منز ۔یہ مثنوی

چھپے یہ دون قسطن منز اکس جرمن رسالہ ZDMG (یعنے ZEITSCHRIFTER

DENTSCHEN MORGEN LANDISCHEN) ہس منز ۔یہ ترجمہ چھ دیان جان

معیارک اوسمُت تہ اوے چھ گریرسن اتھ متعلق لیوکھمُت "IT WILL BE

OBSERVED THAT ON THE WHOLE I AGREE WITH THE

RULES LAID DOWN BY PROFESSOR BURKHARD IN HIS

EDITION OF MOHMUD GAMI'S YOUSUF ZULAIKHA"

جارج ابراہم گریرسن ہیِز تہ برکھارڈ سندین یمن لسانی مضامینن تہ اتھ مشہور

ترجمس کانی سنجیدگی سان سام تہ چھاپِن یمن ہندی انگریزی ترجمہ تہ ذاتی آرا ییتھ

انڈین انٹی کویری یمی کین نیرن والین جریدن منز ۔تہ گریرسن کرِ یمن تہ تمہ نے

مقالن ییتھ مشتمل اکھ کتاب دون جلدن منز ۔یمیہ ییتھ "ESSAYS ON THE

KASHMIRI GRAMMAR" ناوس تحت چھاپھ ۔

اتھ بیدآری ہندس دورس منز ۔تہ روُد کاشر ڈراما کانی بد بخت ، یتھ کنُ

تہٕ یوٗرپی مُحقِقَن ظوٗنے گوٚو۔ یہ چھےٚ حارِتس لایق کتھ کہ برنیر، برکھارڈ، سٹائن تہٕ گریرسن
ہوٚن دوٗربین تہٕ خوردبین مُحقِقَن ہنز۔ نظر بیٚیہِ تہٕ اورکُن ۔ مےٚ چھُ یقین کہِ یوسہٕ اَدرکھلہٕ
خاصکر کاشرِس بھانڈ پاتھرس پیٚیہٕ گیہٕ، سو گژھہِ ہے تہٕ، اگر اَمِچ اہمیت تہٕ معنویت وقتس
پیٹھ زٲنِتھ ییٚیہِ ہے ۔ اگرچہ کینژو مقامی قلمکارو تمہٕ دوہہٕ یوٗرپی مُحقِقَن ہنز۔ تقلید
شروٗع کرٕ یہ مگر تِمو کوٚر محض تقلید تہٕ اور یور تجُکھہٕ اَچھ، تِمہِ کِس نتیجس منز۔ صرف لِسانیاتس
شاعری تہٕ لکہٕ ادب زیرِ نظر روٗد ۔

کاشرِ تھیٹرٕکی خبر کتیاہ بے بہا تہٕ موٗلی لال گےٚ اَدموکھ ہمیشہٕ خاطر لرتھ ۔ ووٚن گوٚو
اَتھ ہمسوس منز چھےٚ والٹر لارنس سنز "دی ویلی آف کشمیر" کُنہٕ حدس تام گمی پوٗر کران ۔ لارنس
چھُ سہٕ گوڈنیک یوٗرپی محقق یُس ندتوجہ کاشرِس تھیٹرس کُن گوڈنچہ گٹہ گوٚو ۔ بندوبستہٕ لارنس
چھُ وُنہٕ تہٕ زبان زد ۔ مگر ییٚلہٕ مشہوٗر مورخ حسن شاہ کھوٗیہامی سند ذکر والٹر لارنس کاشُر
زبانی ہنز کم زیادٕ پارِ زان حاصل چھُ کران ، تس چھُ اَمکِس لِسانیاتس ستہٕ اَمکِس لُکہٕ
پاتھرس سنتس زیادٕ مزٕ یوان ۔ "دی ویلی آف کشمیر" منز۔ چھُ سہٕ کینژن جایَن اَدے
کاشرِ لوٗک تھیٹرُک ضِمنی تذکرٕ تہٕ کران :۔

I HAVE BEEN THE BEST COMPANIES IN
KASHMIR — THE BHAGATS OF KASHMIR
(SYEBUG). THE BHAGATS PORTRAY VILLAGE
LIFE IN A MOST VIVID MANNER. THEIR
DRESSES AND MAKE-UP ARE EXCELLENT,
AND THEY REPRESENT MOST FAITHFULLY

THE INTERNAL WORKING OF A VILLAGE COMMUNITY. IT IS SAID THAT MAHARAJA GULAB SINGH ACQUIRED A VERY INTIMATE KNOWLEDGE OF VILLAGE ADMINISTRTION FROM BHAGATS PERFORMANCES AND I HAVE PICKED SOME HINTS FROM THEM... ...... THEY RELIEVE THE SADNESS OF VILLAGE LIFE IN KASHMIRI"[1]

"دی ویلی آف کشیر" س چھُ کشیرِ ہِند انسائیکلوپیڈیاوُن مناسب۔ اَتھ منز چھُ کشیرِ ہِندِس جغرافیہس علاوٕ پٔلیٹکس سیاسیاتس، سماجیاتس، زراعتس، صنعت و حرفتس، توارِیخس، کلچرس تہٕ زبانِ متعلق مفصل تہٕ مدلل حال احوال درج۔ لارنس چھُ کاشرِ زبانِ ہِندِس لہجس متعلق پننین احساسن ہِنز باوَتھ یِمن لفظن منز کران۔

" THE ACCENT OF THE LANGUAGE IS CURIOUSLY LIKE THE ENGLISH AND I HAVE OFTEN WHEN LISTENING TO KASHMIRIS, IMAGINED THAT AN ENGLISHMAN WAS SPEAKING" PP. 456

یِیلہِ یِیلہِ تہٕ زَن کانہہ محقق یا نقاد کاشرِس ادبَس متعلق کانہہ کام شروع کران چھُ تتہٕ

---

[1] دی ویلی آف کشمیر ص ۲۵۶

چھُ بہر حال یمن یوٗرپی محققن تہٕ عالمن نِشہٕ سو روشنی میلان یمہٕ ستۍ سہٕ علم وادبکس مادانس منز نۆوۍ نۆوۍ سرحد ژھنڈِتھ ہیکان چھُ۔ لکہ ادبس پیٹھ لیکھنہٕ وِز ہیکہ نہٕ ہنگٹن نوولز مشرنہ یِتھ، لسانیاتس پیٹھ تحقیق کرٕنۍ وِز چھُ گریرسن سُند مُطالعہٕ کرُن لازمی، توارٖیخی حالات و واقعاتن ہُندِس منظرٕ ژھارنس گارنس دوران چھُ آرل سٹائن تہٕ جارج بہلر وَتہٕ ہاوِک بنان۔

یِمو بہلہٕ پایہ سکالرو دِیت کاشُر زبانی تہٕ ادبس سُہ تحقیقی سرمایہ تہٕ سو ربواسیھ کرِتھ یاد یمِکس منظرس منز کاشُر تحقیقک تہٕ تنقیدُک اکھ اتھاہ سلسلہٕ شروٗع چھُ گومُت۔ یِمو سکالرو علاوہ تہٕ لیوکھ وارِیاہو یوٗرپی دانشورو کاشرِس زبان وادبس متعلق یمن منز سر ٹمپل، سر ایگزنڈر کنگھم، فریڈرک ڈرو، ایم، پی، اجورتھ، میجر بیچ، مِس گومری تہٕ ولیم مورکرافٹ تہٕ بسکو ٹنڈیل خاص پاٹھۍ ناوہٕنس لایق چھِ۔

سوال چھُ پادٕ سپدان کہ کاشرِس تحقیق و تنقیدس یُس خوش آیند دُسلاب یوٗرپی محققو کوٚرمُت اوس تمیک موجوٗد صوٗرتحال چھا تسلی بخش؟ اگر نہٕ صوٗرتحال تیوٗت خوشہٕ وُن تہٕ چھُ مگر مایوٗسی ہُندِ تہٕ چھُنہٕ خاص کانہہ وجہ۔ کاشُر زبانی تہٕ ادبس اُسنہٕ زِہہے سرکاری سرپرستی حاصِل۔ اَتھ برعکس آو کاشُر ہمیشہٕ برٕ کنہٕ لیتھ وُنہٕ تہٕ مسخ کرنہٕ۔ ادمو کھ چھُ موجوٗد صوٗرتحال تہٕ غنیمتھے۔ یہ مقالہٕ واتناوُن بہٕ بکو ٹنڈیل سُندِ یمہٕ بیانہٕ ستۍ اند:۔

“ IT IS QUITE POSSIBLE THAT IF WE BRITISHERS

HAD TO UNDERGO WHAT THE KASHMIRIS HAVE SUFFERED IN THE PAST, WE MIGHT HAVE LOST OUR MANHOO'D."

( KASHMIRI– IN SUMLIGHT AND SHADE PP. 79)



شفقت الطاف

# کأشرِس منز لُغت سأزی

## اکھ تنقیدی سام

کأشرِ زبأنی اندر گوو لغت سأزی ہُند سلسلہٕ کُنوہمہ صدی ہندِ یوٚنترِمہِ دٔہلہِ پیٚتے شروٗع۔ اَتھ منز چھےٚ اولیت تِمن کینٛژن کأشرِن اُدیبَن تہٕ دأنشوٗرَن حأصِل یِمو کأشرِ فارسی نصاب نامہٕ (منظوٗم لُغت) لیٚکھی متی چھِہ۔ ووٚنی گوو یِمَن لغتَن اندر شأمِل اکثر شعر چھِ اَکِس اکھ سیٚتھ رَلان۔ اَمہِ مزید چھُ یِہُند انداز تہٕ اسلوٗب تہٕ یکسان۔ اصل شعر کُسند چھُ؟ تہِ معلوٗم کرُن چھُ نہایت مشکل تہٕ دُشوار تکیازِ یِم لُغت لیٚکھن والین منز چھِ اکثرَن ہُندی ناو نامعلوٗم۔ دیوناگری خطس منز تہِ آیہِ اکھ کثیر الذبأنی (MULTI-LINGUAL) لغت سنسکرت شلوٗکن منز لیٚکھنہٕ۔ اَتھ منز چھِ کأشرِ زبأنی سان دۄن زبانَن ہُندی لفظ شأمِل۔ یِمن سارِنے منظوٗم لغتَن ہُند تنقیدی تہٕ لسأنی سام ہینہٕ یِتہٕ چھُ یہِ ثابت سَیدان زِ یِمہ چھےٚ پرتھ لِحاظِ لغت سأزی ہندِ ن اصوٗلن نبر۔ یِمن اندر چھُنہٕ تیوٚت ذخیر موٚجوٗد یِمہ سیٚتی یِنہٕ کأشرِ زبأنی ہنز لغوی ضروٗرتھ پوٗرٕ ہیٚکہِ گژھِتھ۔

کُنوٕہمہِ صدی ہِندِس آخرس دوران آیہِ کأشِر لُغت سازی ہِنز اکھ نٔو صوٗرت بارسس۔ یِلہِ کینژَو یوٗرپی محققوٕ تہٕ سالانو کأشِر انگریزی، کأشِر لفظ سوٗمبرنہٕ (VOCABULARIES) تہٕ حاشیہِ لغت (GLOSSARIES) ترتیب دِنہٕ لاجہِ۔ یِمہ لفظ سوٗمبرنہٕ تہٕ حاشیہِ لغت ترتیب دِنس منز ہیکہٕ ہٕن یِمن یوٗرپین بیک وقت یِم زٕ مقصد أسِتھ۔

۱۔ یعنے کٔشیرِ نِہ والین سالانین کأشِر زبأنی ہِندِن لفظن ہِندِ ژھِتھی فہرست پیش کرٕنی یِموٕ ستی تِم یِنہٕ زبأنی اندر ورتناوِنہٕ یِنہٕ والین ہِتہٕ واد عام لفظن ہِندی کأشرِ ہم معنہٕ (EQUIVALENTS) زأنِتھ ہیکہٕ ہٕن۔

۲۔ یِم فہرست ترتیب دِنک دوٚیُم مقصد چھُ غأبین یِہ باسان زِ یِموٕ ستی ما آسہٕ ہٕن یِمن یِنہٕ وٕٹھنکی طالبہ علم کأشِر زبأنی ہِنزٕن لِسأنی خصوٗصیژن علاوٕ اَمہِ کِس لفظیٲتس واقف کرٕنی۔

وونی گوو لُغت سازی ہِندِ اعتبارٕ چھِ یِمہ سارٕے لفظ سوٗمبرنہٕ کیو حاشیہِ لُغت یادداشتہٕ چِھنہٕ بِنیأ ذٕن بیٹھ۔ لہٰذا چھِنہٕ یِمہ کُنہٕ رنگہٕ تہٕ کأشِر زبأنی ہِند کلِم لُغوی سرمایہ وِحاطہٕ کران۔ یِمن اندر چھِ وارِہین جایہِ لفظن ہِندی معنہٕ غلط ہاوِنہٕ آمتی۔ غرض یِمہ سوٗمبرنہٕ تہٕ حاشیہ لُغت چھِنہٕ کُنہٕ تہٕ محاذس بیٹھ کأشِر زبأنی ہِنز لُغوی وِرژھے پوٗرٕ ہیکان کٔرِتھ۔

یِمہ لفظ سوٗمبرنہٕ تہٕ حاشیہِ لُغت ترتیب دِنہٕ پتہٕ آیہِ اے ڈکشنری آف دی کشمیری لینگویج، ناوٕچ ڈکشنری ژٕورٕن جِلدن اندر ترتیب دِنہٕ۔ یہ ڈکشنری گیہِ (۱۹۱۶ء بیٹھ ۱۹۳۲ء) تام لیٚنے شُرٕ ہٕن وٕری ین مُکمل۔ یِہ چھنے کأشِرچ گوڈنِچ

ضخیم لُغت تہٕ ییٚیہ چھےٚ کُنہٕ حدس تام سائنسی تہٕ جدید لُغت سازی ہندین اصوٗلن تابع۔
اَتھ لُغتس اندر شامل بیشتر مواد چھُ ایشوٗر کول سٕنز "کٲشری سنسکرت شبد کوش" پیٹھ
ہیٛنہٕ آمُت ۔ یہ چھےٚ دراصل اکھ کثیر الذبانی (MULTI - LINGUAL) لُغت
تکیازِ اَتھ اندر چھُ کٲشرِ ین اندراجاتن ہٕنز معنوی وٲرِتھ سنسکرت، ہِندی تہٕ انگریزِ یس
منز کرنہٕ آمٕژ ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ کُنہِ کُنہِ جایہِ لفظن ہِندی معنہِ فارسی یس منز تہٕ ہاونہٕ آمتی۔ یتے یوت
تہٕ بلکہ چھہٕ مختلف رسم خطہٕ اَتھ اندر ورتاونہٕ آمتی۔ کٲشرِ تہٕ انگریزی خٲطرٕ چھُ
رومن استعمال کرنہٕ آمُت ییلہِ زَن فارسی خٲطرٕ نستعلیق ورتاونہٕ چھُ آمُت ۔ یوٚدوے
اَتھ لُغتس کٲشرِس منز غٲر معموٗلی حیثیت حٲصل چھےٚ تکیازِ اَمہِ کاشرٕ اَدی یتے اَتھ
زبانی اندر لغت ترتیب دِنٕچ امکان مگر تہٕ کرِتھ چھُنہٕ یہ لغت حتمی تہٕ مکمل ۔ اَتھ منز
چھِ اندراجاتن ہٕنز وٲرِتھ وارِہن جاین غلط تہٕ گمراہ کُن تہٕ ییٚیہ چھےٚ اکثر اندراجاتن
اندر املاہی غلطیہ تہٕ ڈیشہٕ لبان ۔ یمو خٲمیو مزید چھےٚ اَتھ بیاکھ اکھ خامی یہ زِ اَتھ اندر
چھہٕ ہِندی عام فہم کٲشرِ لفظ غٲب۔

اَمہِ لُغتکہِ تکمیلہِ پتہٕ آو ۲۷ وُہری جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ
لنگویجز ناوک ادارٕ سرینگرس اندر قایم کرنہٕ ۔ یہ ادارٕ قایم گژھنس سِتی نی اَمہِ ادارن
کٲشرِ ڈکشنری ہٕچ (یک لسانی) تہٕ اُردو ۔ کشمیری فرہنگ (دُلسانی) تیار کرنس دوٗن
ڈکشنری ین ہندی پروجکٹ درِ دِس۔ کٲشرِ ڈکشنری ہند پروجکٹ آو دہن وُری ین
ستن جلدن اندر مکمل کرنہٕ ۔ اَتھ منز چھہٕ تقریبن ہِژہ ساس کٲشرِ لفظ تہٕ تہندی
معنہِ تہٕ وضاحت شامل ۔ مگر نوٗ یرنہٕ تہٕ چھہٕ بے شمار عام بولنہٕ یینہٕ وٲلی کٲشرِ لفظ نظر انداز
کرنہٕ آمتی ۔ وارِہن جاین چھُنہٕ اندراجاتن ہٕنز معنوی، صوتی تہٕ اشتقاقی وٲرِتھ

صحیح تہٕ مناسب ۔ یوٚدوے امہٕ لُغتچ ترتیب بین الاقوامی لسانی اصولن ہٕندِ ضابطن
تابع تھاونچ بَرپور کوشش چھےٚ کرنہٕ آمٕژ مگر یہ ترتیب چھےٚ امچن خامین منز اضافہٕ
کران ۔ یہ ترتیب چھےٚ اکِس عام انسانس خٲطرٕ تیژ کھوٚری دار تہٕ پیچیدٕ زِ تس چھ امہٕ
لُغتس اندر لفظ ژھارنس منز ضرور تھوس لگان ۔ یہ چھُ اکھ ماننٕ لایق پزر زِ زبٲنی
ہندِ واحد معلوماتی ذریعہ آسنہٕ کِنۍ چھِ اکِس ڈکشنری ستۍ عام لوکن عقیدتہٕ پٲٹھۍ وابستہٕ
آسان ۔ یتھے پاٹھۍ اُس کٲشرِ ڈکشنری ستۍ تہٕ کٲشرِ زبٲنی ہندین ادیبن، مفکرن تہٕ طالبہٕ
علمن اکھ آش وابستہٕ ۔ تِمن اوس توقع زِ یہ کرِ ضرور امہٕ زبٲنی اندر اکھ اعلیٰ معیار متعین
یتھ تحت امہٕ زبٲنی ہندی تقریباً ساری وینتھی لوٗتھی لسانی تنازعہ حل گژھن ۔ مگر ستم ظریفی
چھےٚ یہ زِ تِہ سپُد نہٕ کیہنہ۔ کٲشرِ زبٲنی اندر چھِ تِمن لوکن ہند تعداد تہٕ آسنس برابر یم امہٕ
لُغتُک استفادٕ کرِن آسن ۔ بیاکھ اہم کتھ چھےٚ یہ زِ یہ ڈکشنری مکمل گٔژھتھ گے تقریبن
اُزیُک تام ژٕ دوہ وری مگر وُنیک تام تہٕ سپُد نہٕ امیُک تصحیح (REVISION)
تہٕ نہٕ آیہ امیُک تنقیدی جایزٕ ہیتہٕ خٲطرٕ کانہہ کوشش کرنہٕ ۔ یوٚت تام نہٕ امہٕ لغتی
اندر فروگذاشتن ہندا ازالہٕ کرنہٕ ییہِ تہٕ ہیٚیہ یہ پرتھ پانژ وُہری امیُک (REVISION)
کرنہٕ توٚت تام چھےٚ کٲشرِ زبٲنی منز امہٕ ڈکشنری ہنز افادیت ناقص تہٕ نا آسنس برابر۔
اُردو، کشمیری فرہنگ، چھےٚ اکھ دُلسانی لغت ۔ یہ لُغت آیہ ژٕ دہن وُرین
ہُنٛد جلدن اندر اند واتناونہٕ ۔ امہٕ منز چھِ تقریباً اکِس لچھس اُردو لفظن، محاورن
تہٕ ترکیبن ہندی کٲشرۍ معنہٕ دِنہٕ آمتۍ ۔ یہ لُغت تیار کرنس دوران چھِ اُردو ہچہ کیہنہ مشہور
ڈکشنری یہ ورتاوس اننہٕ آمژ یمن منز ۔ فرہنگ آصیفہ، نوراللغات، فیروز لغات تہٕ
اے ڈکشنری آف اردو کلاسکل ہندی تہٕ انگلش ناوہنس لایق ۔ امہٕ ڈکشنری

ہنز۔ اکھ بٔڈ یار خأمی چھےٚ یہ زِ اتھ اَندر اندراجاتن ہنز معنوی، نحوی، صوتی تہٕ اشتقأقی وضاحت چھےٚ مذکورٕ لُغتن ہنز۔ بنیأدٕ پٹھ کرنہٕ آمٕژ یمہ کِنۍ امہ لُغتُک بنِیٛن انفرأدی حُسن برقرار چھِنہٕ روزتھ ہیوکمُت۔ یمن مذکورٕ لُغتن یمہ خأمیہ تہٕ خوبیہ چھ تِہُند ہوٗ بہوٗ عکس چھُ اُردوٗ۔ کٲشرِ فرہنگ لُغتن منز تہٕ لبان یوزنہٕ۔ امہ علاوٕ بیاکھ خأمی چھےٚ یہ زِ اتھ اندر چھِنہٕ اندراجاتن ہند ترجمہ کٲشرِ مزاجہٕ تہٕ ماحولہٕ مطأبق۔ امہ علاوٕ چھُ دوٚیمِن اُردوٗ، لُغتن ہندی پأٹھۍ اتھ اندر تہٕ شأعری ہُند غأر معموٗلی غلبہ یمہ کِنۍ ہدفی ( TARGET ) زبأنی اندر یہِ ہندِ ترجمُک دُنیا محدوٗد چھُ سپدمُت۔ اُردوٗ۔ کٲشرِ فرہنگ چھےٚ کٲشرِ زبان زانن والین اُردوٗ ہیٚچھناوُنکہِ غرضہٕ ترتیب دِنہٕ آمٕژ مگر یہِ ڈکشنری ترتیب دِنہٕ واکی چھ شایدے امہ وِزِ دُلسأنی (BI - LINGUAL) لُغتن ہندِین اصولن نِشہٕ بے خبر أسۍ میٚتۍ تکیا زِ اتھ اندر چھُ کلہم توجہ اُردوٗ زبأنی کُنۍ دِنہٕ آمٕژ تہٕ کٲشرِ زبان چھےٚ محض اُردوٗ اندراجاتن ہند ترجمہ باپتھ استعمال کرنہٕ آمٕژ تہٕ یعنے اتھ اندر چھِنہٕ کٲشرِ زبأنی ہندی لسأنی تہٕ لغوی خصوٗصیژ یِد کڈنچ کانہہ تہٕ شعوٗری کوٗشش کرنہٕ آمٕژ یمہ کِنۍ یہِ لُغت اصوٗلی طور اردوٗ زبأنی ہندِس کھاتس گرنہٕ ھان چھےٚ تہٕ یتھ پأٹھۍ چھِنہٕ اتھ کٲشرِ زبأنی خأطرٕ کانہہ تہٕ اہمیت۔

موجوٗدٕ عصری دورس منز تہٕ چھ کٲشرِ لفظ سوٚمبرنہٕ (VOCABULARIES) تہٕ حأشیہ لُغت (GLOSSARIES) ترتیب دِنہٕ یوان۔ براج۔ بی۔ کاچروٗن لیچھ "A REFERENCE OF KASHMIRI GRAMMAR" ناوٕچ کتاب یوسہ یونیورسٹی آف الینوئس ( UNIVERSITY OF ILLINOIS ) ہندِ شعبۂ لسانیات کِہ طرفہٕ شایع سپز۔ اتھ کتابہِ اندر چھ کٲشرِ ین لفظن ہنز صوتیأتی، ساختیأتی

تہٕ نحوی وضاحتن سٟتؠ سٟتؠ یہنز حاشیہ (GLOSSARY) تہٕ نظر گژھان یتھ منز کاشرِ
لفظن ہندی معنہٕ انگریزیس منز چھ دِنہٕ آمتؠ۔ یپارؠ چھُ بھارت سرکارک ہیوٗمن ریسورس
ڈیولپمینٹ (H.R.D) محکمہٕ ہندوستانچین دوٚیمین زبانن سٟتؠ سٟتؠ کاشر زبٲنی لوکچہ
لوکچہ لفظہٕ سوٚمبرہ تہٕ پننیو مختلف ادارو ذٔریعہ ترتیب دیاوناوان۔ ؤنیک تام یمہٕ لفظہٕ
سوٚمبرہ تہٕ اُمی محکمن تیار کرناوِمٕن منز چھ ہندی۔ کاشر لفظیات، کاشرِ سہ زبٲنی لغت
کاشر شکلہٕ دار فرہنگ تہٕ کاشر انگریزی حاشیہ لغت۔ یمو منز کرترٕ سینٹرل انسٹیچوٹ
آف انڈین لنگویجز۔ مانسا لنگوتری میسورن تیار ہندی، کاشر لفظیات ناوٕچ لفظہٕ
سوٚمبرن کوٚر جواہر لال ہینڈوں تہٕ للیتا ہینڈو یکہٕ وٕرہٕ ۱۹۷۵ء منز مرتب۔ یہ لفظہٕ
سوٚمبرن چھےٚ ژور ن حصن اندر باگرن آمژ۔ یمن اندر ہندی لفظن کاشرؠ ہم صورت
تہٕ ہم معنہٕ لفظ دِنہٕ آمتؠ چھہٕ۔ گوڈنکس اندر چھ تمےٚ لوٗت لفظ دِنہٕ آمتؠ یم صوتی تہٕ
معنوی اعتبارٕ ہندیس تہٕ کاشرس پانہٕ وٲنی مشترکہٕ چھہٕ۔ دوٚیمس منز چھ تم لفظ ہاوہٕ
آمتؠ یمن ہنا صوتی تبدیلی آمژ چھےٚ مگر معنہٕ چھُک ہیوٗ۔ ترٚیمس حصس اندر چھ تم لفظ
یم صوتی لحاظہٕ ہوی چھ مگر معنوی لحاظہٕ چھ بیوٚن۔ آخری حصس منز چھ یمن دوشوٕنی ہندی
مشترکہٕ لفظ یمن ہیوٗ تہٕ توسیعی معنہٕ چھہٕ۔ کاشرِ سہ لسانی لغت، تالیف کرن وٲلی آسی
کاشی ناتھ در تہٕ مرزا عارف۔ کاشر شکلہٕ دار فرہنگ آو ۱۹۹۰ء منز شایع کرنہٕ۔ امیک
ترتیب کار چھُ سوم ناتھ رینہ۔ کاشر۔ انگریزی حاشیہ لغت آیہٕ ۱۹۷۶ء منز نارداٗرن
ریجنل انسٹیچوٹ پٹیالہ کہٕ طرفہٕ تیار کرنہٕ۔ امیٚ تیار کرن وٲلی آسی او، این کول، ایس
این رینہ تہٕ آر، کے بٹ۔ یمہٕ سارےٚ ڈکشنرؠ یہ چھ طالبہٕ علمن کاشرُ دوٚیمہٕ زبٲنی
ہندی زٕنگی ہیچھناونکہ غرضہٕ تیار کرنہٕ یوان تہٕ یتھ پاٹھی چھ یمن صرف نصٲبی اہمیت

تہٕ زٕ لغوی ۔ پروفیسر مُنوّر مسعوٗدینٕ تہٕ دٔیِم پروفیسر شاد رمضان صابنہٕ اَتھٕ واسہٕ "فارسی کشمیری فرہنگ"، تاوچ اکھ ڈکشنری ترتیب ۔ یہِ لُغت چھےٚ اوک سمتی (UNI - DIRECTIONAL) ۔ اَتھ اندر چھُ زیادٕ توجہ صرف فارسی زبٲنی کُن دِنہٕ آمُت ۔ کٲشُر زبان چھےٚ صرف ترجمہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ آمٕژ ۔ لہٰذا چھُنہٕ کٲشرِ زبٲنی امیک کانٛہہ تہٕ فایدٕ ۔

اَخرس وَنہٕ بہٕ یہِ کتھ زِ کٲشرِ زبٲنی ہنٛدِ خاطرٕ چھِ جامع تہٕ صحت مند لُغتن ہنٛز اَشد ضروٗرتھ تِکیازِ یہِ زبان چھےٚ لغت نوٗیسی ہنٛدِس مٲدانس منٛز تیٚژ وٚسی پایہٕ تہٕ یتھ زِ اَتھ اندر چھِ ساسہٕ بدی لفظ یِہنٛدی آگر، معنہٕ تہٕ اِشتقاق وُنہٕ تہٕ مشکوٗک چھِ ۔ کٲشرِ زبٲنی ہنٛزٕ یہِ لغوی وِرثھ ہیکہٕ تیلے بال یِتھ یِلہِ اَتھ زبٲنی اندر لغت تیار کرنہٕ کہ غرضہٕ بڈِس پیمانس پیٹھ اکھ تحریک عملہِ منٛز یِیہِ ۔ علمی تہٕ ادبی سوٚتھرس پیٹھ ڈکشنری یِن ہنٛدی بڈ بڈی پروجکٹ درِدس رٕنہٕ ۔ اَمہِ علاوٕ گژھن یِتھ ہنٛد تالیف شُدٕ سارنی لُغتن ہنٛدی تحقیقی تہٕ تنقیدی تجزیہ کرنہٕ یِن تہٕ یِہنٛزن خامیِن تہٕ فروگذاشتن ہنٛد گژھن نیٚبر کڈنہٕ یِنہٕ تہٕ تِہنٛدی حل تلاش کرنہٕ خاطرٕ گژھن سیمینار کرناونہٕ یِنہٕ تیلے چھُ ممکن زِ کٲشرِ زبٲنی اندر گژھِ وُنہِ یہِ وادن ہنٛز یہِ لُغوی وِرثھ دٔرٕ ۔



# کِتاب نامہٕ

۱۔ لُغت سازی چھےٚ ڈکشنری ترتیب دِنٕچ اکھ سائینسی عمل۔ یہِ عمل چھےٚ کینژن لسانی اصوٗلَن تہٕ ضابطن تحت سپدان۔
لُغت سازی چھ انگریزی زبانی منٛز (LEXICOGRAPHY) وَنان یُس زَن اکِہ یوٗنانی (LEXIS) منٛز درامُت چھُ تہٕ یمیُک معنہٕ لفظن ہنٛز دولت چھ۔

۲۔ یمن کاشُری، فارسی نصاب نامن منٛز چھِ کاشُر فارسی نصاب (سوٗنتی پنڈت) فرہنگ کشمیر، نصاب الصبیان کشمیری نصاب، پنچ باشا، گلشن کشمیر بیتر شامِل۔

۳۔ یہِ کشیر الدبانی لغت چھےٚ ایشور کولن لیچھمٕژ یمیٚکی زٕ جلد (SANSKRIT MANUSCRIPT LIBRARY) منٛز محفوظ چھِ۔ اَتھ لغتس اوس دَش بھاشوٕ ناو۔

۴۔ یمہٕ لفظٕ سوٗمبرہٕ تہٕ حاشیہٕ لُغت ترتیب دِنہٕ والین منٛز آیہِ ایم، پی، او ج وُرتھ، ایلکزنڈر کنگھامن، فریڈک ڈریو، ہنٹن نولز، ڈبلیو، آر، لارنس، جارج گریرسن، اَرنسٹ نیو بیتر شامِل۔

۵۔ اے ڈکشنری آف دی کشمیری لنگویج دِژ جارج ابرہم گریرسَن ترتیب۔ یہِ کٔر رایل ایشیاٹک سوسائٹی گوڈنکہِ پھِر چھاپ۔ ڈی کے پبلشرس دہلی پھےٚ اَتھ ۱۹۸۵ء منٛز دُبارٕ ژوٕن جلدن منٛز چھاپ کران۔ لو پرایس (LOW PRICE)

ببلکیشن دہلی کرٕ یہٕ لُغت ۱۹۹۳ؔ منز۔ ژون بجایہٕ صرف اکھ سے جلد س منز شایع۔

۶۔ ایشور کول اوس سنسکرت زبانی ہُند اکھ بوٚڑ بارٕ عالِم۔ امی لیچھ کاشرِس گرامرس پیٹھ سنسکرت زبانی منز۔ اکھ کتاب یتھ کشمیری شبدامرتم، تہٕ یہٕ کتاب کرٕ جارج ابراہم گریرسنن ایڈٹ تہٕ رایل ایشیاٹک سوسایٹی بنگالن کرٕ یہٕ ۹۸-۱۸۹۷ء منز شایع۔

ایشور کول چھُ ۱۴ جولائی ۱۸۳۳ء برٛیڑ ہم سرینگرٕ زامُت تہٕ ۲۹ اگست ۱۸۹۳ء منز گوٚو سوٚ رگہٕ واس۔

۷۔ کاشرِ ڈکشنری ہُند پروجکٹ کوٚر جموں اینڈ کشمیر آف آرٹ، کلچر اینڈ لنگویجز۔ سرینگرن تیار۔ امُک بنہٕ مشاورتی کمیٹی منز ۲۸ مئی ۱۹۵۹ء منز یہٕ پروجکٹ دردس تنگ سوال۔ یتھ پاٹھو کوٚر امہٕ کمیٹی اکھ ریزلیوشن (RESOLUTION) پاس یتھ تحت کاشرِ ڈکشنری ہُند منصوبہ طے آو کرنہٕ۔ پروفیسر ایس کے توشخانی آو امہٕ ڈکشنری ہُند چیف ایڈیٹر مُقرر کرنہٕ۔

۸۔ ریاستی سرکارن یتھے اکیڈمی ہُند اِدارٕ قایم کوٚر تہٕ اتھ ستی منسلک مختلف شعبن متعلق کامہٕ کارُک خاکہٕ پیش کرنہٕ خاطرٕ دزٕن اکھ مشاورتی کمیٹی ستی تشکیل۔ اتھ مشاورتی کمیٹی منز۔ آسی غلام رسول سنتوش، پروفیسر نندلال کول طالب، پروفیسر برج کشن مدن، ایمن کامل، بھاردواج تہٕ جیالال کول۔ امہٕ کمیٹی ییس خاکہٕ تیار کوٚر تتھ منز۔ اوس دوٚیمین کتھن علاوٕ اُردو، کشمیری فرہنگ، تیار کرنُک مشورٕ تہٕ شامِل۔

۹ دُزبانی ( BI-LINGUAL ) ڈکشنری چھِ دٕ یہٕ قسم آسان یعنے اوٚک سمتی (UNI-DIRECTIONAL) تہٕ دُسمتی BI-DIRECTIONAL

اکھ سٕمی ڈکشنرِیَن منٛز چھُ دۄیوٕ زبانٕن منٛز۔ صرف اَکی ہسے زبانی کُن خاص توجہ مرکوز کرنہٕ یِوان تہٕ زن گوو اَمہِ زبانی ہندِین لفظن ہنٛز معنوی، نحوی، ترکیبی، صوتی تہٕ مارفیمی چھِ جامع پاٹھی وِژھناونہٕ یِوان۔ دُسمی ڈکشنرِیَن منٛز چھُ دۄشوٕنے زبانٕن کُن ہیوٗ توجہ دِنہٕ یِوان۔ اَمہِ لحاظٕ چھِ یِم دۄن زبانٕن ہنٛز زٕ مختلف ڈکشنرِیہٕ بنان۔

۱۰۔ یہِ لغت چھِنہٕ شاید وُنہِ مکمل گمٕژ۔



# BIBLIOGRAPHY کتابیات

1. BUCHARFIELD, ROBERT 1987, STUDIES IN LEXICOGRAPHY (LONDON UNIVERSITY PRESS)

2. BLOOMFIELD LEANARD 1935 LANGUAGE (REPRINTED DELHI: MOTILAL BANARSIDAS)

3. GRIERSON, GEERGE A. 1932 'A DICTIONARY OF THE KASHMIRI LANGUAGE (CALCUTTA) (REPRINTED DELHI: LOW PRINCE 1993)

4. HARTMAN R.R.K 1938 'LEXICOGRAPHY: PRINCIPLES AND PRACTICE (LONDON: ACADEMIC PRESS)

5. KOUL O.N LEXICOGRAPHY IN KASHMIRI' (UNPUBLISHED)

6. LADISLAR, ZUYVISTA 1971 MANUAL OF LEXICOGRAPHY (THE HAGUE: MOUTEN: PRAGUE ACADEMI )

7. LANDAU, SIDNEY L. 1989 DICTIONARIES: AN ART AND CRAFT OF LEXICOGRAPHY. (LONDON: CAMBRIDGE UNIVERSITY PRESS)

8. TOSHKHANI S.K. 1980 KASHMIRI DICTIONARY LEXICOGRAPHY IN INDIA ETC. B.G. MISHRA (MYSORE: CENTRAL INSTT. OF INDIAN LANGUAGES)

9. TOSHKHANI S.K. 'K ŠIR DICŠANARI' 7 VORS (SRINAGAR: JKACL.

10. TOSHKANI S.K. 'ORDU: KAŠMI:RI: FARHANG 12 VOLS (SRINAGAR: JKACL)

11. MUNWAR NAGI. SHOUQ SHAFI (KASHRI ADBUK TAWAREEKH)

شفیع شوق

# تحقیقی مقالہٕ تہٕ امکی اصول

## ۱۔ تحقیق :۔

تحقیق چھُ نوٚو علم حاصل کرنُک، پرٛون علم زاننُک، پرکھاونُک، اَتھ علمس اضافہٕ کرنُک تہٕ عام کرنُک دانشورانہٕ طریقہٕ ییمہِ ستۍ انسٲنی تہذیبُک ارتقا سیدان روٗدمُت چھُ اَزتہٕ چھُ یہِ جٲری۔ مُختلف زبانہٕ بولن والی مختلف قومن ہِندی کیہنہ دانشور چھِ یتہٕ وَتھ، انسٲنی تہذیبہٕ کرِ آغاز ییٚتھے، تحقیقس ستۍ آوری روٗدی مِتہٕ تہٕ امہٕ کِسے نتیجس منز چھِ انسانس متعلق، انسانہٕ ہندِس اوندٕ پکھس متعلق تہٕ یا انسانس متعلق علم جٲری روٗدمُت۔

علمس ہُربرکرُن چھُنہٕ پرٛتھ ساعتہٕ پرٛتھ کانٛسہٕ ہِندِ دُسی ممکن۔ علم چھُ گہے وُرٛتھِ وُزتھِ تہٕ گہے سوٚت سوٚت مُسلسل تلاش تہٕ تحقیق کرنہٕ ستۍ واش کڈان، وُسعت لبان تہٕ برونٛہہ پکان آمُت۔ اَتھ رفتارس چھُنہٕ کانٛہہ سرحد تہٕ انتہا۔ یوٚت یوٚت اَسی زانان چھِ، تیوٚت تیوٚت چھِ زانان زِ اَسہِ چھُ بیٚیہِ تہٕ بیٚیہِ

زانُن ۔ یوٗت یوٗت اُسی زانان چھِ، تیوٗت تیوٗت چھِ زانان زِ اَسہِ اوس سیٹھا
کم زونمُت ۔

یہِ تہٕ چھُ اکھ غلط تصور زِ تحقیق کرُن تہٕ علم حاصل کرُن چھُ صرف کینژن تے
باصلاحیت تہٕ عاقل انسانن ہُند کار، تہٕ تِم چھِ اَمی کارہٕ باپتھ زامتی ۔ ژھارُن،
گارُن تہٕ زانُن چھُ پرتھ انسانس تام ہیٚس ییٚنژھ، کلہٕ کرِتہٕ ارادٕ ہیٚتھ محنت کران
روزِتھ ہیکہٕ اکھ کامہِ منز کامیاب سپدِتھ ۔ تحقیق چھُ محض اکھ کام یمہٕ باپتھ ہُنر ہُند
تہٕ محنتُک ضرورت چھُ ۔ اَمہٕ باپتھ چھُنہٕ برونٹھے سیٹھاہ بوٚڈ عالم آسُن ضروری ۔
تحقیق کرُن تہٕ اتھ متعلق لیکھُن چھُ تیٚتھ اکھ کار یتھ منز ۔ گوڈنیتھے ذِمدٲری
ہُند ضرورت چھُ ۔ اَمہٕ باپتھ چھِ کینہہ لوازمات تہٕ اصوٗل مُقرر یِم زانُن ضروری چھِ ۔
خاصکر یتھ اَزی کِس زمانس منز ییلہِ زن علمہٕ کِس پرتھ شعبس منز عالمی سطحس پیٹھ
تیوٗت وَہراو چھُ میوٗلمُت زِ کُنہِ لوکچہِ کھوتہٕ لوکچہِ کتھہِ پیٹھ تہٕ چھِ واریاہ لوکھ اَکی
ساعتہٕ کٲم کران ۔ چونکہ علم چھُنہٕ کانسہِ اَکِس فردُک ہُند میراث، اَوکِنی گژھہ یتھہ پاٹھی
لیکھنہٕ یُن زِ کُنہِ تہٕ معاملس پیٹھ واریاہ تحقیقکار گژھن الگ اَکِس فیض واتناوُنہٕ ہیکن ۔
تہٕ یہِ پرتھ کتھ گژھِ تہٕ کانہہ ہیکہٕ تہٕ بیٚیس کانہہ فٲید واتناوِتھے ۔ اتھ علمِ منز
پییہِ پرتھ قدمس پیٹھ پرتھ کانسہِ لیکھن والِس بیٚین لیکھن والین ہُند ضرورت ۔
یِیہٕ آری چھے علمس تیز پیشورانہٕ باگتے سیر منز زِ تحقیقکی اصوٗل تہٕ قاعدٕ گژھن بیٚین
ہتر کٲم تہٕ سہل بناوِتھ ہیکن ۔ اَوے پاسہٕ زِ تحقیقکارس چھُ بیٚینہٕ کامہِ منز ۔ خلوص
تہٕ دیانت ۔ کُنہٕ تہٕ تحقیقی کامہِ ہُند مطلب چھُ یا قین پھیر مزید تحقیقس کُن ظون تہٕ
رغبت یتھ زِ علم حاصل کرنٕچ عمل برونٹھ پکہٕ ۔

ظاہر چھ باسان زِ یہ چھنے ہنایت دشوار کام۔ مگر یہ کام چھنے باقی لیکھن والین ہنز۔ کام وُچھتھ ہیچھہٕ یوان۔ بیٚین ہنز۔ کام وُچھتھ ہیکوا سی ہیچھتھ زِ تم کم طریقہٕ چھ ورتاوان یمو سٟتۍ بہتر کھوتہٕ بہتر نتیجہٕ میلان چھِ۔ اوکنۍ چھ علمہٕ کس پرتھ کُنہٕ شعبس منز تحقیقکۍ اصوٗل وضع کرنہٕ آمتۍ یمن پیٹھ عالمی سطحس پیٹھ اتفاق سٟد مُت چھُ۔ وضع کرنہٕ آمتۍ یِم اصوٗل، لوازمات تہٕ قاعدہٕ چھِ مختلف کتابن منز۔ سارنے کتیۍ میسر یمن ہُند شعوٗر پرکھتھ کانسہٕ محققس آسُن گژھہِ۔ یِم قاعدہٕ تہٕ اصوٗل چھِ "ایم۔ ایل۔ اے سٹایل شیٹ (MLA Style Sheet) ناوٕ مشہوٗر۔ ۱۹۵۱ء ہس منز آیہ یِم قاعدہٕ تہٕ اصوٗل "ماڈرن لینگویج ایسوسیشن" (Modern Language Association) کہ طرفہٕ وضع کرنہٕ تہٕ تمام تحقیقی کامہٕ باپتھ لازمی قرار دِنہٕ۔ وۄنی چھ دُنیاہکۍ اکثر معیاری تحقیقی رسالہٕ سارنے مقالہٕ لیکھن والین ہدایت دِوان زِ مقالہٕ گژھن MLA سٹایل شیٹہٕ مُطابق لیکھنہٕ آمتۍ آسنۍ۔ یتھے پاٹھۍ چھ تمام یونیورسٹین تہٕ تحقیقی ادارن منز۔ کام کرن والین ریسرچ سکالرن ہند خاطرہٕ امی سٹایل شیٹہٕ مُطابق تحقیقی مقالہٕ لیکھُن لازمی قرار دِنہٕ آمُت۔ امہٕ سٹایل شیٹہٕ کین اصوٗلن ہنز۔ وضاحت کرو یۄ وتھٕ کُن، گوڈٕ چھو زِ تحقیقی مقالہٕ کتھ چھ وَنان۔

## ۲۔ تحقیقی مقالہٕ

۲۔۱۔ تحقیقی مقالہٕ گو وکُنہٕ حدبند موضوعس پیٹھ قاعدو تہٕ اصوٗلو مُطابق تیار کرنہٕ آمُت تحریری مواد یتھ منز۔ تتھ موضوعس پیٹھ سید یمتہٕ کلہم تحقیقی کامہٕ ہُند تفصیلی جائزٕ۔ دِتھ نوین مسلن نوین گوشن تہٕ نوین سوالن ہنز۔ نشاندہی کرنہٕ آسہٕ آمٕژ۔ اتھ منز۔ گژھہِ محقق سنز پننی راے تہٕ شامل آسنۍ تہٕ تمی سندی پننۍ نتیجہٕ تہٕ۔ تحقیقی مقالہٕ لیکھنہٕ باپتھ چھُ ضروری زِ تحقیقکار

گرٛژھِ تِمِس زارٕ ہ آہتِس موضوعس ستۍ مکمل آشنٲیی تھوان آسُن تہٕ سُہ گرٛژھِ تتھ متعلق موجوٗد تمام موادس اَنزِ ی منٛز۔ ی گوٚمت آسُن۔ تحقیقی مقالہٕ ہیکہٕ نہٕ گرٛ ہتھ محض سوچنہٕ ستۍ لیکھنہٕ یِتھ، امہِ باپتھ چھُ مختلف لایبریرین تہٕ ذٲتی کتب خانن تہٕ راوی ہتن قلمی نسخن لفظ لفظ ستُن پیوان تہٕ ادٕ حاصِل کرنہٕ آمتہٕ موادُک جایزٕ نِتھ اَتھ بٲقی موادس ستۍ تقابلی اَنداز کرِتھ نوٚن مسلن تہٕ امکانن ہنٛز نشاندہی کرٕنۍ پیوان۔ اصل موادس سام ہینہٕ ورأے تہٕ ماخذن جایزٕ ہینہٕ ورأے محض پننہٕ رأے دِنی یِہ محض علمی فروگذاری زانہٕ یِتھ تہٕ یکاہنہٕ تہٕ اعتبار چھُ۔

## ۲.۲ موضوع:-

تحقیقی مقالہٕ باپتھ موضوع ژارُن چھُ تحقیقی مقالُک گوڈنیُک قدم۔ یہ موضوع گرٛژھِ تیُتھ آسُن یُس دوٗری تحقیق طلب آسہِ تہٕ یتھ پیٚٹھ پرن والین ہندِ خاطرٕ کانٛہہ افادیت آسہِ۔ امکۍ کینہہ اہار چھہ یِم۔

۱۔ موضوع گرٛژھِ حد بندٕ آسُن۔ تہٕ زن گوٚو تیُتھ کانٛہہ الگ نُکتہ یتھ پیٚٹھ بحث کرنُک زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ امکان آسہِ۔ "سانہٕ دورٕکۍ سماجی مسلہٕ" چھُنہٕ ہرگز تہٕ مناسب موضوع تِکیازِ سماجی مسلہٕ چھِ تیتۍ زیادٕ زِ امیُک احاطہٕ کرُن چھُ ناممکن تہٕ کُنہٕ تہٕ سماجی مسلس پیٚٹھ ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ لگہار بحث سپدِتھ۔ اَتھ برعکس اگر اکوے مسلہٕ تُلو مثلاً "اَزِکین شُرین ہندۍ نفسیاتی مسلہٕ" یِہ چھُ مناہ حد بند موضوع۔ امہِ کھوتہٕ بہتر موضوع گوٚو "اَزِکین شُرین منٛز تشدُدُک رُجحان"۔ یتھے پٲٹھۍ چھُنہٕ "کاشرِ ادبُک مختلف دور" مقالہٕ باپتھ جان موضوع۔ بہتر گوٚو کُنہٕ اکِہ دورٕکہِ ادبُک کانٛہہ خاص رنگ ژھارُن تہٕ تتھ پیٚٹھ لیکھُن۔ مثلاً "اردٕ ہمہِ صدی ہنٛز۔ مثنوی ہندۍ تجربہٕ" یا "کنُہمہِ صدی ہنٛز۔ مثنوی منٛز مقامی

تمثیل"۔

۲۔ موضوٗع گرٛنھِ کانٛہہ مسلہٕ آسُن ۔ تہٕ زَن گوو تیُتھ موضوٗع یتھ منٛز کُنہِ رایہِ ستۍ اتفاق
یا اختلاف کَرنُک گنجٲیش آسہِ ۔ یا تیُتھ کانٛہہ موضوٗع یتھ منٛز یہِ زانُن ضروری بنہِ زِ اکہِ
چیٖزُک اَثر کیا چھُ بێیِس چیٖزس پیٹھ، کیاہ آو رَد کرنہٕ تہٕ کیاہ آو قبوٗل کرنہٕ ۔ یا یہِ زِ یتھ منٛز
کیاہ، کَر، کیازِ تہٕ کِتھ پٲٹھۍ زاننُک امکان آسہِ ۔ "شیخ العالمؒ سٕنٛزِ شاعری منٛز کٔشیر منٛدی
موسم" چھُنہٕ کانٛہہ تِہ تحقیق طلب موضوٗع یوٗدوَے سارِنٕے شُرکین ژھارَن تہٕ پٔییہِ دِنی تہٕ وارِہن
شُرکین منٛز میلن موسمن ہنٛدی ناو ۔ اَتھ برعکس ہیٚکہِ "شیخ العالمؒ سٕنٛزِ شاعری منٛز فطرٕژ
ہنٛز عکاسی" بہتر موضوٗع بٔنِتھ تِکیازِ یہِ زانُن چھُ ضروری زِ شاعرس کیاہ رُویہٕ اوس
فطرٕژ ستۍ ۔

۳۔ موضوٗع گرٛنھِ سنجیدٕ آسُن ۔ تہٕ زَن گوو یتھ منٛز حاصل کرنہٕ آمُت کانٛہہ انکشاف
کانٛہہ علمی لگہارٕی تھوان آسہِ ۔ مثلاً "کٲشرِ شاعری منٛز کانگر" موضوٗعس پیٹھ یوٗدوَے
اَسی واریاہ دلچسپ شعر سوٗمبرٲوِتھ ہیٚکو، مگر اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ مقصد ۔ "اقبال سٕنٛزِ
شاعری منٛز شاہین"، "آزادٕ سٕنٛزِ شاعری منٛز کٲشرۍ جاناوار" بیترِ چھِ کھوکھرۍ موضوٗع۔
مقالہٕ گرٛنھِ کانٛہہ نوٚو بحث ژُنُن، کُنہِ رایہِ رد کرُن، کانٛہہ نوٚو تصور یا نظریہ ظاہر کرُن تہٕ
موضوٗع تہٕ گرٛنھ اَمی مقصدٕ ژارنہٕ یِن ۔

۴۔ موضوٗع گرٛنھِ نوٚو آسُن ۔ تہٕ زَن گوو زِ یہِ گرٛنھہٕ نہٕ موندمُت آسُن ۔ بیشمار موضوٗع
چھِ تِتھۍ یِمن پیٹھ تیوٗت لیکھنہٕ چھُ آمُت زِ نوٚو کینٛہہ وَنُن چھُنہٕ ممکنے ۔ مثلاً "ایڈز وَنُن
چھُ گُناہ"، "نوجوانن منٛز بیروزگاری"، "تموک چینٕکۍ مضر اثرات"، "مادری زبانہٕ
ہنٛز اہمیت"، "کٲشرِس لُکہ ادبس منٛز کٲشر زنانہٕ" بیترِ ۔

۵۔ موضوع گرٛتھ ہ خد روٗس ٹیکنیکی آسُن ۔ مثلاً " لل دید ہند شاعری منٛز کاشر صوتیاتکی اُہار"، موضوعس پیٹھ ہیکہ محض صوتیاتی اصطلاحن ہُند تجزیہ سپدتھ یِتھ ستی کأنسہ تہ پرن والس کانہہ دلچسپی ہیکہ نہ آسی تھٕے۔

۶۔ ژارنہ آمت موضوع گرٛتھ ہ بیین علمی شعبن ہنز ٹیکنیکی مہارت لأزمی بناوُن۔ مثلاً کاشر شاعری منٛز پوشن ہندی ناو تہ تِہند سأنسی وژھنے۔

## ۳.۲۔ ماخذ

تم ساری قلمی نسخہ، رسالہ، کتابہ، اخبارہ تہ أزی کس دورس منٛز کمپیوٹر ویبسایٹہ یمو پیٹھ ژارنہ آمتس موضوعس متعلق تہ کیٛنژہ تفصیل میلتھ ہیکن، تم چھ تحقیقی مقالکی ماخذ ژانہ یوان ۔ وارٕ پأٹھۍ غور کرِتھ موضوع ژارنہ پتہ چھنے محقق ہنز گوڈنیُک کام ذاتی کُتب خانن منٛز، لایبریرین منٛز تہ کمپیوٹرس پیٹھ مویسر تم ساری ماخذ ید کڈنی یم تمہ تحقیقی مقالہ باپتھ لگہار آسن۔ ضروری چھنہ زِ سہ پزِ گوڈ تم ساری کتابہ تہ مضمون پٲد کرِتھ مقالہ لیکھُن شروع، بلکہ ہیکہ سہ وارہ ہن کتابن ہنٛدی سام ہیتھ، تمن پتہ کنہ دِتھ انڈیکس وُچھتھ تہ مطلوبہ صفحس پیٹھ لگہار جُملہ تہ عبارت ورٲنتھ، سہ اقتباس پنہ نوٹ بُکہ منٛز تارِتھ۔ لیکھن والی سُند ناو، کتابہ ہُند ناو، صفحہ نمبر، شایع سپدنگ وُری تہ ناشر سُند ناو تہ گرٛتھ ستی ستی درج کرُن تکیازِ ممکن چھُ سو کتاب یا رسالہ میلہ نہ دوبارٕ یا تتھ لایبریری تام واتن بنہ نہ دوبارٕ ممکن۔

ماخذ چھ دوٚیہ قسمہ: بُنیادی ماخذ تہ ثانوی ماخذ۔ بُنیادی ماخذ گیہ تم ماخذ یم موضوعہ ہیچ اصل بُنیاد آسن۔ مثلاً اگر موضوع آسہ "قاضی غلام محمدُن غزل"۔ بُنیادی ماخذ چھُ تمی سُند شعری مجموعہ "صورت خانہ"۔ اتھ نسبت ثانوی ماخذ گیہ تمہ کتابہ،

رِسالہٕ، ریڈیو تقریر، کیسیٹ، انٹرویو بیترِ یِموٚ پیٹھ قاضی ہِندِ بن غزلَن پیٹھ
باقی لیکھَن والیٚن ہٕندی تبصرٕ تہٕ تجزیہٕ شامِل آسَن۔

وارِیاہ موضوٗع چھِ تِم آسان یِمَن پیٹھ تحقیق کرنہٕ باپتھ کتابو بجایہٕ سیٚد سیٚود
علاقٲیی سروے ضروٗری چھےٚ آسان۔ محقٕقس چھُ گرٕ گرٕ ترتھ تھ علاقس پوٚرٕ پأٹھۍ
پھیرُن پیوان یتہٕ تِس تِمنِس موضوٗعس متعلق تفصیل میلِتھ ہیکَن۔ مثلاً "گُریز س
منز کٲشُر لکہٕ باتھ" موضوٗعس پیٹھ تحقیقی مقالہٕ لیکھنہٕ باپتھ ہیکہٕ نہٕ محقق محض
کتابو پیٹھ تفصیل کٔرِتھ، بلکہ چھُ تِس گُریز گرٕ گرٕ ژھَن ہیتہٕ تتہٕ گامہٕ گامہٕ پھیرِتھ مختلف
لُکَن نشہٕ بأتھ بوزٕنی تہٕ اکی بأتھ کی مختلف رۄپھ جمع کرٕنی، تِمن تقابلی جایزٕ ہیوٚن
تہٕ ترتیب دِنی۔ یتھِس موضوٗعس پیٹھ یِم کتابہٕ تہٕ رسالہٕ تِس مدد ہیکَن دِتھ،
تِم گَیہٕ ثانوی ماخذ۔ مثلاً: لیٹنرٕ سٕنز کتاب "دردِستان"۔

بُنیأدی ماخذن تام واتِتھ پزِ ن مقالہٕ لیکھن وألِس تِم ساری تفصیل اکہٕ اکہٕ
پننہٕ جایہٕ مکمل حوالہٕ دِتھ محفوظ کرٕنی یِم تِمس یِمَن ماخذن ہُند مطالعہ کران کران
اہم باسَن۔ امہٕ پتہٕ گوو ثانوی ماخذن ہُند تلاش تہٕ تِہُند مطالعہ۔ ثانوی
ماخذن ہُند مطالعہ کران کران بناوِ محقق وارٕ وارٕ پنُن ذٲتی ڈیٚشن آسے
(point of view) اگرٕ تہٕ تِس برونٹھے یہٕ آسہے تہٕ۔ وارِہَن کتھَن سۭتۍ کرِ اتفاق تہٕ
وارِہَن کتھَن سۭتۍ اختلاف۔ امہٕ علاوٕ روزِ سُہ مختلف ثانوی ماخذن ہُند تقابلی مطالعہ
تہٕ کران یِلہٕ سُہ یِمَن منز ہشر تہٕ بیٚن لبان روزِ۔ وارِیاہ نکتہٕ یِن تِس تِتھی تہٕ اتھ یِمو
سۭتۍ تِس پنُن ڈیٚشن آسے دربرلبہٕ تہٕ اکثر نکتہٕ یِنِس تِتھی اتھ یِمو سۭتۍ تِس پنُن ڈیٚشن
آسے نوٚ سرٕ سرٕ کھ کٔرِتھ تبدیل کرُن پییہٕ۔ تہٕ اگر محقق گوڈے کانہہ سخت گیر ڈیٚشن

آے ہیتھ ثانوی ماخذن میتھان تولان تہٕ سرکران روزِ تیلہِ واتہٕ نہٕ سُہ کُنے تہٕ
اِمکان چھُ سُہ روزِ اَپرٕ ہے زیادٕ زیادٕ نیچھناوان ۔

ثانوی ماخذن تام رسائی چھیٖ دوہے ممکن ۔ مگر اَزٕ کس زمانس منز چھ
یم پاٹس نش تھاونکی کیٚہہ جدید طریقہٕ میسر ۔ مثلاً فوٹوسٹیٹ ، مایکروفلم سکین
ڈجیٹل تصویر بیتر ۔ اسی ہیکو یم جدید وسیلہ ورتاوِتھ انٹرنیٹ کہ ذریعہ تہٕ دور
مُلکن پھیرتھ وراے منگاوِتھ ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ پرتھ علمی شعبس متعلق وارِیاہ ویبسایٹ
دستیاب ییمو پیٹھٕ سیٹھاہ مُفید زانکاری چھنے ۔

سارنے بُنیادی تہٕ ثانوی ماخذن سام ہیتھ چھُ محقق کینژس کالس بھکھ
کڈُن جان روزان ۔ مأنی تو پچھاہ ، رتھاہ ، رتھ جوراہ ۔ اَمہِ پتہٕ ییلہ سُہ بنیس مواد س
نو سر سام ہیٚنہ تس ین تھی نکتہٕ نظرِ یمن کُن نہٕ تس دیلانے اوس گومُت ۔ یتہٕ چھُ
ممکن زِ یم نکتہٕ دُچھیتھ تمی گو ڈنچھ پھروو ڈھاس کھیمتر ، تم نکتہٕ باسن تس نہایت
عامیانہٕ ۔ آرام کس وقفس دوران چھُ ذہنس منز مختلف خیالن ہند وُبود رَمان
تہٕ یم چھِ اکھ اکس ستی ترتیب لبان ۔ اکہِ زیٹھ تھکہ پتہٕ ییلہ اسی ییتہٕ پتہٕ کامہِ سام
ہیوان چھ ، وارِیاہ ترٹھ غلطیہ چھنے درینتھی گرتھان یمن کُن نہٕ زانہہ تہٕ ظون
چھُ آسان گومُت ۔ اوکنہِ چھ ضروری زِ محقق ہیٚنہ پانہٕ نیٚن ناقد بنتھ بینہ رایہ سلم
تہٕ دستیاب ماخذن ہند حوالہ کراتھ سرکھ ۔ مقالہ لیکھنہٕ برونہہ ییتہٕ لڑِ ماخذن
سنتہٕ پیہ ، تیتی بہتر نتیجہ سپدان حاصل ۔ ثانوی ماخذن چھُ پیٚنہ تہٕ پیٚنیہ سٔتن اوکنہِ تہٕ
ضروری زِ پیٚنہ کانسہ ماپھنے تمہ کتھ بروٹھے بہتر پاٹھی ورنہٕ منز ۔

۲۰۴ ۔ **حوالہ** :۔ محقق چھُ منز ہ منزی بیٚین ہُند کانہہ خیال یا رائے یا نتیجہ بنیس

مقالس منز پٮ۪تھ راے ڈکھ دِتھ یا پتھ ، یا تتھ ستی اختلاف کرتھ یا پتھ منظور شامل
کران ۔ اوٚکنی چھُ ضروری زِ محقق کرِ مینک اعتراف ۔ صرف تہٕ اوٚکنی زِ یہ چھُ
اخلاقی فرض ، بلکہ اوٚکنی تہٕ زِ امہِ ستی چھُ مقالُک اعتبار ہُران ، اتھ منز چھےٚ وسعت
یِوان ، تہٕ بیٚین محققن ہِنز ۔ وتھ چھےٚ سہل بنان تہٕ پرن وول چھُ پانہٕ تہٕ بیٚین
تجزیاتی شعور کامہِ لاگان ۔

حوالہٕ چھِ مختلف محققن ہِنز دٚسی مختلف آیہِ دِتہٕ آمتی ۔ مگر وونی چھُ سارنی
مقالہٕ نگارن ہِندِ خاطرہٕ MLA Style Sheet مطابق حوالہٕ دیُن لازمی زانہٕ یِوان ۔
اتھ منز چھِنہٕ کانہہ کاکُل بلکہ چھِ یہ مقالُک سارِوے کھوتہٕ موزون تہٕ کارگر طریقہٕ ۔
باضے چھِ محقق ہِند بوٚ نتیجو کھوتہٕ مقالس منز ۔ بدکڈتہٕ آمتی ماخذ زیادٕ ضروری آسان ۔
بیٚین ہُند حوالہٕ دِتھ چھُ محقق ایمانداری سان دانشورانہٕ عملِ منز بیٚین لُکن ستی شرکت
کران تہٕ اتھ عملہٕ بروٚنٹھ پکناوان ۔

حوالہٕ ہیٚکہِ کُنہِ اقتباسُک تہٕ آسِتھ ، کُنہِ پیراگرافُک تہٕ ، کُنہِ جُملُک تہٕ تہٕ کُنہِ لفظُک
تہٕ ۔ تمہِ وِزِ تہٕ چھُ حوالہٕ دیُن لازمی بنان اگر محقق بیٚیہِ کانسہٕ ہِنز راے بیٚین لفظن منز بیان
کرِتھ دِیہ ۔ بیٚین لفظن منز کتھ پھیرتھ وِزِ تس خیال تھاوُن زِ اصل کتھ گژھہٕ تہٕ مسخ
سپدِ نی ۔ کُنہِ تہٕ ساعتہٕ ہیٚکہِ پرن وول پانہٕ تہٕ تتھ ماخذس تام پانہٕ تہٕ واتتھ یمہِ پیٹھ
محققن سو کتھ تجُمُش آسہِ ۔ اگر تہٕ محققن حوالہٕ دِتمُت آسہِ ، تس کھسہِ تھوٚر ہُند چھُہ ــــ
بد دیانتی چھےٚ علمی کامہِ ہُند سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ جرم ۔ یہ چھےٚ جرُم آسنس ستی ستی بڈ
احمقازی تہٕ تکیازِ کانہہ خیال پنُن بناوُن کیاہ مطلب چھُ تھوان بیٚیلہِ زن علم صندوقک
سون ہیٚکہٕ روٗزِتھ ۔ یہ چھُ سانہِ تام سلہ یازپری واتانہِ تہٕ بد دیانت "عالمس"

چھنے رسوائی ہتھ پیوان۔

حوالہ گژھہ مختصر آسنس ستۍ یتھ مکمل تہ آسُن یتھ منز ماخذُک ناو، شخصہ سُند ناو، صفحہ نمبر، چھپنک وری، چھاپ گرُھنچ جاے بیتر سورُے دِتھ آسہ۔ یم ساری تفصیل چھ یا پہ بونہ حاشیس منز حوالہ نمبر دِتھ دِنہ یوان، تہٕ مقالہ کس آخرس پیٹھ۔ اگرے تہٕ آمت اقتباس سیٹھاہ زھوٹ اوس، مثلاً اکھ جملہ تیلہ چھ تمیک حوالہ تمہ پتے مقالہ کس متنس منزے دون بریکٹن منز باگ دیُن جان روزان۔ مقالکی ساری بونہ حاشیہ حوالہ یا اند حوالہ چھ مقالہ کہ گوڈ پیٹھ اندس تام گرزن وارِ دِنہ یوان۔

مقالہ کس متنس منز اگر ترژھ کینہ کتھ دِنہ ضروری آسن یمن تہ متنس ستۍ سیدٕ سیود تہ واٹھ آسہ بلکہ آسن مزید واقفیت دِنہ باپتھ ضروری، تم عبارژ چھنے نمبر دِتھ یا تہ بونہ حاشیس منز دِنہ یوان، تہٕ اندس پیٹھ۔

## حوالن ہنز مثالہ:

ا۔ کتابہ ہنْد حوالہ

١۔ عبدالاحد آزاد، کشمیری زبان اور شاعری، جلد ٢۔ (سرینگر، کلچرل اکادمی ١٩٥٩ء) ص: ١٥١

٢۔ آزاد، جلد ٣، ص ٣٠٠۔

اگر امی کتابہ ہند کانہہ نوو ایڈیشن آسہ، تیلہ گو و حوالہ یتھ پاٹھۍ:

١۔ عبدالاحد آزاد، کشمیری زبان اور شاعری، (١٩٥٩ء۔ سرینگر، کلچرل اکادمی۔١٩٨٠ء) جلد ٢، ص ٤٠٤

ب۔ کینہہ ادارچ کانہہ کتاب

٢٣۔ علم تہٕ ادب (کاشُر ڈپارٹمنٹ، یونیورسٹی آف کشمیر، ۲۰۰۲ء) جلد ۳۔ ص ۱۰۵۔
١٦۔ کاشُر اینسایکلوپیڈیا (سرینگر۔ کلچرل اکادمی۔ ۲۰۰۳ء) جلد ۳۔ ص ۲۰۲۔
ج۔ ترجمہٕ
٣٤۔ ایملی برونٹی۔ وُدرنگ ہایٹس۔ ترجمہٕ: مظفر عازم (سرینگر؛ کاشُر ڈپارٹمنٹ یونیورسٹی آف کشمیر، ۱۹۹۹ء) ص ۱۱۳۔
د۔ غیر مطبوعہ تحقیقی مقالہٕ
٢٢۔ شفیع شوق۔ اے کمپریٹو سٹڈی آف کم سنٹیکٹک پیٹرنز آف انگلش اینڈ کشمیری (ڈپارٹمنٹ آف انگلش، یونیورسٹی آف کشمیر، ۱۹۸۵ء) ص ۲۹۹۔
ہ قلمی نُسخہٕ۔
١٩۔ مقبوٗل امرتسری۔ یوسف زلیخا۔ (ملکیت۔ ناجی منور) ص۔ ۲۴۔
و۔ رسالہٕ کہ کُنہٕ مضموٗنُک حوالہٕ
٣۔ رتن لال شانت۔ "انسان دوستی: آزادی پتہٕ شاعری ہنز پھیر ہاو خصوصیت" "سون ادب" (سرینگر؛ کلچرل اکادمی، ۱۹۹۶ء) ص ۶۶۔
١٥۔ رحمان راہی۔ "اکھ پرون شہر" آش۔ جلد ۱، شُمارٕ ۲۔ ص۔ ۲۵۔
٧۔ محمد یوسُف ٹینگ۔ "رحمان راہی" آلو (نظم نمبر)، جلد ۳، شمارٕ ۲-۱۔ ص ۱۰۹۔

حوالہٕ دِنُک بیاکھ طریقہٕ چھُ تِہ ایم ایل اے سٹایل شیٹہٕ مُطابق یِہ زِ حوالہٕ یِیہ مقالہٕ کِس متنس منز بے دوٚن بریکیٹن منز جاے دِنہٕ۔ یتہٕ اَمت اقتباس گرٛتھ یا قی متنہٕ نِشہٕ الگ ہاوتہٕ موکھ سطرن ہند زیچر کنہٕ تنگ لیکھنہٕ ین۔ حوالہٕ ترتیب چھنہٕ یِتھ پاٹھۍ:

(لیکھن وٲلۍ سُند سیوٚد ناو + کوما + کتابہِ ہُند ناو + ایڈیشن + فُل سٹاپ + صفحہٕ)

مِثال :

کٲشرِس فنِ تعمیرس منز چھُ گاندھار، رۄمی، گُپت، متھرا، چینی تہٕ ایرٲنۍ ریوایژن ہُند
لۄیہٕ وُن سنگم موجوٗد۔ مندرَو علاوٕ چھُ مسجدن تہٕ اشانَن منز تہِ اَمہِ طرزٕک خدوخال میلان۔
مندرن منز چھُ یہِ طرز مارتنڈ، بٹن، پرہاس پور تہٕ بونیارکین قدیم آثارن منز موجوٗد۔
(ارجن دیو مجبوٗر، تحقیق - ١٩٩٩ء - ١٢-)"

اگرامی کتابہِ ہُند بیاکھ یا بیٚیہِ کیٚہنہ حوالہٕ دِنۍ آسَن، تمَن منز چھِنہٕ یِتہٕ ساری تفصیل
دِنۍ ضروٗری، صرف چھُ ایڈیشنک وُری دِیُن کٲفی۔ مثلاً (مجبوٗر، ٧٨-)

حوالہٕ دِنہٕ آمتی مضموٗن، مقالہٕ، کتابہٕ رسالہٕ بیتر چھِ مقالس یِتہٕ کیٚنہ گرٕ منز وار دِنہٕ یِوان۔
یِمَن وَنَو "حوالہٕ" تہٕ کتاب نامہٕ۔

## ٢.٥ - کتاب نامہٕ

کتاب نامہٕ دِنک طریقہٕ چھُ حوالہٕ دِنہٕ کِ طریقہٕ نِشہٕ ہناہ مختلف۔ گوڈٕ چھُ سارِنے
زیرِ مُطالعہٕ مقالَن، کتابن رسالن تہٕ باقی تصنیفن ہُند فہرست تیار یِوان کرنہٕ۔ یِمَن
چھُ اَدٕ مُصنفن ہِندِین ناوَن ابجدی حسابہٕ دِتھ ترتیب دِنہٕ یِوان۔ ترتیب چھِنہٕ یِتھ
پٲٹھۍ:

مُصنف سُند وِلوٚد ناو یا تخلص + مصنف سُند دوٚیُم ناو + فُل سٹاپ + کتابہٕ ہُند
ناو + فُل سٹاپ + چھاپ گرٕ ہنٛز جاے + کولن + ناشر + کوما + چھاپ گرٕ ہنٛگ
وُری + فُل سٹاپ۔

مِثالہٕ :

۱۔ اکیہ شخصہ سنز کتاب

آفاقی، اسداللہ۔ تعلیماتِ شیخ العالمؒ۔ جلد ۲۔ سرینگر: ۱۹۹۸ء۔

پشپ، پرتھوی ناتھ "کاشرِ شاعرِ ہند گوڑنیال"، انہار۔ سرینگر: کاشرِ ڈپارٹمنٹ ۱۹۹۸ء

۲۔ دون زَنین ہنز۔ لیکھمژ کتاب

تاجی منور، شوق شفیع۔ کاشرِ ادبُک تواریخ۔ سرینگر ڈپارٹمنٹ، ۱۹۹۲ء

۳۔ دون زَنین ہنز۔ ترتیب دِژمژ کتاب

راہی، رحمان، شوق، شفیع۔ سنگلاب۔ (ترتیب) سرینگر: کاشرِ ڈپارٹمنٹ، ۱۹۸۲ء

۴۔ وارِیاہن زَنین ہنز۔ ترتیب دِژمژ کتاب

شوق، شفیع بیترِ۔ علم تہٕ ادب، جلد ۳۔ (ترتیب) سرینگر: کاشرِ ڈپارٹمنٹ، ۲۰۰۲ء

۵۔ کتابہٕ ہُند دوٚیم یا بیٚیہ کانہہ ایڈیشن

آزاد، عبدالاحد۔ کشمیری زبان اور شاعری۔ ۱۹۵۹ء سرینگر: کلچرل اکادمی، ۱۹۹۰ء

۶۔ وارِیاہن جلدن ہنز۔ کتاب

گریرسن، جارج ابراہیم۔ لنگوسٹک سروے آف انڈیا۔ سٔتیم جلد، دوٚیم حصہٕ۔ ۱۹۱۹ء دہلی۔

موتی لال بنارسی داس، ۱۹۸۵ء

۷۔ کُنہِ رسالُک کانہہ مضموٗن بیتر

نادم، دینا ناتھ۔ "جوابی کارڈ"، کونگ پوش۔ ۲/۱، ۱۹۵۰ء

۸۔ کُنہِ اینسا یکلو پیڈیایُک کانہہ توشتہٕ

آتش، غلام نبی ۔ "کاشرِس منز تحقیق" ۔ انیسایکلوپیڈیا، سرینگر: کلچرل اکادمی ۔ ۲۰۰۳،

## ۶ . ۲ ۔ مقالچ زبان

تحقیقی مقالک بُنیادی مقصد چھُ کنہِ مسلچ نشاندہی، تتھ مسلس پیٹھ باقی لُکن ہنز رائے زانٕنۍ، مختلف رایَن ہُند ہشر تہٕ بیٛن زانٕنۍ، پننۍ رائے پیش کرٕنۍ، پننہِ رایہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ دربردِہ بایتھ مختلف تفصیل تلاش کرٕنۍ، تہٕ آخرس پیٹھ پننۍ نتیجہ پیش کرٕنۍ۔ اَوکنۍ گژھہِ اَمِچ زبان نہایت سادٕ، صاف تہٕ مختصر آسنۍ۔ سادٕ زبان گےٚ تِژھ زبان یتھ منز پریتھ کانہہ جملہٕ فضول پیچیدگی ورأے آسہِ۔ یہِ گژھہِ عام فہم، روان تہٕ کارگر آسنۍ۔ زبانہِ ہُند صاف آسُن گو وِیہِ زِ اَتھ منز گژھہِ نہٕ لفظن ہنز آرائش، پیچیدگی تہٕ ابہام آسُن۔ مختصر آسُن گو وِیہِ زِ ترتیب لفظ تہٕ جملہٕ گژھن وزناوہٕ نہٕ یِم کتھ واضح کڈنہٕ بایتھ ملزوم آسن۔ دۄہراوگژھہِ نہٕ آسُن تہٕ عامیانہٕ کتھو نشہٕ گژھہِ پرہیز کرنہٕ۔

یہِ چھُ خیال بوان تھاوُن زِ تحقیقی مقالہٕ چھُ نہٕ آتی کُنہِ خاص علمی شعبس منز دلچسپی تھاوَن والین تعلیم یافتہٕ لُکن ہند خاطر۔ علمی ہاوہاوٕ تہٕ بلیغ زبان ییٚو دوے عیب چھُ مگر سیتی چھُ یہِ خیال تھاوُن تہٕ ضروری زِ مقالہٕ نگار گژھہِ نہٕ تِمو لفظو تہٕ اصطلاحو نشہٕ توٗب ہیوٚن یِم تجزیہ تہٕ وضاحت کرنہٕ بایتھ لابدی آسن۔ زِ اَتھ ماننہٕ گژھہِ نہٕ علمی لفظو بجایہ سادٕ تہٕ عامیانہٕ لفظ ورتاونٕچ کوشش کرٕنۍ۔

مقالچہ زبانہِ منز سادگی، صفائی تہٕ اختصار اَنہٕ موکھہٕ تہٕ یہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ متناسب تہٕ متوازن بناونہٕ بایتھ چھُ مقالہٕ نگارس یُن ییٚو کھمٕت مضمون دوہ یہِ ترینہِ پھیر پرُن بوان تہٕ یتھ سٕتۍ اَتھ شیرٕ تہٕ زار کرِتھ ہیکہِ۔ کانہہ تہٕ لاپروائی پچھنے تِمی منز۔ سُہ ٲسے محنت ضایہ توان کرِتھ۔ اَتھ گژھن تہٕ املاچہ غلطیہ تہٕ ہرگز روزنہٕ۔

بیلِہٕ دوٕیہ ترتیٖبہِ پھِر یانہٕ متمین گرٛژھ زِنٕہ چھُ پٔنٕنی کھتہ پیش کرِتھ ہیوٚکمُت اَتی گرٛژھ
اَمیُک پتِم نقل تیار کرُن۔

## ۲.۷ پتِم نقل

مقالُک پتِم نقل یُس مقالہٕ نگارس کُنہِ رسالس یا اِدارس پیش کرُن آسہِ سُہ گرٛژھ نہایت سلیقہٕ سان تہٕ خوبصورت یأژ لیکھتھ یا ٹایپ کرِتھ آسُن۔ کاغذس پیٹھ گرٛژھ اَکی پاسہٕ لیکھتھ یا ٹایپ کرِتھ آسُن۔ سجاوٕنہٕ بأپتھ گرٛژھ نہٕ خوشنویسی ہُنر ہاوُنہٕ یِنہٕ۔ عنوان تہٕ ذیلی عنوان گرٛژھن باقی عبارژ نِشہٕ وێتھۍ آسنہٕ۔ تہٕ میل گرٛژھ سیاہ آسٕنۍ۔ کاغذ گرٛژھ A4 سایز آسُن۔ صفحس گرٛژھ پرتھ پاسہٕ کم کھوتہٕ کم ڈوڈ اَنٛژ حاشیہِ آسُن۔ صفحہِ نمبر گرٛژھ سارِنٕے صفحن اَکی سے جایہِ دیُن۔ مقالس منٛز شامل کرنہٕ آمتۍ بٔڈۍ ہندۍ اقتباس گرٛژھن باقی عبارژ نِشہٕ الگ کرنہٕ بأپتھ منٛز باہناہ ژھوٚٹۍن سطرن منٛز لیکھنہٕ یِنہٕ۔ پرتھ اقتباسس گرٛژھ حوالہٕ نمبر دیُن۔

## زیرِ نظر کتابہٕ


1.American Studies Research Centre, Hyderabad,*MLA Style Sheet* ,(New York: Modern Language Association,1951).

2. McCuen, Jo Ray , Winkler, Anthony C., *From Idea to Essay*,Boston: Allyn and Bacon,1995).

3. Di Yanni, Robert, *Literature, Reading Fiction, Poetry, Drama and the Essay*, (New York: 1990).




شاد رمضان

# کأشرس منز تحقیق

## اکھ سام

کٔشیر چھےٚ ینٛ اکھ بجا ادر علمی، ادبی تہٕ ثقافتی پٔتھ کال یِمہٕ کِنہٕ یہٕ وَنُن صحیح چھُنہٕ زِ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس متعلق تِہٕل تحقیقی کامہٕ کٔر وُہمہِ صدی عیسوی منز یوٗرپی عالمو دس۔ ہرگاہ وُنہٕ سأنی قدیم علمی تہٕ ادبی دستاویز رأوِس تٔل چھِہ، اما یوٗزِ یوٗرپی مُحققَن برونٹھ الہٕ بٔیہٕ ژور ہتھ وری یِم توٗرنامہٕ ترتیب دِنہٕ آمتی چھِہ، تِمَن منز چھُ شیخ العالمؒ تہٕ کُنہٕ کُنہٕ تٔل دیدِ ہندِس ذات نامس، زندگی ہندِس حال احوالس، تِہندِس سماجی تہٕ روٗحأنی زندگیہٕ تہٕ شاعری متعلق تفصیلن بحث کرنہٕ آمُت۔ یِم سأری نوٗرنامہٕ چھِہ تحقیقی کارنامہٕ یِمَن منز بابا نصیب الدین غازی، بابا خلیل تہٕ بابا کمال ہندی نوٗرنامہٕ اہم بلکہ چھُ "تذکرۃ العارفین" (شیخ علی رینہٕ) تہٕ "اسرار الابرار" (بابا داؤد مشکوتی) ہوِن توأریخی دستاویزن ہندی تِم حصہٕ تحقیقی زُمرس منز یِوان یِمَن منز سانیٚن شاعرن تہٕ تِہندِ شاعری ہُند ذکر چھُ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یہِ زِ بڈشاہی دورس منز یِم توأریخی اشارٕ کأشرِ زبان تہٕ ادب پھٲلنس متعلق میلان چھِہ، باسان چھُ زِ بڈشاہ سُند علمی تہٕ ادبی ذوق ژٕینتھ کیتھ آسہن امہٕ دورکی عالم تہٕ محقق بیٚنہِ زمانہٕ تہٕ پانس برونٹھمہِ زمانہٕ کِس علمی تہٕ ادبی خزانس متعلق موٚلے خاموش۔

اَمہٕ دورکس محقق شری ورسُتدیہ بیان چھُ قابلِ توجہٕ۔

" بادشاہَس اوس یقین زِ پرٛتھ کانٛسہِ پزٕ تھٕتی زبانٕ
منز ہدایت دِیُن یوسہٕ زبان سُہ زانان آسہِ۔ تۄ کِنۍ
کرنوو تمۍ مختلف مذہبی کتابن تمَن عالمن اَتھٕ ترجمہٕ
یم سنسکرت، فارسی تہٕ مقامی زبان زانان آسۍ"

بلکہ چھےٚ ناگ سین سٕنٛز "ملند پنہ" "گناڈے سنٛز "برہت کتھا تہٕ کلہن سٕنٛز "راج ترنگنی" ہِشہٕ
علمی تہٕ تواریخی کتابہٕ یِمہٕ کتھِ ہنٛز دلیل زِ ساٹھن عالمن تہٕ محققن چھےٚ پنُن تواریخی تہٕ تہذیبی
وجوٗد برٛزناونٕچ کل آسمٕژ تہٕ اَمہٕ اعتبارٕ چھےٚ اَسہِ تحقیقچ اکھ قدیم رِوایتھ ڈٕکھس تہٕ امی رِوایژ
ہُند اکھ اہم باب چھُ یورپی عالمن تہٕ محققن ہِندی یِم تحقیقی کارنامہٕ یِم تِموٗ کاشرِ ہِندِ لسانی
ادبی تہٕ ثقافتی وجوٗد برٛزناونس تہٕ مولناونس منز انجام دِتی۔ یِمن منز جارج ابراہم گریرسن
سر آرل سٹاین، جارج بُہلر، ہنٹن نولز تہٕ والٹر آر۔ لارنس ہِوی عالم اہم چھِ۔ یِہ چھےٚ شاید
گوڈنچ وِزِ یلہٕ کاشرِ زبانٕ ہِندِس آگرس، اَمہٕ کِس لفظ راشس تہٕ ساختیاتی نظامس پیٹھ
سنجیدگی سان سرِ سوچنہٕ آو تہٕ کاشرِس تخلیقی ادبس تہٕ لُکہٕ ادبس متعلق یِہنٛد تحقیقی مطالعہٕ
چھُ سانِس اَزکِس تحقیقس اکھ بُنیاد فراہم کران۔

عبدالاحد آزاد چھُ گوڈنیک کاشُر یِمۍ کاشرِ زبانِ تہٕ ادبس متعلق "کشمیری زبان اور
شاعری" ناوٕک اکھ مدلل تواریخ لیوٗکھ یُس سانہِ موجود تہٕ پتہٕ وانٛسہٕ تحقیقی کامہِ ہنٛز بُنیاد چھُ۔
بقولِ شمیم احمد شمیم "میں اس کتاب کو حالی کے "مقدمہ شعر و شاعری" سے کم اہمیت کا
حامل نہیں سمجھتا"۔ یا بقول محمد یوسف ٹینگ "آج تک کشمیری زبان و ادب کی تنقیدی
تاریخ پر اتنی ہمہ گیر کتاب نہیں نکلی ہے"۔ حالانکہ اَتھ پزٕرس ہِتی سٟتی چھےٚ یِہ کتھ تہٕ صحیح زِ آزادنِس

اَتھ ادبی تہوارچِنِس چھپنے تحقیقی اعتبار کیہنہ خامیہ تہٕ تہٕ کینژن اہم تحقیقی گوشن کُن چھُنہ
اَمِس حساس محقّقس یا تہٕ ظون گومُت یا تہٕ واتنیاراوسمُت۔

کاشرِس منز چھُ گوڈنیک اخبار دروگجن ہسپتال چہ عیسائے مشنری ہند
طرفہٕ تیران یِتھ منز عیسائے مذہب کِس تشہیرِس سٕتی سٕتی ہسپتال چہ کارکردگی تہٕ بیمارن
ہنز زانکاری متعلق مضمون چھپان آسی۔ اَتھ دوران آو ایس پی کالج کہ "پرتاپ" تہٕ امر سنگھ
کالج کہ "لالہ رُخ"، میگزینک اکھ اکھ حصہٕ کاشرِ تھاونہٕ یمن منز تخلیقی فن پارن سٕتی سٕتی لوکٹ
موکٹ تحقیقی مقالہ چھپان آسی تہٕ یوہے اوس کاشرِس منز ادبی تحقیقک ڈسلابہ۔ اَمہ
پتہٕ دراو مہجور صابن کاشُر اخبار "گاش" تہٕ کیہہ کال پتہٕ کلچرل کانفرنس ناو چہ ادبی تنظیمہ
ہندِ طرفہٕ "کونگہ پوش" رسالہ تہٕ تتھے پاٹھی "پمپوش" تہٕ "گلریز" ہوی رسالہ تہٕ۔ یمن اخبارن
تہٕ رسالن منز روٗدی کاشرِس ادبس پیٹھ تحقیقی مضمون چھپان یمہ سٕتی کاشرِس منز سنجید
ادبی تحقیقس دس ووتھ۔ اَمہ ابتدائی دورکین لِکھارن منز چھِ پروفیسر محی الدین حاجنی،
پروفیسر پی، این، پُشپ، محمد امین کامل، پروفیسر غلام نبی فراق، پروفیسر رحمٰن راہی تہٕ
اختر محی الدین ہوی ناو قابلِ ذکر۔ یمن لِکھارن منز چھِ پروفیسر محی الدین حاجنی سُند ناواہ
کِنہٕ قابلِ توجہ زِ تمی لیکھی درجن واد تحقیقی مقالہ یم وار وار "شرح کتاب" "مقالات" کامو
منزٕ بیھری بیھری" تہٕ "لکہ رس" ناوچن تھٕترن کتابن منز چھاپ سپدی۔ یم تحقیقی مقالہ
چھِ کاشرِس ادبی تحقیقس اکھ قابلِ قدر دیُت یمو کاشرِ زبانی تہٕ ادبس متعلق کینژن تحقیقی
معاملن وٕتش دیُت تہٕ کینژن تحقیقی دٕری یافتن تہٕ انکشافن تراوِکھ درواز ڈ تھی
یوہے چھُ سُہ وٕکھ ییلہ ریاستی کلچرل اکادمی ہوی اہم ادبی تہٕ ثقافتی ادارن کاشرِس
ادبس پیٹھ سنجیدگی سان تحقیقی کامہ دس تُل۔ لکہ شاعری تہٕ لکہ دلیلہ سومبراونٕچ کام گیہ

شروٗع تہٕ لگہٕ شاعری تہٕ لگہٕ دلیلن ہنز۔ کرٛ سو ممبر تہٕ آیہ چھاپ کرنہٕ یُس اکھ اہم تحقیقی تلاش اوس۔ امی ادارٕ طرفہٕ چھُ جیالال کول "لل دید" (واکھ تہٕ تہندۍ ترجمہٕ) مرتب کران تہٕ امین کامل "نوٗر نامہٕ" ترتیب دِوان۔ اَمۍ ادارن کرٕ کینژن اہم صوٗفی شاعرن ہندۍ کُلیات ترتیب دِتھ چھاپ۔ اَمہٕ علاوٕ آیہ امین کامل سنز مُرتب کرمٕژ "صوٗفی شاعری" (۳ جلد) تہٕ موتی لال ساقی سنز۔ کاشُر صوٗفی شاعری" (۲ جلد) تہٕ چھاپ کرنہٕ یمن منز اکثر کاشرین صوٗفی شاعرن ہنز۔ زندگی تہٕ شاعری پیٹھ تہٕ بحث کرنہٕ آو۔ "شیرازٕ" تہٕ "سون ادب" ناوکین رسالن ہُند سِلسِلہٕ گوو شروٗع یمن منز۔ یہنہٕ وادٕ تحقیقی مقالہ اِنتخاب کٔرِتھ چھاپنہٕ آیہ۔ خاصکر تھ "شیرازٕ" رسالکۍ "شیخ العالم، لل دید، مہجوٗر، آزاد تہٕ احد زرگر ہوین شاعرن پیٹھ خصوٗصی نمبر، مثنوی تہٕ جگنامہ نمبر تہٕ "سون ادب" رِسالکۍ ۱۹۷۱، ۱۹۷۵، ۱۹۷۶، ۱۹۷۹، تہٕ ۱۹۸۸ عیسوی کہ اہم شمارٕ چھِ کاشرِس تحقیقی موادس اکھ زنگابرنگ اضافہٕ تہٕ موٗل دیت۔ کاشُر ڈکشنری (۷ جلد) تہٕ کاشُر انسائیکلوپیڈیا (۴ جلد) چھِ اکادمی ہندۍ زٕ بٔڈۍ کارنامہٕ۔ ووٚن گوو کاشرِ زبانی ہندِس اکہ کِس سنجید طالب علمس چھُنہٕ یہِ وَنُن جارٕ روزان زِ کاشُر ڈکشنری ہندِس ایڈیٹوریل بورڈس چھُنہٕ لسانی زاوی جارن ہنداوراک اوسمُت یُتھ تم لسانی اصوٗلن تحت لفظن ہُند اصل موٗل ڈٔری یاف کٔرِتھ ہیکہ ہن۔ اَتھ برعکس چھِ تمو محض جذباتن ہنز۔ بیِٚ یادٕ پیٹھ جلدبازی منز۔ اکثر کاشرین لفظن ہُند موٗل غلط ہوومُت یمہِ سٟتۍ کینژن کالس کاشر زبانی ہندِس آگرِس تہٕ اَمہٕ کِس لسانی شناختس متعلق کیہنہٕ غلط فہمیہٕ تہٕ پادٕ گییہٕ۔ کاشرِس انسائیکلوپیڈیاہس منز تہٕ سٟدی یِتھی ہوی وٕرٕ تہٕ وکاہ۔ مثلن میر سید حسین سمنانی (کولگام) یس متعلق چھُ موتی لال ساقی لیکھان "بیِٚ نِکھ ڈکھ ہیتھ چھُ کولگامی آستان

کِس حاطس منز دفن" ییٚلہِ زن تہندی نِکھ ڈکھ یِیتے آسنہٕ خاندانٕکی ترٛے ہتھ تہٕ شیٹھ
سادات کوٗ لگامہِ دوٗر ڈوٗڈ میل "آمن" ناوٕ گامس منز مدفن چھِ۔ کشمیر یونیورسٹی ہِند کاشُر
ڈپارٹمنٹ چھُ سہٕ بیاکھ اہم اِدارٕ یمیٚ مختلف موضوعسن پیٹھ درجن واد تحقیقی کتابہٕ
چھاپ کرِتھ بازرس ترٛاوِمٕژ منز ادب، تواریخ، نفسیات، سماجیات تہٕ ثقافت ہوی
موضوع شامل چھِ۔ اَمہِ ادارک "انہار" ناوٕک رسالہِ چھُ کاشُر زبانی ہِند اکھ معتبر رسالہٕ
گژھان رٕژ یِوان۔ اَمہِ رسالکی علمدار نمبر، لکہٕ ادب نمبر، کاشرِ ادبُک فکری پوٚت منظر نمبر، گریرن
نمبر، نعت نمبر، غزل نمبر تہٕ درِ دس شمار تحقیق نمبر، ہوی خصوصی شُمارٕ چھِ کاشرِس تحقیقی
ادبس اکھ موٗلُل اضافہٕ۔ اَمہِ ادارٕ طرفہٕ آیہٕ ڈپلوما کشمیری طالب علمن ہِندِ ڈسیٚ ہتہٕ واد
تحقیقی مقالہٕ، درجن واد اہم فل تہٕ پی ایچ ڈی مقالہٕ لیکھناونہٕ تہٕ یہِ سلسلہٕ چھُ ازتہٕ
جٲری۔

عبدالاحد آزاد تہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" پتہٕ آیہٕ کاشرِس منز ترٛے ادبی تواریخ
لیکھنہٕ۔ گوڈنیُک گوو اوتار کرشن رہبر سٕنز "کاشرِ ادبٕچ تاریخ" دوٚیم ناجی منور تہٕ شفیع
شوق سٕنز "کاشرِ ادبُک تواریخ" تہٕ ترٛیم شاہد بڈگامی سٕنز "کاشرِ مرثی ہِند تواریخ"۔ رہبر
چھُ کاشرِ زبانی تہٕ کاشرِ ادبکس گوڈ کالس متعلق سنجیدگی سان قدیم تواریخی دستاویزن تہٕ
لگہٕ ربوایژن زول دِتھ پتہٕ تحقیقی مقالہٕ پیش یا دتعمیر کران تہٕ کاشرِ ادبکس گوڈ کالس متعلق
کینژن اہم کتھن کُن ظوٗن پھِران تہٕ اَمہِ تحقیقی اہمیتھ ژھیتھ روزِ کاشرِ ادبکس طالب علمس
اَمہِ تواریخ کہِ دوٚیمہِ جلدُک ہمیشہ انتظار۔ ناجی منور تہٕ شفیع شوق سٕند ادبی تواریخ چھِ
تمن سارنے ادبی نہجن، روحجانن تہٕ تحریکن پیٹھ مدلل بحث کران۔ یم لل دیدٕ پیٹھہ
ازتام کاشرِس منز پھلییہ یا وقتلییہ تہٕ اتھ سیتی کاشرِ ادبٕچ دور بندی کرِتھ کاشرِس

منز ورتاوٕ تہٕ آمژٕن مُختلف ادبی صنفن پیٹھ مدلل ہیتی تہٕ موضوعی بحث کران یہ چھُ
گوڈنیک ادبی تواریخ یتھ منز ۱۹۴۷ء یورکُن لیکھنہٕ آمتیٚن کاشرِس منظوم تہٕ نثری
ادبس پیٹھ تفصیلہ سان تحقیقی تہٕ تنقیدی جایزٕ ہیٚنہٕ آمُت چھُ ۔ شاہد بڈگامی سُنٛد کاشُر
مرثی ہُنٛد تواریخ چھُ اَمہِ پایہِ ہٕستن متن وٕرِین پیٹھ پھٲلتھ کلہُم کاشرِس مرثی ادبس متعلق
اکھ مدلل تواریخ یتھ منز کاشرِ مرثی ہنٛدین ابتدائی مرحلن، ارتقائی منزلن تہٕ ازتام اَمہِ کِس
ادبی تہٕ فکری پوٚت منظرس تہٕ اَمہِ کِس وزن تہٕ نظامس متعلق تفصیلی بحث سپدمُت چھُ ۔
یہ مدلل تواریخ چھُ پننِہ مخصوص موضوع اعتبارٕ کاشرِس تحقیقی ادبس منز اکھ اہم کام ۔
تحقیقس چھُ پننۍ کینہہ بنیادی اصوٗل تہٕ قٲیدٕ تہٕ محققس گژھِ RESEARCH
METHODOLOGY ہُنٛد علم آسُن ۔ کانٛہہ تحقیقی انکشاف یا دریافت کرنہٕ وِزِ گژھن بنیادی
حوالن تہٕ حاشیَن ہُنٛد خاص خیال تھاوُنٕ یُن تہٕ پرتھ دعواہس چھےٚ دلیل لازمی ۔ اَمہِ
اعتبارٕ چھُ کاشرِس تحقیقس کینہہ وکاتہٕ گامتٕ ۔ یِمہ کیٚنٛہہ ساٲنی کیٚنژن تحقیقی نوکتن، انکشافن
تہٕ دریافتن پیٹھ سوالیہ نشان لگان چھُ ۔ اَسۍ چھِنہٕ تحقیقس تہٕ تنقیدس درمیان بین
ژارتھ ہیکان یِمہ کیٚنٛہہ ساٲنی تحقیقی مقالن ہُنٛد ژور حصہٕ تنقیدی تہٕ تنقیدی مقالن
ہُنٛد ژور حصہٕ تحقیقی نوعیتُک آسان چھُ ۔ تواریخ لیکھنہٕ وِزِ چھِ اَسۍ تذکرٕ نگاری کران
تہٕ تذکرٕ نگاری کرنہٕ وِزِ ادبی زاوِیہِ جار موٗلوان ۔ ادبی تواریخ لیکھن والیٚن گژھن پنٕنۍ سیاسی
سماجی، فکری، تہذیبی تہٕ لسانی پوٚت منظر ویوٗد آسُن تہٕ ستی گژھہِس تمیُک واتنیار رٕتہٕ
آسُن ۔ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ متعلق کٔتھ کرن والیٚن گژھِ کشیٖر ہُنٛد قدیم سیاسی، سماجی
فکری تہٕ تواریخُک پوٚر مطالعہٕ آسُن ۔ کٔہنٛتِ نیٚتہٕ تِس گژھِ
تمن زبانَن تام کمٕ کاسہٕ واتنیار آسُن یہِندی لفظ لل واکھن تہٕ شیخ شرکین منز ۔

ورتاوٕنہٕ آمتٕ چھ ۔ نہٕ اَنکہٕ وَنہٕ پاٹھؠ لفظس معنہٕ کڈتھ شارس پیٹھ زیٹھ زیوٹھ تفسیر لیکھن چھ بہر حال غار فطری ۔ یُہے چھ وجہ زِ اَسہٕ ہیوٚکہٕ از تام للہٕ واکھن تہٕ شیخہٕ شرکین درمیان بیٚن واضح کڈتھ یمیُک نتیجہ یہِ دراو زِ کاشُر ادبکس طالب علمس چھ یہِ سوال ذٕہنس وُنیوٚ دٕرتلان زِ ۔ آیا سُہ کتھ وَنہِ للہٕ واکھ تہٕ کتھ وَنہِ شیخہٕ شرُک ۔ عوامی سوٚتھرس پیٹھ مشہور تہٕ زبان زد للہٕ واکھ

کلمے پوٚرُم کلمے سوٚرُم کوٚرُم پٔنُن پان

کلمے ہٕنِہ ہٕنہِ موٗلیٖ توٚرُم اَدٕل واٚٔترس لامکان

چھ ساٹھوٚکینٕ شروُچلد باز تہٕ جذباتی محققو واکھک ژوٚرُم مصرعہ بدلاوِتھ .

اَد شیخ دوتُس لامکان

شیخ العالمؒ ہِستی منسوٗب کوٚرمُت ۔ حالانکہٕ تمن چھینہٕ اورکُن ظونے گومُت زِ شیخ چھ شیخ العالمؒ ، شیخ العالمؒ ، شمس العارفینؒ ، کاشُر واعظ ، علمدار کشمیر تہٕ سہزانند ہوٚن القابن منز اکھ لقب ۔ نہٕ زٕ ناو یا تخلص یُس تمن وٲصلِ حق سپدنہٕ پتہٕ عطا کرنہٕ آو ۔ تمو چھینہٕ پننین شرکین کُنہِ جایہِ پننِس ناوس ستی "شیخ" ورتوومُت بلکہٕ چھکھ پرتھ جایہِ پنُن ناو "نند" ورتوومُت ۔ ہرگاہ عبدالاحد آزادن ، محمود گامی سُند" بالہِ ہوٚرُم ہٕ رُمے" پتہٕ تحقیقی مجبوری کِنہٕ مرزا اکمل الدّینؒ بدخشیؒ سِنز گیٚجہ گوٚنڈ امالیوٚزٕ ستی لیوٚکھمُت پتہٕ والین محققن ہند باپتھ ہیتھ ہیٚو معنہٕ سوو جملہٕ " راقم کے نزدیک یہ امر قابلِ غور و تامل ہے" امالیوٚزٕ اہین کامل صابس لگار گٔنز . ریٚژتھ کاشری محققن یا ادبی تواریخ لیکھن والی آزاد سٕندس اتھ جملس پیٹھ غور کرنہٕ روٚستے ہِتی ہین پٔنِنہٕ مَن مذکور باتھ مرز کامل صابنے ۔ یہِ پرزر زانِنہٕ روٚستے زِ مرزٕ کامل صاب اَسیا یِہٕ کاشُر زبان بولان کِنہٕ نہٕ ۔ اَیِنہاتی پریم

ناتھ کول اڑین صاَبن تزٕ دورسول میرن مشہور غزل "خوشیون نند بون ونیسے"
اُکس ریڈیوانٹ ولیوُس منز تِنِس کھاتس تہٕ کاُنسہِ محقق کرِتہٕ دوٕن شاعرن ہُند شار
اسلوٗب ژھانڈنچ کوٗشش۔ کاُنسہِ صوٗفی شاعری مرتب کرتہٕ ورِ آو تہٕ شاعری ہُند
اصل متن ڈری یاف کرنچ سنجید کوٗشش کرتہٕ۔

واز محمودن ووٚن:۔

بیٚیہِ تن بہٕ عشقہٕ پدمان ووٚنی بے حجاب نیریے
یہٕ ناسہٕ جان جانان میٚے زوشِتاب نیریے

ترتیب کارَ وِلیوٗکھ:۔

گیٚہ موٚمے تن دیوانے ووٚنی بے حجاب نیریے
یہٕ ناسہٕ جان جانان میٚے زُوشتاب نیریے

وہاب کھارنہِ شارک اصل متن چھُ:۔

گنجیتھ ڈری یاوِ وحدت چمن ستے
تمہِ منزی چھے سیر حق چی وتھ

تہٕ اَسہٕ لیوٗکھ یتھ کٔنی:۔

کنجیتھ ڈری یاو رحمتکی چمن ستے
تمہِ منزی چھے سالِ حق چی وتھ

شارس روو معنہ تہٕ شاعرس نٕز ان پریاکھ شاعر اَسیٚنہٕ ہانٛژھ ۔ اَمہِ اعتبارٕ
پٮ۪ٹھ سانیٚن محققن سنجیدگی سان تحقیقی زاوی چارُن سٕتھ تہٕ کاشُر ادبُک صحیح خدو حال یَدٕ
کڈٕنی ۔

اَمہِ قبیلُک کیٚن محققن منز چھُ کلہم پاٹھی محمد یوسف ٹینگ سُند ناوٕ سرِس ییٚس علمی مطالعہ
تہٕ تحقیقی شعور بدِس چھ ۔ اَہند تحقیقُک مرکزی موضوع چھُ کاشُر سُند لسانی، ادبی، سیاسی
سماجی تہٕ تہذیبی پیٚٹھ کال تہٕ ازکال ۔ اَہندٮ۪ تحقیقی انکشافو تہٕ دٕریافتو رٕو وکنٕژن
بیشہٕ ورتوارِیخ دانَن ہندیٚن مفروضن پیٹھ ٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ اَسُن تہٕ یِتھیٚن مفروضن
وُرُن ٹٮ۪لِتھ ژٮ۪ ۔ راوان اصل زمین ۔ "سکہ شُند روشن" ناوٕکیٚن تحقیقی مقالس منز چھُ ٹینگ
مرزا کمال الدین شیدا سُندِس "سلطان العارفین" ناوٕ کتابِس پیٹھ بحث کران مرزا شیدا
سٕنز "ستہ افغانی" قائم کرٕنہٕ غلطی شیران تہٕ ستی جی، ایم، ڈی صوفی سُندِس تتھ انگریزی
ترجمس رد کٔرِتھ درست کران ییُس تمہِ شاہِ نورالدین سُندِس ناوس پیٹھ رایج کرنہٕ آمتِس
سکس پیٹھ درج یِتھ عبارژٕکو زٕمُت چھُ ۔

یاشاہِ نورالدین ــــ یا مخدومِ جہان

صوفی صابن ترجمہ چھُ یِتھ کٔنی OH- SHAH NOORDIN ! OH LORD OF THE WORLD
ٹینگ صابُن اَتھ متعلق یہ جُملہٕ "صوفی سُند ترجمہ ستی چھُ اَمہِ عبارژُک مقصد مسخ گومُت
تہٕ تقریبن اَتھ اسلامی زبانی منز ۔ کُفرچ وَن گامُت" چھُ ٹینگ سُندِ علمی بصیرژُک
تہٕ بالغ تحقیقی شعوُرُک اَنہٕ ۔ اَمہِ اعتبارٕ چھُ اَہندی کٔنی تحقیقی مقالہ یمو کاشرِ سُندِس
سیاسی، ثقافتی تہٕ ادبی تواریخس پہ ڈٮ۪ڈٮ۪ نہٕ ژٕکی بھیٚر گوٚو ۔ یمن منز "نُسخۂ فتحُ الدرالکشمیری
لولہِ نغمہ، زینتہِ گنج، کاشُرُک اولین صحافتی دستاویز بیتر قابلِ ذکر چھ ۔ سون

بیاکھ اہم محقق چھُ امین کامل ییمی کاشرِس ادبس تہٕ ثقافتس پیٹھ درجن واد مقالہٕ لیکھِتھ
کاشرِس تحقیقی سرمایس اکھ مولل اضافہٕ کوٚر۔ کامل صابن کوٚر گوڈنچہ لٹہٕ "صوفی شاعر"
ناوچہٕ (۲ جلد) مرتب کرِتھ کتابہٕ منز (ہرگاہ اَمِچ بنیاد آزاد سُند "کشمیری زبان اور
شاعری" ادبی تواریخ چھُ) وارِہن کاشرِ ن صوفی شاعرن ہنز زندگی ہند خاکہ مُرتب۔
ییتھے کنۍ لیکھی یمو مہجورس تہٕ حبہ خوتونہِ پیٹھ کینہہ مضمون یمن یمن دون شاعرن ہندس کرنہٕ
آمتس تحقیقس منز بنیادی حیثیت چھےٚ مثلن "کونگ پوش" رسالس منز (۱۹۵۲ء)
چھاپ سپدمت اُہ ہند "مہجورنین بونین تل" عنوانہٕ مضمون۔ حبہ خوتونہِ، مہجورنین
بونین تل تہٕ جوابن چھُ عرض" چھےٚ کاشرِس تحقیقس اکھ اہم اضافہٕ۔ حبہ خوتونہِ متعلق
ہندی تحقیقی ڈریاف چھ بیٹھے اہم تہٕ اَرینہِ مالہِ متعلق چھ یہند تحقیق توجہ طلب۔
امابوز کامل صابنین اکثر تحقیقی مضمون ہندی عنوان تہٕ کنہ کنہ مضمونن منز ورتاونہٕ
آمتین دعواہن تہٕ دلیلن ہنز زبان چھےٚ ہناتروٚش یہن آسان یوسہٕ بہر حال عام فطری
چھےٚ موتی لال ساقی چھُ کاشرِس تحقیقس منز اکھ اہم ناو ییمی درجن واد تحقیقی مقالہٕ تہٕ کاشرِ
انسائیکلوپیڈیا باپتھ ENTRY لیچھ۔ ساقی صابن دژ تاجی متور صابس ستۍ زلِتھ
کاشرِ من لکہٕ باتن ہنز گوڈنیچ سومبرن (جلد ۱) ترتیب یمیک گوڈنیت یوٗرپی محقق
یرہ کاشرِن لکہٕ باتن پیٹھ گوڈنیک تحقیقی مطالعہٕ چھُ۔ اَمہِ یرہٕ دِتی یمو انفرادی طورٕ لکہٕ باتن
ہند دوٚیم تریم تہٕ ژورم جلد تہٕ ترتیب۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ کاشرِ پرماندہٕ تہٕ کُلیاتِ
صمد میر ینہٕ تحقیقی کامن منز شامل۔ تاجی متور چھ کاشرِس تحقیقی ادبس منز بیاکھ
اہم ناو ییمی کاشرِس لکہ ادبس تخلیقی ادبس پیٹھ درجن واد تحقیقی مقالہٕ لیکھِتھ پننین تحقیقی
صلاحیتن ہند ثبوت دِتھ کاشرِس تحقیقس منز کینہہ نوۍ ڈریاف کرنچ تہٕ تنقید کوشش

کرٛ یمِن منٛز میر عبداللہ بیہقی تہٕ مقبول امرتسری ٗ یَس بیٛٹھ سیٛد مُت تحقیق قابلِ توجہ چھُ۔ اَہنٛز "پرسان" ناوِچ کتابہٕ منٛز شامِل تحقیقی مضموٗن چھہ ناجی ہٕنٛد تحقیقی شعوٗرک پے دِوان۔ ناجی صابَن کوٚر پَنٕنہٕ ادبی زندگی ہُنٛد زوٗر وَق تحقیقی سفرس منٛز طے یَتھ ییٛمیک اکھ اہم باب کاشُر زبانی ہٕنٛدی تِم قلمی نُسخہٕ چھ یِم تِمو پَنٕنہٕ زندگی ہٕندِس سفرس دوران جمع کٕرِتھ رٚٹِھرٕ او۔ غلام نبی آتش سُنٛد ناو چھُ کاشرِس تحقیقس منٛز یِمہٕ اعتبارٕ اہم زِ یِمو چھُ کاشرِ لکہٕ ادب چِن مختلف ڈاٚرٕن ہُنٛد حوالہٕ کیٛنٛہہ ٹھۍ تحقیقی مضموٗن لیٛکھی مٕتۍ یِموٚ کٔشیرِ ہٕنٛد سیاسی، سماجی، ثقافتی تہٕ تہذیبی تواریخکی کیٛنٛہہ گُنٛٹھ گوٗشہٕ گاشرٲوی۔ آتش ہٕندی اَمہٕ قسمکی تحقیقی مقالہٕ ہیٚکن کٔشیرِ ہٕنٛد سماجی تہٕ ثقافتی تواریخ لیکھن وٲلۍ سٕنٛدِ باپتھ سیٛٹھاہ مددگار ثابتھ سپدتھ یِمہٕ کیٚنٛہہ کاشرِس منٛز لیٛکھنہٕ آمتۍن اَمہِ قبیلُکۍن مقالن کاشرِس تحقیقی ادبس منٛز۔ انفرادی حیثیت پے چھٕنے تِکیازِ لُکہٕ ادب چھُ کُنہِ قومُک تواریخ مرتب کرنُک بُنیادی وسیلہٕ۔ پروفیسر غلام محمد شاد چھُ کاشرِس تحقیقی ادبس منٛز اکھ وِلوٚد ناو۔ یِموٚ کاشرِس ادبس متعلق کیٛنٛہہ سنجید مقالہٕ لیٛکھی۔ کٔشیرِ ہٕنٛدِ تواریخُک اکھ سنجید طالب علم آسنہٕ کِنۍ چھُ یِم کاشرِس منٛز بٔنۍ مضموٗن لیکھنہٕ وِز تحقیقی زاوی جارن تہٕ قاعیدن ہُنٛد خاص خیال تھوان۔ کٔشیرِ ہٕنٛدِس مشہور نعت گو عبدالاحد ناظمس پیٛٹھ ہیٛتِھ تحقیقی کام چھنے قابلِ توجہ تہٕ حال حالے آیہٕ یِہنٛز ترتیب دِتھ "کلیاتِ رسول میر" تہٕ بازر۔ اما پوٚز اتھ منٛز چھِنہٕ شاد صاب بیٚنِس تحقیقی مٲزِس تہٕ رسول میرنِس شاعرانہٕ مرتبس ستۍ انصاف کٔرِتھ ہیوٚکمُت۔ زِتہٕ پرِتھ کانٛہہ دعویٰ تہٕ دلیل بازر منٛز پیش کرنہٕ آمتۍ چھ۔ اَمی قبیلُک بیاکھ اہم فرد چھُ پروفیسر رشید ناز کی یِمو "کلیاتِ عبدالاحد نادم" کِس سرِناَمس منٛز گوڈنچ لٹہٕ کلہم کاشرِ نعتیہ شاعری ہٕندِ بن ابتدائی خدوخالن تہٕ ارتقائی منٛزلن ہُنٛد تحقیقی جایزٕ پیش کٔرِتھ کاشرِ ادبہٕ کِس تواریخس منٛز نعتیہ شاعری ہٕنٛد بابُک اضافہٕ کوٚر۔

---

لہ حال حالے آیہٕ ناجی منور سٕنٛز ترتیب دِتھ کلیاتِ میر عبداللہ بیہقی تہٕ کلیاتِ امرتسری بازر۔

یہنز رِیشُت تہٕ ساًنی زیٚش" ناوچ کتابہٕ چھےٚ کاشرِس تحقیقی اَدبَس منز ییٚن مخصوص مقام۔ پروفیسر مرغوب بانہالی سُند ناوچھ کاشرِس تحقیقی ادبَس منز۔ اَدٕ کمہِ توجہ طلب زِ کاشرِس اَدبَس تہٕ ثقافتَس پیٹھ کینٛہہ تحقیقی مضموٗنو علاوٕ لیکھی یمو گوڈنچہ لٹہٕ بالہٕ اَپار کٕشیر ہندِس ادبی، ثقافتی تہٕ لِسانی حال اَوحالس پیٹھ کینٛہہ مقالہٕ یمن ہِنٛدِ اِعتبارٕ اکھ کلیدی حیثیت چھےٚ۔ اَتھی زُمرَس منز چھےٚ یہنز "بالہٕ اپار کٕشیر" ناوچ کتابہٕ اکھ مخصوص اہمیتھ۔ اَمہِ علاوہ چھِ یہنزٕ تحقیقی کامہِ منز عبدالرحیم اعمیٰ، ولی اللہ متو تہٕ غلام رسول کامگار ناوکی مانوگراف تہٕ شامِل۔

مانوگرافَن ہُند ذکر کرتہٕ ورزِ چھِ یہ وَنُن ضرورٕ زِ ساہتیہ اکادمی (نوٚ دِل) چھےٚ اکھ سُہ ثقافتی ادارٕ یمہِ کاشُر زبان تہٕ ادب پھانٛپھلاونہٕ، مولناونہٕ تہٕ عوامی سوتھرس پیٹھ واتناونہٕ بایتھ "ہندوستانی اَدبکی تعمیر کار" سِلسِلس تحت لل دید، شیخ العالمؒ، حبہ خوتون، محمود گامی، رسول میر، رحمان ڈار، اسدمیر، وہاب کھار، وازِ محمود، خضر ملک صفائی، مقبول شاہ کرالہٕ واری، لکھمن جو بلبل، لسہ خان فدا، احد زرگر، صمد میر، مہجور تہٕ آزاد ہوین اہم کاشرِین شاعرن پیٹھ مانوگراف لیکھناوِ تہٕ "کاشُر شاعری، کاشرِین لکہٕ باتن ہُند انتخاب، اَزُک کاشُر افسانہٕ تہٕ کاشُر لیسے ہِشہٕ سوٚمبرنہٕ ترتیب دِتھ چھاپ کرِ۔ یم ساری مانوگراف تہٕ یمن سوٚمبرنَن ہندی سرنامہٕ چھِ کاشرِس تحقیقی سرمایَس اکھ موٗلُل دیت۔

کاشرِس تحقیقس منز چھےٚ غلام نبی خیال، غلام نبی گوہر، پروفیسر مشعل سُلطانپوری نشاط انصاری، منظور ہاشمی، سید رسول پونپُر، پروفیسر گلشن مجید تہٕ غلام نبی ناظر ہوین قلم کارن ہِنٛز اہم تہٕ مخصوص حیثیت۔ مثلن غلام نبی خیال چھُ ۱۹۶۵ ہَس منز "وطن" ناو اخبار کڈان یتھ منز کاشرِس ادبَس متعلق لوکٕٹ لوکٕٹ مضموٗن چھپان آسہِ تہٕ امیک ایڈیٹوریل اوس بہرحال تحقیقی نوعیتُک آسان۔ یہنز "کاشُر دمنار" ناوچ کتابہٕ چھےٚ کاشرِس تحقیقی

ادبس منز پیٹھ مخصوص جاے ۔ غلام نبی گوہر چھ پننہِ "صحیفہ نور" ناوِ کتابہِ منز حضرت
شیخ العالمؒ تہٕ تمہٕ سنزِ شاعری متعلق کینژن توجہ طلب سوالن زاین دِتھ اَکس سنجید محقق
ہندی پاٹھی پننین دعواہن دلیل ژھانڈنٕچ کوشش کران ۔ پروفیسر گلشن مجید چھ گوڈنچہِ
کاشرس تہٕ زرتشت تہذیبس درمیان باہمی رشتہٕ ژھانڈنٕچ کوشش کرِتھ اَکس سنجید
بحثس دس تُلان پننہِ کاشرِ زبانی ہندس آگرس متعلق اکھ نوٚو سوچ زاین لبان چھ ۔ گلشن
صاب چھ اکھ تہذیبی رِشتس تمہٕ کھوتہٕ قدیم تہٕ تہدار گنزران یُس تہذیبی رشتہٕ ویدک
دھرم کین لوکن تہٕ کاشرن لوکن پانہٕ وٲنی اوس ۔

وونی چھ کینژو کاشرِ نوجوان لکھارو تہٕ پننہِ توجہ تحقیقس کُن مرکوز کٔرمٕژ ۔
یم کاشرِ زبانی تہٕ لکہ ادبکہِ حوالہ کاشرس تہذیبی، سماجی تہٕ ثقافتی توارِخس ووٚن دنٕچ
کوشش کران چھِ ۔ امہِ اعتبارہ چھے ڈاکٹر فاروق فیاض سنز "زبان، ادب تہٕ تواریخ"
تہٕ ڈاکٹر آفاق عزیز سنز "ملکھہٕ" ناوچ کتاب توجہ طلب ۔ امی قبیلکی "کاشرِن لکہ
باتن منز کاشرِ تمدنکی آثار"، محمود گامی سنز اکھ توجہ طلب تخلیق" "پرون بحث نوٚو بیٚر"
"واز محمودس پیٹھ سُدمُت تحقیق" (شاد رمضان) تہٕ "حبہ خاتون" (ڈاکٹر
بشر بشیر) عنوانہٕ تحقیقی مقالہ چھ سنجید پرن والین ہند توجہ منگان ۔ امہِ لحاظ چھ
کشمیر یونیورسٹی ہند کاشرِ شعبہ ڈسی اہم، فل بایہ لیکھنہٕ آمتی کینہہ تحقیقی مقالہ تہٕ اہم یمن
منز حسرت حفیظ سند "کشیر ہند تواریخ ۔ کاشرن جایہ ناوٕن ہند تناظرس منز"
(نگران شاد رمضان) عنوانہٕ تحقیقی مقالہ قابلِ ذکر چھ ۔ کاشرِن زنانہٕ قلمکارن منز
چھے ڈاکٹر محفوظ جان ڈاکٹر آفاق عزیزس سیتی رٹِتھ "کلیات احمد ی بٹوٲری" تہٕ "کلیات
وہاب کھار" ترتیب دِوان ۔ محفوظ جی چھے انفرادی طور "کلیات سوچھ کرال" تہٕ

"کُلیات نعمہ صاب" ترتیب دِتھ چھاپان ۔ یمن صوٗفی شاعرن ہُند راٲوِس تل گومُت کلامہٕ چھ گوڈ نچہِ کُلیاتن منز شامِل کرنہٕ آمُت تہٕ یہندِ زندگی ہندِس حال احوالس متعلق چھنے کیہنہ توِ کنھ تہٕ ذٕرِ یاف کرنہٕ آمٕژ ۔

موجوٗدٕ دورس منز دٕڑاہ سرکٲری کیو انفرادی سوٗتھرس پیٹھ کیہنہ تحقیقی رسالہٕ یِموکُھم یا کھٹی کاشرِس تحقیقی سرمایس بٔرتھ کورٕ ۔ یمن منز آلو (ریاستی محکمہ اطلاعات) واد، باوتھ، ثقافت تہٕ ہرموکھ ہوی رسالہٕ اکہِ تہٕ بیکہِ اعتبارٕ کاشرِس ادبس تحقیقی مولون کران روٗدی ۔ آلو رسالک "نظم نمبر" باوتھ رسالک "ٹینگ نمبر" تہٕ کول نمبر تہٕ ثقافت رسالک "تحقیق نمبر" چھ یِنہٕ مواد تہٕ معیارٕ اعتبارٕ اہم ۔ "واد" رسالن تُلی کاشرِس ادبی، ثقافتی تہٕ لسانی تواریخس متعلق کیٚنہہ توجہ طلب سوال یِمن پیٹھ اتھی رسالس منز وارہیس کالس بحث تہٕ جٲری روٗد ۔ ہرموکھ رسالن کورٕ پنٕنین شین وٕرین ہندِس سفرس دوران کاشرِس تحقیقی موادس قابلِ قدر ہٕرٕ ۔ یہ چھ کاشرِ زبٲنی ہند واحد رسالہٕ یتھ منز کاشرِس ادبس سٟتؠ سٟتؠ زندگی سٟتؠ وابستہ باقی شعبن متعلق تہٕ تحقیقی مقالہٕ سٟتھے چھپان روٗدی ۔

اتھ کنھ چھنہٕ انکارٕ زِ سٟتھے کم وقتس دوران پھانپھلیو تہٕ پھہلیو سون ادبی تحقیق ۔ یتہٕ واد تحقیقی مقالہٕ تہٕ درجن واد تحقیقی کتابہٕ آیہٕ لیکھنہٕ ۔ مگر سوال چھ دوٚہان زِ سانین محققن ما پٕز ادبی تحقیقس سٟتؠ سٟتؠ یُتھ پٕز ظون علمی تحقیقس کُن پھیرٕ ن تہٕ امہِ اعتبارٕ ما چھے کاشر زبان وُنہ تہٕ پھرتوسے ۔ حالانکہ (انگریزی یا کھٹی سہی) اختر محی الدین مرحومن پیٹھ "A FRESH APPROCH TO KASHMIR HISTORY" ناوچ کتاب لیکھتھ کاشرِن محققن اور کُن ظون تہٕ پروفیسر رحمن راہی صابن تُل پننہ

"کاشِر شاعری تہٕ ورتنُک صوُرتِ حال" ناو کتاب لیکھتھ اَکِس سنجیدٕ تہٕ تحقیق طلب موضوعس دَس۔ یتھ متعلق محمد یوسف ٹینگ وَنان چھُ زِ "سانہِ شاہراہ زکبو لوکٹو مٕزرو کِنی چھِنتے یہ ترٕھے ہش بڈکتھا یِتھ اسحاق نیوٹن ہندِ اَتھہ زمینہٕ ہٕنز کششہٕ ہندی قونوٗن شکلاہ دِتی آسی۔ دوشوے چھینہٕ الہامی مگر دوشوے چھِ یسلہ یینہٕ آمتی تہٕ تو تہٕ یتھنن دایرن منز الہامی"۔ اَسہٕ ماپزہٕ سائنس، سماجیات، اقتصادیات، نفسیات تہٕ علم بشریات ہوٚہن موضوعن کُن ییٚنۍ ظون پھِرُن۔ کاشِر قومُک آگرینیب ژھانڈرن وارِس ما چھُ علم بشریات زانُن ضروری۔ کاشرِن ہُندِ نسلی تہٕ تہذیبی رشتہٕ کیتھہٕ قومس سٕتی گنڈتہٕ وِزِ ما چھُ سائنسی قایدن پابند روزُن؟ محض کینژن لفظن جایہٕ ناوِن یا ذاتژن ہٕنز۔ بُنیادَ بیٹھ اکہٕ زبانی ہُندِ آگر بٔیِس زبانی منز ژھانڈنس کیا جواز چھُ۔ کاشرِن محققن پزِ جدید علمی تہٕ لسانی تقاضن تحت کاشِر قومُک تہٕ کاشِر زبانی ہُندِ آگر یٖیب بدکُڈتھ ییٚنۍ سیتھ کال تہٕ ازکال دریافت کرُن۔ اَمہٕ باپتھ چھُ ضروری زِ انفرادی تحقیقس سٕتی پھِرن تم ییٚنۍ ظون اجتماعی تحقیقس کُن۔



# آتہٕ چھُ وہاب کھارنہٕ لاجواب

شاد رمضان

کاشِر صوفی شاعری ہُند اصل متن دٕریافت کرُن کُن چھُنہٕ اَز تام کانہہ سنجید توجہ دِنہٕ آمُت۔ ترتیب کار و ورتاو دیاہ بانبر، تہٕ اوسکھ نہٕ اَمہِ قبلہٕ چہ شاعری ہند علمی، معنوی تہٕ لسانی واتیتار۔ دوشونی صورتن منز کھوکُھ پیتہٕ بانبرِ مُند راہ شاعرس تہٕ لاجھس اَن پراسنچ ہارتھ۔ وہاب کھارس اتھ تہٕ سپدِ پی۔ اتھ صورت حالس منز یہ کینژھاہ اَز تام اُمس اہم صوفی شاعر ہندِس عروضی نظامس تہٕ تخلیقی معیارس متعلق لیکھنہٕ آو تمیک ہرتر ژینہِتھ آسہِ یاتہٕ وہاب کھار تہٕ لاجواب۔

عبدالاحد آزاد چھُ گوڈنچہ لٹہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" ناوکس ادبی تواریخکس دوٚیمس جلدس منز وہاب کھارنہٕ زندگی تہٕ شاعری پیٹھ قلم تُلان۔ او ہند صحیح تاریخ وفات نقل کرتھ چھُ اُہندِس خاندانس آبائی پیشس، اُہندِ اولادن (امابوز تمی چھنہٕ وہاب کھار نِن دوٚن کورِن ہُند ذکر کوٚرمُت) تہٕ خاص یا ٹھ اُہندِس یارہ صاب حاتی کھارن ذکر کران یُس یارہ تہٕ شاعر اوس۔ حاتی کھارنہٕ شاعری ہنز مثالہٕ دِتھ چھُ اُہنز۔ن دوٚن

"شیخ ثنا"، تہٕ "مانچھ تُلر" وژن چالہِ نظمن ہُندتہٕ ذکر کران تہٕ وَنان۔

"بلکہ اِس کی نظمیں وہاب کی نظموں سے
سلیس اور ملکی ہیں"۔ ۱

باسان چھُ زِ آزادس چھیٚنہٕ وہاب کھارٕنی شاعری ڈیسی یاب اَسمٕژ یا دتوٗرِ ترمیہ ساتہٕ آسہِ ہے تہٕ وہاب کھارٕنی شاعری تحریری صورتس منز۔ آزادس پروٚہہ کیٚنہٕ یمہ کِنہِ شاید وہاب کھارنین تخلیقی صلاحیژن ہنز صحیح مولانکوٗن چھُنہٕ کرِتھ ہیوٚکمٕت۔ ہرگاہ آزادس اوٚہ ہند شاہر سرمایہ پروٚہہ کیٚنہٕ آسہے، شاید کرٕہے نہٕ اہنز شاعری متعلق یتھ ہیوٚ جذباتی بیان دِنس منز وُتاوٕلی۔

"چونکہ اَن پڑھ تھے اور لوازمات شاعری سے
ناواقف۔ لہٰذا کلام میں جابجا ادبی خامیاں نظر
آتی ہیں۔ میرے نزدیک ایسے جذباتی بزرگوں کو علمی
بندھنوں میں جکڑ دینا زیادتی ہے"۔ ۲

اَسی ساری چھِ زانان زِ ساٚنی کانٛسی صوفی شاعرن آسہٕ بظاہر درسی تعلیم پرٛاوٕمٕژ یا شاعرانہٕ لوازماتن ہنز علمی ہوٚنر ہیچھمٕژ۔ یوٗتام زِ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ ہوی ساٚنی قدآور گوٚنماتھ تہٕ آسہٕ نہٕ دُنیاوی تعلیم پرٛمٕژ نہٕ یا شاعرانہٕ ہوٚنر ہیچھمٕژ کیٚنہٕ تراٹھ ہاس گامٕژ۔ مگر تِم چھِ ساٚنین ادبی پرٛاوَن ہندی زیٚڈی گاشرِ منار۔ دراصل چھیٚنہٕ شاعر یُنہٕ یا یِتھ کُنہِ

تہٕ اَتھ منز علمی نٔندر پراوٕنی لازمی چھُ تہٕ علم عروض زانُن کانہہ بُنیادی شرط۔ البتہٕ
ہکو نہٕ یتھ پَژرس انکار کٔرِتھ زِ علم، تجربہ تہٕ ہو زچھےٚ شاعر سٕندِس تخلیقی جوہرس
پرواز بخشان، تٔسندِ تجربن بسیار جہژل بناوِتھ تہٕ دارِ تہٕ معنہٕ پرورِ بناوان تہٕ تجربن
دِنہٕ آمژ زبان تہٕ زبٲنی ہُندٕ ورتاو یا وزن تہٕ پرمحل بناوِتھ شارس حُسن تہٕ تراکتھ عطا
کران۔ تہٕ کٔرِتھ تہٕ یِتہٕ اَسہِ یہِ کتھ زانُن زِ سانی صوفی شاعر آسی نہٕ اَن پَر بلکہ یتھٕ زمانچ
پٔری مٕتی لیکھی مٕتی تہٕ کاملی انسان۔

اکھ یہِ زِ اتھ دورس منز آس فارسی کشیر ہنز۔ سرکٲری زبان تہٕ تہٕ سٔتی تدریسی زبان
تہٕ۔ عوٲمی سطحس پیٹھ تہٕ اوس فارسی تعلیم پرنگ رِواج۔ کینژن تہٕ گرن منز آس گُلستان
بوستان پَرنہٕ تہٕ پرناونہٕ یِوان۔

دوٚیم یہِ زِ عام پأٹھۍ اوس گرَن منز مثنوی پرنُک رِواج۔ یِمن مثنوی ین ہُند
اکثر تہٕ اوس فارسی۔ خاصکٔرِتھ آسی وندہٕ راتَن منز محلہٕ وٲلۍ اکیس گرس منز سمان تہٕ
راتی راتس آس مثنوی پرنہٕ تہٕ بوزناونہٕ یِوان۔

ترٛیم یہِ زِ جایہِ جایہِ آسہٕ صوفیانہٕ مجلسہٕ منعقد سپدان یِتہٕ گیوَن محفلہٕ تہٕ آراستہٕ
سپدان آسہٕ۔ یِمہٕ صوفیانہٕ مجلسہٕ تہٕ گیوَن محفلہٕ آسہٕ سانین صوفی شاعرن ہندی
درسگاہ یا دٔرتو تراہ یِتہٕ صوفیانہٕ اصطلاحن تہٕ شارن منز یاوٕ تہٕ آمتین روٗحٲنی
تجربن سٕتی سٕتی اسرأری حالن، روٗموزن تہٕ کیفیژن پیٹھ سیر حاصل بحث سپدان
اوس۔ یہِ ذُپی زِ تہٕ کتھن اوس مسلہٕ والنہٕ یِوان۔ یہِ رِواج یتھ چھےٚ وُنہٕ تہٕ قایم۔ نتیجہٕ
اوس تیران زِ کانہہ تہٕ طلب گار اوس روٗحٲنی اسرارن سٕتی سٕتی بٔمنہٕ شارہ رِواجیتہٕ
نِشہٕ واقف سپدِتھ تمیک استفادہ تہٕ کران [3]

ژورِم یہِ زِ یس سأنِس صوٗفی شاعرس مورشد آسان اوس، سُہ اوس تَس مکمل پأٹھۍ علمی زان کرٕتھ روٗحأنی اسرارن تہٕ رموزن ہنز باوتھ کران۔ کُنہِ وِزِ اوس مورشدے طالِبَس شاعری کرنُک اجازتھ دِوان تہٕ بلکہ اوس مورشد پانہٕ تہِ شاعر آسان۔

پوٗنژِم یہِ زِ سانین صوٗفی شاعرن اوس نہٕ شاعری کانْہہ شوٗغل تہٕ نہٕ اوس تِمن پنٕنہِ شاعری ذٕسی پرن والین یا بوزن والین کانْہہ آگہی یا خط دِنُک مقصد بلکہ آسہٕ تِم محض پننین روٗحأنی تجربن باوتھ دِنہٕ موکھ شار وَنان۔ تَوے چھ وَنہٕ یوان زِ صوٗفی شاعری چھےٚ گِدرن حال یِتہِ زبأنی یا زبأنی ہتہٕ وَرتاوکھ تہٕ زیادٕ تجربس اہمیت چھےٚ۔

شییم یہِ زِ کأشر صوٗفی شاعری تہٕ خاصکر تھ وژنس پیٹھ ہیکوٚ تہٕ اسی فارسی عروضی نظام لاگِتھ۔ غزلس چھ پنُن مخصوص وزن نظام یِیلہِ زَن وژُن امہِ نِسبتہٕ موٚلے مختلف چھُ۔ اسی ہیکون کأشرِ وژُن کأشرِ میٖٹرٕ نظامہٕ مطابقے موٗلوِتھ یا پرکھاوِتھ۔

وہٕ نی ہے بقول آزاد وہاب کھارس اَن پرٚ آمیٚنچ ہانتھ لاگو تہٕ کتھ پیٹھ ڈیوٗ تام زن شاعرانہٕ لوازماتو نِسبتہٕ ناواقف آسنُک سوال چھُ، خبر آزادس نِسبتہٕ کیا چھُ اَتھ اظہارس مانہِ تکیا زِ شاعری ہندی عام فہم تہٕ بُنیادی لوازِم چھِ، شارس منز ورتاونہٕ یِنہٕ وول ردیف قافیہ، وزن تہٕ بحر۔ تشبیہ، استعیارٕ، علامت تہٕ لفظن تہٕ آوازن ہُند تکرار گوو شارُک گہنہٕ۔ وہاب کھارٕنی شاعری چھےٚ یِمن لوازماتن ہنز پابند بلکہ وَنوسُہ چھُ یِمن لوازماتن ہُند یا وَنو شاعرانہٕ پابندی یَن متعلق جِسہٕ ہُشیار اوسمُت۔ وہٕ نی زَن وَنہِ کانْہہ زِ وہاب کھارنین شارن چھُ بلکہ وزن پھُٹان تہٕ بحر راوان تہٕ شاید اوس آزادس نِسبتہٕ اَمہِ شاعری منز درِتھ ییٚنہٕ واجنین ادبی خامین ہُند مُرادی امایوٗز اسی ساری چھِ زانان زِ بِشتر کأشر صوٗفی شاعری چھےٚ یِہے وَنُن گامت ٹیمیک بُنیادی

وجہ چھُ زِ یِہ شاعری وأرٕ اَسہٕ تام سیٖتہٕ بسیٖتہٕ تہٕ اَسہٕ تام واتان واتان رأوی کُنہٕ کُنہٕ شارن
ہندی لفظ تہٕ یِمن جاین سیٖدٕ تہٕ متبادل لفظن ہُند ورتاو۔ یِمن یِمنہٕ اندازٕ شار یا
شارُک مصرٕ ورتاوُنہٕ سِتۍ تہٕ پیٚو شارکِس وَزنس پھیر۔ وۄنۍ ہرگاہ کانٛسہٕ شاعرسنٛز
شاعری قلمی نُسخہٕ ڈٔسی یا تحریری صوٗرتس منٛز اَسہٕ تام وأرٕ۔ سو آسہ تھٕ رسم الخطس
منٛزٕ یُس اَمہٕ وأنجہٕ گاشہٕ یِرہٕ باوجوٗد تہٕ صحی پاٹھۍ پرٕتھ ہیوٚکنہٕ۔ نتیجہ چھُ ظاہر زِ ترتیب کارو
لیوٚکھ کیٚتن لفظن ہُند متن أنِتھ وَنہٕ پاٹھۍ یُس نہٕ صرف غلط چھُ بلکہ بعضے گمراہ کُن تہٕ
راہ کھوٚت شاعرس یِتھِس واَزٕ محموٗدٕن وۄن "جیش تہٕ ماشوق" تہٕ سانیو سارِوے
ترتیب کارو لیوٚکھ "بیش ماشوق" بیکس جایہٕ وۄن تُن "آتش عشق" تہٕ اَسہٕ لیوٚکھ تہٕ
پوٚر "عشقہٕ آتش"۔ شارس روو مانہٕ تہٕ شاعرس لجِ اَن یِرٕ آسنٕ ہانٛژ۔
وہاب کھارنہٕ شاعری تہٕ گیہ اَسہٕ تام واتان یِہے وۄنۍ۔ ترتیب کارو تہٕ دیُت نہٕ
اَتھ کُن سنجیدگی سان کانہہ توجہ۔ بعضے روو لفظُک اصل متن تہٕ بعضے شارٕ مصرٕک کانہہ
لفظ تہٕ کُنہٕ وِزٕ آو شار یا شارُک مصرٕ لفظن ہُند ہیر پھیر کرِتھ پرنہٕ یا لیکھنہٕ۔ تہٕ کیٚتھ کُنۍ
ہیکو مأنِتھ زِ کانٛسہٕ شاعرسند مِس اَکِس باتس یا تِہندِس ڈٔہن باتن منٛز چھُ یا ترٛن باتن
ردیف قافیہ، وزن تہٕ بحر ٹھیک تہٕ باقے یاترٛن چھُ پھیر پیوان، کیا زِ شاعر آسہ یا تہٕ پیو
پھیرٕ وَنٛنس پوٚر پاٹھۍ واقف نہٕ تہٕ موٚلے ناواقف۔ دوشوٚے پھیرٕ ہیکن تہٕ بیک وقت
أستھٕ زِ اَکی سے شاعرٕ سُند اکھ باتھ آسہ یِمن لوازماتن ہُند پابند تہٕ بیکس باتس آسہ وَزن
پھٹان بحر راوان تہٕ ردیف قافیس پھیر پیوان۔ یِمن وُتاوٕلی فاصلہ دِتھ یُس باتھ آزاد
صابن مثالہ زنگی پیش کورمُت چھُ، سُہ چھُ یِمن سارنۍ شاعرانہ لوازماتن پابند بلکہ چھُ
فنی اعتبارٕ شاعر پرٕپوٗر یِنتن شاعرانہ صلاحیژن ہُند تیب دِوان۔

منے لیہ ووسم وُچھان وتے سُہ کُس پتے گوم
یہ چھس دزان ہریارس پتے سُہ کُس پتے گوم

آزاد چھُ امہِ وژنکہ گوڈنکہ بندُک دوٚیم شار یتھ کنۍ لیکھان ؎

تمٕ غرق ڈٕریاو گرنس پتے سُہ کُس پتے گوم

حالانکہ یہ شار چھُ امہِ وژنکہ اکہِ الگ بندُک گوڈٕ شار، سُہ تہٕ گوڈنیک لفظ بدلاوِتھ۔ یُس شار کسِ بحرس، آہنگس بلکہ مانیس تام تٕرکی پھیر کران چھُ۔

کہو غرق دریاو کوٚرتھس پتے منے دامہٕ ڈٕریاو چوم
ڈٕریاو عشقن ماران گتے سُہ کُس پتے گوم

خبر آزادس کیازِ کھوٚت یہِ فنی اعتبار شاعرٕ سُند یہ وژُن تہٕ ٹارٕ۔ غرق ڈٕریاو سیدتھ دامہٕ ڈٕریاو چوٚن" نے شاعری گیہِ ہیٚلہِ کیا منظوم کلام وُنہوسا؟ امی وژنک بیاکھ بند ہیتون یُس کنہِ مبالغہ روٚس اعلیٰ پایہِ چہ شاعری ہنز گیجہ گنڈتھ ہکون ییتہ تجربس تہٕ باوُژ تخلیقی میُل سیدتھ خوبصورتھ شارٕ اظہار ووٚجودس آمُت چھُ۔

شمع زاچوم ہرٕ کے رتے سُہ گہہ ظُلماتہٕ پیوم
اتھ ظُلماتس لال کیا چھتے سُہ کُس پتے گوم

عبدالاحد آزادس پتہ چھُ امین کامل "صوفی شاعر" ہندِس دوٚیمس جلدس منز وہاب کھارنی تو وژن تہٕ ژار کرتھ "طوطہ" (تمثیل) شامل کرتھ اُہنز شاعری متعلق یہ ڈپی زہٕ تہٕ آزاد ہندی سے خیالس ڈھ کرتھ یتھ کنۍ لیکھان۔

" شاعری ہند لحاظہ چھُ اُمس غزلس پیٹھ کمے عبور
اوسمت اُوکنہ چھُ اُمی سندی اکثر باتھ "قافیہ بند نثر"

> بقول آزاد "یتھین جذباتی پزرگن پیٹھ شاعری ہنز پابندی عاید کرٕنی چھ زیادتی" اَہندین عرفانی خیالن ہندِ پیٚرتہٕ چھ "یاگرٕ ڈھنٚبن" "رس کرِتہٕ لوگیو" "تہٕ چھیس حارتن" ہوی غزل تہٕ نفیس پاٹھی کران۔ یموتہٕ چھ باسان زان پرآستہٕ باوجود چھے اُمس عرفانچ سہٹاہ شود بود اَسمہٕ۔
>
> (صفحہ ۸۳-۴۸۸)

گوڈنچی کتھ چھےٚ زِ بقول امین کامل اُمس چھ وزنس پیٹھ کُنہِ ہین عبور وسمت، امایوز یم وزن کامل صابن "صوفی شاعر" ناوِچہِ کتابہِ منز۔ شامل کرِیمتی چھ تمن چھتہٕ کانٚہہ شعرِ نظامہ مطابق کُنہ جایہِ وزن پھٹان۔ وونی ہرگاہ فارسی پیمانو مطابق یمن وزنن منز غزل بحر ژھانڈتھ یہند عروض یا وزن ژھٚیاف کرُونیِ چھ آب تہٕ کوٗنے۔ تہٕ ہرگاہ کامل صاب ونہٕ یا وُنمت آسہن زِ یمن وزنن چھ کامل صابن لفظن ہند ہیر پھیر کرِتھ یانےٚ وزن شور مُت، سو گیہِ بیا کتھ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھ باقی ترتیب کارو بلکہ غلام محمد نور محمد (تاجران کتب) صابن تہٕ یم باتھ امی چالہِ تہٕ امی ترتیبہ چھاپی متی یمہٕ کنی کامل صابس تہٕ ونِنس وار چھنہٕ۔ یٚتین چھےٚ یہ کتھ ونٕنچ ضروری زِ ترتیب کار کرِ ترتیب دِنہٕ وِز کلامک صحی متن ژھانڈنچ سان بنجیدگی ژھانڈنچ تہٕ سرنچ کوشش امایوز یانہٕ کلامس شیر پار کرنک چھتہٕ کانسہ حق واتان۔ حارانگی ہنز کتھ چھےٚ زِ اکِ طرفہ چھ کامل صاب ونان زِ اُمس چھےٚ عرفانچ سہٹاہ شود بود اَسمہٕ تہٕ زن اَہندس کلامس منز پیے تیا لگان چھ مگر بیکہ پاسہ چھ اُمس ان پر گنٹر ران۔ عرفان زانن وٲلِس کتھ ونوان پر۔ سُہ تہٕ یٚلہِ تس عرفانچ کتھ یاوتو عرفانی اسرار تہٕ رموز تجربہ بناوتھ شارن منز باوٕنی تگن ہیٚلہِ چھ سُہ فنکار تہٕ تہٕ تخلیق کار تہٕ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ

ہیکو نہٕ محض ظاہری یا وَنو مُوجہ تعلیم کانسہِ ہندِ علمی بتریک پیمانہٕ بنا وِتھ ۔ وونی ہرگہ اُہندین اکثر باتن بقولِ کامل صاب "قافیہ بند تٕر" وَنو نیلہِ چھُ بیشتر کاشر صوفی شاعری ہندِس تخلیقی کِردارس بیٹھ سوالیہ نشان لگان ؟

کامِل صاب چھُ کیہنہ مصرن شارا وک طرف نزر آوِتھ کُلہم پاٹھی ترتیب دِتی متین باتن ہنز صحی صورتھ تہٕ لفظن ہند صحی متن دِنٕچ سنجیدٕ کوشش کران ۔ تہٕ کرتھ تہِ چھ شاید بانر منز یتھی ہوی بھیر تہٕ گامتی ژِہ

گنجیتھ ڈری یاو رحمتکی چمن تے — تمہِ منز بی چھٹے سال حق چی وَتھ
گرٹھ کھٔے، رہنما پیر ستی ہن تے — چھُس حارتن تے وُچھتھ حارتھ

(صوفی شاعر، جلد ۲ صفہ ۱۵۱)

اصل متن

گنج پٔنیتھ ڈری یاوِ وحدت چن تے — تمہِ منز چھٹے سیر حق چی وَتھ
گرٹھ کھٔے، رہنما پیر ستی ہن تے — چھُس نہٕ حارتن تے وُچھتھ حارتھ

دراصل چھُ "دریاو وحدت چوٗن" اکھ صوفیانہ اظہارٕس کاشر صوفی شاعری منز باضے استعاراتی طور تہٕ باضے علامتی طور ورتاونہٕ آمُت چھُ۔

وہاب کھارنُ بیاکھ مشہوٗر مصرٕ چھُ ؎

ڈری یاو وحدت نہٕ کوتاہ چھہٕ نے

تہٕ شیخ العالمُ سُند شُرکیک مصرٕ چھُ ؎

کُمی مالہِ چھیتھ ہیوک سُہ ڈری یاو

امین کاملس پیٹھ چھُ موتی لال ساقی "کاشر صوفی شاعری"، ہندِس دوٚیمس جلدس

منز۔ وہاب کھارنی پانژہا ہُٹھ باتھ تہ "طوطہ" ستر تمثیل شامل کران۔ ساقی تہ چھُ کامل سندی پاٹھی اہنز۔ زندگی متعلق آزادنی الفاظ دوہراوان تہ اُہنز۔ شاعری متعلق چھُ محض یہ اکھ جُملہ ونتھ کتھ ژٹان۔

"وہاب کھارنی کینہہ منظومات چھہِ باقاعد نظم تہ اَمہِ حسابہ چھُ سہ گوڈنکین دورکین نظم نگارن منز۔ شامل سپدن لایق۔"
(کاشر صوفی شاعری۔ جلد ۲ صفہ ۴۵۹)

اَسہ یژ ساقی صابنِس میحنتس تہ صبرس داد دِین اما پوز یمَن دوشوتی جلدن منز۔ چھپنے کلام پاٹھی شارن ہنز۔ اصلی صورتھ تہ متن دِنُس منز۔ بانبر کرتہ آمژ۔ حالانکہ سانین بیشہ ورگیوَن والین نِشہ چھپے سانہِ صوفی شاعری ہنز۔ اصل صورتھ تہ صحی متن وُنہِ تہ ژھرتھ.... ساقی سُند دیُت مُت متن۔

ناسوت ملکوت گو وجیرِل حارتن ییوو
لاہوت تہ مُجس پژو چھُس تورِ جواب ہے

○

ژُمے کامن ومے وِنسی یار ڈینشام یِہ تہ ڈینشام تہ دِلقرار ڈینشام

○

تورِ ستہِ کوژ تمَ بری یا ستے جان جان کرِ ئی تم ساملتے
گاہ جار چھوکنمَ دوستہ کارَن یا روون یالہ یا روون

○

دوِزِ تھ کن ٹھا و زیر و بم نے
بیپر ہو وَنہِ یو ہیر اسرار

○

اصل متن

ناسوت ملکوت گوو　　جبروت حاۄتن بیوو
لاہوت مِجس زبو　　چھس تورٕ جواب ہے

○

زُو کامنہٕ دوے وِیسی یار ڈینشام
یینہٕ ڈینشام تہٕ دِل قرار ییچھام

○

تورِ سِتی کوۄرُم بری یانے　　جان جان گرِٕ تم سامانے
گاہِ ڈِ چار تھیوۄ کُنم دوستہٕ کارن　　یارو ون بالہٕ یارو ون

○

رُوزِتھ کن تھاو زیر و بم نے
بوزِتھ گرتھ اسرارٕ

اَمہِ علاوٕ چھِ کیٚنہ وۄزُن تِم یِہند گوڈ بند ژورن مصرن ہُند چھُ مگر ساقی صاۄبن چھِ زِ مِصرٕ دِتی متی۔ یا کیٚنہن غزل چالہٕ یاۄتَن ہندِ گوڈ شارک تہٕ چھُن اکُے مِصرٕ دیت مُت مٔنِ

ہوشدارٕ گوش تھوو آلو گوو

اَمیک دوٚیم مِصرٕ چھِ یتھ کٔنی یس عوٲمی سطحس پیٹھ سیٹھاہ مشہوٗر چھُ تہٕ غلام محمد نوٗر محمد (تاجران کتب) صاۄبن چھُ کیٚنہ پھِرِ بیٚنہن کتابن منز۔ چھوپمُت چھُ۔

شولہٕ ماران چھُ رُو آلو گوو

یینہٕ مشہوٗر یاۄتہٕ کہ گوڈ شارکِ تہٕ چھُن اکُے مِصرٕ دیتمُت۔

ہا شیر سوار وکور گرشھ کھ آخر تمے مُن پھے

اَمیک دوٚیم مِصرٕ چھ یتھ کنۍ۔

یِی پھے تمے علم تی مے وَنتم کی مے پرُن پھے

محمدؔ یوسف ٹینگ سُند وَنُن چھ زِ شارُک دوٚیم مِصرٕ چھ گوڈنچہ لٹہِ "کُلیات وہاب کھار"

کیو ترتیب کارو ڈری یافت کوٚرمُت اَما پوٚز یہِ چھُنہٕ پرزر۔ ٹینگ چھ وَنان۔

"خبر کتہِ وَری گژھتھ یوٚز یہِ کُلیات کیو ترتیب کارو یہِ

فِرِ یاد تہِ تموکوٚر دوٚیم مِصرٕ درج کرِتھ شارکس وجوٗد س

بیٚیہِ واتھ" —— کُلیات وہاب کھار صفہٕ ۶

خبر سائنس سنجیدہٕ تہِ حساس محقق ٹینگ صابس کیاز چھُنہٕ اوکُن ظون گومُت زِ

مذکورٕ مِصرٕ چھُ غلام محمد نور محمد (تاجران کتب) صابن کرِتہِ پھِرِ بیٚنین کتابچن منز چھاپ کوٚرمُت۔

دوٚیم یہِ زِ عوامی سطحس پیٹھ چھ وہاب صابن یہِ شار (دو نوے مِصرٕ) سیٹھاہ مقبول۔ یوٚتام زِ

ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھ چھ مذکورٕ شارکی دوشوے مِصرٕ کُلیات چھاپ یُند تہِ برونٹھے گیوٚ تہٕ

یوان۔

ناجی منور تہٕ شفیع شوق چھ بیٚنس کاشر ادبکس توارِخس منز وہاب کھار نین دون

"طوط" تہٕ "زندن کُل" عنوانہ نظمن متعلق لیکھان۔

"تمۍ چھُ پرٛانین کاشرِن ڈلیلہٕ گرین ہُندِ ولہِ تہٕ ورتاو مُت

تہٕ پنٛنۍ مشہور نغماتی نظم "طوط" چھِن اَتھی رنگس منز بٔتِھن

بنچن منز۔ دوٚیمہِ "زندن کُل" نظمہِ منز چھُ وہاب کھار آدمی

ذاژ ہُندِ س ازلی ہُژرس پیٹھ یقین ظاہر کران تہٕ حق۔

یَتھ مختلف پأٹھی ہندِ جہادُک حوالہ دِتھ تِمن
اَتھ یقینس ثابت کران"۔

کأشر ادبُک توأریخ ۱۹۷۹، صفہ ۱۹۴

اَمہِ بیانہٕ نِشہ چھےٚ آزاد تہٕ کأمل سندِس وُتأوُلی بیان کِس پوٚت منظرس منز زِ کُتھ توجہ منگان۔ اکھ یہِ زِ وہاب کھارچھُ یِتھہِ شارہ رِوایتہٕ ستی یِتھِس تہذیبی پوٚت کالس تہٕ پوٗر پوٗر واقف اوسمُت تہٕ تمہِ نِشہِ چھُن استفادہ تہٕ کوٚرمُت۔ دوٚیِم یہِ زِ سُہ چھُ آدمی وجوٗدکین تمن اَزلی معاملن تہٕ مسلن ہِنٛز موضوع بناوان یِم دُنیہکیو بڈیو شأعرو یِتھہِ شأعری ہندی موضوع بنأوی متہٕ چھہِ۔ گوٚ وَ یِتھہِ شارہ رِوایژ تہٕ یِتھہِ تہذیبی میراثہٕ نِشہِ واقف کارتہٕ تمہِ نِشہِ استفادہ کرن وألِس تہٕ آدمی وجوٗدکین معاملن ہُند اِدراک تھاوَن وألِس گوٚ تمأتِس کُتھ وَنُوان پریا کٕنہٕ شأعر۔

۱۹۹۰ عیسوی یَس منز آو ۳۴۶ صفن پیٹھ مشتمل "کلیات وہاب کھار" چھٲپتھ۔ کُلیات چھُ یِمہِ اعتبارہٕ اہم زِ اَتھ منز چھُ نصفہ کھوتہٕ زیوٗد کلامہ چھٲپی صوٗرتس منز گوٚڈنچہ لَٹہِ یِن والین تام ووتمُت۔ کلام روٗد محفوظ تہٕ وہاب کھارُن شأعرانہٕ باڑو گوٚو یِمہِ سِتۍ کُشادہ تہٕ مانہِ سوو۔ دوٚیِم یہِ زِ شأعرسٕنٛز زندگی متعلق چھےٚ کیٚنہہ تہِ کُتھ وَنہٕ آمٕژ ہندِس آبأئی گامس تہٕ اَتھ اَندۍ پٔکھی علاقس متعلق تہٕ چھُ تعارف دِنہٕ آمُت۔ اما پوٚز وہاب کھارنہِ شأعری یا وَنو شأعرانہٕ فنس پیٹھ چھےٚ نہٕ کینہہ تہٕ وَنہٕ آمُت۔ حالانکہ "شأعرانہٕ تجربہٕ" عنوانہٕ چھُ ۱۲ صفہ لیکھنہٕ آمُت مگر یِمن ۱۲ صفن منز چھےٚ نہٕ وہاب کھارنہٕ شأعری متعلق اکھ جُملہ تہٕ تیتھ میلان یُس وہاب کھارنِس فکری پوٚت منظر یا شأعرانہٕ تجربہٕ گاشراوِہے...
البتہٕ چھُ محمد یوسف ٹینگ سٕند لیوکھمُت کُلیاتُک "یوزدماہ...... سوخن وَنے" عنوانہٕ

پیش لفظ کرِ تام مبالغہٕ آمیز جُملہٕ اوٗ کطرف ترآوِتھ پزٕی پاٹھی عالمانہٕ تہٕ ناقدانہٕ۔ ٹینگ چھُ گوڈنچہٕ لٹہِ وہاب کھارنین تخلیقی صلاحیژن ووٚن دِتھ اہنر۔ شاعری ہنز۔ فنی خوٗبیہٕ بدکٕتھ نہ صرف تس پرن والین ہند پاپتھ توجہ طلب بناوان بلکہٕ تس اکھ بوڈ سوخن گو مانان۔

دراصل چھُنے ٹینگ صابس پننہٕ شار ربوایتھ پوٗر رپورویزٕ تہٕ باقے کینژن بجن زبانن ہنز شاعری ہند مُطالعہٕ تہٕ چھس تہٕ بیتھ چھُ شار شناس تہٕ تہٕ سوخن فہم تہٕ یمہٕ ستی سُہ زگ تہٕ پروٚن زٔا رتھ ہیکان چھُ۔ وہاب کھارس متعلق اوہند سنجید مُطالعہٕ چھُ از تام وہاب کھارنہٕ شاعری بیتھ کتھ کرن والین نقادن ہٕ یٔتہٕ پور اہنر۔ شاعری بیتھ لیکھن والین نقادن ہند پاپتھ سیٹھے توجہ طلب۔ سُہ چھُ ونان۔

"مُبتی نقاد کیا تہٕ وٚنی تن۔ تمی کوٚر سوخن گویی، سوخن سرائی تہٕ عوام پسندی ہند سوٗرے لاس وبلاس حاصل۔ سُہ چھُ پننہٕ مدیر تہٕ پننہٕ تاثیر کنی سون اکھ بوڈ سوخن گو۔ تسندی کیہنہٕ مصرع چھ ہاوان زِ اظہارس بیتھ کو سہ حاکمی آس تس حاصل تہٕ سُہ کتھ کنی اوس گولرس منز۔ وہ لر ویٚیر اونگ طاقت تھاوان۔ تسندی مصرے یوت تہٕ، تسندی کیہنہٕ سالم باتھ تہٕ بند چھ تس منز۔ ژینی تہٕ سوخن ترایہٕ ہند سٔپر ہاوان۔ تمن منز چھ بجہٕ شاعری ہنز۔ زنتہٕ ہیشہٕ زوتان تہٕ گاہ ترٔ اوان"۔

"کُلیات وہاب کھار"

وہاب کھارنین وژنن منز۔ فارسی عروض ژھانڈن والین نقادن متعلق چھُ ونان۔

"لل دید پیٹھہٕ یِہ ڈیپ زِ تہٕ مہجورس تام چھِ سأنی تہٕ۔ شاعری
لیکھنہٕ بدلہٕ پرنہٕ ہومراے۔ یِہ چھےٚ زبٲنۍ رِوایژ پادٲوارنہٕ
پاسدار۔ زبٲنۍ رِوایژ اوسہٕ کتٲبی تقطیع یا عروضی میٖٹرن سیٚتۍ
کانہہ واٹھ۔ مگر تمۍ اصل خاصیتھ چھےٚ تمیک شارُت تہٕ کرِ
تقطیع ہنز۔ بندِش۔" "کُلیات وہاب کھار"

مےٚ ووٚن گوڈے زِ ٹینگ صابن چھِ کرٕ تام مبالغہ آمیز جُملہٕ ورتأوی متۍ۔ یا تہٕ گوڈنچہِ
لٹہِ وہاب کھارُن باڈو دار کُلیات وُچھتھ وولسنس یتھ، نتہٕ محض ترتیب کارن مَنہِ ٹمہِ دِنہٕ
باپتھ۔ مثالے۔

"یانے شارکس درویش گونماتھ وہاب کھارُن سرٕ توٲت،
چُست تہٕ درست کُلیات۔۔۔۔ ترتیب کارو چھُ یا تہٕ
کلامچ ژھارٕ گارٕ کران لتن ہتد مازِ وتن ورِ ووٚمُت۔ لہٰذا
چھِ یم موختک فوطِ رنگ رَد کرِتھ تمیک اصل موکھ برٕ زلاونس
منز کامیاب رودی متۍ۔ یہ کُلیات چھُ بہرحال متن ژھارنہٕ،
ژارنہٕ، شیرنہٕ تہٕ اصل صورژ منز پیش کرنکس سلسلس منز اہم
پیش قدمی۔" کُلیاتِ وہاب کھار

یَر چھُ یِہ زِ کُلیات چھُ سرٕ توٲت امالیوٚز "درست تہٕ چست" چھُنہٕ کُنی اعتبارٕ
"موختک فوطِ رنگ رد کرِتھ تمیک اصل موکھ برٕ زلاونک" ما تہٕ چھُ زِ ترتیب کارو
چھےٚ شارن ہنز اصل صورتھ صحی متن دِتھ لوٚڈ کارنامہ انجام دِنہِ متُت۔ امالیوٚز یِہ
چھُنہٕ صحی۔ بلکہ چھےٚ شارن ہنز اصل صورتھ تہٕ صحی متن دِنہٕ وِزِ سوٚے باپنز کرنہٕ

آہر یوسہ باتہٕ کاشرٕ صوٗفی شاعری ترتیب دِتھ وزٕ ساقی صاٲبن کرٕمژ چھِنے۔ دراصل واریاہ صوٗفی شاعری اَسہِ تام کینژھاہ سینہ بسینہ تہٕ کینژھاہ تمن قلمی نسخن منٛز یم اَسہِ واتِنہٕ گاشتے پرٕنی پیوان چھِ۔ییٚمہٕ کِنۍ کاتبہ تہٕ پراٮ۪نس شاعرٕ سُند کلامہٕ ترتیب دِتھ وزٕ شارن ہنٛز اصل صوٗرتھ تہٕ صحی متن پیش کرنہ وزٕ علمی بتٕر، لِسانی شعور تہٕ شارفہمی آسٕنۍ لازمی کتھ چھِنے۔ وچھیو بیٹھے بابہٕ کتھ کِنۍ چھِ کُلیات کِس ٹایٹل ورقس پیٹھ دِتھ آمتہٕ وژن یَند کہ گوڈنکہ شارکہِ دوٚیمہٕ مصرُک محض اکھ لفظ "للہ" بدلہٕ باللہ وَرتاوِتھ مصرعس منٛز۔ بادِتہٕ آمتہٕ خیالُک مفہوم متاثر گژھان۔ شاعر چھِ پننِس محبوٗبس زار بوزنہٕ باپتھ قرٕ یاد کران یا وُنۍ سوال دِوان۔

وہاب کھار ونان شار  ۔۔۔  للہ بوزتم زار

ییٚلہِ زَن ترتیب کار "باللہ بوزتم زار" لیکھتھ بیٹھے بابہٕ بٔنِتہٕ لاپرواہی ہتہ دیب دِوان چھِ۔ یتھے کِنۍ وُچھو ییٚمہٕ مشہوٗر بابکی کینہہ مصرٕ تہٕ شار۔ یہنٛز غلط صوٗرتھ تہٕ غلط متن شارکِس مرازس تہٕ مانیس ژٕکی بھیرٕ کران چھِ۔

| کُلیاتس منٛز دِتہٕ آمت متن | اصل متن |
| --- | --- |
| پرٕنین موٗت میونُے یار | پرٕ زَن موٗت ہے میونُے سُہ یار |
| تَس کُمۍ پٔری تم کَن تہٕ لو | تَس کُمۍ۔ پٔری تم کَن تہٕ لو |
| یی بہٕ منگس تی دارے | یی بہٕ منگس تی سُہ دارے |
| اطلاس اُوٚیُل پَن تہٕ لو | یخلاص آوٚیُل پَن تہٕ لو |
| کوہ لگامی ییٚندٕر نامدار | کوہ لگامی ییٚندٕر چھُ نامدار |
| یونِس کلمس تَن دار | یونِس تہٕ کلمس تن ژٕ دار |

| | |
|---|---|
| ژُکر تمہٕ چی چھہ شہجار | ژُکر تمہٕ چی چھہِ شہمار |
| لچھن کھالان پن تہٕ لو | لچھن پچھنے کھالان پن تہٕ لو |

وۄنی وُچھتو ٹینگ صابن کیا چھُ بکِس جایہ لیکھان۔

"ترتیب کارو پچھنے ساقی صابنہٕ سوٚمبرنی یہٕ ڈیڈز تہٕ
چھیٹھ کڈمژ تہٕ درستی رٕ چھنہٕ معمولی۔ اَمہٕ سٟتی چھُ بٲنگ
سواد تہٕ صوٚر تھرتہٕ کنہٕ کوروامان ۔ فقط اکھ مثال کڈتھ
پھٹیٹھ۔ تریٖیم مصرٕ چھُ دوٚن شاین بالکل ورگہٕ۔ اَمہٕ تفاوژ
سٟتی چھُ بنٛدک سوٚرے مانہٕ تہٕ مفہوم بدلان۔"

| | |
|---|---|
| کُکہٕ نوٚس ژایا و اعتکافس | جاے چھس تھرُس کوہِ قافس[14] |
| کُکہٕ نوٚس ناو دوٚد وار یرٕ ہے | آفتابہٕ ژوٗنہٕ درشن دِژ ہے |

یہٕ چھُ یرزِ ساقی صابن یُس مذکورہٕ بندک تریٖیم مصرٕ دیتمُت چھُ، سُہ چھُ موٚلے غلط تہٕ بے مانہٕ۔ یتہٕ چھُ کُنہٕ حدس تام صحی زِ کلیاتس منز درج مذکورہٕ بندک تریٖیم مصرٕ چھُ بندس منز باوتہٕ آمتس تجربس رٔژھ کھنڈتھ تہٕ یہِ پھیر چھُ ٹینگ صابس ووٚتہِ انان، تہٕ اَکِس حساس نقادس یا شارشناسس گژھِ اَنُن تہٕ۔ اَمایوز ہرگہ ٹینگ صابن شارس رٔژھ کھنڈ پیٚیہِ ہن سنجیدگی سان سینومُت آسہے تیلہ باسہِ ہیَس اکھ وژن بندس منز ضرور کوستام کمی یا وَتو یا وُژ پھیر۔ مثلن "کُکہٕ نوٚس ژایا و اعتکافس" یا نے کُکہٕ نوٚس[15] چھُ کرتام اعتکافس ژامت۔ گویا شاعر چھُ اکھ مصرس منز یتھ کالُک کتھ وَنان یا وتو ماضی باوان۔ تیلہ گوٚ ژتھ دوٚیمس مصرس منز باوتہٕ آمت تجربہ تہٕ ماضی یا وتو یتھ کالے ظاہر کرُن تہٕ مصرٕ گوٚ ژتھ یتھ کنی آسُن۔

## جاے اُہس تھ۔رس کوہِ قافس

اُکِس شارس منز وۄتلن وول اکوے کردار، کُنہِ ہِکون دۄن زمانن منز باوِتھ، سُہ تہٕ پیلہِ تجربہٕ اکی زمانُک آسہِ۔ ووٚنی نیٚتون مذکورہٕ وٚژن بندک ترییم مصرٕ یمیُک اصل متن تہٕ صوٗرتھ یتھ کٔنۍ چھ۔

اَژہے نے کُنھ نارِ دٔزِہے

کُنہِ نوس چھ پنُن ظاہری یولبوش ترٲوِتھ اعتکافس اَژان تہٕ اعتکافس اٲژتھ چھ تَنٛد پرواز سترِ ییٚتھ تھ۔رس واتان۔ کُنہِ نوس چھ شارس منز ورتاونہٕ آمُت علامتی اظہار۔ یہ چھ سالِک سٕندِ روٗحانی تجربہٕ ییٚتھ لل دید "ییٚبرِ پیٚٹھ اَندر اژُن" ووٚن۔ ہرگاہ تہٕ ییٚبر ترٲوِتھ اندر اژہے تہٕ نار کُنھ دزِہے۔ یکیازِ بقولِ لل دید۔ اندر اژنے گُوم واکھ تہٕ وٚژن تہٕ توے ہیوٚتم ننگے نژُن۔ یِیلہِ وُچھتو ووٚنی وہاب کھارنہٕ آمہٕ وٚژن بندچ اصل صوٗرتھ تہٕ صحی متن کیا چھُ۔ یانے ییٚرسوٗن تہٕ سترِ الگ الگ تہٕ شارس پٔرِتھ تزلہِ ٹینگ صاٲبس وولسنس یتھ (شاید) وٲہ ییٚرِتھ۔

کُنہِ نوس ژامُت اعتکافس      جاے چھس تھ۔رس کوہِ قافس
اَژِہے نے کُنھ نار دٔزِہے      آفتابہٕ زوٚنہٕ درشُن دِزِہے

اَمہِ وٚژنُک گوڈنِچ شار چھُ سارِوے ترتیب کارٕ وسونچِتھ تہٕ سرنہٕ روٚستے یتھ کٔنۍ دیُت مُت۔

مالہِ جاہ تہٕ بالہِ یارہٕ سوٗن ییٚرِہے      آفتابہٕ زوٚنہٕ درشُن دِزِہے

یا

بالہِ یارہٕ مالہِ جاہ تہٕ سوٗن ییٚرِہے      آفتابہٕ زوٚنہٕ درشُن دِزِہے

کانسی چھُنہٕ اوکُن ظون گومُت زِ مذکورٕ شارُک گوڈ مصرٕ چھُ یہ ڈیِنہٕ ترٚتہِ بینیٚہ۔ وونی ہرگاہ مانہٕ کڈہوس ترِ تیلہِ تیرس یہ مانہٕ زِ عاشق چھُ پننس معشوقس ونان زِہے میانہٕ آدن یارا۔ مال تہٕ جان پنُن ہیٚتھ یزِ ہے سون تہٕ آفتاب نیتھ دِزِ ہے زؤنہٕ درشُن۔ اما یوٚزٕ از تام چھُنہٕ شاعری منز ایژھ کاہہ مثال میلان یتہِ معشوق عاشقہٕ سُند گرٕ گژھہِ، سُہ تہٕ پنُن مال تہٕ پنُن جان نذرانہٕ ہیٚتھ بلکہ چھُ عاشقے معشوقس پتھ دیوانہٕ وارسپدِتھ پنُن بربتھ کانہہ چیز تسٕنٛدِ پیٹھ نچھاور کران۔ وُچھتو تیلہِ مذکورٕ شارُک صحیح متن تہٕ اصل صورتھ کیاہ چھے۔

بالہٕ یارٕ مالہٕ پھولئے یزِ ہے تہٕ[16]
آفتابہٕ زؤنہٕ درشُن دِزِ ہے

حال حالے (۲۰۰۴ء) آیہ پروفیسر رحمٰن راہی سنٛز "شارشناسی"، ناوٕ پنٛژہن تنقیدی مقالن پیٹھ مشتمل سوٚمبرن بازرٕ۔ سوٚمبرنی منز چھُ گوڈنکہِ مقالک عنوان "حقیقتھ ادیب، ادب تہٕ قاری" تہٕ باقے ژوٚوٕہ مضموٚن چھُ لل دیدِ پیٹھٕ احد زرگرس تام (ژوٚدٲہمہ صدی پیٹھٕ وُہمہِ صدی تام) انتخاب کرِتھ ژوٚوہن اہم تہٕ سرکردٕ کٲشرِ ن شاعرن ہنٛز اکس اکس شارٕ تخلیقہٕ ہند تنقیدی تبصرٕ۔ یتھ منز وہاب کھارنہٕ "زؤنہٕ پچھی سائل ڈل جان" ہُنٛد تنقیدی جایزٕ تہٕ شامل چھُ۔ پروفیسر راہی چھُ سون سُہ قداور نقاد یمِس مشرقی تہٕ مغربی دوشوٚنی شارٕ رِوایژن تہٕ تہندِ ن تنقیدی نقطہ نظرن تام واتنیار چھُ۔ اوے چھِنہٕ تسنٛز تنقیدی کھوٚٹ اعتبارس لایق باسان تہٕ تہنٛز شارٕ موٲملکون واضع تہٕ تسلابخش۔

وہاب کھارنس بٲتس پیٹھ کتھ کران چھُ راہی سُند یہ اظہار تمن نقادن

ہند بأیتھ توجہ طلب یم یاتہ کأشر صوٗفی شاعری محض پرٛتھ یأزی زانان چھ یاتہ چھکھ تہٕ أمیک تخلیقی کردار وٕنہٕ یوان۔

> کأشر صوٗفی شاعری ہرگہ رٕژھ کھنڈٕ تہ ثُنیتھ پرٕنہٕ ییہ، یہ نوکتہ گژھہِ نُمایاں زٕ سأنی اہم صوٗفی شاعر چھِ غلبہ یأژھی وٕرگہ بأوژ ہندی شاعر۔ یِمَن شاعرن أنز یِمنزی گرٕژھتہ بأیتھ یِتھ کِنی حیاتس کائناتس متعلق تِہند بُنیأدی تصور تہٕ زٕوی یہ زانُن ضروری چھ، تِتھے یأژھ چھ تِہنز فنی حُسن کأری موٗلونہ بأیتھ یہ زانُن تہٕ ضروری زِ تِہند لِسٕلہ کلام چھُ استعیأری۔ ——— شارشناسی صفہ ۵۳۔

رحمٰن راہی چھُ أتھ مضموٗنس منز وَنان زِ وہاب کھارن چھ تِمیٚ شار زبان ورتاونہٕ وِزِ بروٗنہہ کأشر شاعری نِشہ تہٕ استفادٕ کوٗرمُت تہٕ اُہندِ لفظن یِتھ چھُ امہ شاعری ہندِ پرتوٗ نوٗن۔ دوٚ نی یوٚتام تہٕ أنز شاعری پرٕن وأرِس یاتھ یِتھ کُنتھ کرٕن وأرِس شہ ثقافتی تہٕ ادبی پوٚت منظر ویوٚڈ آسہِ توٚتام اکھ شاعری یِتھ کانہہ تبصر کرُن گوٚ وبقولِ راہی " یِتھی یِتھی تِکہ تارس گندن"۔ بروٗنہہ یِکھتہ یِہِن راہی " زوٗنہ بچھی سأل ڈل جان" وٕژن نظمہ منز۔ وٕرتاونہ آمتس موضوعس متعلق وَنان۔

> " وٕنیتھی یوٚتھی وَنو زِ وہاب صابنہٕ زیرِ تبصر بأتُک موضوع چھُ دوٚن نفرن یا وٕنو دوٚن درٕہن ہُند بِھیر۔ اکھ شہ شخص یُس حیاتس کائناتس متعلق یِنہ حأوی تصور کہ بُرکُژ شلہٕ شوٚنت سپُدمُت آسہِ۔ یُس شخص برعکس شہ نفرِ یُس دعویٰ آسہِ

دَتھ ہاوُنک مگر آسہِ دراصل وَتھ ڈالہٕ وُن زۆہ پیچھ
بجایہِ گنڈٕ پیچھ نوٚن دژامُت برٛم رہچھوک۔ وہاب کھارنس
مذکورٕ موضوعس کُن چھُ وارِیاہ کاشُر صوفی شاعرو اشارٕ
کٔرِمٕتی مگر وہاب صاب چھُ شاید سون گوڈنیک شاعر
یٔمی یہِ موضوع یتہِ اکہِ سالم باتُک مرکز تہٕ محیط بنوومُت
چھُ۔ بٲتکی ساری بند چھِ بدل بدل روٗخ باوِتھ اَتھی
مرکزس گٔژھتھ دِوان"۔ صفحہ ۱۵۸۔

گوڈنچی کتھ چھےٚ یہِ زِ وہاب کھارس چھُ کُلہم انسٲنی صورتِ حالُک ادراک
او سمُت تہٕ سُہ چھُ آدمی وٕجودکین بُنیٲدی معاملن مُتلِق شعوٗری طور یتہِ شاعری منٛز
موضوع ژٕنگو ورتاوان اوسمُت۔ دوٚیم یہِ زِ سُہ اوس یِمہ کتھہِ نِشہِ باخبر زِ وژُن تہٕ
نظم چھِ زٕ وکھ صنفہٕ تہٕ وژنس مقابلہٕ چھُ نظمہِ منٛز۔ ورتاوُنہٕ ینہٕ وول مضموٗن کُن تہٕ مُسلسل
آسان یُس ہیٚر پیٹھٕ بوٗن تام شارن یا بندن منٛز روٗخ بدلاوِتھ تہٕ نظمہِ ہندِ مرکز
تہٕ محور بنِتھ گژھہِ۔ اَمہِ سٕتی چھُ موتی لال ساقی ہندِس یتھ بیانس تصدیق سپدان۔

"وہاب کھارنی کینہہ منظومات چھِ باقاعد نظم تہٕ اَمہِ
حسابہٕ چھُ سُہ گوڈنکین نظم نگارن منٛز شامل سپدن لایق"۔

ترییم یہِ زِ تس چھُ بنن ثقافتی تہٕ ادبی پوٚت منظر و پوٚد اوسمُت تہٕ حیاتس
کائناتس مُتعلق تَس بُند تصورتہٕ رُوی یہِ چھُ سے یُس کُلہم صوفین تہٕ صوفی شاعرن ہُند
چھُ۔ یِم ساری چیز چھِ وہاب کھارنہٕ علمی بترگ تہٕ شاعرانہٕ ہوشمندی ہند نیب
دِوان یِمہ کِنہِ رحمن راہی اَمس لٔل دید پیٹھٕ احد زرگرس تام سٔتن ہٕتن ورِین ہندِس

ادبی تواریخس منز انتخاب کرِتھ ژوٚدہن اہم کاشرین شاعرن منز شمار کران چھُ۔
یہ بحث مدِ نظر تھاوِتھ ووتھن کاشرِ ادبکس طالبِ علمس ذہنس منز ضرور کینہہ
سوال یِمہ بابتھ تس وہاب کھارنہٕ شاعری ہند مُطالعہ کرُن لازمی باسہِ تہٕ تتھ سنجید
مُطالعہ واتناوِ تس ضرور۔ یتھ نتیجس زِ وہاب کھار چھُ کاشرِ زبانی ہند اکھ سیٹھاہ اہم
شاعر یُس پننہٕ شاعرانہٕ فن پرزناونس کُن از تام صحی توجہ دِنہٕ چھُنہٕ آمُت۔

# حاشیہ

۱۔ کشمیری زبان اور شاعری جلد ۲ صفحہ ۲۴۷

۲۔ کشمیری زبان اور شاعری جلد ۲۔ صفحہ ۲۴۹

۳۔ مے بیوٗ واکھ واقعہ ژٕتس ییمیک رٲوی ریاستی کلچرل اکادمی ہند سابق ایڈشنل سیکریٹری جناب معراج الدین چھ ییمی مذکورہ واقعہٕ ہنٛز کتام برٛزرگس نِش بوزمُت اوس۔ دیان اکہ دوہہ آو سرینگر اَکِس صوفیانہٕ مجلسہِ منٛز۔ وہاب کھارن کتام باتھ گیوٚہ۔ محفلِ منٛز ییٚس روحانی برٛزرگ تشریف فرما اوس تمی وَون وہاب صابَس اتھ باتَس منٛز چھُہ فلانی لفظ معقول تہٕ برمحل تہٕ اتھ لفظس مُتبادل کوٚرُن بدل لفظ تجویز تہٕ سوٗزن وہاب کھارس یمِنِن دون طالبن اتھ پٮ۪تھ شینٛچھ۔ دیان یم ژٕ نفر واتی وہاب کھارس نِشہٕ تہٕ ہیٚکھ پٮ۪تھ شینٛچھ وٕنی ہس، سُہ گو ورور تہٕ ژٕلان ژٕلان ووت وٚستوری وَن۔ وُکھ اوس ژٕیرِ گومُت تہٕ اہتز۔ آشنہٕ رحمت دیدٕ ژٕانی پٕرژھی اندر تہٕ کوٚرُن یہند کھینک چینک انتظام۔ شام ڈٔلتھ آد وہاب کھار گرٕ تہٕ آنگنہٕ منٛز دِژٕن آشنہٕ کربکھ پٕرژھی چھِے اَتی۔ تہند وَنُن ہے اوس ٹھی۔ اندر اَژِتھ وٚونُن پٕرژھِن تہندس مورشد سُند سوٗزمُت لفظ چھ میانہٕ شعر بابتھ موزوٗن تہٕ بامعنی تہٕ تسُند کوٚرُن شکریہ تہٕ پٕرژھِن کوٚرُن راتس خوب خاطر۔

۴۔ "جلیش" چھ فارسی لفظ ییمُک موٗل عربی چھ تہٕ مانہٕ چھِس "فوج"

۵۔ کامل تہٕ چھ آزادنی غلطی دوہراوان۔ "صوٗفی شاعر" جلد ۲ صفحہ ۱۵۱۔

ساقی چھُہ ونٛزُنگ گوڈ شعار درج کران بلکہ دوٚیمہ شعار (یہ چھِس دراصل شیارس پتے) ہتی وژٕن شروع کران "کاشر صوفی شاعری" جلد ۲ صفحہ ۳۵۔

آفاق عزیز تہٕ محفوظ جان تہٕ چھ ساقی سُندٕ ے متن دوہراوان" کلیات وہاب کھار صفحہ ۸۱۔

"کاشر صوفی شاعری" تہٕ "کلیات وہاب کھارس منز۔ چھُ ترتیب کارو ییٚنہٕ جلد یازی تہٕ لاپرٲہی ستی وزنس منز۔ وونہٕ تیلہٕ یوٚت کردار (خود راوی یا نو شاعر) گوڈنکس شارس منز مذکر تہٕ باقی شارن منز۔ مونث ہو وُتُس ییٚس ژٕکہٕ کُن کردار مونث چھُ۔

٦ کاٲل صابن یمن باتن غزل وونمت چھُ، تم ساری چھ پزتھ اعتبار وزن تہٕ کاٲل تہٕ چھُ یمن باتن تہٕ ترتیب دِنہٕ وِزہٕ وزن صوٗرتھ دوان۔

٧ باقی ترتیب کارو چھُنہٕ اتھ کتھہٕ کُن موے سنجیدگی سان توجہ دیت مُت یمہٕ ستی شارن ہنز اصل صوٗرتھ متاثر گامٕژ چھے۔

٨ "گنج" چھُ فارسی لفظ تہٕ مانہٕ چھُس "خزانہٕ" گدام، منڈی یا سُہ بازر یتہٕ لیلہٕ یا کُنی چیز کھنہٕ ین "پتھ" چھُ سنسکرت لفظ تہٕ مانہٕ چھُس وتھ شیخ العالمن چھُ اکس شُرکس منز امر پتھ ورتوومُت 'امر' چھُ سنسکرت لفظ تہٕ مانہٕ چھُس ابدی زندگی پراوُنی، پوشہٕ وُن تہٕ روزُن۔ گویا "امر پتھ" گوو "ابدی زندگی پراوُنچ وتھ" یا "نو پوشہٕ وُنی وتھ" گنج پتھ فارسی تہٕ سنسکرت لفظن ہنز ترکیب۔ مانہٕ چھُس "خزانس تام واتنچ وتھ" "آگرس تام واتنچ وتھ" "بازر تام واتنچ وتھ۔۔۔" "گنج پتھ" چھُ سرینگرکس مہاراج بازرس نکھہٕ اکہٕ جایہٕ ہُند ناو تہٕ۔

٩ پزتھ کاتیٚسہٕ ترتیب کارن چھُ باتن منز۔ وونہٕ تلن وول کردار گوڈ مذکر تہٕ پتہٕ مونث کرنٕژمُت مگر یہ چھُ ہیٚر پیٚٹھہٕ بون تام، مرد کردار تیٚتھ ووتلان۔

١٠ "وحدت" چھُ موٗلہٕ تہٕ عربی لفظ تہٕ مانہٕ چھُس "کُنہٕ" یا "اکے آسُن"۔

١١ پبلشر جموں کشیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز (۱۹۸۵ء) امی ادارن اُس کاٲل سنز "صوفی شاعر" ہندی ۲ جلد ۱۹۶۵ء یس منز چھاپی متی۔

١٢ ترتیب کارو چھُ "ژے کامن" ورتوومُت۔ اما پوز مانہٕ کیا چھُس، تہٕ چھُنہٕ کانٹسے خبر۔

زٕ‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌‌ے' یا 'زُے' چھِہ بظاہر کانہہ ویوٚد کاشُر لفظ۔ پرٛانہِ کاشرِ شاعری منٛز تہٕ چھُنہٕ امیک کُنہِ جایہِ ورتاو سپُدمُت۔ "کامِن" لفظس چھِہ زٕ مانہِ مفہوم۔ اکھ گوٚو کامِن" یانے کٔمی، وپرٕ شھے۔ نہٕ آسُن۔ دوٚیم 'کامِن' گوٚو، ملے، کل، مالے (مینہٕ کامِن)۔ شاید گرٕ نٕہِ آسن شاعرن زوٕکامِنہٕ" ورتومُت۔ یانے" کامِنہٕ زوٕ"۔ کامُن زُو چھِہ اَسی کاشرِ عام پاٹھی ورتاوان "کامِن" گوٚو" کامہٕ دِیو" ہندو دیو مالأیی مطابق حسنٕک دیوتا۔ کاشرِ پوشاعرو چھُ کامہٕ دِیو محبوب ہندِس مانٛنِس منٛز ورتومُت۔ (مرن)۔

"زُو" گوٚو" لانک" جزیرہ۔ کاشرِس منٛز چھِہ" کامِن زُو" دوٚن مانین منٛز ورتاونہٕ یِوان۔ اکھ گوٚو کامہٕ دِیو ہنٛز روزن جاے دوٚیم گوٚو بٔسٕٹھے دوٗر جاے۔ گویا تیلہٕ گرٕ شھِہ آسُن" زوٕ کامِنہٕ" یانے کامنِس زُوس منٛز۔

۱۳؎ اَمہِ کینِن بلتِے مِصرن تہٕ چھُیی وزَن" آدم بے بختیار" بیترٕ

۱۴؎ کُکہِ نوٚس ژایا و اعتکافس جاے چھس تھورس کوہِ قافس
کُکہٕ نستہِ یتھے دربارٕ پرٕ ہے آفتابہٕ زوٚنہٕ درشن دِزٕ ہے (ساقی)

۱۵؎ "کُکہٕ نوٚس" چھِہ اکھ جانا وارِیس گِوان چھُ۔ یا وَنو تسٕندٕ بول پوش چھُ گِوون طرزٕ میوٹھ تہٕ موٚدُر۔

۱۶؎ زوٚن چھِنے راتی راتس آفتابٕ سٕندٕ انتظار کرنہٕ باوجوٗد بہرحال مالہٕ پھولنہٕ برونٛھے لوسان۔ توٚے تہٕ چھُس اور زوٚے زکاتس آفتابٕ ٲل پھولنٕی ہے تہٕ درشن سپدٕ ہیم نصیبہ مالہٕ پھولنہٕ برونٛھے تِنِس چھُ بیا کھ مانہٕ یتہٕ زٕ" کِہنی تہٕ گوٚر شھے نہٕ وُچھِن" یہ چھُ محض شاعرانہٕ احساس یا وَنو تخلیقی اظہار یتھ سائینسی پزرس ہتّی کانٛہہ واٹھ یا ہش چھُنہٕ۔

۱۷؎ کاشر صوفی شاعری۔ جلد ۲۔ صفہ ۲۵۹۔

مجروح رشید

# کاشرِس منز تحقیق تہٕ تنقید:

# خود سری یا اعتراف

## اکھ زمثالہ

کاشرس تحقیقس تہٕ تنقیدس چھِ ینہٕ بسیار محاسنو باوجود کیہنہ ووکھ عاب۔ یم امہِ کس موکھس شتلیہ آکھن ہندی پاٹھی بدصورتھ چھ بناوان۔ یم عاب چھینہٕ محققن تہٕ نقادن ہندٕن غار شعوری تہٕ غار ارادی فروگزاشتن ہندی نتیجہ بلکہ چھُ یمن پتہٕ کنہٕ مذکورہ ادیبن ہنز شعوری کوشش کارفرما۔ مےٚ چھُ یمہِ کتھہِ ہند شدید احساس زِ کاشرِ محققو چھِ بڈِ جگرِ، عرق ریزی تہٕ محنت کرِتھ کاشرِ شاعریہِ ہندی تھِی لعل بدِ کڈی متی یِمن ہندہِ پرزلاوِ ساتھٕ شعورس کیو لاشعورس گاشہِ سری چھُ کران، بہ چھُس یہ تہِ مانان زِ سانہِ نو نقادو چھ وارِیاہن شعر پارن ہنز۔ قدرسنجی تہٕ استحسان کرنُچ کوشش کرِتھ کاشرس منز اکس حدس تام شعر شناسی ہنز۔ وتھ پدرأومژ۔ تاہم چھینہٕ مےٚ یہِ کتھ وننس منز۔ کانہہ تأمل زِ سانین محققن تہٕ نقادن چھ خودستائی تہٕ خودسری منس براہ آمژ تہٕ تم چھینہٕ زانتھ ماننتھ پانس ورأے بیہٕ کانسہِ تسلیم کران۔ تم چھ پانس اندی پکھ بے نیاز تہٕ پُرخلوص ادیبن تہٕ لکھارن ہنز بے نیازی ہند استحصال کرِتھ پتھ کانہہ

دستار فقط ہینس کلس گنڈن پیٹھ بُنیادی حق زانان ۔

پروفیسر رحمن راہی چھ میون محترم ووستاد ۔ مےٚ چھُ تمن نِشہٕ ہیٚنہٕ بتر مطابق ہیچھنچ کوشش کرمٕژ ہ ازتہٕ چھُس یہ مشق جاری تھاوِتھ ۔ مےٚ چھُ یِمہٕ کتھِ ہُند تہٕ شدید احساس زِ تم چھِ سانہِ واہم ترین جدید شاعر و منز اکھ تہٕ تمن چھُ شعر موٗلناونک ہُنر تہٕ بدس ۔ تموٚ چھُ پانہٕ ہیٚنہٕ اکِس نظمہِ " زِ نہٕ اکھ نظم " منز ہیٚنس ادبی ذوق و شوقس تہٕ ہیٚنہٕ شعر فہمی کُن اشارٕ کوٚرمُت ۔

" نوش چھو یژہٕ کتابن منز ہیٚتہٕ آمژ
لائبریری چھس زن کراسمانس تہٕ پلو
دِیاں : جدید انگریزی ، اطالی ، فرانسیسی ادبس پیٹھ
ڈیرو ڈیرو کتابہٕ
ابا جی گوٚڑھ یژتہٕ آسُن
بہٕ اکِس ادبی محفلہِ منز زاوِلی ہیٚن کھالان
کاشُر شعر تہٕ لوٗیچ باوتھ "

راہی صاٗب چھِ کاشرِ زبانی ہندی صاحبِ اسلوب نثر نگار

تاہم چھُ میانِس محترم ووستادس ووستادن وارِیاہن نثری لیکھن منز خود سری تہٕ خود ستائی ہُند عنصر حاوی باسان تہٕ کانہہ دوٚیم نفر پانس برابر یا نکھہ یہٕن زانُنک ماد چھُ یمن لیکھن منز عنقا ۔ اتھ ادبی وطیرس پیٹھ کنہٕ کیاہ تہٕ کم وجوہات ہیکن آسِتھ تمن متعلق ہیکہٕ مےٚ ادیب یا نقاد ڈوٗڈ سان کانہہ کتھ وٚنتھ یمِکس ادبس سٟتۍ سٟتۍ علم نفسیاتُک تہٕ ہُوے مطالعہٕ آسہٕ ۔ چونکہ بہٕ چھُس محض کاشر ادبُک سہٕ تہٕ اکھ ادنیٰ طالب علم او کنہٕ ہیکہٕ نہٕ اتھ سِلسلس منز کانہہ ژُڈھ کتھ وٚنِتھ ۔ تاہم چھُ نہٕ یہ انداز کرُن شاید غلط زِ راہی صابنس

اَمہِ قسمکس ادبی زوٚ ییٚس یَیتہٕ کنہِ چھُ تہٕندِ ییٚ "یقینِ محکم" زِتم یوٚسہٕ تہٕ کٔتھ ادبکہِ حوالہٕ ونن تھہٕ ہیٚکہٕ نہٕ کانٛہہ سوال کٔرِتھ تہٕ تتھ کَرن ساَری اَچھ وٗٹھ قبول۔ مگر کٔنہِ ساتہٕ چھُ یِتہٕ بنان زِ کانٛہہ شخص چھُ کتھ بوٗزِتھ اَچھ مُٹراوان ہٕتہٕ پزر زانٛنچ کوٗشش کران۔ پزرس تام واتُن یا پزر ریڈکڈنچ کوٗشش چھُنہٕ جُرم بلکہ گژھہِ اَتھ حوصلہٕ افزاٰیی سپدٕنۍ۔

۱۹۶۰ ءَ یورکُن لیکھنہٕ آمتین کینٛژن کاشرین نثر پارن ہُند مُطالعہ کرنس دوران چھےٚ یِرن وآلِس کینٛژن اہم کتھن ہُنز زان سپدان یمن سانٛنس ادبی تواریخس منز تواریخی اہمیت چھےٚ۔ اَتھ سلسلس منز چھُ اکھ اہم واقعہ ۱۹۶۷ ءَ منز سپدان یِیلہِ "کاشر ادب" رسالکس فروری ہنٛدِس شمارس منز امین کامل سُند اکھ مشہوٗر غزل ٹایٹل کورس اَندرِ کنہِ ایڈیٹر سُند اکھ نوٹ برائے بحث ہیٚتھ چھپیان چھُ۔ کاشر ادبہٕ کیٚن تازٕ وارِد شاعرن تہٕ طالب علمن ہنز دلچسپی خاطرٕ چھُ سوٗرے غزل یتہِ ایڈیٹر سُند نوٹ برائے بحث پیش یِوان کرنہٕ۔

بہار یوٚک نہٕ اگر چانہِ ترایہِ مےٚ کیا
گلالہٕ داغ جگر ہیٚتھ چھُ جایہِ جایہِ مےٚ کیا
یِہ چھُس نہٕ پننہِ خیالکُ تہٕ دس نگراز تان
قلم یِہ میون تےٚ یوٚک نہٕ چانہِ رایہِ مےٚ کیا
قدم قدم چھُ وآراگہ مُنز یس کُن وُچھان
اگر مےٚ سیٚتۍ ژٕ آسکھ تہٕ ژھایہِ ژھایہِ مےٚ کیا
مےٚ ژٕج نہٕ زانٛہہ کنٛن پننہِ نےٚ دِلچ یِہ دُرائے
صدا اگر دِوان روزکھ ژٕ شایہِ شایہِ مےٚ کیا

مےٚ وۄتھی ہ پٔنٕنہِ خمارٕ زٕ ہنٛشی تہٕ ٹارٕ ہنٛز
وُٹھن پھوٚلی تہٕ زن کوسم ژٕنےٚ میانہِ رایہ مےٚ کیا
حرام چھُکھ اگر ہے قبرٕ میانہِ پیوٚر ہتھوٚن
مےٚ سیٚتی گیہ تہٕ زن یم میأنی شعر ضایہ مےٚ کیا

"برائے بحث" یِتھ مس تہٕ اُزی کس کأشرِس ادبس منٛز چھپیہ امین کامل ہندی زٕ غزل۔ امہِ علاوٕ تہٕ چھ یہندی غزل محفلن منٛز۔ سأری بوزان رُودی متی۔ یمن غزلن متعلق چھُ وَنُن یوان زِ یمو دیُت کأشرِ اکھ نوٚو لہجہ تہٕ آہنگ۔ توٚے چھ یہنٛز فارم تہٕ مواد س اندر سیٹھاہ تقلید سپدان۔ اَتھ متعلق ہرگاہ کأنٛسہِ دوستس بنیٚ خیالات آسن وَہنُن ہیکہِ تم لیکھتھ۔ کأشرِ ادبی صفحہِ روزن حأضر —————— ۱۱/۲/۷۹

عیان چھُ زِ مذکورٕ غزل چھُ بحرِ مجتث مثمن مخبوٚن مقصوٚر (یمکی رکن مفاعلن، فعلاتُن، مفاعلن فعلن) منٛز کینٛژن جاین رِوایتی ورتاونُک انحراف کرِتھ لیکھنہٕ آمُت۔ اَمہِ بروٚنہہ زِ بیہ کانٛہہ کتھ کرٕ وٚ یمہ کتھہِ متعلق ذکر کرُن چھُنہٕ مُناسب یوت بلکہ ناگزیر تہٕ زِ مذکورٕ بحرِ مجتث ورتوو کأشرِس منٛز گوڈنِکہِ پھرِ امین کامل صأبنے تہٕ امہِ کتھہِ ہنٛز گوأہی چھےٚ تہنٛز گوڈنیچ شعر سوٚمبرن "مس ہلر" پھری پھری دِوان۔ یہ سوٚمبرن چھپیہ ۱۹۵۴ء منٛز تہٕ اَتھ منٛز شأمِل زِ منظومہٕ (اکھ غزل "صدایہ لوٚے زمانٕ سکندری موکلے" تہٕ "یار بلک سحر نظم") آسہٕ اُتھی بحرس منٛز تخلیق سپدی متی۔ مذکورٕ منظومن منٛز اوس یہ بحر ورتاونُک تجربہ یوت کرنہٕ آمُت بلکہ اوس بحر کمال مہارژ تہٕ ووستادلہٕ سان کأشرِس منٛز کامیابی سان اَنہٕ آمُت تہٕ عروضس سیٚتی دلچسپی تھاوَن وألی ہیکن تہٕ اَتھ کتھہِ تکرار کرِتھ۔
حأریچ کتھ چھےٚ یہ زِ کامل صأبن زیرِ بحث غزل تہٕ تتھ منٛز ورتاونہٕ آمتس بحرس

منز۔ کرنہٕ آمتس شعوٗری انحرافس کُن گوٚو نہٕ کانٛسہِ زٕ رکس ظوٗن زٕلیُس کامل گوٚ ڈنکہٕ بجیر کاشرس منز۔ بحرِ مجتث کمال ووستادلہٕ سان متعارف کرِتھ تہٕ تتھ منز صحیح شعر لیکھتھ تکیہ تس کتھ یا ہٹی پھٹہٕ تٕ واہہٕ وٕہری اَمہِ پتہٕ بحر ورتاوان ورتاوان وزن، بہرحال تواریخ چھُ گواہ زٕ تِتھ دِنہٕ بجایہٕ تہٕ تحریری طوٗر کاشر ادب" رسالس کانہہ رائے سوزنہٕ بجایہ سیدی محفلن تہٕ مجلسن منز۔ مذکورٕ باتس متعلق گفتگو، چنانچہ مارچ ۱۹۶۷ء کس" کاشُر ادب" شمارس منز چھپیوو مذکور غزل لہٕ کہ حوالہٕ خود کامل صابنیے اکھ خط یتھ منز۔ کامل صابن لیوٚکھمُت اوس۔

"ایڈیٹر صاب تو ہٕ لیُس میون غزل یتہٕ خاطرٕ چھپومُت چھُوٚن، بوٚزم رحمان راہی صابن چھُ تتھ متعلق ووٚنمُت زٕ اتھ چھُ شین مصرن بحر پھٹان۔ مےٚ چھُ یہٕ غلطی نشہٕ پاک آسنک دعوا۔ بہٕ روزٕ راہی صابن شُکر گُذار مرگاہ تم پھُٹ والین شین مصرن ہُنز تقطیع کرِتھ نشاندہی کرن۔ غزلس اندر چھُ تہِندی کانٛہِ اکس جایہ ازتان بدلہٕ ازتام بنیس جایہ چھُس زٕ ج لفظ لیکھُن مشند گوٚمُت۔ مٕے چھُ یتھ کٕنی مےٚ زٕ ج نہٕ زانہہ کُنہِ پتے دِچ یہٕ دٕرایے"۔ بہرحال کامل صابنہٕ مراسلکس ردعملس منز چھپیوو ڈوڈٕ وٕہری" کاشر ادب" ۱۹۶۹ء کس اگست شمارس منز فراق صابن اکھ خط تہٕ اَمہِ پتہٕ لیوٚکھ راہی صابن دسمبر ۱۹۶۹ء کس مذکور رسالس منز۔ کامل صابنہٕ غزل لہٕ کہ حوالہٕ اکھ تنقیدی مضموٗن یمیُک سوٗرے زور یتھ کتھ پیٹھ اوس زٕ کامل صابن غزل چھُ کیتژن جاین پھُٹان تہٕ یہٕ چھُ بہرحال نوقص تہٕ عاب"۔ پننس مضموٗنس منز۔ اوس راہی صابن دوٚیمو کتھو علاوہ یتھ کتھ کُن تہٕ اشارٕ کوٚرمُت زٕ کانہہ بحر ورتاونہٕ وزِ گژھہِ مُروجہ اصوٗلن ہُنز پاسداری کرٕنی تہٕ بہتر مُدعا باعملٕ اَنہٕ خاطرٕ ہیکہ مُروجہ اصوٗلن منز انقلابی ردبدلک ضروٗرتھ تہٕ محسوٗس کرنہٕ یتھ۔ یہٕ کتھ اُس اَمہِ تنقیدی

مضموٗنک ساروٕے کھوتہٕ اہم نوکتہٕ۔ تاہم یٕمہٕ "انقلابی ردید لگ" منزٕ وٕتھ کامل صابن یٕنہٕ غزلس منزٕ شعوٗری یا غار شعوٗری طورٕ محسوٗس کوٗرمُت اوس تتھ ہیکو نہٕ راہی صاب غار جانبدار پاٹھۍ قدر سنجی کٔرِتھ۔ تکیازِ راہی صابن سورٕے مضموٗن پٔرِتھ چھےٚ یہِ کتھ عیان زِ کامل صابنہِ حدف تنقید مصر پٔتھ آس راہی صابنس ذوق لطیفس گراے لگمٕژ۔ تہندس جمالیاتی سرورس منزٕ اوس یمو خلل پاد کوٗرمُت۔ مون زِ یم مصرٕ چھ پھٹان نہٕ اگر یمو مصرو پٔرِ راہی صابنس ذوق لطیفس گراے آس دِژمژٕ۔ تیٚلہِ کیازِ لگ نہٕ راہی صابنس ذوق جمالس تمو شعروٚ ستۍ زانہہ گراے یم رلواتی فارسی وزنہٕ حسابہٕ پھٹان چھہ۔ یم راہی صابن یٕمن اکثر مضموٗنن منزٕ وزنن شامل کٔرِ متۍ چھہ تہٕ یم تہندِ کاشرِ شاعری تہٕ وزنک صورتحال کتابہٕ منزٕ پیش چھہ آمتۍ کرنہٕ۔

امین کامل صابن یہِ ونُن زِ مذکورٕ کاشرس غزلس منزٕ کیتِژن جاین زانتہٕ ماننتھ وزن پھُٹراونک مولہ مُدعا اوس کاشرِ لکھارین کاشرِ زبانی ہندِ منفرد صوتی نظامہٕ لیٚیہ شعوٗری ژھینہٕ وَن دِنۍ، چھُ حق تہٕ پوز باسان تکیازِ یٕمی شاعرن کانہہ بحر شعوٗری طور کاشرس منزٕ متعارف آسہ کوٗرمُت تہٕ تتھ پٔتہٕ سوی کٔرِتھ تتھ منزٕ واریاہ باتھ آسن لیکھی متۍ تمہ تہٕ مروجہ رلواتی اصولو حسابہٕ تس کتھ پاٹھۍ ہیکہ ترومن ورِین ہندِ تجربہٕ ڈکھ اتھ وزن پھٹتھ۔ دون منٹن ماتوٚ یتہٕ زِ کامل صابس اوس پٔزی وشفہ گوٚمُت نیٚلہِ گژھی ناکم سے کم راہی صاب اکس غار جانبدار نقاد ہندی پاٹھۍ کامل صابنس غزلس متعلق یٕمہٕ آیہ لیکھنہٕ زِ تعجب کتھ چھےٚ یہِ زِ یٕمی شاعرن یہِ بحر کاشرس منزٕ اوٚن تہٕ اتھ منزٕ عروضی حسابہٕ ٹھیک شعر لیکھی تس چھُ مذکورٕ غزلس منزٕ بحر ورتاوان وشفہ گوٚمُت مگر تہٕ مالیوٗ کھُکھ۔۔۔

کامل صابن دعوی اوس زِ کاشرِ زبانی ہندِ لیٚیہ نظام چھُ فارسی کرِ لیٚیہ نظامہٕ نشہٕ مختلف تہٕ ۱۹۷۰ء کس "کاشر ادب" رسالکس اپریل، مئی کس شمارس منزٕ چھُ تمو اتھ کتھ

کُن واضح اشارٕ کوٚرمُت تہٕ امہِ پتہٕ تہٕ روٗدی تم اَتھ مسلس متعلق رگا تارپاٹھی سوچان چنانچہ ۱۹۸۷ء سپُد ہُند بیاکھ مضموٗن شیرازس منز شایع یتھ منز رسوٗل میرنین تہٕ مہجوٗر سٕندین کینژن غزلن فارسی عروٗضہٕ حسابہٕ تقطیع کرِتھ یہِ کتھ ہدکڈ نیچ کوٚشِش آس کرنہٕ آمژ زِ کاشُر منزاژ کتھ پاٹھی چھِ فارسی بحرن وٕنیب کرِتھ بٕنتس لیٚہ۔ تنظامس کُن لمان کامِل صابن اوس یتھ کتھ کُن تہٕ اشارٕ کوٚرمُت زِ فارسی شعر لیکھان چھُنہٕ رسول میرس وزن پھٹان مگر کاشرس منز بحر ورتاوٕن ورِ چھُس کاشر منزاژ بینہٕ طاقتور وچھ دُک بھرپوٗر باس دِوان۔ یمہِ کتھِ ژجرٕ تہٕ کامِل صابس الغایہٕ نیرِتھ بلکہ اوس یمَن پتہٕ کنہٕ ڈری وادن ہُند مُطالعہٕ تہٕ غور خوض۔

اَتھ مقابلہٕ لوگ راہی صابن کاشر شاعری ہند حوالہٕ عروٗضی نوکتن سیٹھاہ ژیر ک سنٕن۔ اَتھ سلسلس منز چھُ تہند مشہوٗر تنقیدی مضموٗن "تیش رنگ اکھ مولہٕ آنکون" میانہٕ کتھ تائید کران۔ چنانچہ راہی صابن چھُ یہِ مضموٗن ۱۹۷۵ء اندر لیو کھمُت تہٕ اَتھ دورس منز اوسہٕ یمن یتھ کتھ کُن ظوٗن گوٚمُت زِ فارسی شاعری ہند عروٗض چھُ کاشر وزن شاعری ہندا اقداری عروٗضی تنظامہٕ نِشہٕ موٗلے بیوٚن تہٕ جُدا گانہٕ تہٕ مابکھ ہٕن تم اَتھ مضموٗنس منز یمہِ آیہِ۔

"نظمِ ہنز جذباتی کنہٕ منز یہِ وَسان وَسان چھُنہٕ ظوٚتے روزان زِ اما نظم چھا ضابطہٕ پاٹھی علم عروٗضچ تہٕ قافیہ بندی ہنز پابندی وٕرتاوان کنہٕ تہٕ!"[۱۶]

ظوٗن کتھ پاٹھی ہنکہ روٗزتھ؟ نظمہِ ہند شاعر رحمان ڈارن چھےٚ نظم خالص کاشر شعر ہیرِ منز تخلیق کرمژ یتھ اَسی وزن چھُ وَنان تہٕ ورژنس چھُ ہُنٕن اقداری

وَزن یُس پرتھ لحاظ فارسی عروضہٕ نِشہٕ مختلف چھُ ۔ چونکہ راہی صاب آسہٕ یمِن دوٚہن
اَتھ کتھِ وارٕ ستیٖ ئمی چھُکھ نظم مولوِنس دوران فارسی وَزن یاد بیوٚمُت تہٕ بظاہر
چھکھ یہِ باس دِیُن کوشش کرمژ زِ عروضی حسابہٕ چھُٹنہٕ باوجود چھےٚ نظم اکھ فنکارانہٕ
کارنامہٕ ۔ نظم چھےٚ بڑی شاہکار مگر کاشُر حسابہٕ اوس اَتھ تِمن دوٚہن تہٕ وَزن ٹھیک
تہٕ ازرٕ چھُس نہٕ کُنہٕ قسمُک کانہہ سنگ ۔

پرزٕ چھُ یہِ زِ ۱۹۹۰ء تام واتان واتان تہٕ امہِ پوٚرکُن چھُ راہی صاب کاشر شاعری
ہندِس عروضی نظامس تہٕ کاشر زبانی ہندِس مخصوص صوتی نظامس متعلق ہنا سنجیدگی سان
سوٚنچن ہیوان ۔ چونکہ تہند مضموٗن "شرک اکھ شعرٕ ذات" (شیرازہ ۱۹۹۲ء) تہٕ
کاشر شاعرِ متعلق کینہہ توجہ طلب نوکتہٕ" (سون ادب ۱۹۹۶ء) چھُ کاشر شاعری ہند حوالہٕ
عروضس متعلق راہی صابنہٕ ذہنی ارتقاہکی آیینہٕ دار۔ راہی صاب چھُ مذکوٗرٕ مضموٗنن منز
دوٚیمبو کتھو علاوٕ یہِ کتھ مانن خاطرٕ آمادٕ باسان زِ کاشر زبانی چھُ پنُن اکھ مخصوص مزاز۔
فارسی عروضٕچ مکمل پابندی چھنہٕ ممکن تہٕ کاشر زبانی ہند لفظ پھوٗر ہکون نہٕ فارسی
عروضس گروی تھاوِتھ یتہٕ زِ اگر فارسی عروض اُردوٗ والی LIBERTIES ہیکن تنتھ
اُسی کیازِ ہیکو نہٕ۔ یم خیالات چھُ روشن دماغی تہٕ انقلاب انگیز۔ ذہنیژ ہند پےٚ دِوان۔
تاہم چھُ کاشر ادبُک طالب علم یہِ کتھ بڑ جان پاٹھی زانان زِ یمہٕ ساریے کتھ آسہٕ امین کامل
صابن تمن دوٚن مضموٗنن یموٚ منز اکھ کاشر ادب (۱۹۷۰ء، اپریل، مئی شمارٕ) منز تہٕ بیاکھ
کاشرس شیرازس منز (۱۹۸۷ء) چھپیوو تحرِ ۔ راہی صابنہِ کتاب "کاشر شاعری
تہٕ وزنُک صوٗرتہِ حال" تہٕ تہندی مذکوٗرٕ مضموٗن تہٕ چھُ اَچھو کھوٗرلو ہوان زِ تمو چھُ
کامل صابس نِشہٕ استفادٕ کوٚرمُت تاہم چھنہٕ تم امہِ کتھِ ہند بڑ نہٕ پاٹھی اعتراف کران

خاطر تیار البتہ چھ تِہنز کتابہِ منز تِمہ آمت یہ اقتباس کینژن کتھن واش کڈان ۔

"مے چھُنہٕ یہ اعتراف کران کانہہ روٗٹ باسان زِ تِمتس
یاوَن کالس منز کریوو مے تِہ تِمتس اَکِس مرحوم دوستہ سِندِ
وَتہ پیٚتنیس اَکِس ہمکال کاشرِس شاعرس سِندِس کلامس پیٹھ مذکور
عروضچہ مشینی ضابطہٕ بندی ہِندِ حسابہٕ تبصرٕ ۔ یوٗدوَے سُہ تبصرٕ مے
ازتہِ تمہِ حسابہٕ ڈنجہِ ڈولمُت باسان چھُنہٕ مگر کینژہ ہاہ سوٗخنَ
گوئی ہنز ۔ ییٚتھ منز یِمہ مشق نظر تَل تھاوتھ تِہ کینژہ ہاہ ییٚن مُطالعہٕ
کشادہ ذہن بناوِتھ بدلیوو کاشُر شاعری ہِند تعلقہٕ عربی فارسی
عروضس متعلق میون سوچ کم کاسہ تُوے چھےٚ گزارش زِ پرانہِ قربنٹس
منز وَکھ ضایہِ کرنہٕ بجاے سِندِ زیرِ نظر مقالس منز پیش کرنہٕ آمتین
مفروضاتن پیٹھ برونٹھم کانہہ ممکنہ کرٚتھ دوٗر کرِتھ غور انظر
ما قال لا تنظر من قال (وُچھو وُنمُت کیا چھُن مہ
وُچھو وُنمُت کمہ چھُ"۔[۱]

اکھ اہم توکتہ ییُس ہیرِمس اقتباسس منز ووتلان چھُ، چھ یہ زِ راہی صاحب چھِ یہ شوٗنِچ یاٹھ مانان زِ کاملن تِہ متنازعہ غزلکہ حوالہ تِہند تبصراوس فارسی عروضچہ مشینی ضابطہٕ بندی تابع ۔ مگر سِتی یہ جُملہ لیکھن زِ "یوٗدوَے سُہ تبصرٕ مے ازتہِ تمہِ حسابہٕ ڈنجہِ ڈولمُت باسان چھُنہٕ" چھُ پرن واجِس زنتہ تالہِ مکرتہ دب ترٛاوان ۔ اگر گوڈنیوٗن زِ مذکور تبصراوس فارسی عروضچہ مشینی ضابطہٕ بندی تابع تیٚلہ کیا اہمیت چھےٚ یتھ جُملس "یوٗدوَے سُہ تبصرٕ مے ازتہِ تمہِ حسابہٕ ڈنجہِ ڈولمُت چھُنہٕ باسان"۔ اگر سُہ حساب پرٛزی

کانٛہہ مُستند تہٕ معتبر حساب اوس تیٚلہٕ کیاز چھ راہی صاب اَز تتھ مَنساوٕنٕچ کوشش
کران یا تمہٕ نِسبتہٕ کم کاسہٕ انحراف کرنُک سونچان؟

اَتھ اقتباسس منٛز چھ راہی صاب بیاکھ کتھ یہ باوٕنی یژھان زِ پرانہٕ قبرٕ پٹھنہٕ
منٛز نیرِ تہٕ ووٚنی کیہہ تہٕ ہیٚہ گوٚڈٕ وکھٕ ضایہٕ کرُن، مگر راہی صاٮ۪بس ہیٚکو نا یہ سوال کرتھ
زِ پرانین قبرن منٛز اگر کُنہِ زندگی ہندی آثار موجود لبہٕ ین تہِ کیاز نٕٹا ووکھنہٕ۔ اگر زند کتھ
دفن آسن تمن ہیٚکو ناشہہ کھالنُک تہٕ والنُک موقعہٕ دِتھ۔ راہی صاب چھ اَتھ بیانس
منٛز محض اکھ کتھ ہند بڑٕ سٕرٕ اعتراف کران زِ کاشُر شاعری ہند تعلق ہیٚ بدلیو عربی فارسی
عروضس متعلق تہٕند سونچ سُہ تہٕ کم کاسہٕ۔

"کاشُر شاعری تہٕ وزنُک صورتِ حال" کتابہِ ہند حوالہٕ چھِ مےٚ یہ کتھ وٕنٕنچ
فرض باسان زِ یہ کتاب چھےٚ اکھ سیٹھاہ اہم کتاب۔ تاہم چھےٚ اَتھ کتابہِ پتہٕ موضوع
تہٕ تمہٕ کہِ حوالہٕ کاشر زبٲنی منٛز PIONEERING حیثیت۔ یہ زَن کاشر زبٲنی تہٕ ادبس
سٕتی دلچسپی تھاوَن والین کینژن محترم شخصیژن پاس چھُ لوگمت، تِمن تہٕ شاید کامِل صابنی
نِگارشاتھ نظر چھِ گامٕتی۔

اَتھ کتابہِ منٛز یمہٕ نوکہٕ ووتلاونہٕ چھ آمتی تِمن سٕتی اختلاف یا اتفاق کرُن
چھُ اکھ الگ بحث البتہٕ چھےٚ مےٚ ذٲتی طور اکھ کتھ زیادٕ کھٹکان تہٕ سو گیہ کانٛہہ
نوکہٕ ووتلاونہٕ وزِ کیاز چھ راہی صاب پتھٕ پانٛژ پیٚنہٕ نظمہٕ پیش کران۔ تم یمن پٕنٕنین
نظمن ہند حوالہٕ چھ دِوان مےٚ چھےٚ تمہٕ پانس سیٹھاہ پسند تہٕ تِمن نِسبتھ چھم بٕ پنٕنہٕ پسندیدگی
ہُند اظہار تہٕ کوٚرمُت۔ یمہٕ نظمہٕ چھےٚ پَزی جدید شاعری ہنٛز وٕرہٕ تہٕ نظمو منٛز سوال چھُ
یادٕ سپدان زِ جدید کاشر شاعری منٛز چھنا بییہٕ کانٛہہ تیتھ شاعر یمی سٕنٛزن نظمن ہُند

حوالہٕ راہی صاٮ۪ب ینٛنٮ۪ن نظمو بدلہٕ دِتھ ہیٚکہِ ہیٚے۔؟ تہٕ اگر یِژی جدید کاشُر شاعری منٛز
تمن کانٛہہ تِژھ نظم مثال دِنہٕ خاطرٕ مناسب باسیٚنہٕ تیٚلہِ کیٚتھ پیٚٹھ چھہِ کاشِرؠ ادیب تہٕ
شاعر آسمان نِکھس پیٚٹھ تُلان زِ جدید کاشُر شاعری ہُند دور چھُ سیٚٹھاہ مالدار؟ جدید
کاشرِ یو شاعرو منٛز چھُ تمو ضرور دیٖنانا تھ نادم سٕنٛز "زلرِ زاج" نظمہِ ہنٛدِ ڈسلابی بندک
حوالہٕ دیتمُت یُس تہٕ نظمہِ ہنٛز کمزور رسمی عروضی پٲروی پیٚٹھ ٹاس ترٛاوان۔ مون زِ
راہی صاٮ۪بنو جدید نظمو وراے چھےٚنہٕ جدید کاشُر شاعری منٛز تِژھ کانٛہہ مثال موجود
یوسہٕ "رفتارچہِ تیزی ہنٛد تہٕ سوزرک پلہٕ مشُن" اظہار چھےٚ تیٚلہِ ما چھُ یہِ احساسک
وقت تلُن زِ راہی صاٮ۪بن چھےٚ پنٛنہِ کتاب "کاشُر شاعری تہٕ وزنُک صورتِ حال" محض
پنٛنہِ جدید شاعری ہنٛدِ وزنہٕ نظامُک دفاع منٛز لیچھمٕژ حق بجانب۔



رسول میر چھُ سانہٕ تعشوقہٕ شاعری ہنٛز علامتھ تہٕ کلامُ کاشُر شاعری ہنٛدِس
تخلیقی سفرس منٛز چھُ میر سٕنٛد کلام اکھ میلہٕ کنہٕ۔ رسول میر تہٕ شعر باوٕژ ڈسی چھُ کاشُر
شاعری منٛز ہیٚتہٕ بدیوٕ ڈرٲیو پیتہٕ فکری عنصرٕکٕ تہٕ فنی زاویٖ جارن ہُندِ سٕنٛز ہیوان سیدُن۔
وُہمہِ صدی ہنٛدِ دوٚیمہِ نصفہٕ پورکُن رُود کلام میر لگاتار پاٹھی زیرِ بحث تہٕ
کاشُر زبانی ہنٛدۍ اہم محقق تہٕ نقاد رُودۍ اتھ سنجیدگی سان مولناوان تہٕ یہِ سلسلہٕ
چھُ اَز تام برابر جٲری۔ رسول میر تہٕ شاعری ہنٛدۍ مجٕ آتی کردارن الیوٚ دوٚے رٕژ
محدودٕ ہہِ ہین چھُ) ژیٚتو و کاشُر شاعری ہُند عاشق (کاشُر شاعری ہنٛز کُلہم کم مایگی تہٕ
کم پایگی ہنٛز موجودگی منٛز تہٕ) فنی کرامژن ہنٛز سحر انگیزی۔
یہِ کیٚتھ چھِ سارۍ زانان زِ پتہٕ ہین کینژن وریین دوران آو رسول

میرنس کلامس بار بار پھیر دِنہٕ تہٕ تمی سُتہٕ کلہم کلامہٕ یدس اَتہٕ نکی آیہٕ وار یاہ ستر کرنہٕ۔ سانین محققن ہُند تہٕ بجھ تہٕ سانین نقادن ہنز تنقیدی بصارژ تہٕ بصیرژ کتھ سیمیہٕ رسول میرنس ذاتس تہٕ تمی سُنز شاعرانہٕ شخصیژ اَندی کیھتہٕ موبجہٕ رژ ہیمو رسول میرنز شخصیژ ہنزی تہٕ فنکی گوشہٕ گاشراو۔

اتھ تناظرس منز چھنے حال حالے پروفیسر غلام محمد شاد صابن ترتیب دیتمت کُلیات رسول میر شایع سپدمت تہٕ یہ چھُ میرشناسی اکھ رُت اضافہ۔ یہ چھُ یوژ زِ یہ کُلیات چھ رسول میرنہٕ زندگی تہٕ فنکہ حوالہٕ اکھ نو دروازٕ یلہٕ تراونچ اکھ سنجیدٕ کوشش تہٕ اَمہٕ ستی ہیکہٕ رسول میرنس ذاتس اَندی اَندی سیمتین وارہٕہن مفروضن پھش لگتھ تاہم چھنے یہ کتھ تہٕ یتنہٕ جایہ اہم زِ کاتہٕ تہٕ مفروضہٕ ہیکہٕ تیلی رد سپدتھ یلہٕ محقق اَتھ تناظرس منز کانہہ تواریخی شہادتھ فراہم کرتھ ہیکہٕ۔ شاد صابس چھُ پانس تہٕ احساس زِ

"زان کاری پاتھنکی ممکن وسیلہٕ تہٕ ذریعہٕ ورتاوتھ
تہٕ سپدی نہٕ رسول میرنہٕ کلہم زندگی متعلق کیہنہٕ تہٕ تفصیلی
حالات پرزٕ تہٕ پاٹھی معلوم۔ قومی سوتھرکین شاعرن، ادیبن،
روحانی بزرگن تہٕ شخصیاتن متعلق مفروضات سنسنی خیز بناوتھ
بطور واقعہ پیش کرنی گو وتہٕ تحقیق تہٕ گو وصرف دروغ بیانی
تہٕ بازی ورتاوتھ حقائق مسخ کرنی۔"

برزم

کاشرین طالب علمن آسی ادرٕ تام رسول میرنی صرف ۷۸ باتھ نظرن تل یم گوڈنکہٕ پھر غلام محمد نور محمد تاجران کتب تہٕ یمن پتہٕ ہاکر عبدالاحد بخشی ین شایع کری۔ پروفیسر شاد

تہٕ امین کامل صاب دوٚنوے چھِ پیٚنٕنۍ کِنۍ یہِ کتھ بڑٕ زور دِتھ وَنان زِ محمّد یوسف
ٹینگ صابن یُس کُلیات ۱۹۸۴ء اندر ترتیب دیُت تتھ منز چھِنہٕ ہاتِن ہِند حوالہٕ کانہہ
اضافہٕ سپدمُت تہٕ بین السطور چھِنہٕ یہِ کتھ وَنِنۍ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ زِ ٹینگ صابن
چھُ بلی یانس ترتیب کارناو کوٚرمُت کامل صابنِس یتھ بیانس" تمی باپتھ ترتیبہٕ نقل کرٕتھ آو
کُلیاتِ رسول ناوٕ شایع کرنہٕ ۔ سوٗ میرن کارکھوٗتس بدل ناو ۔ ییٚتہٕ کیاہ چھِ سپدان۔
تہٕ پروفیسر شاد صابنِس "ترتیب کار سُند ناو، زاتی کار، کار آمد مود بترٕ" لفظن ہِندِس
طنز آمیز ورتاوس تہٕ لہجس چھِنہٕ مذکورٕ معتبر لِکھارِن ہِندِ جانبدار (PASSIONATE
آسنٕچ بوے یوان تہٕ دوٚنوٚنی چھِنہٕ کلچرل اکادمی ہِندِس شایع کرٕنۍ مِتس کُلیاتس سِتۍ ٹینگ
صابُن ناو جوٗرِتھ آسن پسند تہٕ امیُک باس چھُ دوٚنوٚنی لِکھارِن ہُند لب ولہجہ
اَتھ ڈری دوان۔

پروفیسر شاد یمہٕ اندازٕ "کونگر" ہِندِس اوسطورس رد کرنٕچ کوٗشش چھِ کران
سہٕ چھُ وارِہس حدس تام معقول باسان تہٕ رسول میرنہٕ زندگی تہٕ واتنہٕ ہِند حوالہٕ ٹینگ
صابنِس ڈری بایفت کرٕنۍ مِتِس اشٹامی دستاویزس چھِ CHALLENGE کران
زمو قدم اَس بطور تصدیق دستخط بجایہٕ موہر تراوان۔ پروفیسر غلام رسول ملک صابن تہٕ
چھُ شاد صابس برونہہ ۱۹۹۰ء منز امہٕ اشٹامی دستاویزکہ حوالہٕ پیٚنٕن تحفظات ہُند
اظہار کوٚرمُت ۔ یوٚدوے تمہِ تحفظات مختلف نوعیژ ہِندی چھِ۔[۱۵]

" HE (TAING) CLAIMS THAT A JUDICAL
DOCUMENT DATED 1889 HAS BEEN DISCOVERED
WHICH BEARS ON IT) AMONG OTHER SIGNATURES

THE SIGNATURE OF RASOOL MIR. THIS WOULD CLINCH THE ISSUE BUT FOR THE RESERVATIONS TO WHICH REFERENCE .P.10. .......... یِتھ

مےٚ چھُ یقین زِ شاد صابَن آسہِ ملک صابَن رسول میرَس متعلق لیوٚکھمٕت مانوگراف ضرور پوٚرمٕت مگر تِمیک چھُکھ نہٕ کانٛہہ حوالہٕ دِتمُت۔ بیاکھ اکھ کتھ تہِ چھےٚ قابلِ ذکر زِ شاد صابَن چھِ "زیبا نگار" مثنوی ہند حوالہٕ تہِ کیہتہٕ توجہ طلب نوکتہٕ برونٛہہ کُن وَنۍ لادِمٕتۍ یِمہٕ یدوزن دار چھِ باسان تہِ یِتھ چھُکھ رسول میرُنس مشہور باتس "خوشیون نندہ پون دلبر میون وٲسی آونے" متعلق پرون سورُے نِیلے اُتر دومُت۔ اَتھ سِلسِلس منز چھِ تِموبیاض احد میرک حوالہٕ دِتمُت یُس ۱۹۳۱ء برونٛہہ کرتہٕ کورلیکھنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ مٕتنہٕ کہ حوالہٕ تہِ چھِ شاد صابَن وارِہِن شعرن پنٕنہِ اصلی صورژ منز پیش کرنٕچ کوشش کرِمٕژ۔

پروفیسر شاد صابُن تحقیق تہِ تنقید چھُ تالہِ یِٹھ اما پوٚز یِنٛنس سرنامس "ساسن توسہ پن" منز شہید گنج کلچرل اکادمی ہندِس دفترس منز مرحوم علی محمد لون صابس ستۍ سپُدمٕژ گفتگو ہُنٛک تہِ بشیر یاسر صابَن کُلیاتِ رسول ترتیب دِنک حوالہٕ دِیُن چھُ بڈٕ عجیب باسان تِکیازِ یِم دوٚنوے واقعات چھِ شاد صابنہِ کمہِ تام ژھِہ تہِ ٹھِہرک بےٚ شونٛکۍ پاٹھۍ پےٚ دِوان۔

موٚن زِٹینگ صابَن کرٕۍ تمہِ پوت پاٹھ یِنٛنس کُلیاتَس منز پیش یِم برونٛہہ نوکن وِیدۍ اٲسۍ تہِ ترتیب تہِ اٲسۍ دِنہٕ آمٕتۍ مگر تِمہٕ ستۍ ما ہیکہِ محمد یوسف ٹینگ صابُن سُہ جامع، تواریخی تہِ ناقدانہٕ بحث فراموش کرنہٕ یِتھ یُس تِمو اَتھۍ کُلیاتس منز کاشُر زبانۍ

ہنٛد مارمتہٕ تہٕ رسول میرُن مرتبہٕ ہٕرتھ اَکس حدس تام مبالغہٕ سان تحریر چھُ کوٚرمُت"۔ رسوٗل میر ـــ یاسہٕ فنکار تہٕ باشعور زبان ساز" مضموٗن[۱۳] ہیکون نہٕ کُنہٕ تہٕ حالس منٛز منٛز اَدِتھ تکیا زِ یہِ چھُ کاشِر زبٲنی منٛز لیکھنہٕ آمتیٚن از تام کیٚن بہترین تنقیدی بحثَن منٛز شُمار۔

ٹینگ صاَب چھِ گوڈنِکی کاشِر نقاد یِمو کُلیات رسول میرنِہ کلامُک اکھ فرہنگ تیار کوٚر یُس تِہندِس ترتیب دِتمتِس کلیاتس منٛز شامل چھُ تہٕ یُس رسول میرنِس طالب علمن ہنٛدِ خاطرٕ سیٹھاہ مُفید ثابت سپُد۔ یہِ کتھ چھےٚ قابلِ ذکر زِ مذکوٗر فرہنگ چھُ کاشِر شاعرٕ ہنٛدِ حوالہٕ اَمہِ قسمُک گوڈنیُک فرہنگ۔ پروفیسر شاد صاَبن تہٕ چھُ یتھے اکھ فرہنگ یِمنِس کُلیاتس سیٚتۍ تھوومُت تاہم چھُکھنہٕ ٹینگ صاَبنِ فرہنگُک کانٛہہ حوالہٕ دِیُت مُت۔ ٹینگ صاَبنِس کُلیاتَس چھےٚ پننۍ اہمیت تہٕ شاد صاَبنِس پننۍ۔ شاد صاَبن چھُ پننِس کلیاتس منٛز۔ مزید ۴۸ بأتھ شأمل کٔرِ متۍ یِم کُنہِ جایہِ اکھ بوٚڈ کارنامہٕ چھُ تاہم چھُ یِمو بأتو منٛز کیٚنہہ بأتھ تِتھۍ تہٕ یِہنٛد لب ولہجہٕ رسول میرنِس آہنگہٕ تہٕ اسلوبہٕ نِشہٕ ہنا بیوٚن ہیٚن باسان چھُ تہٕ اَوکنۍ چھِ مزید تحقیق منٛگان۔



# حوالہ جات


۱۔ امین کامل (کاشُر ادب ایڈیٹر غلام رسول سنتوش، فروری ۱۹۶۷ء

۲۔ 〃 〃 〃 〃 〃 〃 ، مارچ ۱۹۶۷ء

۳۔ پروفیسر غلام نبی فراق 〃 〃 〃 ، اگست ۱۹۶۹ء

۴۔ پروفیسر رحمان راہی 〃 〃 〃 〃 دسمبر ۱۹۶۹ء

۵۔ امین کامل 〃 〃 〃 〃 اپریل، مئی ۱۹۷۰ء

۶۔ پروفیسر رحمن راہی کہوٹ سرینگر ۱۹۷۹ء

۷۔ پروفیسر رحمن راہی شیراز کلچرل اکادمی سرینگر ۱۹۹۲ء

۸۔ پروفیسر رحمن راہی سون ادب کلچرل اکادمی سرینگر ۱۹۹۶ء

۹۔ امین کامل شیراز کلچرل اکادمی سرینگر ۱۹۸۷ء

۱۰۔ پروفیسر رحمن راہی۔ کاشُر شاعری تہٕ وزنُک صورتِ حال،
سرینگر ۲۰۰۰ء

۱۱۔ پروفیسر غلام محمد شاد، کُلیات رسول میر سرینگر ۲۰۰۴ء

۱۲۔ پروفیسر غلام رسول ملک، رسول میر انگریزی مونوگراف
ساہتیہ اکادمی، نو دِل ۱۹۹۰ء

۱۳۔ محمد یوسف ٹینگ، کُلیات رسول میر، کلچرل اکادمی سرینگر ۱۹۸۴ء

۱۴۔ جناب حسرت گڈھ صابُن چھُس بہٕ شُکر گزار زِ یہ مقالہ لیکھنکی سلسلس منز تھود تمو پنن کتب خانہ میٚ آیتن رٚٹ۔ یہ مقالہ لیکھنچ تحریک میج میٚ امین کامل صابنی تُجوابا چھ عرض" کتاب پرٕتھ۔

# لُکہ اَدب

رتن تلاشی

## سوٚمبرنکی اصوٗل تہٕ تحقیقی طریقہٕ

کُنہِ تہٕ قومُک یا تہذیبُک لُکہٕ ادب چھُ اکھ موٗلُل سرمایہِ یُس تمِچ پرٛزنتھ تہٕ تشخص پرٛزناونک وٚسیلہٕ تہٕ چھُ تمِچ باطنی، نفسیأتی کیو مختلف بشریأتی رنگ گاشراونُک ذریعہٕ تہٕ چھُ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ یِمہِ ہتھ ہتھ ڈہ ڈس ہتھن ؤریَن دوران چھُ لُکہٕ ادبُک تحقیق تہٕ مُطالعہٕ دُنیہکین مختلف مُلکن تہٕ خاص پأٹھی یوٗرپَس منز۔ اکھ الگ مُطالعأتی شعبہٕ زِنٛگی بارسس آمُت۔ یِہ چھُ علمی شُعبکی پأٹھی چھُ اتھ تہٕ وقتہٕ وقتہٕ مختلف عالمن تہٕ مُحققن ہندِ دِسہٕ نظریأتی اساس فراہم کرنہٕ آمٕتۍ۔ چُناچہِ لُکہٕ اَدب چھُ بیر در بیر سیٖنہٕ بسیٖنہٕ پرٛونہٕ برونہہ یِکان یِتھ منز باضے پرٛون پرٛانان تہٕ نوٚو نوان چھُ۔ اَما یوٚزٕ سماجی علومن ہنٛدِس یِتھ ترقی یافتہ دورس منز ہرگاہ تہٕ پرٛون زٕہراونہٕ یِیہ عالم تہٕ محقق سٕیدن اکھ موٗلُل مواد نشہٕ محروٗم۔ امہِ سببہٕ چھُ لُکہٕ ادبکِس تحقیقس منز گوڈنیُک اہم مرحلہٕ یِہ سرمایہ سوٚمبرُن تہٕ اَمیُک تجزیہ تہٕ وبُشھنے چھُ امہِ عملہٕ ہُند دوٚیم مرحلہٕ۔ مگر لُکہٕ ادبُک مُطالعہٕ تہٕ تحقیق یوٗتاہ یوٗزٕ شوٗزمُک طلبگار چھُ تیٚژے چھُ سوٚمبرنُک عمل تہٕ سنجیدگی منگان۔

لکہ ادبُک مواد سۄمبرنُس منز چھے یہ کتھ ضروری زِ تس تھاوُنی زاکھ عالم یا مُحقق
ہیکہ نہٕ پرتھ علاقُک یا تہذیبُک لکہ ادب سۄمبرتھ۔ مواد سۄمبرنہٕ منز چھے علاقس یا تہذیبس
ژٲرِ سٕرتھ سۄچِتھ کرنٕچ ضرورت۔ مُحقق ییمہِ علاقُک یا تہذیبُک لکہ ادبُک مواد سۄمبرنٕچ
کام در دس ہیٚیہ، سُہ گژھہ لازمن تمہِ جاہِ زبانی، جغرافیہ، تواریخ، لکہ رِوایژ، تہذیبی ترایہ
تہٕ سماجی ساختہٕ بیترِ نِشہٕ پورہ پاٹھی باخبر آسُن۔ جرمنی لکہ ادبُک ماہر ٹایلر چھُ ییٚمِس تحقیقس
منز علاقہٕ کس انتخابس سٮ۪ٹھاہ اہمیت دِوان۔ بقولِ تِمِسند چھُ مُحققہ سُند یا پتھ سُے علاقہ
مُناسب روزان یتیتھ سُہ یا زہٕ باشندہٕ آسہ۔ تکیازِ مقامی باشندٕ آسنہٕ سببہ ہیکہِ
سُہ ہیو مُحقق تتہٕ چہِ زبانی، تہذیب تہٕ تواریخ بیترِ نِشہٕ جان پاٹھی واقف آستھ تہٕ دوٚیم
ہیکہِ تس عام لوکن سٕتۍ تہٕ رابطہٕ کرنس منز آسانی سپدتھ۔ کاشُر زبانی ہنٛد لکہ ادبُک کم کاسہ
سرمایہ یُس یوٗرپی مُحققو سۄمبرووتھ منز۔ تہٕ کورُکھ مقامی باشندن ہنٛد مدد حاصل۔ وولہ
گوو یہ ملکی آسنہٕ سببہٕ آسی نہٕ یم کاشر تہذیب تواریخکی سرٕنی واقف کار، امہِ سببہٕ چھے
یمن سۄمبرِتن منز کُنہ کُنہ کوتاہی روزمژ۔ یمہِ کوتاہہِ چھے خاص پاٹھی لولہٕ بیترِ کہاوژ
ڈکشنری منز تاکاریتھ منز کہاوژن، تلمیحن تہٕ تخلیقی یا وژن کنی گیڈ کرتہٕ آمژ چھے۔

لکہ ادب سۄمبرن وول مُحقق گژھہ لکہ ادبہ کین مختلف رنگن ہنٛد تہٕ زانی کار
آسُن۔ اَدہ ہیکہ سُہ مطالعس موزون مواد جمع کرتھ۔ تِمی یُس قسم یا رنگ سۄمبرُن آسہ
تس گژھن تمچہ بیہر ہاو خوبیہ تہٕ خصوصیژ تہٕ معلوم آسنہٕ۔ ضروری چھُ زِ سُہ گژھہ
لکہ ادبہ کین مختلف رنگن باہم بیہر فرق کرتھ ہیکن نتہٕ سپدِ ییٚمِس مُحققس لولہٕ بیترِ
باوش۔

چنانچہ لکہ ادب چھُ بینہٕ بہ بینہٕ تہٕ زبانی رِوایژ کنی برونہہ برونہہ پکان امہ

سببہٕ چھُ اکثر پاٹھی یہ کُنہٕ تھقہٕ ہیٚنز روٗس آسان ۔ یعنے تحریری صوٗرتس منز نہٕ آسنہٕ
سببہٕ چھِنے اَمِچ زبان وقتہٕ پھیرس سٟتۍ تبدیل سپدان ۔ نہ صرف زبانی ہیٚنز تبدیلی بلکہ اکہٕ
جایہ بیٚیہ جایہ واتان واتان تہٕ چھُ اَتھ مقامی رنگ کھسنہٕ سٟتۍ تبدیلی یوان ۔ یمہ
سببہٕ اکی لُکہٕ تخلیقہٕ ہٕندی مختلف بیٚیر وجوٗدس یوان چھہ ۔ براونڈس چھہ لُکہٕ ادب سوٚمبرنک
یہ اکھ اہم اصوٗل ماناں زِ یوٚدوے اکی لُکہ تخلیقہٕ ہٕندۍ مختلف بیٚیر (VERSIANS)
آسن محققس پزن تم ساری جمع کرنی ۔ تمی چھنے یہ کُنہٕ خاص پاٹھی لکہ کتھن متعلق وُنی منز
بقولِ تسند چھُ یہ ممکن زِ مطالعہ تہٕ تجزیہ کس سوٚمبرس پیٹھ ہیکن یمہ تمہ تہذیبک بیٚیہ
سٟتۍ یم ڈلیلہٕ وابستہٕ آسن کانہہ نوینہ گوشہ نوٗن کڈتھ ۔ بیٚیہ زن چھُ یہ زِ سوٚمبراوُن والس
محققس پزِ نہٕ کُنہٕ لکہٕ فنپارک موٗلی تہٕ صحیح صوٗرت ژھارنس منز ۔ تجدیدگرٕمی کرٕنی بلکہ بیٚیہ
بیٚیلہ یہ مطالعہٕ کہ نقطۂ نظرٕ ضروری آسہ تیلہ پزِ یہ تجزیہ کاری یا مطالعہٕ کس سوٚمبرس پیٹھ
کرُن یُس لکہٕ ادبہٕ کہ تحقیقک دوٚیم مرحلہ چھُ ۔ نولرن سٟتۍ لکہٕ ڈلیلہٕ سوٚمبرنہٕ ہرگاہ وارٕ سٟتۍ
تتہٕ چھِنے اَمہٕ قسمِچ تجدیدگری کُنہٕ کُنہٕ درکار گژھان ۔ تتھ منز چھُ کینژن اہم لکہٕ ڈیٚلین
ہٕندی مقبولِ عام بیٚیر تہٕ غارٕ موجوٗد ۔ مثالے "ہی مال ناگرائے" ڈیٚلہٕ ہٕند یُس
VERSIAN تتھ منز دِنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ اَمہٕ ڈیٚلہٕ ہٕند مقبولِ عام بیٚیر نتہٕ مختلف ۔
امیُک مطلب چھُنہٕ پزٕ لگُن زِ لکہٕ تخلیقہٕ ہٕند مقبولِ عام بیٚیر یوت چھُ صحیح ۔ بلکہ چھِنے اکی
لکہٕ تخلیقہٕ ہنز پرتھ کانہہ وکھٕ وکھٕ صوٗرت پننہٕ جایہ صحیح تکیازِ یم وجوٗدس منز ییٚنس چھُ
کینہہ محرکات آسان یم اکھ سنجید محقق پننہٕ مطالعہٕ سٟتۍ گاشرٕ اَوِتھ ہیٚکہ ۔ مثلن اکھ عام کاشُر
کہاوت چھِنے "گرٕنسی یار چھُ کایُر نار" ۔ دہاتی علاقن منز چھِنے یہے کہاوت "گجرٕ یار
چھُ کایُر نار" صوٗرژ منز مروج ۔ یم دوشوے بیٚیر چھہ کاشرِ ہٕنز دوہ دِشہٕ

زندگی ہُند وِیوہار برونہہ کُن اَنِنہٕ علاوٕ سۭہ سماجی اِظہار برونہہ کُن انان یتھ منز
پرِتھ کانہہ ورگ اکھ اَکِس کم ترزانان چھُ۔ یعنی نانگار یا شہر باش چھُ گریستس
کم ترزانان تہٕ گرٕوس گجرُس۔

لُکہ ادب سوٚمبراوَن وٲلۍ محققس گژھِ تخلیقی ادبس تہٕ لُکہ ادبس درمیان
فرق واضح آسُن یتھ تٕس پرزناوُن تہٕ زادبی تخلیق کوس چھُ تہٕ لُکہ تخلیق کوس
چھےٚ۔ سُہ گژھِ دوشوٕنی رنگن ہُند مزاز تہٕ انداز بیانہٕ نِشہٕ باخبر آسُن۔ اَمہ
قسمچ زانکاری چھےٚ کٲشُر زبٲنی ہندِ لُکہ ادبہٕ کِس محقق ہند باپتھ زیادٕ اہمیت
تھاوان۔ چنانچہ تخلیقی ادبچ ژٕھر اوٚنچ عمل پیٚٹھ سنجیدگی سان یتھ صدی پیٹھے شروع
تہٕ وُنہ تہٕ چھُ ساہن خبر کِتھن پرانین شاعرن ہندنہ صرف کلامہ بلکہ ناو تام گمنامی ہندس
عالمس منز۔ مختلف ویدن شاعرن ہند کلامہ چھُ زبان زد اور یور چھکرِتھ۔ لُکہ ادب تہٕ
چھُ بقول ڈورسن مِلہ تلہٕ انفرادی تخلیقے آسان یمیک خالق وق سوزنس ستی ستی راوس تل
سپدان چھُ۔ یہ کتھ زیرِ نظر تھاوِتھ چھےٚ کٲشرِس محققس ہنا زیادے حلسہ ہُشیاری
ورتناوٕنی۔ تس چھُ یہ سرٕ کرُن زِ یُس مواد سُہ سوٚمبران چھُ سُہ ما چھُ لُکہ ادبہٕ برعکس
کانسہ انفرادی تخلیق کارسٕنز تخلیق۔ اتھ مسلس چھےٚ دوٚیم صورت تہٕ۔ بعضے
ہمکن کیہتہ لُکہ تخلیقہٕ تہٕ بےخبری تہٕ غفلتس منز کانسہ شاعرس کُن منسوب کرنہٕ یتھ۔
کٲشر زبٲنی ہندس تحقیقس منز چھےٚ یِژھ کونا ہہ تہٕ نظر گژھان۔ مثلن سانہٕ زبٲنی ہند
مشہور تہٕ مقبول عام لُکہ باتھ "ہا فقیر دسانہٕ جنگلچ لے چھیو" چھُ اَکس کم گوٚ تہٕ کم معروف
شاعرس کُن منسوب کرنہٕ آمُت۔

لُکہ ادبس چھُ اکھ مخصوص انداز کُ زبٲنی ورتاو۔ لہجہ تہٕ اسلوب۔ عام باتھ

چھِنے اَیِ زبان شوٗد، سہل تہٕ عامیانہٕ آسان۔ لُکہٕ اَدبہٕ کہ تحقیقُک اہم اصوٗل چھُ یہ زِ یتھ پاٹھی
تہٕ یِمہ اَتھ ناوہٕ یہ مواد آسہِ تمی اَتھ ناوہٕ گژھہِ یہ قلمبند کرنہٕ یِن تہٕ سوٗے چھِنے تحقیقی دیانت۔ مواد اَس
یِنہٕ طرفہٕ کینہہ تہٕ ہیر پھیر کرُن یا کانہہ لفظ یا صوٗرت ڈالٕنۍ چھُ غلط۔ چنانچہ لُکہٕ ادب چھُ قومی
تہٕ اَتھ یِنہٕ طرفہٕ کینہہ ہُر یا چھوٚ تہٕ کرُن گوو قومی امانتس خیانت کرُن۔ بلکہ چھُ صحیح یِی زِ
یتھ پاٹھی یہ آسہِ تِتھے پاٹھی تھاوُن۔ سر آرل سٹین سُند یہ چھُ یِی زِ تمی ژٕھر اوٕ تہٕ صرف
کاشُر لُکہٕ ڈلیلہٕ بلکہ تھوٗدن پیٚنہٕ کرٕنۍ ڈالہٕ ورایی حاتم تلہٕ وانٕنۍ سُندی لفظہٕ لہجہٕ تہٕ ژٕھر تھ۔
اَتھ چھِنے سائنس لُکہٕ ادب تحقیقس منٛز یہ اہمیت تہٕ زانہہ کہ برکتہٕ روٗد سون ڈلیل بوزناوُک
ریوایی فن تہٕ محفوٗظ۔

ازکل چھُ لُکہٕ ادب سوٚمبراونس یِتھ اَکھ تحقیقی طریقہٕ کار۔ یتھ منٛز زانکاری کاٹرن
ہتہٕ ورتاو کرنہٕ یِوان چھُ۔ یِمن منٛز الگ الگ پاٹھی پریتھ کتھ لُکہٕ تخلیقہٕ تہٕ اَیِ زانکاری
دِنہٕ وأنس شخصس متعلق پریتھ کانہہ ضروٗری زانکاری دِنہٕ یِوان چھِنے۔ تحقیقی مواد سوٚمبرنس
منٛز چھِ یِم زانکاری کارڈ وَتہٕ ہاوکہٕ ستر اہمیت تھاوان۔ مشہوٗر محقق ڈورسن سُند گُف
چھُ زِ یتھ ورتاو ورأے سِید اَمِس محققس ژٕھشے پریشانی یِتھ تمس اَکس ناتیار
نفرس سِیہ یُس کُنہٕ برجستہٕ باعثس منٛز کانہہ خاص پوشہ ژٕھانڈتہٕ پاپتھ ژٕ امُت آسہِ۔
لُکہٕ اَدبہٕ کِس باعثس منٛز تہٕ یُس تربیت تہٕ تیاری ورأے وأرِد سِید تمُسند تحقیق تہٕ ہیکہٕ لبوٗز
آسِتھ۔ ازکل چھِنے لُکہٕ ادب جمع کرنٕچ باضابطہٕ پاٹھی تربیت دِنہٕ یِوان۔ فِن لینڈ تہٕ
امریکہس منٛز چھِنے لُکہٕ ادب سوٚمبراون وألس محققہٕ سُند باپتھ اَمہٕ قسمچ تربیت لازمی قرار
دِنہٕ آمژ۔ وونی چھِنے لُکہٕ ادب سوٚمبراونہٕ باپتھ کینہہ رہنما کتابہٕ تہٕ MANUAL تہٕ
دستیاب۔ کُس مواد کیتھ پاٹھی چھُ جمع کرُن یِمن منٛز چھِنے اَتھ متعلق تفصیلی زانکاری۔

لُکہ ادبُک امریکی مُحقق ایس ہرچاڑس چھُ لُکہ ادب سوٚمبرنہٕ باپتھ یمن تربیتی کتابن کُنہٕ ہتہٕ اہمیت دِوان۔

لُکہ ادبکس مُطالعس تہٕ سوٚمبراونس منز یمن دوٚشوٚنی تحقیقی سوٚتھرن منز چھُ ازکل مختلف علمی شعبن ہُندِ اتھواس تہٕ استعمال ناگُزیر۔ اتھ منز چھُ توٲریخ، لسانیات، بشریات، سماجیات تہٕ نفسیات ہوی علمی شعبن ہُند مدد تہٕ یِوان۔ چنانچہ اکہ ہیے محققس ہیکہ نہٕ یمن سارنے علومن ہنٛدِ دسترس آسِتھ۔ امہ سببہ گژھِ تس یمن شعبن ہندِ ن عالِمن ستی رابطہٕ آسُن۔ شاید چھُ امی موجوب تھامس اروِن ونان زِ فردو بجایہ چھےٚ لُکہ ادب سوٚمبرنُک کام جماژ ہنز کام۔ ترتھ جماژ ہنز کام یتھ منز مختلف علمی شعبن ستی وابستہٕ عالِم تہٕ ماہر موجود آسُن فردو بجایہ ہیکہ یہ کام ادارو ڈٕسی جان پاٹھی سرانجام دِنہٕ یِتھ۔ یمن منز اتھ کامہ منز کارآمد علمی شعبن ستی وابستہٕ محقق آسن بشرطیکہ تمن باہم آسہِ مُناسب رابطہٕ۔

بہرحال لُکہ ادب یِیہ تن فردو ڈٕسی انفرادی طور سوٚمبراونہٕ یا ادارو ڈٕسی، دوٚشوٚنی صورتن منز گژھِ مُحققہ سُند ذہن یِتھ کتھہِ متعلق صاف آسن زِ تس کیا چھُ لُکہ ادب سوٚمبرتھ اتھ منز تلاش کرنُک مقصد۔ تکیازِ مقصدے وانہ دِ تس موزوٗن موادس پیٹھ تہٕ مقصدے کرِ تہند مُطالعُک نوقطہٕ نظر تہٕ مشخص۔ غرض محقق گژھِ یمہ کتھہِ نِش باخبر آسُن زِ سُہ یُس مواد جمع کران چھُ سُہ کمہ قسمہ کہ مطالعہٕ باپتھ چھُ۔ باپتہ زِ سُہ یمہ مقصد مُطالعہٕ کرُن یژھان چھُ تمہ باپتھ گژھِ ہیوٚ مواد ہیکِ سُہ تجزیہ باپتھ نِتھ۔ مثلن ہرگاہ محققس کُنہٕ خاص دورُک توٲریخی نوقطہٕ نظر مطالعہٕ کرُن آسہِ اتھ دورس ستی وابستہٕ داستان لرٛی شاہ یا کہاوژ گژھن تسندِس موادس منز شامل آسنی۔ مواد سوٚمبرن تہٕ مُطالعہٕ دوٚشوٚنی سوٚتھرن منز چھُ محققُن ہنز ذٲتی دِلچسپی تہٕ عمل دخل۔ سوٚمبراونکس سوٚتھرس پیٹھ یِتھ پاٹھی نہٕ

یِمَس محققس لگہِ ادبکس یتھ رنگس ستۍ دلچسپی آسہِ سُہ ہیٚکہِ سۍ مواد سوٚمبرٲنۍ کٲم وردس نتھ - یہِ چھُ مطالعہٕ سوٚتھرس متعلق تہٕ صحیح - ویسے تہٕ چھُ ادبی معاملن ستۍ دلچسپی تھاوَن وول محقق پننس موادس منز تخلیقی خاصیژن یا ادبس تہٕ لگہِ ادبس باہم بین دِنس ستان - اَتھ برعکس کرِ اکھ مورخ اتھ منز تواریخی واقعن پیٚرِ تہٕ چھاننۍ - نفسیاتس ستۍ لوے کھوے تھاوَن وول عالم کرِ اَتھ منز اجتماعی نفسیاتس تہٕ آدمٕ احساسن تہٕ جذبن لٕہ کھوٚل - بیلہِ زَن بشریاتس ستۍ دلچسپی تھاوَن وول بیٚیہِ مواد منز نسلی خوٚبیہِ یا اکھ حیاتی ارتقا تلاش کرِس درپے روز -

غرض مقصد تہٕ دلچسپی ین ہندِ بنہ رکنی چھُ مطالعہٕ تہٕ مولانکو نی ہندی طریقہٕ کار تہٕ وتہٕ بیوٚن بیوٚن - یہِ کتھ چھےٚ یمہِ تلہٕ تہٕ عیان سپدان زِ یِنہِ پیٚٹھ لگہِ ادبُک تحقیق بارس آمت چھُ مطالچہٕ تہٕ تحقیقچہٕ مختلف وتہٕ تہٕ چھےٚ تہٕ پیٚٹھے برونہہ کُن آمژ - یتھ پاٹھۍ چھےٚ وقتہٕ وقتہٕ مختلف عالمو تہٕ محققو تہٕ مختلف نتیجن پیٚٹھ واتتھ لگہِ ادبچہٕ تہٕ وکھر وکھر وضاحژ تہٕ ورژھنے کرمژ - لگہِ ادبُک سنجیدٕ مطالعہٕ کوٚر پیٚٹھے باہ جرمنی ہندو لوگو بایو شروع - تِمو کوٚر جرمنی زبانی تہٕ اچھن مختلف بولین منز ن دلیلن تہٕ داستانن ہند مطالعہٕ تقوبلی طریقس منز - پننس مطالعس دوران وُچھ تِمو مختلف بولین منز ن یمن دلیلن تہٕ داستانن باہم یکسانیت - یتہٕ اَمہِ تحقیقچہٕ بنیاز پیٚٹھ واتِ تِم دون اہم نتیجن پیٚٹھ - اول یِہ زِ مختلف ذاژن تہٕ قومن منز مروجہ یکسان تہٕ ہیوٗ لگہِ ادب تھاوَن وٲلۍ قوم تہٕ ذاژ تہٕ گژھن قدیم کالس منز - تلہٕ اکی جغرافیایی یا تہذیبی خانداناکی آسنۍ - اَتھ خیالس بخش بیٚیہِ اکی جرمنی محقق میکس مولرن تہٕ یتہٕ اساطیری مطالعہٕ ستۍ درٕ بر - اَتھ سلسلس منز چھےٚ اساطیرن متعلق تِہنز سولر تھیوری (SOLAR THEORY) اہم - یمہِ مطابق مختلف تہذیبن منز - دیوی دیوتہن ہندس وجودس

ییٚنس پیٚس پرٛدٲ فتابہ ووپزآوی (REPRODUCTIVE) قووَژ ہُند تصوُر چھُ۔ کنوہمہ صدی
پیٹھے کوٗرأمہ قسمکیس مُطالعس بٮ۪یہ تہ کینٛژ وجرمنٕکۍ محققوٚ برٛژر۔ یمَن منٛز۔ البرٹ کُہن تہ
ولیم من ہارٹ خاص پأٹھۍ قابلِ ذکر چھہِ۔ یینٛس مُطالعس منٛز۔ کجہِ یموٚ ہندوستٲنی تہ یوٗنانی
دیوی دیوتہن ہنٛز۔ یکسان خصوٗصیژ شبد۔ غرض اَمہِ قسمہ کہِ تحقیقہٕ ڈٕسی آو لُکہ اد کیٚس مُطالعس منٛز
مختلف تہذیبن ہندٮ۪ن یکسان ریٖژن، رلواجن تہ اسطوٗرن کیو دلیلن متعلق "اڈک آگری"۔
(MONO - GENESIS) اصول برو نہہ کُن۔ اما پوٚز وُہمہ صدی دورانے کوٗر کینٛژ و
محققوٚ یہ رَد تہ۔ تِموٚ کوٗر اَتھ برعکس کینٛژ آگری (POLY GENESIS) تصوُر پیش۔
یتھین محققن ہنٛز۔ رأیہ موٗجب ہیٚکہ لُکہ اد بکہ ہشرک وبہ کُنہ جغرافیأیی یا تہذیبی
آگر بجایہ بٮ۪یہ تہ کانہہ وجہ آسِتھ۔ تِموٚ دیُت یتھ کتھہِ پیٹھ زور زِ مختلف قومن ہنٛزن
لُکہ باوژن درمیان ہشر آسنہٕ باپتھ چھُنہٕ ضروری زِ یتھ۔ وو تِمن جاے کیا آسہ مُلہ
تلہٕ اکاے۔ بلکہ ہیٚکہ جغرافیأیی تہ تہذیبی لحاظ مختلف حالژن منٛز بسَن والین قومن ہنٛزن
مختلف لُکہ باوژن منٛز۔ تہ یکسانٕیت آسِتھ۔ لُکہ ادبہ کِس "کینٛژ آگری" تصورس یتہ کُنہ
چھُ انسأنی خصلتُک ہشر کارفرما اندر رلولینگ تہ ٹایلرن ورٛتھناو یہ یکسانٕیت
بشریأتی ارتقاہٕ ستۍ۔ خاص پأٹھۍ ووت مختلف تہذیبو منٛز۔ یکہ وٹہ کرنہٕ آمتہ موادکہ
مطالعچ بُنیادِ پیٹھ ٹایلر یتھ نتیجس پیٹھ زِ اَلہِ پلہٕ چھُ سارنے قومن تہ تہذیبن ہندس
طرزِ زندگی، رسم رلواج، مذہبی تہ شاعرانہ تصوراتن درمیان کُنہ حدس تام ہشر تہ اَمیک
وجہ چھُ بذاتِ خود کلہم انسأنی خصلژ، سونچ تہ ذہنک ہشر۔ ٹایلرِ سُند یہ خیال یِند
فریزرس، "گولڈن بوہ" ستۍ تہ سرکھ۔ اَتھ نظریس ستۍ وابستہ محققن ہُندُوتن چھُ
زِ پرتھ جایہ ہُند انسان چھُ نفسیأتی وطیریا جذبأتی تہ احساسی خصوٗصیژو موٗجب

ہوٚنہٕ ہشر چھُ تَسندِس لگہٕ ادبس منٛز تہٕ عیاں ۔ یِمہٕ پیٹہٕ زِ پرٛچھ جایہٕ ہُندِ انسان
چھُ پننِس ارتقائی سفرس دوران وحشی، خانہ بدوشی تہٕ قرارٕ زندگی ہندؠو یکسان
دورو منٛز ۔ گُذریومُت تہٕ یہِ یکسانیت چھےٚ تَس زبانی باوتھ منٛز تہٕ لبنہٕ یِوان ۔
مختلف قومن درمیان لگہٕ ادبٕچ یکسانیتھن ہندِ پرکارن متعلق چھُ پَنِنہِ لینڈکین
محققن ہند تحقیق تہٕ اہم ۔ کینژن محققو کوٚر یوٗرپی تہٕ ہندوستانی لگہٕ دلیلن ہند مطالعہٕ
کرِتھ اَمِکِس ہشرس مختلف آیہٕ وضاحت کرنٕچ کوشش ۔ تِہند موجب چھُ تہٕ یہِ
ہشر نہٕ کُنہٕ نسلی رشتہٕ موجب تہٕ نہٕ کُنہٕ یکسان حیاتی ارتقا موجب بلکہ چھُ یہِ محض
تہذیبی تہٕ توارٟخی میل جولُک نتیجہٕ ۔ اَمہِ رنگٕکس تحقیقس منٛز چھُ جولیس کرہن تہٕ کارل
کرہن سُند ناو خاص پاٹھی اہم ۔ اَمہِ قسمٕکس مطالس منٛز چھُ لگہٕ ادبس تہٕ خاص پاٹھی
لگہٕ دلیلن ہنز آگر ژھانڈ کرِتھ تِہند توارٟخ مشخص کرُن تہٕ تہذیبی تہٕ توارٟخی لین دین
کنی یِہند دوٚیمین جاین وانتِچن وَتَن ہنز نشاندہی تہٕ شامل ۔ اَمہِ قسمٕکہِ تحقیقٕچ بنیاد
چھےٚ یتھ خیالس پیٹھ زِ پرٛتھ دلیلہٕ چھُ پننہِ اکھ توارٟخ تہٕ یہِ توارٟخ گاشراونہٕ باپتھ
چھُ ضروری زِ مختلف علاقن منٛز مروجہ اَمہِ مختلف پھیر سوٗمبرِتھ گرٛژھہِ تِہند مطالعہٕ
کرِتھ اَمِچہِ اصلی صوٗرژ ہنز نشاندہی سپدنی ۔ اصلی صوٗرژ ہنز نشاندہی کرنس ستی
ستی اَمِکہِ وجوٗدس ینِک زمانہٕ تہٕ جاے مقرر کرنہٕ علاوہ تِمن علاقن ہنز نشاندہی تہٕ
کرنہٕ یِوان یِمن علاقن تام یہِ مخصوص دلیل تبدیل شُدہ صوٗرژ منٛز لبنہٕ یِوان چھےٚ ۔
اتھ پتھ چھےٚ یتہٕ تہذیبی تہٕ توارٟخی رٕوزوٚتہٕ میل جولہٕ ستی وتھ ژھٔنہٕ کرنہٕ یِوان ۔ دلیلہٕ
ہنز موٗل صوٗرژ چھُ "آرکٹایپ" تہٕ اَمِچن بِلۍ پھیرن تہٕ تبدیل شُدہ صوٗرژن
چھُ "پروٹوٹایپ" وَنہٕ یِوان ۔ اَمہِ طریقٕکس تحقیقس تحت چھُ کہاوژن تہٕ

پرٛتھن بیٚیہِ تہٕ کیٚتژن لُکہٕ یاوژن ہُند مطالعہ کرُن آمُت۔ ووٚن گوو امہِ قسمہٕ کِس تحقیقس
منز پٔتھے کینٛہہ کوتاہہ تہٕ مثلن یتھِس تحقیقس منز چھُ "آرک ٹایپن" ہُندِس تلاشس
تہٕ تمہٕ وتہٕ ژھنڈنس یموٚ وتویم باقے تہذیبن تام واتٕہمژ چھےٚ، ژوٚر توجہ دِنہٕ یوان۔
اَتھ برعکس چھُ بیٚنِس سماجی تنوظرس منز پرٛوٹوٹایپن ہنز ورثھنےٚ تہٕ اہمیتھ پٮ۪ٹھ پردہ
ترٛاونہٕ یوان۔

یہِ کتھ تہٕ چھےٚ اہم زِ یوٚدوے اَکی باتھ یا ڈلیلہ منز۔ درجن وادصوٗرژ مختلف
تہذیبو پیٹھ جمع کرنہٕ یِن تمہٕ پتہٕ تہٕ چھُ باضے یہِ وَنُن مُشکل زِ امِچ اصل صوٗرت یا آرک
ٹایپ کُس اَکھ ہیکہِ اَستھ تکیازِ لُکہ ادبس منز چھُ بیشتر یا کھٹی زمانہٕ تہٕ غایب آسان تہٕ دویم
چھُ یہِ زبانی رِوایژ ہتی بردہ بردہ پکان۔ ووٚن گوو تحقیقکس اَتھ طریقس پٔتھے یہِ
اہمیت زِ امہِ ڈسی چھُ مختلف تہذیبن ہُندین لُکہٕ ادبن منز موٗجوٗد آفاقی عنصر بدکڈنہٕ یوان۔

لُکہ ادبکہ تحقیقک بیاکھ اَکھ طریقہ چھُ اَتھ بیٚنِس تہذیبی پسِ منظرس منز تجزیہ کرُن۔
امہِ قسمکس تحقیقس منز نہٕ پٔتھے آگر ژھانڈنٕ تیژ اہم تہٕ نہٕ آفاقی عنصرن ہنز نشاندہی۔
بلکہ اَتھ منز چھُ محققہ سُند توجہ تتھی تہذیبس کُن مرکوز روزان یتھ منز یہِ لُکہ باوتھ مُوجہ
آسہِ۔ امہِ نوعیتکہ تحقیقچ بُنیاد چھےٚ یتھ تصورس پیٹھ زِ پرٛتھ قومُک لُکہ ادب چھُ تمہِ
قومچہِ تہذیبی تہٕ سماجی زندگی ہُند عکاس تہٕ آینہٕ۔ اَتھ منز چھُ یتھ کتھ کُن تہٕ توجہ دِنہٕ
یوان زِ کُنہِ تہذیبہ یا پتھ کیا چھُ کُنہِ مخصوص لُکہ باوژ ہنز اہمیت تہٕ مقصد۔ یتھ ہِو
مطالعہ چھُ نہٕ صرف کُنہِ تہٕ قومکس لُکہ ادبس تمیک سماجی تواریخ زانُنک وسیلہ زانان
بلکہ تتھ تہذیبس ستیٚ وابستہ لوکہ منش سمجھنُک ذریعہ تہٕ۔ یوٗرپی سماجیاتی عالمو چھُ امہِ
مقصدباپتھ لوکہ ادبُک مواد وسیلہ یا کھٹی ورتاومُت۔ لُکہ ادب سوٗمبرنہٕ علاوہ یہِ

کینژھاہ امیک کم کاسہٕ مطالعہٕ کاشرِ زبٲنی منز۔ یُس مُت چھُ سُہ چھُ زیادٕہن امی نوعیتک۔ امی ترٲیہٕ ہندِس تحقیقس تحت چھُ لُکہٕ ادبکہٕ موادٕ دٔسی کُنہٕ قومچہٕ نسلہٕ چہٕ یا ذٲژ ہنز۔ پھیرٕہاو خوٗبیہٕ، خصوٗصیژ، خامیہٕ تہٕ مزاز بیترٕ گاشرٲوٕنہٕ یوان۔

لُکہٕ ادبُک تجزیہٕ چھُ نفسیٲتی نوقطہٕ نظرٕ تہٕ کرنہٕ یوان۔ امہٕ قسمکہٕ تحقیقُک بُنیاد چھےٚ یتھ تصورس پیٹھ زِ لُکہٕ ادب چھُ کُنہٕ تہذیبس سٍتۍ وابستہٕ فردن ہنز نفسیٲتی کیفیژن، رُجحانن تہٕ جبلژن ہُند علامتی اظہار۔ امہٕ رنگہٕ کِس تحقیقس منز چھےٚ لُکہٕ باتن تہٕ لُکہٕ کتھن منز ورتاونہٕ آمژن علامژن مُطالس منز خاص اہمیت۔ محقق چھُ یہند تجزیہٕ کرِتھ یہند رشتہٕ فردن ہندِس تحت الشعورس تہٕ خاٲبی دُنیہس سٍتۍ بٔد کڈان۔ چنانچہٕ علامت چھےٚ تخلیقی ادبس منز تہٕ ووتہٕ باوژ ہُند وسیلہٕ تہٕ لُکہٕ ادبس منز تہٕ۔ اکس منز یتہٕ انفرادی چھےٚ دوٚیمس منز چھےٚ اجتماعی۔ امہٕ حسابہٕ چھُ کُنہٕ سماجُک داخلی دُنیا زانہٕ باپتھ یمن علامژن ہُند مطالہٕ لابُدی۔

امہٕ نہجہٕ ہندِس تحقیقس پٔت پردٕ چھُ یہٕ سوچ تہٕ کار فرما زِ لُکہٕ ادب چھُ کُنہٕ سماجس منز فردن ہٕنزن ترٲشُن داخلی کیفیژن تہٕ جذبن ہُندئے پھروک تہٕ بے ساختہٕ مگر ورگہٕ تہٕ پوٚشیدٕ اظہار یہند تِنہٕ واہ تہٕ سیٚدِ سیوٚد اظہار دوہ دِشچہٕ شعوری زندگی منز مشکل چھُ۔ یتھ پٲٹھۍ چھُ لُکہٕ ادب تِھُن جذبن بیترٕ ہنز پردٕ پوٚشی ہُند وسیلہٕ تہٕ۔ امہٕ قسمکِس مطالعس منز چھُ فرائڈ سُند دیُت تہٕ اہم۔ فرائڈن دِتی لُکہٕ دلیلن تہٕ اوٚسطورن منز باونہٕ آمتین خاب تہٕ مختلف صوٗرتحال فردٕ ہنز۔ دبیمژن جنسی خاہشن تہٕ قوژ ہند علامتی اظہار قرار۔ اتھ سلسلس منز چھُ ینگ سُند مطالعہٕ تہٕ اہم۔ لُکہٕ ادبس منز باونہٕ آمتین آرکٹایپن تہٕ خاص پٲٹھۍ چیلڈ آرکٹایپ (CHILD ARCHETYPE)

وضاحت کرٕتھ وِژھنووتمہٕ اجتماعی لاشعورٕ۔ بقولِ تِہندِ چھہ یہ آرک ٹایپ قدیم کالٕکی
انسانن پیٹھ بہم پاٹھی منتقل سپدِتھ مختلف ملکہ ادبن منز۔ مختلف اظہاری صورت پرادان۔
کُنہِ شہزادہ سٕنزِ شکلِ منز، تہٕ کُنہِ جادوٗ گرٕ سٕنزِ شکلِ منز۔ کُنہِ اکہِ پُر اسرارٕ بوشِنہِ صورژ منز
تہٕ کُنہِ بٔنیہِ کُنہِ صورژ منز۔ فرائڈس تہٕ ینگس علاوٕ کورٕ بٔیہِ تہٕ کینژو یورپی محققو لکہِ
ادبُک مطالعہٕ تحلیل نفسی طرٟقس پیٹھ۔ نہ صرف لکہ ادب بلکہ لکہ ریژہٕ رِوایژ تہٕ ریژہٕ
تہٕ پرژھ تہٕ آیہ امہِ نوقطہ نظرٕ وِژھناونہٕ۔

وُہمہ صدی دوران آو لکہ ادبکہ تحقیقک بیاکھ اکھ طریقہ کار بارسس یتھ ساختیاتی
طریقہ وَنان چھِ۔ جدید سماجیات تہٕ لسانیاتکہ علمہ نشہٕ متاثر سپدِتھ بیری کینہہ عالم لکہ
ادبچ ساخت وِژھناونس کُن۔ امہِ قسمکس مطالعس منز چھےٚ کانہہ تہٕ لکہ تخلیق خاص پاٹھی
لکہ کتھ، اسطورٕ یا داستان مختلف جُزن یا اکایین منز پھٹراونہٕ یوان۔ اتھ سیتی چھےٚ
یمن جُزن ہنز اہمیت تہٕ پانس بۄنہ بروٗنہہ یمن جُزن ہندِ رشتہٕ گاشرأوِتھ کلہم دلیلہِ
ہندس تعمیرس منز یہنٛز اہمیت تہٕ وِژھناونہٕ یوان۔ یتھ مطالعس دِسی چھےٚ لکہ دلیلن
منز موجود کینژن نظامن ہنز تہٕ وِژھ کرنہٕ آمژ۔ امہِ رنگکس مطالسس منز۔ چھُ امریکی
عالم لسوی سٹراسن خاص دیت۔ لکہ دلیلن ہندس امہِ آیہ مطالس منز چھےٚ ترےٚ اِکاییہِ
زیرِ غور انہٕ یوان۔ اول کلہم قصہ (TALEPLOT) یتھ منز کلہم قصہ، ذیلی قصہ تہٕ مولہ
موضوع بیتر یوان چھِ۔ یہ چھےٚ بڑ کھوتہٕ بڑ اکایی تتھےٚ پاٹھی یتھ پاٹھی زبانی ہنز بڑٕ
کھوتہٕ بڑ اکایی جملہ مانہٕ یوان چھُ۔ دوٚیم اکایی چھِ وکھہٕ وکھہٕ واقعہ (EPISODES)
یم پلاٹس بروٗنہہ پکناوان چھِ تہٕ تریم وکھہٕ وکھہٕ واقعن منز موجود تم داخلی عنصر یم یمن واقعن
اکھ اکس سیتی واٹھ دلیلہِ اکھ کُلی صورت بخشان چھِ۔ یہ اکایی چھےٚ دلیلہِ ہندس تعمیرس

منز. لوکنہ کھوتہ پوک اکائی یم باہم رلتھ واقعہ تہ سرکھ کران چھ تہ کلہم قصس تہ بامعنے بناوان چھ۔

ساختیاتی مطابق بیاکھ صورت چھے روسی لکہ ادب عالم وی، جے، پراپ ہند ڈسی پیش کرنہ آمژ۔ پراپ سند موجوب چھے لکہ ڈلیلہ ہنز۔ ساخت دون جزن پیٹھ مشتمل۔ اکھ جز گوو رول تہ دویم عمل۔ رول چھ مختلف ڈلیلن منز۔ مختلف کردارو ڈسی ادا کرنہ یوان۔ مثلن کنہ لکہ ڈلیلہ منز چھ ہیرو سنز شکل کُس پیٹھ بہتھ سودربور بود برور کران تہ کنہ منز ناگہ پوکھرنش بہتھ کانہہ جانا وریا یتھے ہیو بیہ کانہہ کردار۔ عیاں چھ زکردارن ہند ناو، جاے تہ باقے خصوصیژ ہیکن مختلف ڈلیلن منز۔ مختلف آستھ۔ مگر عمل آسہ اکی نوعیچ۔ روسی پری کتھن ہند مطالعہ کرتھ کر پراپن یمن منز ترهن اکتریمن (۳۱) عملن ہنز۔ نشاندہی تہ عملن ہنز موجودگی ہنز۔ بنیادس پیٹھ کرن لکہ ڈلیلن ہنز۔ ورگہ باگ۔ بقول پراپ کنہ تہ عملہ ہنز وضاحت ہیکو تہ ڈلیلہ ہنز واقاتی ہانکلہ نبر کرتھ تکیاز یہ اہمیت تہ یہ تشریح ہیکہ تتھی سیاقس منز۔ شید تھ۔ دویم یمہ موجوب تہ بلضنے ہیکہ دون یکسان عملن دون مختلف ڈلیلن منز۔ مختلف اہمیت آستھ۔ یتھ پاٹھی ہیکن یم نظام ہستی عملہ دون مختلف ورگن منز۔ شامل سید تھ۔

لکہ ادبکس ساختیاتی مطالعس منز چھ امریکی عالم ایلن ڈنڈس تہ اہم۔ مختلف ساختیاتی نو قط نظرکین عالمن ہندی پاٹھی کور تمی تہ نیکس مطالعس منز لسانیاتی علمہ نش استفادہ۔ دون گوو پراپہ سند "عمل" اصطلاح بدلہ کور تمی 'موتف' اصطلاحک ورتاو۔ موتفن ہنز۔ بنیادس پیٹھ کر تمی کینژن امریکی لکہ ڈلیلن ہنز ورگہ

باگے ۔ یتھ پاٹھی زن پرٛاپ ہند مُطابق لگہٕ ڈلیلہٕ ہیٚز ۔ ساختت اَتھ منٛز موجوٗد عملن
ہند تعداد ستۍ مشخص سیدان چھنہٕ تتھے پاٹھی چھےٚ ڈٔنڈس ہند مُطابق اَمِچ ساختت
اَتھ منٛز موجوٗد موٗلفن ہند تعداد ستۍ وِرٛھناوہٕ یوان ۔ ڈنڈس ہند مطالعہٕ موجُب
چھُ بیشتر لگہٕ ڈلیلن ہند پلاٹچ حرکت بے اعتدالی یِتھ اعتدالس کُن ۔ تمی یوٚدوے یہِ
کتھ شمالی امریکی لگہٕ ڈلیلن متعلق یِتہٕ مطالعہٕ ستۍ سَر کٔر کرٛٔ اما پوٗز پلاٹچ پرٛتھ حرکتھ
ہیکو اَسی باقیے تہذیبن ہندین تمن بیشتر کتھن متعلق تہٕ وَنتھ یم خوشیونس اندس یتھ
واتان چھ ۔

ساختیاتی مطالعہٕ چھُنہٕ منٛزلِ مقصوٗد بلکہ اَدٕ تام واتنچ اَکھ سیوٚد وَتھ ۔ بقولِ
پرٛاپ چھُ لگہٕ ڈلیلن مُند تقوبلی یا تواریخی مُطالعہٕ تہٕ تحقیق توٚتام اَڈلیوٗک تہٕ کھوٚٹ
یوٚتام نہٕ یِہند ساختیاتی نوقطہٕ نظرٕ تہٕ مُطالعہٕ کرنہٕ ییہ ۔ ماننہٕ چھُ اَمُت پرٛتھ تہذیبکس
لُکہٕ ادبس چھےٚ یِتہٕ ساختیاتی خصوصیژ تہٕ آسان یمہٕ اَمہٕ قومکہ مزاجٕ، دلچسپیہٕ تہٕ تواریخی
تہٕ جغرافیائی ضرورژ و ڈسی مشخص سیدان چھےٚ ۔ وُچھن چھُ یہِ زِ ہر گاہ اَکھ تہذیبس
منٛز کانٛہہ وِوٕرٕ لگہٕ تخلیق مُروج سپدِ یہِ چھا اَمہٕ قومکس یتھس ساختیاتی نظامس ستۍ
ہم آہنگ کنہٕ اَتھ ستۍ ہم آہنگ کرنہٕ یِوان یِتھ چھےٚ اَتھ منٛز کیہنہ تبدیلیہ کرنہٕ آمژٕ ۔
یمہٕ تبدیلیہ ہیکن اَمہٕ تہذیبچہ مخصوص خصوصیژ تہٕ گاشرٛاوِتھ ۔ یوٚدوے گوڈ گوڈ ساختیاتی
طرزِ تحقیق زیادہ یِہن لگہٕ ڈلیلن تہٕ اسطوٗرن تامے محدوٗد روٗد مگر پتہٕ پتہٕ آو اَمہٕ اَیہِ
مُطالعہٕ کہاوژن ، پریژن ، توہماتن تہٕ شرٛ گندن تن بیتر مختلف لُکہٕ ادبکین ژنگن
متعلق تہٕ کرنہٕ یمہٕ ستۍ اَمہٕ طرزِ تحقیقچ لگہٕاری عیان سپدان چھےٚ ۔

لُکہٕ ادبک مُطالعکی چھِ بییہ تہٕ کیہنہ طریقہٕ ۔ مثلن کیہنہ محقق چھِ ادبی تحقیقکی

پاٹھۍ لگہٕ ادبس منز۔ تہٕ تخلیقی خصوصیژن ہنز۔ وضاحت تہٕ وِرژھنے کران یِتھ منز۔
نے، آہنگ، لہجہٕ تہٕ اسلوٗبُک مُطالعہٕ تہٕ شامِل چھُ۔ یتھِس مطالعس تحت ہیٚکہٕ
ادبس تہٕ لگہٕ ادبس باہم لین دین تہٕ گاشراونہٕ یِتھ۔ اَمہٕ علاوٕ ہیٚکہٕ یُتھ ہیوٗ مُطالعہٕ
لگہٕ ادبہٕ کِس مختلف رنگن ہنزٕن بھیرٕ ہو خصوصیژن تہٕ تمن منز۔ باوٕ تہٕ آمتین موضوعن
تہٕ ورتاوٕ تہٕ آمہٕ زبٲنی ہنز۔ وِرژھنے وُکھنے پیٹھ تہٕ مرکوز آسِتھ۔ اَمہٕ قسمہٕ کِس مُطالعس
چھُ توضیعی طریقہٕ تہٕ وٕنہٕ یِوان۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ لگہٲری لحاظہٕ لگہٕ ادبس تجزیہٕ کرنہٕ
یِوان۔ اَمہٕ انمارہٕ مُطالعہٕ آو گوڈنچہ لٹہٕ رٗوسی عالم میلنووسکی ہندٕ ڈسی برٕونہہ کُن۔
یَنہٕ مُطالعہٕ سِتی کرٕ تمہٕ یہ سر کھر کرنچ کوشش زکُنہٕ تہٕ لگہٕ تخلیقہٕ ہنز۔ لگہٲری تہٕ ضرورت
ہیٚکہٕ چھرا اَمکس نتیس ماحوس منزے پرکھاوہٕ یِتھ۔ یُتہٕ ماحولہٕ تہٕ پُس منظرہٕ نیر کڈتھ نہٕ
ہیٚکہٕ اَمیُک معنہٕ ساورزانہٕ یِتھ تہٕ نہٕ اَیہ لگہٲری۔ یتھِس مُطالعس تہٕ تحقیقس چھُ FUNCTIONAL طریقہٕ
تہٕ وٕنہٕ یِوان تہٕ اَتھ تحت چھُ لگہٕ تخلیقہٕ ہُند مقصد ورتاوک صحیح پُس منظر وق تہٕ ورتاوَن والین ہُند وٗطیر بیتر
تہٕ زیرِ غور اَنہٕ یِوان۔ باسان چھُ زٕ اَتھ طریقہٕ کارس پیٹھ چھُ ادبی تنقیدکہٕ READER
RESPONSE نظریُک اثر تہٕ۔ پز رچھٕ یہ زٕ صحیح تحقیق چھُ سِیے یِتھ منز۔ لگہٕ تخلیقہٕ
ہندی مختلف گوشہٕ گاشراوتہٕ ین تہٕ ضروری چھُنہٕ زٕ اَمہٕ باپتھ پزہٕ محقق تحقیقچ اکی وتہٕ۔
بلکہ سُہ ہیٚکہٕ اَمچ مختلف پہلو وِرژھناوتہٕ باپتھ بیک وقت مختلف طریقہٕ پانناوِتھ۔
یُتھ ہیوٗ مُطالعہٕ ہیٚکہٕ پرٔزی ہمہٕ گیر آسِتھ۔

بہرحال لگہٕ ادبُک مرکزی تہٕ موضوع چھُ انسان تہٕ انسٲنی زندگی یٚمہٕ کِس
مُطالعس منز۔ وقتہٕ وقتہٕ مختلف علومن تہٕ خاص پاٹھۍ بشری علومن ہُند ورتاو
کرنہٕ آمُت چھُ۔ یٚمہٕ سبتہٕ مطالعچ وٕنتہٕ طریقن منز۔ بنبر پٲد سپدمُت چھُ۔ اوے

چھُ باضے باسان زِیتھ محقق چھ یتی چھ طریقہٕ تہٕ وَتہٕ تہٕ اُمی چیزن چھُ لگہٕ ادبکُ تحقیق دلچسپ بنومُت ۔ یہ چھُ یَرِی اکھ تیُتھ سوٗدُرِیُس یتہ مُٹہ نتیجن ہنٛدِ موکلہٕ موٗختہٕ یوٗرُت چھُ تہٕ یُس تہٕ محقق ییمہٕ ترٕ اندازٕ غوطہٕ لگاوِٕسہٕ چھُ کیٚہتہ نتہٕ کیٚہتہ امہٕ منٛز کھاران ۔



محفوظ جان

# کاشرِ ادبچ دوربندی

ادب چھُ پننِہ زمانُک آینہٕ آسان۔ اتھ منز چھِ کُنہِ ملکُچ، قومُچ یا سماجُچ تہٕ امہِ کین
فردن ہنز صلاحیتھ بیان سپدان۔ ادب چھُ پننِہ تہذیبی تواریخُک تہٕ سونچن تراین
ہُند محافظ۔ وۄں گوو پرتھ زمانس چھُ پنُن پنُن ادب۔ یاونو ادب چھُ وقت سورنس
سٟتۍ تہٕ ووم راز پراوان۔ امہِ سببہٕ چھِ پرتھ زبٲنۍ منز ادبی تواریخس مختلف دوربندی
سپدان۔ کاشرِ ادبُک ابتدا کرِ سُد شتھ پانٛژھ ہکو تہٕ کہنی تہٕ دتھ۔ تکیاز کاشرِ زبٲنۍ گیہ
وِزِ وِزِ مختلف غایلہٕ۔ یاتہٕ لوگ کشیر نار، نتہٕ آو سیلاب، نتہٕ روٗدی کاشرِ اندرٛونی تہٕ
بیرونی فسادن سٟتۍ آوری۔ یمہٕ کِنۍ سون موٗلُل ادبی خزانہٕ چھلہٕ چھانگر گوو۔ وۄں گوو یہٕ کینژھا
اسہِ نش تحریری طور بچیومُت چھُ تمہٕ تلہٕ چھُ واضح گژھان زِ کاشرِ ادبُک ابتدا چھُ ۱۳ ہمہ
صدی منز سپدان۔ یتھ کتھ تہٕ ہکو نہٕ انکار کرِتھ زِ امہِ برونٹھ تہٕ چھُ کشیر منز ادبی
سرمایہٕ اوسمُت۔ امِچ وضاحت چھُ اوتار کرشن رہبر یتھ کنۍ کران۔

" کاشر ادب گوو تتہٕ پیٹھ شروع، یمہٕ وقتہٕ پیٹھ

تتھ پشاچ زبٲنی منز گوڈنیک شار لیکھنہٕ، وننہٕ
یا گنڈنہٕ آو۔ یوسہٕ زن کٲشرِ منز بولان آسی۔ مول
بوٗزِ وللہٕ تہٕ شتی کنٹھس برونٹھ چھ کٲشرِن شاعرن
ہُنٛد اکھ جان کاروان گذریومت۔ مل وا اکھ ہُنٛد
بجر تہٕ شتی کنٹھن عالمانہٕ تھزر تہٕ چھ امہِ کتھ ہُنٛد
بارِ ثبوت۔ یتہٕ یوت نہٕ یہِ پزر چھ بینیہ تہٕ وارِیاہ
طریقو ثابت سپدان مثلن کھشمیندر نِس کتابن
منز چھ تتھی کینہہ مولہٕ ونی اشارہ میلان یم زن
اتھ کتھ ٹھیک پاٹھی واش کڈان چھ۔ مثالہٕ پاٹھی
نی تون امی سنز سو کتاب ییتھ زن "نرم مالا" ناو
چھ۔ اتھ منز چھ یہِ شاعر اکس جایہ لیکھان:
امہٕ پتہٕ ووٚتھ ووستاد جی۔ سُہ اوس نشس
منز بیٹھاہ مست۔ تمۍ بوزناوی منٛز کم قلیل کلام
پننہِ مادری زبٲنی (دیش بھاشایہ) منز....."

یم لفظ چھ صاف پاٹھی یہِ کتھ ثابت کران زِ اتھ وقتس منز آسی تتھی کینہہ مولہٕ ونی
شار کٲشرِس منز لیکھنہٕ یوان، یم زن مجلسن تہٕ محفلن ہُنٛد رنگ تہٕ رونق بنان آسی۔" لہ
برونہہ کُن چھ اوتار کرشن رہبر لیکھان:۔
"... کینہہ صدی منز آس کٲشرِس منز۔ جان پاٹھی لیکھہ پرہ
سپدان۔ عالم تہٕ ووستاد آسی کٲشرِ زبٲنی تتی تمبہٕ لاوی متۍ زن تم آسی امچہٕ

لیکھ پرِہندداے تہٕ مشوٗر دۄیمین شاعرن تہٕ
فنکارن تہٕ دِوان ۔ یہِ چھِنے بیاکھ کتھ ازٕ چھِنہٕ
یِمن وقتن ہِند کیتھہ تہٕ زٕرٕ ژھراوتہٕ آمُت ۔
یہٕ کینژھاہ اَتھ وقتس منز لیکھنہٕ آو تہٕ سورُے
چھُ ہایہٕ تہٕ ضایہٕ گومُت "۔

تہٕ ہُہمہِ صدی منز آیہٕ بانا شٕر کتھا لیکھنہٕ ۔ بقولِ ناجیؔ منور تہٕ شفیع شوقؔ :-

"ہُہمہِ صدی منز اوس کٔشیر منز اُدبین تہٕ شاعرن
ہُند جان تعداد موجوٗد ۔ اَمِچ ذکر چھُ سنسکرتک
شاعر مانکھ پنٕنہٕ کتابہِ "شری کنٹھ چرت" منز کران :-
"اَتھ کتابہِ منز چھُ مانکھ تمہِ اکہِ مجلسہِ ہنز تہٕ ذکر
کران یتھ اَندر زٕن تمہِ وقتکی بٔڈی بٔڈی شاعر، عالم
تہٕ فنکار اَسی حاضر ۔ بادشاہس، وزیرن تہٕ جان
جان عہدٕدارن بروٗنٹھ کنہٕ آیہٕ اَتھ تفنس فیپادس
سام ہینہٕ ۔ مانکھن چھُ شاعرن تہٕ اُدبین ہندی
ناو تہٕ گنزٕرِی متی ۔ یِمن ناوَن منز چھِ آنند، کلیان
گووِند، گارک، شری گُن، منڈن، جنک راج
، جل ہن، بدھ، پدم راج، لوشٹھ دیو کیتھہ ناو ۔
سیٹھاہ ممکن چھُ یِمن شاعرن تہٕ اُدبین منز آسہَن
کیتھہ کاشُر تہٕ لیکھان " ۔

گووکہِ کٲشرِ منز آسہٕ ادبی محفلہٕ سیٹھاہ کالہٕ بیٹھے منعقد سپدان تہٕ کٲشرِ ادبُک وسیع جان ذخیرٕ موجوٗد۔ مگر یہِ سورُے چھُ قیاس آرٲئی ییٚتھ مبنی تکیازِ امہِ وقتچ کانہہ ٹھوس شہادت چھِنہٕ موجوٗد۔ بقولِ ناجی منور تہٕ شفیع شوق:

"محققن ہندِ وٕنُن چھُ زِ مہانے پرکاش زبان چھے اپبھرنش کاہ زبان مگر امہِ دعوس چھنے کمزوری یہِ زِ چھُم پد (کہم صدی) مہانے پرکاش (بہم صدی) باناسُر ودِ کتھا (ییندہم صدی) پرِتے شت پنڈتی واکھ (شراہم صدی) تہٕ صاحب کولچ واکھ (اردہم صدی) چھِ معمولی ہیر پھیر ورٲے کنی زبان تھاوان۔ دراصل چھنے علمی زبان کتابن منز۔ قادر روزمژ تہٕ امہِ چھنہٕ ارتقا سپدمُت۔ لہذا زبٲنہٕ ہندس ماہیتس کُن وُچھتھے شتی کنھٹن زمانہٕ مُقرر کرُن چھُ غلط۔ پرٕتھ چھنہٕ بہان زِ شتی کنھٹی زبان کیا چھے عام لُکن ہنز زبان آسمژ تہٕ پلہٕ زن تمی پانہٕ دعوا کوٚرمُت چھُ زِ مہانے پرکاش چھے "سروگوچر دیش بھاشا یہ" یعنے عام فہم علاقٲئی زبٲنی منز لیکھنہٕ آمژ تہٕ"

غرض کٲشرِ ادب گر بجیوو تہٕ اُمی کرلوٚب دو تھ یوٚ۔ مختلف محققو چھِ امہِ متعلق پننہٕ پننہٕ رایہِ پیش کرِتھ اَکھ دورِ بندی مقرر کرمژ۔ پروفیسر بی۔ این۔ پنپ چھِ کٲشرِس ادبس پانژن کالن منز تقسیم کران۔ یم کال چھِ ییتھ پاٹھی:

آدمی کال (گوڈنیک دور) ..... ۱۲۰۰ء پیٹھ ۱۳۵۰ء تانی

(۲) پربندھ کال (اِنتظامی دور) .... ۱۳۵۰ء پیٹھ ۱۵۰۰ء تانٛ
(۳) گیت کال .. . . .. .. .. . . . ۱۵۰۰ء پیٹھ ۱۷۵۰ء تانٛ
(۴) پریماکھیان کال (لولہٕ ڈٔلِلین ہُند وَق) .. ۱۷۵۰ء پیٹھ ۱۹۰۰ء تانٛ
(۵) آدھُنِک کال (ازٕ کال یا جدید دور) .... ۱۹۰۰ء پیٹھ

پُشپ صاب چھُہ اَتھ دور بندی سٟتؠ پورٕ پاٹھؠ مُتفق۔ تِکیازِ تِم چھ اَکِس مضمونس منٛز کاشُر شاعری ہُند دوٚیِم دور یِتھ خوتہٕ ہِندِ لولہٕ وَژنٕ سٟتؠ شروٗع کران مثلَن

"زین العابدینٕس پتہٕ آے کشیر وارِیاہ گاٹہٕ۔ اَندری فساد تہٕ فتنہٕ رُود جارٕ ؤن۔ ماگرِلو، ڈارَو تہٕ ژَکو تُلؠ تۆتۆی جنگاں، یِمہ سٟتؠ ملکی تہٕ سماجی زِندگی آیہٕ وُپھرِتھ۔ علم تہٕ ادب گو وَاندری دَم پھٕٹِتھ تہٕ سُلطان حَسن شاہ سٕنٛز سرپرستی اَستھ تہٕ ہیٚچھ تہٕ کاشُر شاعری تمن دۄہَن وۄتلِتھ۔ پتہٕ پیٚیہٕ ژَک حکومت کھور ٹھیکہٕ رٲوی۔ حبہ خوتہٕ ہِندی وَژنہٕ گَے بھَدان تہٕ کاشُر شاعری ہُند دوٚیِم دور آو اَتھس کیتھ، میٹھی تہٕ مۆد رِسوٗزِک گرِ وَژُن پیالہٕ ہیتھ گرایہٕ ماران ......" (کونگ پوش نمبر ا، جلد اول)

پروفیسر جیالال کول چھُ کاشرِس ادبس پانٛژن کالَن منٛز۔ یا گراوان۔ یِم کال چھِ:۔
(۱) گوڈنیُک دور ــــــ ۱۵۵۵ء تانٛ۔ سُہ گو شاہ میری خاندانُک راج
ختم سیدنس تام یا اَتھ وقتس تام یلہٕ سُلطان حبیب شاہ تختہٕ پیٹھ

والہٕ آو تہٕ غازی چک تختس بِہوٚڈ۔

۲) دوٚیِم دور ـــــ ۱۵۵۵ء پیٹھہٕ ۱۷۵۲ء تانٛی ۔ ژکو پیٹھہٕ تتھ وقتس تام ییٚلہِ احمد شاہ دُرانی کشیرِ پیٹھ حملہٕ کوٚر۔ ییٚمہِ کنِ سو موغل حکومت اندو آیہٕ، یوسہٕ زَن ژکو ییتہٕ ییٚتہِ بارسس آمٕژ آس۔

۳) تریٚیُم دور ـــــ ۱۷۵۲ء پیٹھہٕ ۱۹۲۵ء تانٛی ـــــ اکھ زیوٚٹھ دور یُس زَن ترٛین لوکٹٚین کالن اندر باگرِتھ ہیٚکون:۔

(الف) ۱۷۵۲ء پیٹھہٕ ۱۸۴۶ء تانٛی ۔ سُہ گوو افغانو پیٹھہٕ ڈوٚگرن ہندِس راج سنبھالنَس تام۔

(ب) ۱۸۴۶ء پیٹھہٕ ۱۸۸۵ء تانٛی ۔ سُہ گوو گوڈنکین دوٚن ڈوٚگرِ مہاراجن گلاب سنٛگھن تہٕ رنبیر سنٛگھن وَق۔

(ج) ۱۸۸۵ء پیٹھہٕ ۱۹۲۵ء تانٛی ۔ سُہ گوو پرتاب سنٛگھن وق۔

۴) ژوٚرِم دوٚر ـــــ ۱۹۲۵ء ۱۹۴۷ء تانٛی ـــــ یہ گوو دوٚیمین لفظن منز مہاراجہ پرتاپ سنگھنہِ سورگہٕ واس سیدنہٕ پتہٕ آزادی حاصل کرنہٕ کِس وقتس تام

(۵) پوٚنٛژیُم دور ـــــ ۱۹۴۷ء پیٹھہٕ از تانٛی ـــــ أزیُک دور۔

پروفیسر محی الدین حاجنی چھہٕ کاشر ادبُک دوربندی ییٚمہِ انٛدازہٕ کران:۔

۱) گُنوہِمہِ صدی برونٹھ (گوڈنکی شاعر ـــــ متقدمین)

۲) گُنوہِم صدی (منزِ کالکی شاعر ـــــ مُتوسطین)

۳) وُہِم صدی

(الف) گوڈ دور ـــــ مُتاخرین

(ب) موجودٕ دور ـــــ محاصرین [۲]

عبدالاحد آزاد چھُ "کشمیری زبان اور شاعری" منز ییتھ پاٹھی کاشُر ادبچ دور بندی کران۔ بقولِ علی جواد زیدی:

"آزاد نے کشمیری زبان کی طویل کہانی کو چار ادوار میں تقسیم کیا ہے۔ پہلے دور میں للہ عارفہ اور نورالدین ریشی شامل ہیں۔ دوسرا دور حبہ خاتون سے شروع ہوکر محمود گامی پر منتہی ہوتا ہے۔ تیسرا دور محمود گامی کے بعد کے شعراء سے لے کر درویش عبدالقادر قادری تک کو محیط ہے اور چوتھے دور یعنے دورِ حاضر کا نقطہ آغاز مہجور قرار پاتے ہیں۔" [۲]

اوتار کرشن رہبر چھُ کاشرس ادبس یمن کالن اندر باگران:-

(۱) گوڈ کال (EARLY PERIOD)

یا ژگنُ بھگتی کال ـــ ۱۲۰۰ء پیٹھ ۱۵۵۵ء تانی

(۲) وژن کال

یا مثنوی کال یا رومانوی برونٹھِم دور

(PRE—ROMANTICISM)

۱۵۵۵ء پیٹھ ۱۷۷۵ء تام

(۳) دُتراتل کال

یا تصوف کین نغمن ہند رومانوی نہج ہند کال

(PERIOD OF ROMANTICISM CUM MYSTICISM)

۱۷۷۵ء پیٹھ ۱۹۲۵ء تانی

۴) از کال

یا جدید دور (Modern Period)

۱۹۲۵ء پیٹھ از تانی

(الف) مہجورن تہٕ آزادُن وق

(LITERARY AGE OF MAHJOOR AND AZAD)

۱۹۲۵ء پیٹھ ۱۹۴۷ء تام

(ب) خاص از کال (MODERN PERIOD PROPER)

یا بے حد ترقی ہُند وق ۱۹۴۷ء پیٹھ از تانی

اَتھ کتھ چھینہٕ کانہہ شک زِ شاعری چھےٚ دُنیہچ سارِوے پرانۍ صنف تہٕ نثرچ وٲنس چھےٚ اَتھ مقابلہٕ کم۔ یوٚہے صورتحال چھےٚ کٲشر ہندِ تہٕ کٲشر ادبُک مُطالعہٕ کرنہٕ سیتۍ چھےٚ یہِ کتھ واضح سپدان زِ کٲشرِ منز تہٕ چھےٚ ادبی پرتو شعرو سیتۍ ہوان۔ شتی کنٹھ "مہانے پرکاش" چھےٚ اَمِچ مثال، یوٚس شاردا سکرپٹس منز موجود چھےٚ۔

ژوداہمہ صدی منز چھےٚ کٲشرِ ہندس سیاسی، سماجی، تہذیبی، تمدنی غرض زندگی ہندِس پرتھ شعبس منز اکھ نوٚو تبدیلی یوان۔ یہِ تبدیلی آس برہمن فلسفہٕ شومت اوس وارِ وارِ ختم سپدان تہٕ اَمِچ جاے اوس اکھ نوٚو مذہب اسلام رٹان۔ اَتھی یوٚت منظرس منز چھےٚ کٲشر ادبی زیر بزبونۍ تار کھ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ زنم پراوان۔ تہٕ یمے زِ گانہٕ

تارکھ چھِ کاشرِ ادبُک باضابطہٕ آغاز کران ۔ یِتہٕ لل دید شۆ فلسفہٕ بنِتھ وٲکھن منز ورٕتھناوان چھےٚ تہٕ چھُ نورالدین ولی شرۆکین منز اسلامُک پرچار کران ۔ غرض دۆشوے اہم شاعر چھِ لۆکہٕ بۆر کاشرِ زبٲنی لول برٲن ۔ یہ اوس بڈشاہ صٲبُن دور ۔ اتھ دورس منز میج کاشرِ زبٲنی سرکاری سرپرستی ۔ یِمہٕ کِنۍ کاشرِ زبٲنی پرٛتھ مُدانس منز سیٹھاہ ترقی کٔر ۔ بڈشاہ سٕنٛد رحمت حق سپد نہٕ پتے گو وکشیرِ ہُنٛد سونہری دور ختم تہٕ سیاسی افراتفری گیہٕ شروع یِمہٕ کِنۍ کاشرِ لوٗٹ مار تہٕ تشدد کۍ شکار سپدی ۔ کاشرِ رٕودی ذہنی تناوس منز ۔ اَتھۍ نتیجہ دراو کاشرِ زبان آیہ گال کھاتس تراونہٕ تہٕ اَمِچ جاے رٹ پۆر پاٹھۍ فارسی زبٲنۍ ۔ پۆرہتس وریس گو وتہٕ کاشرِ زبٲنی ہُنٛد کانہہ تہٕ گونماتھ نظر ۔ البتہ چھُ شرٛاہِمہ صدی منز وژن صنف پۆر پاٹھۍ برٛتھان ۔ یوٚدوے یہ صنف برونٹھے کشیرِ منز رٲیج آس مگر اتھ منز آیہ موضوعی تبدیلی تہٕ زَن گو ویٚتہٕ وژنس منز سری لول نظر چھُ گژھان تہٕ چھ حبہ خوتون زمینی لول ورتاوِتھ وژنس اتھ نوو زوٗز بخشان ۔

کاشرِ ادبُک ترٛیِم دور چھُ ١٧٥٠ء ـــــ ١٩٠٠ء پیٹھہٕ شروع گژھان ۔ اتھ دورس منز آس فارسی زبان پۆر پاٹھۍ پھٲلتھ علاوٕ سرکاری زبان تہٕ بنیمژ ۔ فارسی مثنوی (نظامی، جامی، ضیاءالدین نخشبی بیترِ) آیہ کاشرِس منز پھیرنہٕ ـــ اَمِچ ہُرٕ مثال چھےٚ محمود گامی سٕندۍ "یوسف زلیخا" تہٕ مقبول شاہ کرالہ واری سٕندۍ "گلریز" مثنوی ۔ اتھ سٕتۍ آیہ جنگ نامہ تہٕ کاشرِس منز ترجمہ کرنہٕ مثنوی دارٕ اتھ دورس منز سرس ۔

وُہمہ صدی منز نوٚگ کاشرِس سماجس اتھ نوٚو لرٛ پھرن ۔ جدید تعلیم بیترِ

عام رقومی بیداری ہنز تحریک سپز شروٗع۔ مغربی ادبُک تہٕ تنقیدُک اثر ہیوٚتُن وارہ وارہ کاشُر شاعری تہٕ ادبس پیٹھ پیوٚن۔ توٚ ادبی ہیٚژ آیہٕ وجوٗدس تہٕ کُلس پیٹھ آیہٕ ادبی زبانی منٛز تہٕ تبدیلی۔ امہٕ تبدیلی ہُند اثر چھُ وُہمہٕ صدی ہندس ادبس منٛز ٹاکارہٕ۔ امہٕ سیٖتہٕ اگر اسۍ وُہمہٕ صدی ہندس دورس جدید دور وَنوٚ غلط گژھ نہٕ۔ وُہمہٕ صدی ہُند یہ دور تہٕ ہمکون لوکٹین لوکٹین دورن منٛز باگرتھ۔ مثلن ترقی پسند دور تہٕ تمہٕ پتہٕ جدید دور۔

بہرحال ادبچ یہ دوربندی چھےٚ نہٕ حتمی۔ پرتھ کانہہ ادبی مورخ چھُ پننہٕ پننہٕ اندازہٕ دوربندی کران تہٕ یہ دوربندی چھےٚ عارضی۔ ممکن چھُ زِ پرونہہ کُن ماوو تھن تم کینہہ ادبی مورخ یم کاشر ادبچ دوربندی توٚ آیہٕ کرن۔ تکرفی الحال یم کینہہ باگرنہٕ پرونہہ کُن آمتہٕ چھےٚ تم چھےٚ پننہٕ پننہٕ حسابہٕ صحیح۔

# حاشیہ

۱۔ اوتار کرشن رہبر، کاشر ادبچ تاریخ، سرینگر، ۱۹۶۴ء صفحہ ۲۲۔۲۳

۲،۳۔ اوتار کرشن رہبر، کاشر ادبچ تاریخ، سرینگر، ۱۹۶۴ء صفحہ ۲۳

۴۔ ناجی منور تہ شفیع شوق، "کاشر ادبک تواریخ"، سرینگر، کشمیری ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۹۲ء صفحہ ۴۵۔

۵۔ جون ۱۹۶۰ء ایس منز۔ چھپیو وے مضمون جموں و کشمیر یونیورسٹی ریویوس منز۔

۶۔ محی الدین حاجنی، مرتب کاشر شاعری، ساہتیہ اکادمی نئی دہلی، ۱۹۶۳ء

۷۔ عبدالاحد آزاد، "کشمیری زبان اور شاعری"، حصہ دوم، جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر، ۱۹۸۳ء صفحہ ۶۴-۶۵

۸۔ اوتار کرشن رہبر، کاشر ادبچ تاریخ، سرینگر، ۱۹۶۴ء، صفحہ ۷۸۔

particularly the works of Mamatta, Abhinovagupta and Anadvardhana, is invaluable from this point of view. Arabic and Persian vocabulary, because of its deep-rooted imprint on Kashmiri together with the work of the great masters and scholars of the two languages will serve as an ever-fertile source for terminology building. Arabic in particular, with its endless elasticity and flexibility can help us in devising precise and comprehensive terminology. The wide-ranging and perceptive work that has been done in this area in English can always serve us as a treasure-house from which we can borrow and translate freely.

Such all-encompassing research as outlined above will not only prepare the ground for securely based and well-directed literary criticism but will also generate an atmosphere in which great creative literature ultimately becomes possible.

assimilation of all diverse influences into an artistic synthesis?

A most fertile and almost untouched area of research is our powerful and age-old theatrical tradition known as *Bande Paether*. It is so vital, so comprehensive in scope and so potential a dramatic form that it seems to combine elements and merits of varying theatrical traditions. On one hand it bears a strong resemblance to the Absurdist drama such as that of Samuel Beckett and the knock-about comedy such as that of Charlie Chaplin , and on the other hand it has the potential to relate itself to the society as did the social drama of Ibsen and Shaw. And on top of all this it provides laughter and amusement as well. The miracle of *Bandhe Paether* consists in merging all these diverse elements as integral parts of an organic unity. Its prodigious potential can easily be appreciated if we bear in mind that in other dramatic traditions if the social interest is predominant (as in Shaw) the subjective dimension of the character goes out of focus and if the subjective dimension of the character is pervasive (as in the Absurdist drama), social and moral interest recedes into the background. *Bande Paether* combines all these and yet remains a supreme form of entertainment. What a pity that not only have we neglected to study this tradition but also have we ceased to bother for its revival and growth. The process of such revival and growth can, of course, begin with basic research in this area.

Another challenging are of research studies in Kashmiri is that of evolving a comprehensive literary terminology which will help our researchers and translators in further widening the horizons of Kashmiri. Kashmiri has three dependable sources wherefrom it can draw sustenance to develop its terminology___Sanskrit, Arabic-Persian and modern English. Our ancient Sanskrit heritage,

were born and nurtured but no independent literary history of Kashmiri has yet been written which would relate literature to its socio-cultural and intellectual background.

Similarly prosody appropriate to the peculiar genius of Kashmiri poetry and its metrics is an area in which a lot of study and research is required. Our indigenous verse-forms like *watsun, wakh, shrukh, rouf, wanawun, lari shah*, and *marsi* etc have a metrics of their own which is closely related to their folk origins. Even the adoption of the *ghazal* by Kashmiri has involved a subtle penetration of local influence into this form. Consequently we require a systematic and well-organized prosody of our own. Fortunately, Professor Rahman Rahi, our leading poet and thinker on poetry, has done remarkable pioneering work in this domain through his book, *keeshriss manz waznuk suratihaal*, which should serve both as an incentive and a guide for further work in the field.

Worthwhile research work is also required about those literary genres which have come into Kahmiri from other literatures such as the *ghazal*, the *rubaie*, the *mathnavi*, and , of late, the free verse and the sonnet form. Comparative research will have to be undertaken by scholars well-versed in Kashmiri and the source literatures from which these forms have come.Among the non-poetic literary forms multi-dimensional research studies will have to be undertaken on our folk-tales and their relationship with the short story that has developed on a considerable scale in Kashmiri. An important area of inquiry will be to see as to how far are the short stories of our leading authors, such as the late Akhtar Mohi-ud Din and Hari Krishan Kaul, rooted to the soil and how far do they exhibit the influence of the short stories produced in other literatures or does our short story exhibit a mature

of course, go to the work of editing and compilation. It is the most fundamental ground work for any literary study or criticism to take off. Some good work in this area has been done by the Jammu and Kashmir Academy of Art, Culture and Languages and the Postgraduate Department of Kashmiri, University of Kashmir but a lot more remains to be done. Authentic texts of many of our great masters have not been prepared yet. Many *waakhs* and *shruks* of Lal Dyad and Shaikh-al Aalam still remain mixed up. Verses apparently composed much later have been included in the poetry of Lal Dyad and Sheikh-al Aalam. Mahmood Gami's verses have been credited to others and as Naji Munawar, one of the very few genuine researchers in Kashmiri, has convincingly shown, many folk poems have been wrongly attributed to him (Mahmood Gami). Naji Munawar has also drawn our attention to many so-called folk poems whose style and tone proclaim them to be the creations of individual poets. The authorship of such poems, he rightly suggests, should be indicated as 'anonymous' to be categorized apart from folk-verse which reflects collective consciousness rather than the mind and art of a single writer.

The social and intellectual background of Kashmiri literature still remains a virgin area although good preliminary work has been done in respect of the history of Kashmiri literature. Abdul Ahad's *Kashmiri zaban aur shairi* was the first prominent work in this field and has been followed up with some good work by A.K.Rahbar, Naji Munawar , Shafi Shauq, Amin Kamil, and T.N.Raina. Individual books and monographs on several writers have been brought out by the Sahitya Akademi, the Jammu and Kashmir Academy of Art, Culture and Languages and here and there by some individual writers. Most of these writings do in part deal with the socio-political atmosphere in which these writers

help of these essential pre-requisites it has absorbed a lot from Sanskrit, various Prakrits, Arabic, Persian and of late from English and Hindi. A distinct advantage of Kashmiri from this point of view is that it is neither merely analytical nor merely synthetic but combines both of these advantages .Unlike Arabic and Persian , for instance, it is not merely synthetic(فعلتُ، فعلتَ/کردم، کردی) nor is it merely analytical like Urdu (میں نے کیا، تم نے کیا), but has two forms : کورم، کورتھ (synthetic) and مے کور، ژے کورتھ (analytical). Thus Kashmiri is agglutinative which is a part of its intrinsic elasticity. No doubt like most other Eastern languages it is yet deficient in the vocabulary of intellectual content while it abounds in words which can render the emotional content, yet its tremendous potential can easily be employed to make up this deficiency. All this, however, has to be undertaken with utmost caution. It will be disastrous to interfere in the natural growth of the language either in respect of its script or syntax and vocabulary. The utter failure of mechanical and artificial experiments in language like the experiments known a "Esperanto", "Novial" and C.K.Ogden's "Basic English" should serve as a lesson to us. Language is an organism and experiences an evolution and any manipulation which does not accord with the spirit of a language's natural evolution is bound to fail.

The flexible and extendable nature of Kashmiri language and its capacity to assimilate outside influences opens up new vistas of study and research in the areas of give-and-take although one must confess here that of the two terms——— 'give and 'take———it is the latter on which we shall have to place more emphasis for our language has given less to other languages and taken more from them and the process will have to continue for a long time to come.

Among the areas of research in the realm of literature priority should,

viable tools to undertake genuine appreciation and evaluation of literature. In Kashmiri, although some genuine preliminary work has been done in some of these areas, some others remain untouched. Even in areas where some work has been attempted, a lot remains to be done.

Kashmiri language needs to be studied both synchronically and diachronically on objective and scientific lines based on awareness about the latest and most advanced developments in the field of linguisics and language studies carried out in respect of various languages and their families. This study and research will help us determine the origin of the Kashmiri language, the main contours of its genius and the various stages of its development such as the one represented by the language used by Lal Ded and Shaikh al-Aalam. This kind of research will help us with the requisite knowledge to come to terms with many intricacies in the early stages of the development of Kashmiri language as well as those relating to questions of derivation, etymology and syntax. George Abraham Grierson, Abdul Ahad Azad, Prof. B. Kachru, Prof. Shafi Shauq and some formal dissertation-writers have done some pioneering work in the linguistic domain but it needs to be comprehensively built on Heavy responsibility in this regard devolves on the Jammu and Kashmir Academy of Art, Culture and Languages and the Postgraduate Department of Kashmiri, University of Kashmir.

Regardless of whether we believe Kashmiri to be of Dardic origin or trace its origin to Sanskrit, it has emerged as a potentially dynamic mongrel language capable of immense growth and extension. It possesses tremendous intrinsic elasticity and flexibility as well as a nucleus of native words and a primary grammatical structure. With the

# RESEARCH STUDIES IN KASHMIRI : PROBLEMS AND CHALLENGES

## KEY-NOTE ADDRESS

G.R.MALIK

As is obvious the subject——research studies in Kashmiri---is fairly wide-ranging and to be able to do some sort of justice with it, one must have a comprehensive grasp and an in-depth understanding of the whole corpus of research work that has been produced in Kashmiri to which, I am afraid, I cannot lay claim. The following presentation, therefore, consists of suggestions of a humble student with regard to the subject.

First, what do we mean by research in this context? This word has become very cheap because of the mass production of the so-called research theses and dissertations most of which owe their existence to the value that research degrees carry as patents for appointment to teaching jobs under the UGC guidelines. I wish the guardians of our intellectual estate could devise a better mechanism of assessing the worth of the would- be University dons. Be that as it may, by research in the title of these submissions we do not mean this research although some of it may qualify to this title. What we mean by research is the fundamental scholarly work in the areas of language, literature and its historical background, literary criticism and painstaking and well-informed editing and compilations. It also includes the creation of

